جملہ حقوق چھِ بحقِ ناصرِ منصور احمد محفوظ




ناو ـــــ وُڈُو ـ فکرِ ہند

گوڈنیک چھاپ ـــ جنوری ۲۰۰۶ء

پبلشر ـــــ غلام نبی فراق، سرینگر ۱۹۰۰۱۱

کتابت ـــــ معراج ترکوی / ۲۴۰۵۲۰۴

موٗل ـــــ ۳۰۰ روپیہ




## میلنگ پتہ


عزیز سٹیشنریز سراتے پائیں امیراکدل سرینگر

کتاب گھر، بڈشاہ چوک، مولانا آزاد روڈ سرینگر ۱۹۰۰۰۱

فراق منزل، لکھری پورہ، نوشہر، سرینگر ۱۹۰۰۱۱




# ترتیب

# پٔنٕنۍ کتھ

یَتھ ''وُڈُو ۔ فِکرِ ہِند'' کتابہِ منز چھِ کُل کَہہ ''مقالہٕ تہٕ مضموٗن ۔ شاعری ہنز وکالتھ چھےٚ کٲشُر ترجمہٕ سر فِلپ سِڈنی (۸۶-۱۵۵۴ء) سندِس مشہوٗر مقالُک یُس تمی تمہِ زمانہٕ شاعری ہندِس حقس منز تحریر کوٚرمُت چھُ ۔ مےٚ کوٚر اَمیک کٲشُر ترجمہٕ تمہِ سیمنارہٕ باپتھ یُس کشمیر یونیورسٹی ہِندی کٲشری شعبن پنٕنِس ابتدأیی دورس منز پوسٹ گریجویٹ لڑکن ہنز تنقیدی ادبٕچ ورٕتھ دوٗر کرنکہِ غرضہٕ منعقد کرِیاو تہٕ یَتھ منز بیٚییہِ تہٕ کیتٕن عالمی شُہرتھ پرٲوٕن والین اَدبی نقادن ہندین تنقیدی مَقالَن کٲشُر ترجمہٕ کرنہٕ آیاو ۔ یَتھ منز چھِ بیٚییہِ تہٕ ژٕ ترےٚ تنقیدی مقالہٕ یِم کشمیر یونیورسٹی ہِندی کٲشری شعبَن پنٕنیو سیٚمنارَو باپتھ پٔرِ لیکھنوٚوٕس ۔ کیٚہنہ چھِ تمہِ تہٕ یِم مےٚ کٲتِس منز انگریزی اَدب پرٕناوان پرٕناوان ازٕ برٕ وُہنہٕ ترٕہہ ترٕیِہ وُری کٲشرِس منز تہٕ تحریر کٔری ۔ یِمو منز چھِ کیٚہنہ مقالہٕ تہٕ مضموٗن مختلف اَدبی رسالَن منز برٕونہہ چھاپ کرنہٕ آمتیٚ ۔ اُکھ مقالہٕ چھُ یُس اَپ ڈیٹ گرٕژھُن گوٚژھ مگر فُرصتھ نہٕ آسنہٕ تہٕ صحت خراب روزنہٕ کِنۍ سپُد نہٕ مُمکن تہٕ نہٕ ہیٚچ یِمَن مقالَن ازٕ تام اکھ کتأبی صوٗرت دِنہٕ یِتھ ۔ اَمیک چھُم شدید احساس ۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھےٚ یِمَن ہنز افادیت ہر رنگہٕ برقرار ۔ یِم تنقیدی مقالہٕ تہٕ مضموٗن لیکھان آے نوٚوۍ ادبی اصطلاح تہٕ اظہار بارٕسس تہٕ کیٚنٛژھ پرٲنۍ کٲشرۍ لفظو نوٚو نوٚو یاوُن ۔ یِتھہٕ پأٹھۍ تہٕ ووت کٲشرِس تنقیدی نثرس واریاہ فأیدٕ ۔ اَمہِ علاوٕ آو کٲشرین والین ہندِ باپتھ زندگی وُچھنکہِ حوالہٕ یوٗرپی فکرِ ہند اکہِ نہٕ تہٕ بیٚییہِ رنگہٕ اکھ انداز ہیوٚ تہٕ

بروٚنٛہہ کُن۔

اکھ زٕ مقالہٕ آم پٮ۪تہٕ اُتھی۔ خبر تم کور کُن چھ لگیٚ ہتی۔ اکھ اوس قدیم کلاسکی اُدبس پٮ۪تہٕ بیاکھ رینا سانی دورس متعلق۔ اُتھ پزٕ رس پیش نظر تہٕ بٕ سُہ اصرار نہٕ بہٕ کرٕکھ یم اکی ہسے جایہ چھاپ۔ وَنہٕ آو زِ کاشرس منز چھنے تنقیدی نثر چ وبر ٹھے تہٕ یمن مقالن ہُند اہم موضوع نظر تل تھاوتھ چھُ یی زیادٕ بہتر زِ یم ین چھاپ کرنہٕ تاکہ سُہ نثری اُسلوٗب تہٕ روزِ محفوظ یُس یمن منز ورتاونہٕ آمُت چھُ۔

یوٚدوَے یمن مقالن کاشرس ستی براہِ راست کانہہ تعلق چھُنہٕ تہٕ یم بدل سماجک یادٕ وار چھِ۔ مگر یمن ہند تخلیقکار تہٕ چھِ انسانے۔ اَسہٕ پزٕ اتھی پزٕ رس پیش نظر یاد تھاوُن زِ ادب چھُ ادبے آسان تہٕ پر یتھ جایہ تہٕ زبانی منز چھُ انسانے ادب تخلیق کران تہٕ اُمیک مرکز تہٕ چھِ انسانے آسان۔ سُے انسان یُس بنیادی خصوٗصیتن پیش نظر اکھا اکس نش مختلف چھُنہٕ۔ بقولِ اکھ مشہور ادبی مفکر تہٕ نقاد "بودلیر" (ALL ART IS MORALITY PUT INTO FORM) "سوٗرُے فن تہٕ ادب چھُ ہیٹہ منز تراوٕنہٕ آمُت اخلاق آسان۔ ووٚنی چھِ وچھُن زِ ہیٹہ منز تراونچ پٮ۪ہ عمل کرٕتھ چھنے۔ اُتھ پٮ۪ٹھ چھنے ادیب یا فنکارس منز پننہٕ دیانت دانشوری تہٕ تمن گری ین پننہٕ جلوہ ہاونس منز آزاد آسان۔

یم کینہہ مقالہٕ آے اُکی ہسے کتابہٕ منز جمع کرٕتھ چھاپنہٕ تکیازِ یمن ہُند تعلق چھُ کلہم پاٹھی یوٚرپ تہٕ انگلینڈس ستی۔ کینژن جاین باسہٕ تو ہہ زِ تمن تہٕ خیالن چھُ کُنہ کُنہ مقالس منز پھیر لوگمت۔ اُمیک اکھ وجہ چھُ یہ زِ یمن ہندس لیکھنس منز چھُ منزٕ ڈہی ڈہن ہند وقفہٕ روٗدمُت۔ دوٚیم یہ زِ یہ چھنہٕ اکس موضوعس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ کتاب بلکہ مختلف مقالن تہٕ مضموٗنن ہنز سوٗمبرن۔ ترے یم یہ زِ پٕچھ مہ نصف صدی منز تہٕ گےٚ نہٕ کاشرِ زبانی ہندِ حوالہٕ کینہہ اہم تہٕ پننہٕ یادی مسلہ حل۔ تمن ہُند بار بار ذکر آسہٕ قدرتی کتھا۔ بقولِ شاعر ؎

نوا را تلخ ترمی زن چو ذوقِ نغمہ کم یابی

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ دانش منصور صابُن شُکریہ کرُن تہٕ ضروٗری زانان کیازِ تٔمۍ کٔر کتابہِ ہٕند حوالہٕ تمہٕ سارِنۍ پٔیٹھو وٲنۍ کامہٕ پٕرٕ یمیو سترٕ منٛے وارِیاہ سہوٗلیتھ وٲژ۔

غُلام نبی فِراق

نوشہر، سرینگر

٢٧، اگست، ٢٠٠٥ء



# شاعری ہنزٕ وکالتھ

## زان

سر فلپ سڈنی اوس پننہِ وقتُک ممتاز رئیس، درباری، فوجی، حاکم، دانشور، ادیب، ادب نواز تہٕ نقاد۔ سُہ اوس وُنہ دہ یہ ترٕ ہہ وُہرُے یلہِ انگلینڈکس شہنشاہ سٕندِ طرفہٕ اَکِس جنگس منز ہلاک گوو۔ مَرن وِزِ تُجس تریش تہٕ یلہِ ترٕ لیشہِ بابہٕ بروٗنٹھ کُن اوٗنہس دوٗپنکھ گوڈٕ دِیو یَمِس تکیازِ اَمی ہنز ضرورتھ چھےٚ میانہِ کھوتہٕ سٹھاہ زیادٕ۔ یس کُن اشارٕ کوٗرُن سُہ اوس تُسی زِ دیچھ پہن بایہ کھ فوجی یُس زُو دِوان اوس۔

سر فلپ سڈنین چھِ سانیٹ اکھ نثری رومان یَتھ آرکیڈیا ناو چھ تہٕ "شاعری ہنز وکالتھ" لیکھ متی۔ سانیٹن چھُ ژٕسطری ترےٚ بندٕ تہٕ دوان سطرن ہُند آخری بنٛد۔ آرکیڈیا چھِ نثری رومانس تہٕ شاعری ہنزٕ وکالتھ اکھ اہم تنقیدی مضموٗن یُس کینژ وکتھو علاوٕ یتہِ ہاوان چھُ زِ سڈنی صابُن کوتاہ مُطالعہٕ چھُ اوسمُت تہٕ سُہ کوتاہ گاٹٕج سونچُک مالک چھُ اوسمُت۔

اکھ شخصاہ اوس سٹیفن گوسن۔ سُہ یلہِ ادبی مادانَس منزٕ کاہنہ بوڈ کارنامہٕ کرنَس منز یَپاری روٗد تمی لیچھ "سکوٗل آف ابیوز" ناوی اکھ کتاب۔ اَتھ کتابہِ منزٕ دیت تمی شاعرس تہٕ شاعری دٕدٕ شوٗنی سٹھاہ نوٗژر۔ شاعرس تہٕ شاعری خلاف یہ غلط تہٕ گمراہ کرُوُن پراپگنڈا اَبینیو بوٗڈ تہٕ فوری وجہ سڈنی ہنزٕ وکالتھ تکیازِ پننو تیز تہٕ بارتھ ہنزہِ عبہہ ونیو ڈلیلو تہٕ ماری مٔندی طریقو اوٚن

سِڈنین شاعری ہندِ عظیم فائیدک پُرزِ سطحس بیٹھ۔ تمہ ہوو زِ تواریخ تہٕ فلفس مقابلہٕ کیٚتھ پاٹھۍ چھےٚ شاعری زیادٕ اہم تہٕ فایدٕمند۔

"شاعری ہنر۔ وکالتھ" "مضمونُک ترجمہٕ کران چھُ مےٚ خیال تھوومُت زِ سڈنی سِندِس خیالَس گوٚژھیہٕ کانہہ دَداہ واتُن تہٕ سُہ گوٚژھہ پننہِ اصلی رَنگہٕ تہٕ طرحدآری سان واتناوِنہٕ یُن۔ اَمہِ باپتھ دِتٕ مےٚ بلِضے جُملن تہٕ اکھ سونٕ ترتیب یوسہٕ بہٕ نہٕ تہٕ دِمہا پتہٕ مےٚ گرٕ وارِیاہ توٚی لفظ تہٕ وارِیاہن جاین کَرِم اسم تہٕ صِفتھ گوڈنچہِ لٹہِ بطورِ فعل تہٕ استعمال۔ مُدعا اوسُم یوٚہے زِ عبارَتھ گَژھِ خوٗبصورتھ بننہٕ تہٕ خیال تہٕ گوٚژھہ سَرتوٚنُتھ واتناوِنہٕ یُن۔

(فراقؔ)

سرینگر — فروری ۱۹۸۰ء

# شاعری ہنز وگالتھ

ییلہِ ڈِکہ یوڈ ایڈوارڈ واٹن تہٕ بہٕ شہنشاہ ہندِس دربارس منز یکجا آسی، تتی کوڑ اَسہِ
مُقرر زِ اَسی ہیکو تَس جان پیٹرو ہنز شہسوٲری یُس اَتھ فنس منز مشہور اوس تہٕ یُس شہنشاہ ہندِس
تبیلس منز اِسکویر ہنز جاے آس۔ تِمی ہاوا اَسہِ پنٕنۍ فنکاری رٕومی ظرافتٕ سان بٔنیہِ کرٕن کوشش پننیو
خیالو سٟتۍ سانی دِماغ بختاورکرنٕچ تِکیازِ یہِ کرٕن اوس سیٹھاہ موکُل تہٕ فایدمند باسان۔

رٕومی ظرافتٕ ہُند ترُوم رٕچھان ہاوٕ تِمی پنٕنۍ فنکاری۔ تَس باسیوو یتہٕ سیٹھاہ ضروری زِ سُہ کرِ
سانی ذہن بَنٕنیو خیالو سٟتۍ یہِ موضوع سطحس پیٹھ اَنان اَنان بختاوار۔ اَما پوز میانِس کتَن گوو نہٕ
زانہہ برتیاہ مگر تمہٕ وِزِ بیٕلہٕ (یا تہٕ سُہ کم ماوضنہٕ وُچھتھ ژکھان اوس یا ییلہِ ساہتو شاگردی تعریفو سٟتۍ
متاثر سپدان اوس) سُہ اوس پننِ تقریرِ پتہٕ شہسوٲری ہندِس تعریفس کُن پھران۔ تِمی سُند وَنُن اوس
زِ فوجی چھِ آدم ذاتٕ منز تہٕ شہسوار فوجین منز مہا شریف۔ دپان اوس تِم چھِ جنگکی موکل تہٕ اَمنکی زیور۔
تیز رَو تہٕ ڈاڈِ سان پابندی کُرن وٲلۍ۔ فتح کار دربان اَمنَس منز تہٕ جنگکس مادانس منز۔ یتھے پوت
نہٕ بلکہ اوس سُہ پرتھ تہٕ کرونس تتھ نوکتس تام واتان زِ کانہہ تہٕ میٹر پیٹھ پرورش یوٚت چیز بیکہ
نہٕ کانٔسہِ شہزادس شہسوٲری ہِچھنہٕ روٚس بٔنیہِ کانہہ چیز، ہِچھنس پیٹھ تیار کرِتھ۔ حکومت کاری آس
اَتھ مقابلہٕ کاکل باسان۔ یتہٕ کرِ ہے سُہ اَتھ اضافہٕ تتھو کعریفو سٟتۍ یہِ وُنِتھ زِ گُر کو تاہ بے نظیر حیوان
چھُ۔ تھٔنۍ کرنہٕ وَرٲے کُنہِ کامہِ ہیٚنس لایق دربٲری حیوان یس سیٹھاہ خوبصورتی چھے۔ اگر تِمے
کم زیاد منطیق پرمُت آسہاتَس سمکھنہ پرو تھ سُہ کرِہا شاید مے منز یہِ خاہش پاد زِ بہٕ کوٕ نہٕ اوسُس
گُرٕ زامُت۔

پَس یوٚژھ تِمی واریاہ لفظ ورتاوس منز اَنتھ بے پیٹھ ظاہر کرٕن زِ ذات پسندی
چھےٚ کُنہِ تہٕ ملمایہ کھوتہٕ بہتر سُہ چیز پرو قار بناونہٕ باپتھ یتھ منز اُسی بطورِ فریق شامل آسو۔
یعنی یُس کار اُسی کران آسو۔

یوٚدوٕے پگلیانوٗسٕت مضبوٗط شوق تہٕ تٔمی سٕندی کمزور دعوا تہٕ مُطمین کرٕنہٕ بہٕ دمہٕ توٚہہ
پٔتھ مثال ۔ میٚنہ چھےٚ خبر زِ بڈٕ سپدنٔے تہٕ بے فرصتی ہندِس زمانس منز کٔمہ وکانہٕ چھُس بہٕ شاعر ہندِس
مقامس تام ووتمُت ۔ اما پوٚز بہٕ چھُس تیار سپدمُت زِ بہٕ کرٕ پننہٕ امہٕ شوقُک دِفاع یُس میٚنہ
زانتھ مانتھ پننہٕ باپتھ ژورمُت چھُنہٕ ۔ میانی کوٗشش آسہٕ اتھ منز یہے زِ بہٕ کرٕ اتھ منز پرتِس
منطقس مقابلہٕ پرتہٕ اِرادٕک زیادٕ استعمال تہٕ اُسی سپدو ہم خیال ۔ تکیازِ تٔس عالمس چھُ معنے دِنہٕ
یوان یُس پننِس وہ سنادِ ہندِس نقشس پیٹھ پکان چھُ ۔ تٔمہ پتہٕ تہٕ پننہٕ میٚنہ وَنُن زِ میٚنہ چھُ سبب زِ بہٕ
کرٕ بجارِ شاعری ہُند دِفاع یُس عار اَتھ وول آسہٕ ۔ تکیازِ بہٕ چھےٚ ازکل علمکہٕ سارِ وٕے کھوتہٕ
تھدٕ تھنگِ پیٹھ یوان واتناونہٕ آمُت تہٕ شُرٕن ہندِ باپتھ گِندن تماشہٕ بنیمُت ۔ یُس چھےٚ میٚنہ مزید قیمتی
شیوٚتھ پیش کرٕنۍ ضروٗرتھ ۔ تکیازِ اُکمِس چھُنہٕ کانہہ تہٕ انسان رُکاوان تٔمہ ما وضہٕ نِش یُس یک شہ
مستحق چھُ ، دوٚیم چھُ فلسفی یَن تام استعمال کران یم مسخ کرنس منز ۔ اتھ چھُ شاعرن منز خانہٕ جنگی
ہُند عظیم خطرٕ یُس یم پرزٕ پاٹھی علیم پاسدٲری تہٕ شاعری خلاف بغاوت کران چھِ تِمن پیٹھ ہیکہٕ
منصفانہٕ طریقہٕ اعتراض سپدتھ زٕ تِم چھِ ناشکر گُزٲری سیٹھاہ نزدیکھ واتان تہٕ کوٗشش کران
تہٕ تہٕ نہناونۍ تہٕ مسخ کرٕنۍ یِمن شریف قومن تہٕ زبانن یِم مشہوٗر چھِ جہالتہٕ گوڈنیک گاٹہٕ جار
دِنہٕ واجٕلی آسنہٕ کِ حیثیتہٕ ۔ شاعری ہندی دوہدِنی بناوی تِم یتھ قابل زِ علم حاصل کرنس منز
تہٕ ودٕ تِمو قدم برونٹھ برونٹھ ۔ دوہدی کرٕن تِم تٔس HEDGEHOG شِکل ہنز مثال قایم یُس
گوٚیہ منز خوش آمدید کرنہٕ آو مگر یِمی پتہٕ تہٕ پننہٕ میزبان کڈِتھ ژٔھن ۔ تہٕ تِم سرف یِم پننہٕ
زٕ پتہٕ پننِس ماِس ماجہٕ ماران چھِ ۔ میٚنہ ہیکہٕ نہٕ کانہہ تمام یوٗنانی سائنسس منز اکھ تہٕ کتاب ہاوتھ
یوٚسہٕ ہیوسایوٗنس ہومرس تہٕ ہساڈسس یم تریشنوٕے شاعر چھِ یمو برونٹھ لیکھنہٕ آمٕژ آسہٕ ۔
ییٚتے یوت نہٕ بلکہ اگر ساری تواریخ برونٹھ کُن اَتہٕ یِن پتہٕ ڈٔلو یِمَن ہنز روشنی منز یمو شاعرو
برونٹھ کیا اوس کانہہ ادیب یُس اَمی لایقہٕ ہُند اوس نہٕ ۔ مثلن ادفیس ، لانیس تہٕ بنیہ تہٕ کینہہ ۔

ـــــــ یِم چھ تِم یِمو علم پننو قلمو ستۍ یَنہٕ والین ہِندِ باپتھ ترٛاوٕ وُتم ہیکن بڑی بٲڈی دعوی کٔرِتھ علم وادبُک بب آسنگ۔ تِمن آسہٕ صرف وقتہٕ موجوب یِہ اَنوارٕ ری۔ اگرچہ یِتھ کال بذاتِ خود تعظیمس لایق چھُ۔ بلکہ تِم بے گنڈ عاقل بناوی تِمو یوٚت علم شناسن نا ہیمپھیانس متعلق چھُ وَنہٕ یِوان زِ سُہ اوس یِنہٕ شاعری ستۍ کٔنبن حرکتھ دِوان تھبیس بناونہٕ باپتھ۔ حیوان آسہٕ آرفیس کُن داران یعنی تِم یوکھ یم کنبو سوی تہٕ حیوان ہوی آسی یِس اُسی رٕدمیین منز اطالویس اینڈرونیکس تہِ اے نیَس۔ یِتھے پٲٹھۍ اطالوی زبٲنی منز یِمو گوڈ یہ زبان سائنسی علمِچ سٹور بناونٕچ خاہش ظٲہر کٔر تِم اسی شاعر ڈانٹے، بوکاشو تہٕ پیٹرارک۔ یِتھے پٲٹھۍ آسی سائنس انگریزی یس منز گوور تہٕ چاسر تہٕ یمن پتہٕ آے باقی۔ یکیارٕ تِم سَیہ ری یِمو نِش محفوظ تہٕ حوصلہٕ سیدک بلند۔ یِمو خوبصورتاو اَتھ مادانس منز۔ سانی ماجہ زبو تہٕ باقی فن تہٕ تھاوکھ برونٹھ کُنہ۔

شاعری ہووِنُن وجود یوٚت تِتۍ پٲٹھۍ زِ یونانی فلسفی یوٚ کوٚرنہٕ جرتھ دُنیہس برونٹھ کُنہٕ تِنہٕ پٲٹھۍ نیزنس البتہ شاعرن ہِندی جامہ وُلتھ۔ یِس چھُ تھیلیس، ایمپیڈوکیس تہٕ پارمینڈیس یِمو نیچرل فلسفہ شاعری منز پیش کران۔ یِتھے پٲٹھۍ کرٕ یِمو اخلاقی نصیحت پیش پیتھاگورسن تہٕ یہوسی لیڈسن۔ یی کوٚر ٹاٹیرس جنگی معاملن متعلق تہٕ سولوتن پالیسی مسلن پیٹھ۔ کُنہِ حدس تام اسی تِم شاعر تہٕ یِس کوٚر تِمو محفوظ کرن وول طاقتھ استعمال یِم تھدی علم پیش کرنس منز یِم تِمن برونٹھ دُنیہس نِش پوشیدہ آسی۔

یِہ کتھ چھنے ٹاکارٕ زِ سولون اوس سید سیوٚد شاعر۔ تِمۍ تیجھ بحرالکاہل جزیرٕچ دلیل یوسہ ناوہنس لایق چھنے تہٕ یوسہ یِنہٕ افلاطونن برونٹھ یکنا۔ یِہ چھُ اکھ بزرگ یس تہٕ افلاطونس غور رسان سام ہیتیہ سُہ لبہٕ تِمۍ ستہٕ رٕن تخلیقن منز اکھ اہم چیز۔ اُمی ستہٕ رٕن تخلیقن ہُند موضوع یا اندروٗن چھُ فلسفہ مگر یمن منز ہیتھ تہٕ ترم یُس حُسن لبان چھُ تِمیک دارٕ مدار چھُ شاعری پیٹھ۔ تخلیقن ہُند ڈانچہ چھُ ڈرتھ مکالمن پیٹھ یِمن منز افلاطون ایتھ کٔمن شہرین

تِمَن معاملن بیٚٹھ بولناوان چھُ یِمَن بیٚٹھ وَنُن باپتھ تِم تشکیجن منز۔ یَرَنہٕ پیٚیہِ تہٕ دِتھ مُرتراوہن پہٕ۔ سُہ چھُ لوکن ہنزن مجلسَن ہِندی حالات شاعری سان بَیان کران۔ مِثلن بیٚلہِ سُہ رٕژ دعوتن منظم کرنُک حال وَنان چھُ یا پکھ نزاکتہٕ ہاوان چھُ سُہ چھُ تِمن منز منز۔ ڈیلیوٚ سیتۍ سجاوان۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُس بہ مِثالہٕ باپتھ جَجیر ہنز۔ واج بیتر ڈیلہٕ ہُند حوالہٕ پیش کرُن مُناسب زانان۔ یُس نہٕ یہِ زانہٕ زِ یِم چیز چھِ شاعری ہِندی پوشِ تَس متعلق وَنہٕ بہٕ یی زِ سُہ چھُنہٕ زانہہ تہٕ اَپالو ہِند باغہٕ منز ہی پوکمُت۔

تواریخ دان یِم تذکرٕ کران چھِ تِمن چیزن ہُند یِم گُزرمتین واقعاتن سیتۍ تعلق تھاوان چھِ تہٕ یہندِس ڈیکس پیٚٹھ پَز رٕیکھہٕ یُن گژھہ دِ چھُ کھوٚتہِ سان شاعرن ہُند فاشَن تہٕ گوبرِ وہ زم اَنان۔ ہیروڈوٹس چھُ ییٚن تواریخ نوَن میوٗزن ہِندِس عنوانس تَل بیان کران۔ تِمو تہٕ تِمو سارِوے یِم تَس یَتہٕ پیٚتہٕ کِنیوٗ یا توٗر شاعری نش یا کوٗرِس عضب تہٕ ورتووکھ سُہ جذبہٕ پوٗرتھ بَیان یِتھ تِموٚ جذباتھ بیان کرُن دِ نہٕ کام ہیٚتر۔ مِثلن جنگن ہُنز وارِیاہ خصوصیتہٕ بیان کرتَس منز یِمَن ہِندِس صداقتس پیٚٹھ کانہہ تہٕ اِنسان تصدیق کرٕتھ ہیٚکہِ نہٕ۔ اگر میانی یہِ کتھ گژھَن ہِشہٕ وَسہِ تہٕ یہِ دِمہٕ تیٚلہِ حوالہٕ تِمَن زیٚٹھین تقریرَن ہُند یِم عظیم بادشاہَن تہٕ فوجی افسرَن کُن منسوب کرنہٕ آمتۍ چھِ تہٕ یِم بےشک تِموٚ زانہہ تہٕ وَنی متۍ آسَن نہٕ۔ پَس اگر فلاسفرو تہٕ تواریخ دانوَ شاعری ہُند سُہار نیوٗمُت آسہِ ہانہٕ تِم آسہَن نہٕ گوڈٕ ہرگز تہٕ مقبوٗل فاصلن ہِند بوٗ دروازو منز ی داخل سپدی متۍ۔ وُنی کیس ہیٚکہِ تِمَن تمام قومَن منز یِیتہٕ علمُک چرچہ چھُنہٕ یہِ پَزر رسیدی یا ہُٹی وُچھنہٕ یِتھ زِ تِمن چھُ شاعری ہُند کیہتہ نہٕ تہٕ کیہنہ احساس۔

قونوٗن دان اَتھ کُن تھاوِتھ چھُنہٕ تُرکی اندر شاعر وَ علاوٕ بیٚیہِ کانہہ اُدیب۔ سَنیٚس ہمسایہ مُلک اِیرلیٚنڈس منز چھے پَزری یا ہٹی علمس ہوکھے ہِش تاہم چھُ اَیہ تہٕ شاعرس تعظیم کرنہٕ یِوان۔ وُچایہ وحشی تہٕ ساد انڈینن منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ لیکھُر تاہم چھِ تِمَن پننہٕ شاعر یِم بنٛلین

اجدادن ہندی کارنامہ تہٕ تِمن دیوتہن ہندی تعریف باتن منز کران چھ تہٕ یِم باگھ گیوان چھہ۔ تم چھ یمن ارسطو زٕ ونان ۔ یہ کتھ چھےٚ نشاندہی کران ییٚمہ اِمکانچ زِ اگر تمن منز علم بیترِ پھہلہ سہ پھہلہ تہٕ تٔلی ییٚہ تہٕ تیٚز ذرہ تہٕ موٚنڈ عقل شاعری ہنز وموٚدر بوٚ خوشبوسیتٕ زم تہٕ تیز کرنہٕ ییہ۔ تکیا زِ یمہ دل کامہ لاگنس منز گژھہِ اتھ دِس خطہ حاصل سپدن۔ دٕیا دٕ علم حاصل کرہٕ نِکٕ عظیم وعدہ ہیکن تہٕ تمن لکن اگساوِتھ یمن ہٕ امہ کہ فائدٕچ خبر اتر آسہ۔

ویلز بس چھ قدیم برطانیک حقیقی نشانہ۔ اتہ چھہ سیٹھاہ رتی باخبر لوکھ یم نشاندہی ہیکن کرِتھ تمہٕ زیٹھ وقتچ یتھ منز تتہٕ شاعر آسی۔ تم آسی یمن گوٚہ ماتھ ونان ۔ رومی سیکسن، ڈین تہٕ نارمن آیے تہٕ کرِکھ فتوحاتھ حاصل ۔ یِمو منز کٔر کینژ وشعوری کوشش ویلز والین ہند علمی یاداشت نہتاونچ مگر تہندی شاعر رودی برابر ازتام زندہ۔ یس چھینہ شاعری صرف ڈلی ڈلی وجودس منز لیوان بلکہ چھےٚ یہ وارِہس کالس بوشان تہٕ۔ رومی آسی سائنس واریاہن سائنسن ہندی مصنف تہٕ تمن بروٚنٹھ آسی یونانی۔ یس چھ بہتر اگر اسی تہٕتر۔ سند مانو یہٕ کتھ کٔر کرنہٕ باپتھ زِ تم کمونا وچھ ازکس اتھ قابل نفرتھ فنس آلو دِوان رودی متی۔

رومین منز آسی شاعرس وٹیسز ونان۔ سہ ناویس قریب ہم پلہ چھ بنان تس یس آگاہ موکل آسان چھ۔ یس پیشنگوئی کرِتھ ہیکان چھ یا یس رہبر ونان چھ۔ تمو رتبو لوکو دیت یتھ ہیو عظیم خطاب اتھ دِل ژورِنہ واٚلس علمس۔ امہ کِس تعریفس منز واتی تم یتھ حدس تام زِ تم آسی یمو شعرو سیتٕ فال وچھان ۔ ورجل ہنز شعر کتاب یوسہ شہنشاہن ہند یوتہ ذکر وسیتٕ بٔرِتھ چھےٚ اُس مُتہ راونہ یوان فال وچھنہ باپتھ۔ البیتن یس سانہ جزیرک گورنر اوس بیلہ لو کچارس ورجل سند اکھ شعر یوٚر تس آدسہ تیٚتھ پسند زِ تیٚمہ باقے عُمر منز کٔر تمی برپور جدوجہد سہ شعر عملاونس منز۔ یہ کوٚرن تہٕ اوس فضول تہٕ ملحدوہم رٔٹی تہٕ ووٚتن زِ روح چھ یتھو شعرو سیتٕ تابیا سپدان۔ امی نش چھ ماتھ لفظ درامت۔ یم

سارٕی واقعات چھ ظاہر کران زمین گو نماتن اوس سیٹھاہ تعظیم کرنہٕ یوان ۔ امہِ عزتُک بوڈ وجہ اوس یہِ زِ دیوتا ڈلیفور سندی ساری معجزٕ تہٕ سلاہ سپدان سارینے پیشنگوٗیی آسہٕ اوٚتام نظمس منز بیان کرنہٕ آمژٕ ۔ شاعرن ہندِ ین نظمی کارنامن منز تہٕ اوس یمنے ہندی یا کھٹ وزن بجرٕ تہٕ تھود تخیل آسان یُس شاعرن شوبان چھُ ۔ اَتھی ہشرس پیش نظر اوس لُکن اَتھ شاعری منز خُدائی طاقت بوزنہٕ یوان ۔

دیٖٹھِز لفظِچ معقولیت سطحس پیٹھ اَنہٕ باپتھ کرِ یہٕ اکھ قدم برونٹھ پکنچ جسارتھ تہٕ وَنہٕ زِ پاک دوود سندی مناجاتھ چھِ نظمی وَحے ۔ میانہٕ اَتھ جسارتِ دِن شہادتھ دوٚشوے قدیم تہٕ جدید عظیم عالم ۔ زٕھورُے مناجاتھ لفظ تہٕ کرِ میانہٕ بیانچ تائید ۔ مناجاتھ چھِ عبرانی زبانِ منز لیکھنہٕ آمژٕ ۔ اگرچہ اَمکی قواعد وزنٕچ پوٚر پوٚر ذری یاف چھنہٕ کرنہٕ امتی ۔ تاہم چھِ یہودیا یکی ساری ماہر اَتھ پیٹھ متفق زِ یہِ چھُ پوٚرٕ پوٚر وزنس منز لیکھنہٕ آمٕژ ۔ چھیکرس تہٕ اصولن کُن وُچھتھ وَنو اَسی وُنی زِ دوود سند ورتاو تہٕ تمو سٕتی پیشنگوٗیی چھنہٕ محض شاعرانہٕ ۔ نہٕ تہٕ کمہِ باپتھ چھُ سُہ سازن بیدار کران یا کردارن اکثر آزادی سان بدلاوان یا سُہ تذکرٕ کران یتھ منز سُہ اَسہِ خُدایس سٕتی خُداوندی وُچھنہٕ باپتھ تیار کران چھُ یا یلہِ سُہ حیوانن ہنز خوشی بیان کران چھُ ۔ یا یلہِ ہٕنز حرکتھ ہاوان چھُ تتھ حالس منز یتھ اِلہامی شاعری وَنان چھِ ۔ یوٚزگو یہِ زِ یہِ حال ہاوان چھُ سُہ ہیٚنٛ پان جذباتی عاشق بناوان تمہِ بیان تہٕ ہمیشہٕ روزن والِ حسنُک یتھ تمہِ دلچِہ اُچھ وُچھتھ ہیکن تیٚمِ صفائی یٔژھ سٕتی ہیتر منز آسہٕ سہٕتے چھُ حدشہِ سیدان زِ اَمس پاک انسانہٕ سُند ناو شاعری سٕتی وابستہٕ کرِتھ ماکنے اَتھ ناوس بے حُرمتی ۔ تکیازِ ازکل چھنے ووٚنی شاعری مضحکہٕ دار تبصرو تہٕ فاصلو سٕتی خاکس رلاونہٕ آمژٕ مگر یم ہینیبو فکری فاصلو سٕتی اَتھ سٕتی ۔ نظر تراوِتھ اندر تام وُچھن تمن یہِ درینٹھ امیک انجام تہٕ اَمِچ کارکردگی ترٛتھ یوسہٕ زِ تہٕ چھنے تہٕ تیمہِ کِنہِ یہِ خدایہٕ سندِ خانقاہ منز نیٚ دخل نیٚسِد تھ ہیکہِ تہٕ ۔ یکی تووہ نی وُچھو اَسی زِ یونانہٕ نوٚکس ناو ژورامہِ باپتھ تہٕ کوٚسہٕ رائے کرٕ قایم اَتھ شاعری متعلق ۔ یونانہٕ نوٚ وٚدن اَمس شاعر (POET) ۔ خوبصورتھ تہٕ موزون آسنہٕ کِنہِ دوت یہِ لفظ یتھے

یاٗھٹو بلٕکۍ زبانَن منز تہٕ۔ یہٕ لفظ چھُ تمہٕ لفظٕ نشہٕ دٕرامُت یٚمیُک معنے بناوُن چھُ۔ یعنے (POIEIN) منے چھٕنہٕ بوزُن تگان زِ یہِ چھا محض اتفاق کِنہٕ عقل زٕ انگریز چھِ رٕلے ہٕتہٕ یوٗنانین ستۍ اٚمِس بناوَن وول وَنہٕ نَس منز۔ وُچھو کوتاہ تھوٗد چھُ یہِ بدل لفظ چھُ یہِ۔ میانِہ کِنہٕ گوٗڑھ اَمی ستۍ بلٕکۍ سائنسن ہُنٛد وُستھ تہٕ حد نِشانہٕ وُن۔

اِنسانس دِنہٕ آمُت کامہٕ تہٕ فنَ چھُنہٕ سُہ یَتھ منز فطرتٕکۍ مظاہرن ہُنٛد مظاہرس اَکہٕ ہتۍ چھُنہٕ۔ تمَن ہُنٛد دارِ مدار چھُ یمَن مظاہرن پیٹھ تہٕ یمَو رٕوس ہیکَن نہٕ تم شکل لٕبِتھ۔ مثالے انسان چھُ اکثر تہٕ کرِ دارِ بنان تمَن چیزن ہُنٛد یم فطرت تَس برونٛہہ کِنہٕ سجاوان چھُنہٕ۔ نجوٗمی چھُ تارکن سام ہیوان تہٕ یہِ کران چھُ سُہ تمَن ربطن پیٹھ سونچان یم فطرتَن حاصل کٔرۍمتۍ آسان چھِ۔ اَتھی چھُ سُہ لفظن ہُنٛد لباس وَلان۔ جومیٹری دان تہٕ ریاضی دان تہٕ چھُ یمہٕ وِہے دِتَوٕتھ مواد پرکھاوان۔ موٗسیقار تہٕ چھے کُنہِ ہوان زِ فطرتَس منز کمَن چیزن منز چھُ ربط تہٕ ہشر تہٕ کم چیز چھِ اَمہٕ نِش خالی۔ فلسفی یِتہِ اَس اَتھی پیٹھ ناماوارٕی۔ اخلاقی فلسفی تہٕ چھُ فطرتُچ نیکین تہٕ بدی یَن تہٕ انسانہٕ سُنٛدِ خاہِشن پیٹھ دٕرِتھ۔ سُہ چھُ وَنان فطرتَس یہٕ تہٕ پکو تہٕ نہٕ کٔرِو نہٕ غلطی۔ قونوٗن دان چھُ تی وَنان یتھ پیٹھ انسان کمر بستہٕ چھُ آسان۔ توارِیخ دان چھُ تی وَنان یہِ انسانو کوٗرمُت آسان چھُ۔ گرہمر دان چھُ کلامہٕ کین اصولن پیٹھ بولان۔ فصاحت کار تہٕ منطقی چھِ یہِ کُنہِ تَطرتَل تھاوِتھ زِ فطرتَس منز کیا چیز سَپدِ چَل جل تہٕ تہٕ یُس اَسہِ قایِل کرِ۔ تم چھِ اَتھی پیش نظر اَسہِ تم مصنوٗعی قواعد دِوان یم فرض کٔرۍمتہٕ مواد حسابہٕ اُکس سوالہٕکِس دایرس منز بند آسان چھِ۔ طبیب چھُ انسانہٕ سٕنٛدِ جسمُچ فطرت تہٕ چیزن ہنٛز مُفید تہٕ مُضر خاصیتھ تولان۔ بالاطبیعاتھ کُھنہٕ کایِل چیزن ستۍ کامہٕ تہٕ تعلق آسان چھُ یُس بالا فطرتی مانہٕ یُن گرٛتھِ تہٕ چھِ فطرتہٕ کھوٗٹس چیزو ستۍ وٕرتھناوِتھ یوان تہٕ بدکٕڈ نہٕ یوان۔ شاعر چھُ واحد سُہ شخص یُس زِٕتھن پابندیَن ستۍ پان گنٛڈناوِس نفرتھ کران

چھُ تَس چھُ پننہٕ ایجادُک طاقتھ تھوٚد کھاران۔ سُہ چھُ بیاکھ فطرتھ پاد کران۔ سُہ چھُ یاتہٕ چیزَن تمہِ نِشہِ بہتر بناوان یِہ تمہِ فطرتن بناوِمتۍ آسان چھِ یا چھُ سُہ تمَن بلکل ترتھ نوٚشکل دِوان یوٚسہٕ اَکھ دِس تام فطرتس آسہ نہٕ۔ مثالے ہیرو، عظیم انسان، سائیکلوپس' پھیار، دیوی، دیوتا وَغارٕ وغارٕ۔ یِس چھُ سُہ فطرتس کرِ لوٚر پکان۔ تس چھِنہٕ فطرتکۍ تنگ توحفہٕ بند کران بلکہ چھُ سُہ یِتۍ زیرکی ہتدِس راہہٕ منٛڈِس منز آزادی سان پھیران۔ فطرتن سجاوٕنہٕ ساًنۍ زمین تمہِ رنگہٕ بستہٕ ستۍ یُس اَکھ زنگارنگ شاعَر وَدیت۔ نہٕ چھِ اَتھ تمہِ دلکش دٔریاو میوٕ دار کُلۍ۔ مُشکہٕ تہٕ زہرٕ ہوٕنی پوش، نہٕ تمہِ چیزہِ اَکھ زیادٕ ٹاچھِ زمینہٕ بَیہِ ہَن ٹاٹھ بناوہَن۔ اُمہِ سُند دُنیا چھُ ترٛامُوسیقہٕ شاعر سوٕ پہٕ سُند بناوِتھ پیش کران چھِ۔ ترآوِ تو کھِ یم چیز اُکھ کُن۔ یکۍ تو انسانَن کُن تِمۍ سِند بابتھ یم باقی چیز چھِ باسان زامہِ زمینہٕ چھِپِن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گاٹہٕ جارو رتو وُمت سُہ بناوان بناوان ڈٕنی تو تمہِ چھا وجود دِیمُت تھجیس ہِند کھوتہٕ بَیہِ کانسہٕ ہِنٛزِس عاشقس۔ یا ئیلڈ ہِند کھوتہٕ زیادٕ جانۍ یارس اور لینڈ ہِند کھوتہٕ زیادٕ بہودرس۔ زینوفونس ہِند کھوتہٕ زیادٕ بہتر شہزادس وٚرچِل ہِندِس اینیسس مقابلہٕ یُس پرتھ لحاظٕ عالی شان اوس۔ اَکھ پیٹھ مہ سوٚنچو تہِ مخولہٕ اندازس منز یِہ ظون ہیتھ زِ اکی کارنامہ چھِ ضروٗری تہٕ دوٚیمکۍ چھِ نقل تہٕ فسانوی۔ تکیازِ پرتھ گاٹُل چھُ زانان زِ بناوَن والۍ ہنٛز کاریگری چھےٚ خیالس منز یا تھَیہٕ بیمیتہٕ برونہہ گوٚڈ تھَیہٕ بیمیتِس خیالس منز آسان۔ یِہ چھِنہٕ بذاتِ خوٚد کارنامَس منز آسان بلکہ چھُ کارنامہ اُمہِ خیالُک اکھ نتیجہٕ شاعرس چھُ کانہہ خیال یا نَس نِش عیان آسان۔ اَمہِ پتہٕ چھِ اَکھ خیالس حسبِ ضروٗرتھ پوٚختہٕ گی سان پیش کران یوٚسہٕ تمۍ دائرس آسان چھےٚ۔ شاعر ہنٛز یِہ ترسیل کاری چھِنہٕ پوٚر پوٚر خیالی آسان یِہ تمہِ وَنان چھِ یم ہواوس گیجہٕ گنٛڈان چھِ۔ حقیقتھ چھےٚ یِہ زِ شاعر چھُ جان پاٹھۍ کام کران۔ یِہ چھِنہٕ فطرتکۍ پاٹھۍ صرف اکھ سایرس بناوان یُس اکھ خاص شہزادٕ اوس بلکہ چھُ یِہ دُنیہَس اکھ سایرس دِوان یُتھ وارِیاہ سایرس وجود لبَن۔ شرط چھُ یوٚہے زِ لکھرَن یِہ تانٛچ برپور کوشش زِ شُکیا زِ تہٕ کیتھ پاٹھۍ سوٚ وا اُمۍ شاعرن تہٕ تخلیق کارن۔

یتہ گرٛھنہٕ زیادٕ گُستاخ مقابلہٕ زاتُن زاگراُسہ انسانہٕ ہنرٕ زیرکی ہُند تھدِ کھوتہٕ تھوٚد نوکتہٕ تولون فطرتکِس طاقتس ستہٕ۔ اَسہِ پزٕ واجب احترام کرُن تَس خالق سُند یمہِ انسان بنوو مُت چھُ یُس تخلیق کار چھُ۔ تمہِ بنوو یہِ انسان پننہِ خاہشہِ مطابق تہٕ کوٚرُن بالہِ تمام ثانی فطرتہٕ نِش سرفراز۔ یہِ انسان چھُنہٕ تیوٗتاہ بنییہ کُنہِ تہٕ ذریعہ اظہار وان یوٗتاہ شاعری منز چھُ۔ خُدائے چھُ پننہِ الٰہی شہہ کہِ طاقتہٕ ستہٕ چیزن یم فطرتچہِ کارکردگی مقابلہٕ سیٹھاہ کھسۃ آسان چھ ظہوٗر وان۔ اتھ منز چھِ بیہ ژھن ہندِ بایتھ کافی جواز موجود۔ تاکہِ تم سوٗچن مثلن آدم سُند گوڈنیُک زوال تہٕ اخراج۔ ساتی زندزرکی چھنےٚ اَسہِ ہاوان زیکمیل کیاہ گوو مگر اَسہِ چھُ پننہِ قابل ارادٕ اوتہٕ واتنس بُتھِ یوان۔ مگر جواب ترن کُم لکن فکرِ تہٕ سیٹھہے کم ہاوَن اتھ ستہٕ رضامندی۔ پَس آسنہٕ یہِ کنہ خالی انہٕ معنے ییلِ یوٗتا نوو اتھ شاعری سٕہ ناودیُت یُس بالہِ تمام علموٗ مقابلہٕ تھوٚد چھُ اُسہِ سونچو زیادٕ آسان طریقس بیٹھ ونوٗ زِ یزٕ رٕہیکہِ زیادٕ محسوس کروٗن اُسہِ مگر شاعر سُند بیان یتھ کانہہ تہٕ انکار کرِتھ ہیکہِ نہٕ چھُ محسوس کرناوان تہٕ یُس چھُ یہِ بانے تعریفن لایق آسان۔ محسوس چھُ یتھ پاٹھی کرناوان زِ سہٕ چھُ یمن احساسن ناو تھاوان۔ شاعری چھےٚ یَس نقل کرنُک فن۔ ارسطووَن گوٚر اَمہِ بایتھ ممسر لفظ۔ اَمہِ لفظُک معنے چھُ تہٕ یہِ نمایندگی کرِ۔ تہٕ یہِ بناوٗتی آسہِ، یا سوٚ شکل یوٚسہِ پروٗتھ کُن ییہِ۔ استعارٕ لحاظٕ ونوٗ اَسہِ اتھ کیتھ کرو نی تصویر یوٚسہ اُسہِ تھِچنا وان چھےٚ تہٕ حظ دِوان چھےٚ۔ اَمکی چھِ ترٛے قسم۔

قدامتس تہٕ فضیلتس پیش نظر اُسہِ خاص درجہٕ تم تھاوان یمو خُدا یہِ ہنرٕ اتھ تہٕ ینہٕ واجبہٕ فضیلتہٕ نقل کوٚر۔ اَتھ دُرس منز چھِ یوان مناجات کار حضرت داووٗد۔ نظم کلیسائی باتھ تہٕ محاورٕ لیکھن وول حضرت سلیمان۔ حمد لیکھن وٲلی حضرت موسیٰ تہٕ ذلوٗرا۔ بنیہِ سُہ یمہِ خاب لیوٗکھ۔ امیونیل ٹرمیولیس تہٕ فرانسِسکس جونیس عالم چھِ دیان زیم چھِ مقدس کتابن ہندی شاعری وٲلی جز۔ یمن خلاف کرنہٕ کانہہ تہٕ شخص کیتھہ یُس پرٛتھ آسہِ۔ اَتھ دُرس منز چھِ آر فیس، ایم، فیبن

حمد کار ہیو مرتہ بییہ تہٕ واریاہ یمن منز یوٗناٰنی تہٕ روٗمی دوٚشوے شاٰمِل چھِ ۔ یہ شاعری ہیٚکہ یہ پیٚتھ
شخص ورتاوِتھ یُس سینٹ جمیزی آسہٕ ۔ سُے جیمزیٚم مشہوٗر چھِ دیٚمُت زیٚلہِ لوٗکھ خوش
آسن تہٕ تیٚہندی گرٛٮ۪ھن مناجاتھ پرٛنی ۔ منٛز چھِنےٚ خبر زِ اَڈی چھِ تسکین تہٕ آرام حاصل کرنہٕ باپتھ
یہ عمل جاری تھوان ییٚلہٕ تِم شدید نادم چھِ آسان تِمن گونہن پیٹھ یِم موتس نزدیکھ انان چھِ ۔ تِم چھِ
تسکین لبان تِمہ پرٛارتھنہِ پزِشِ یُس تِم پرٛژھان چھِنہٕ ۔

دوٚیِم دوٚر چھُ تِمن لوکن ہٕنٛد یِم فلسفی یا تہٕ مواد سٕتی تعلق تھاوان چھِ ۔ اَتھ فلسفس
چھِ کیٚتی قسم ۔ ٹری ٹیس تہٕ فوکلیڈینیر چھِ امکی اخلاقی پہلو پیش کران ۔ امہِ کس فطری پہلوس سٕتی
چھِ لیوکرٹینر تہٕ ورحیل سٕنٛد حیار حِکس ۔ اَمیک بیاکھ حِصہٕ گوو نجومیات یتھ سٕتی مینیلیس ،
لوٗٹیٹس وابستہٕ چھِ ۔ لیوکن چھُ تواریخی گوشک ماہر ۔ ووٚنی اگر کانٛہہ یتھس علمس منز لِتھ لبہِ تہٕ قصور
چھِنہٕ تِمہ مۆدرِ غذ منکہ یُس یِم علم پیش کران چھِ ۔ بلکہ تیٚہنز تِمہ عقلہِ ہنٛد یتھنہٕ کانٛہہ ذاتی چھِ ۔

چوٗنکہ دوٚیِم دورِ چھُ شاعری تہٕ مضموٗنکس ساختس منز ہنٛد آسان یُس چھُنہٕ یہ تیٚنہ ایجاد
پسندی ہنز ۔ وَتھ قدماوِتھ ہیکان ۔ یِم چھا شاعر کنہٕ بییہ کیہنہ ۔ اَتھ مَسلس پیٹھ ہیکن گرام کار
آنکار نکار کِس مسلہ زیٹھراوِتھ تہٕ تھ تریمس دورس تام واتِتھ یُس بلاشک شاعرن ہنٛد اصل
دوٚر چھُ ۔ وُنیہ یہ زدوٚیمہ درکین تہٕ یمن اصل شاعرن چھِنےٚ تریٚژھے فرق یتہٕ معمولی رنگ
کارن یِم تِمے تُھی شکلاوان چھِ یِم برونٛہہ کنہٕ تھاونہ ییتھ تہٕ تِمن اصل فنکارن درمیان چھِنےٚ یِم تیٚنہ
گاٹہٕ جارو وراے باتے ضابطہٕ ییتھ کٔنی ترٛاوان چھِ ۔ یِم چھِ رنگو سٕتی تہٕ اَسہ برونٛہہ کنہٕ تھاوان
یہ اچھین وچھنہٕ باپتھ پرٛیتھ لحاظ دٔرس بوزنہٕ لوان چھُ ۔ مثالہ باپتھ دمہ بہ حوالہ لکرشیا ہتر تِمہ
مدے دار مگر افسوسس نظر ہنٛد یمہِ وجود لوٚب تِمہ ساعتن ییٚلہ تِمہ ہنٛز پانس منز تیٚتھ قصورس
سزا دینیت یُس بییہ کمی تام گورمُت اوس ۔ فنکارن کرِنہٕ اَتھ عملہ منز ۔ لکرشیا بیش یوسہ
تِمی وچھم تہٕ اس تہٕ بلکہ یوٚر تِمی رنگ صنفکس خارجی حُسنس ۔

ترٚیٚم دوٚر چھُ سُہ یُس انتہائی مناسبتہٕ سان ہیٚچھناوٕنہٕ تہٕ حظ دِنہٕ باپتھ نقل کران چھُ۔ نقل کاری منٛز چھےٚنہٕ تِم اکھ اَرٕژھ تہٕ وٕژم اَنان تِمہٕ منٛز یہٕ اوس یا چھُ یا آسہِ۔ تِم چھِ تجربہٕ کار شعوٗرِچ راس رٕٹِتھ الہامی فکرِ تہندِس دُینہٕس سازٕ کران تہٕ ونان زِ کیا ہیٚکہِ اسِتھ تہٕ کیاہ گرٕژھِہ آسُن۔ یِم چھےٚنہٕ گوٗڈنکہِ درٕکی پاٹھۍ وٕبٕٹیٚزٕ ناوس تَل یِوان۔ یُس چھُ باگہٕ وان زبانَن تہٕ گاٹٕھپَن لوٗکَن یِمَن شاعرَن ہُند انتظار آسان۔ یِم چھِ پٔزۍ پاٹھۍ تخلیق کران نقل کرنُکہِ غرضہٕ۔ نقل چھِ کران خط دِنہٕ تہٕ ہیٚچھناوٕنہٕ باپتھ۔ خط چھِ دِوان یِتھ لُکن رٕغبتھ سَیِد رٕژرس کُن۔ دوٕنی اگر اَتھ رٕغبتَس حظ تِہ آسہِ نہٕ لوٗکھ ژلَن امہٕ تَشِس یِتھ پاٹھۍ تِم انجانَن نٔشہِ ژلان چھِ۔ تِم چھِ لُکن ہیٚچھناوُن زِ لُکُن تِم پھِر تاوٕنہٕ یِوان چھِ تہٕ چھِ رٕژر۔ اَمی رٕژرکہِ حصولہٕ باپتھ چھ پرٕتھ علم تہٕ پرٕتھ بوٗزٕ شنوٗزٕ عمل کارٕ۔ امہِ باوجوٗد چھےٚنہٕ تِمَن بہٕ گنڈ زٕلوٗن ہیٚز۔ وٕژھے یِمہٕ تِمَن بیٚچھ ٹنوٹنو کران روزان پھےٚ۔

یِمَن ہیٚکہِ مزید حصہٕ بٹٲے سَید تھ۔ زیادٕ مشہوٗر گےٚ۔ یِمو منٛز تِم یِمو رزمی غزلی المی ظرافتی، ہجوی، ایمایک، مرثی، شبابی، منظوماتھ تخلیق کرٕی۔ اَتھ دٲیرس منٛز یٚن بیٚیہِ تہٕ کیہنہٕ۔ یِمو منٛز چھُ اَڈٕ پٔن ہُند ناوتہٕ موادٕ موجوٗب تجویز سَیدان یُتھ تِم ورتاوان چھِ۔ اَڈۍ تِمو شعروستی یِم تِمو لیکھےٚنہٕ باپتھ زیادٕ پسند کرٕی تِکیازِ اکثر شاعر وٕچھِ بیٚیہِنٕن شاعرانہٕ ایجادن لباس ووٗلمُت تِمن مختلف قسمچن عبارتن منٛز یِمَن نظم ونان چھِ۔ متےٚ ووٗن تِمو چھُ لباس ووٗلمُت۔ نظم چھِ محض اکھ زیور تہٕ یہٕ چھےٚنہٕ شاعری زٕژم دنکُ کانہہ مُحرک۔ دُینہٕس منٛز چھِ واریاہ شاعر وُٹھی ہیٚتی یِمو زٕنہہ تہٕ نظم کاری کرٕمٕژ چھےٚنہٕ۔ تہٕ لٕکرو لٕکرو چھِ تِم منظوم عبارتھ لیکھن والی شاعر ناوس مستحق چھےٚنہٕ۔ زِ یِنو فینَن کرٕ نہ تعالی تہٕ دژن الفی جینی یُس انصاف دار مملکتچ عکاسی کران چھےٚ سایرس ہندس ناوس تَل۔ یہٕ زٕن سمبروتس متعلق ونان چھُ تہٕ بناوُن اکھ شاندار رزمی نظم۔ اَتھ مقابلہٕ لیٚچھ ہیلوڈورسن زِ کتابہٕ۔ اکھ تھیٚچنیس

تہٕ بیاکھ چیار کلی ۔ یِمہٕ دۄ شوٗرٕے چھِنہٕ تٔرس منٛز۔ مگر لولہٕ تصویرِ رُک یُس موٗدٕر ایجاد تٔمی مَن اندر کوٗر تمہِ دیتِ یمن تھٕر۔ شاعری ہُند مرتبہٕ ۔ بہٕ چھُس یِمہٕ کتھ اوٚ موجوٗب وَنان زِ بحر تہٕ ردیف، قافیہ تہٕ نظمی عبارتھ ہیکن نہٕ اکِس انساتس شاعر بناوِتھ یتھ پأٹھۍ زیوٗٹھ گاوَن کانٛہہ ایڈوکیٹ بناوِتھ ہیکہٕ نہٕ ۔ دوٚنی اگر کانٛہہ ایڈوکیٹ پنٕنہٕ خاصیتھ تھاوان آسہِ اگر سُہ فوجی لباسس منٛز تہٕ کیسِچ پأروی کرِ تمہٕ ہتہِ گرٕتھِ نہٕ سو پأروی کُنہٕ تہِ لحاظ کمہٕ۔ ورٕ سُہ روزِ ایڈوکیٹے تہٕ وردی تألی آسنہٕ کنہٕ ہیکہِ نہٕ سُہ فوجہِ کھوچہِ ہیٚچھ وُترتھ ۔ یُزر چھُ یہِ زِ زینٛہِ تہٕ ناکار بہتر صفتن ہند بہلہٕ پایہٕ کین تصویرن ہنٛز۔ تخلیقکأری تہٕ حظ دار ہیچھناوَن کأری ہُند کامیاب واتناوِ چھِنہٕ سو کھوٚٹ یتھ ہیٚچھ اَکھ شاعر پرٛکھاوِنہٕ یِوان چھُ۔ یتھ منٛز چھِنہٕ کانٛہہ شکھ زِ شاعرن ہنٛز اکثر ژیر چھِہٕ نظمی شاعری بٔتنہٕ یاپٕتھ سارِوے کھوتہٕ موزوٗن تہٕ برابر لباس تسلیم کوٗرمُت ۔ البتہٕ بہٕ چھُس یہِ وَنُن یژھان زِ یتھ پأٹھۍ تمہٕ مواد حأصل کرنس منٛز سارِنے بروٚنٹھ دٔراے تھٕے پأٹھۍ دٔراے تمہٕ بروٚنٹھ بیانکأری منٛز تہِ ۔ تمہٕ کرٕ تہٕ تمہٕ لفظ یتھہِ پأٹھۍ بیان یتھہٕ پأٹھۍ آسی پانہٕ دأنی کتھ باتھ یا خابَس منٛز کران چھُ۔ یعنے یِمہٕ طریقہٕ لفظ زیوٗ ہیٚچھ کھوٚت تمی طریقہٕ اوٚ قلمبند کرنہٕ تمہٕ چھُ پرٕتھ لفظُک پرٕتھ حرف موادکِس مرتبس مطأبق توٗلی توٗلی توٗلان ۔ فأیدٕ مند روزِ اگر آسی گوڈٕ بعد الذکر قسمِچ شاعری اَمہِ سٕدٕ بوٚ پرٕ شعر کارنامو ستہِ تہٕ یتہٕ اَمہٕ کِنہِ حصوٚستہِ توٗلون ۔ ہرگہہ یِمو دوشوٗرٕے تولنوٚ ستہِ سُہ مذمتس لایق دٔراو تہٕ ٹیلہٕ کرٕوٕ اسہِ اَمہِ سٕدِ بایتھ زیادٕ موزوٗن حملہٕ تلاش گاہٕ بٕجار شوٗز راوُن یا داش بختا وار کرُن ، فأصلہٕ کرنُک طاقتھ حأصل کرُن ، تخیُل کُتاہ کرُن یتھ اَسی عام طور علم ہیچھُن وَنان چھِہ ۔ یتھ ناوس تَل تہٕ یہِ حأصِل سپدِ تہٕ یتھ تہٕ فوری حصوٗلس کُن یہِ لاگنہٕ تہٕ اَمیُک مقصد چھُ اَسی تیوٚ تاہ تھدِ طریقہٕ لایق بناوُنی یوٗنأنی سأنی خراب سپدی تمہٕ رُوح یِمہٕ زمینی دلچسپیو زیادٕے خراب کرٕٔہ ستہِ آسان چھِ اَنہٕ قأبلِ سپدِتھ ہیکن ۔ اَمہِ دیت انسانہٕ ہندِ روحانہٕ موجوٗب بسیار شکلی تاثرُن یکھہٕ ۔ اَڈ بو دوٚن زِ یہِ سہوٗلیتھ کرِ و

اُسی علم حاصل کرنہٕ ستۍ حاصل۔ تہندی کِنۍ چھُنہٕ کانہہ علم تیوٚت تھوٚد یوٚت تارکھ شناسی چھنۍ۔ یُس زوٗر تموٚ پننہٕ بابتھ فلکیات۔ اَڈبو ووٚن زاگر تموٚ چیزن ہندی وجوہاتھ معلوٗم کرِ تمن تِم دیوتا۔ اُتھی طوٚتس منز بنیے تم طبعی تہٕ بالاطبعی فلسفی، اَمِچہ قابلِ تعریف فرحزٕ پیش نظر لاریے اُڈی موسیقی کُن۔ ریاضی ہند بوشقہٕ نتیجوٚنی اُڈی یاتس کُن۔ یِم ساری اَکی برتھان زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ زانکاری تہٕ پتہٕ اَمہِ زانکاری ستۍ مِنٕ دِل تھوٚد تلن جسمکہٕ فاَد خاتہٕ منز۔ یُتھ تم منٕ الہامی جوہر شادمان کرِتھ ہیکن۔ مگر یِیلہٕ تجربہٕ چہٕ تہٕ کرِ ستۍ معلوٗم سپد بوزِ فلکیاتک ماہر ہیکہٕ اسماتس کُن وُچھان دُچھان بون دوٚبس منز۔ تہٕ دُرکاوتہٕ یِتھ۔ تلاش کار فلسفی ہیکہٕ اَندرٕ اوٚن تہٕ اَستھ۔ ریاضی زان ہیکہٕ ہلہٕ دلہٕ تہٕ اکھ سیوٚد رِکھ تراوِتھ۔ تمی دِز کوٚرٕ شوٚتن یُس خیالن ہند آخری حاکم ماننہٕ یوان چھُ۔ یِمہٕ برٕ رگ نیٚنز زِ یِم ساری چھِ مذمت کرنۍ سائینس۔ یِمَن سارِنی چھُ پنٕن الگ اند۔ اَمابوٚز اَمہِ باوجود چھُ یِمن ہند رۄح علمکس تھد کھوتہٕ تھدِس اثرس کُن۔ یوٗنانہٕ تھوٚو اَتھ تعمیری ناو۔ یعنی سُہ یُس نمائندگی کران چھُ تتھ علمس یُس تعلق چھُ تھاوان انسانہٕ سندِس ذاتس ستۍ۔ اخلاقی تہٕ سیاسی مصلحتن ستۍ۔ نہ صرف رُت زانتس ستۍ بلکہ رُت کرٕاونس ستۍ۔ زین بناوَن والِ سُند دوٚیم مقصد چھُ آسان اکھ جان زین بناوُن مگر تمہِ کھوتہٕ زیادٕ شریف جذبس یُس شہسواری ستۍ تعلق تھاوان چھُ۔ شہسوار چھُ سپہ گری برتھان۔ سپہس چھنہٕ آسان صرف یِتھۍ سپہگری حاصل کرنچ کل بلکہ عملی طور سپہہ گری ہنز ورزش کرنچ تہٕ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ظاہر سپدان زِ تمام زمینی ہوٚنرِ ہند اَندک اَند چھُ رژ عمل آسان تہٕ تمہٕ ہوٚنرٕ یِمہٕ اَمہِ کہ حصولہٕ بابتھ زیادٕ خدمت کران چھِ تمَن چھِ بلتی ہوٚنرن مقابلہٕ تھزٕ جاے رٹنس پوٚرٕ حق۔ اُتھی یوٚت منظرس منز ہاوِ وا اَسی تمی ہندِن بلتی حریفن مقابلہٕ شاعر ستۍ شرافتھ۔ یِمن حریفن اندر چھُ اخلاقی فلسفہٕ خاص مقام تھاوان۔ مےٚ یِیلہٕ تمن بیٚٹھ نظر یوان چھنۍ مےٚ چھِ یِم یوٚمل ہوٚی درنیٹھ یوان زِ نہٕ تم دُہلِ گاشس گوٚناہ کرنس بیٹھ تیار آسان چھِنہٕ۔ ظاہری طور چھِ تم چیزن ہنزِ خارجی

شکلِ متعلق نفرت ظاہر کران۔ شان وشوکتس متعلق کتابہٕ چھکھ اُتھن منز آسان تہٕ یمن پیٹھ چھہٕ یہند ی:ودرج آسان تہذیبہٕ سان چھہٕ زاوی جارس خلاف کتھ کران۔ یس تہٕ انسانس منز تم شرارتھ وچھان چھہٕ تس پیٹھ چھہٕ ناراضگی ہاوان۔ تعریف تقسیم تہٕ امتیاز باگراوکن وزِ چھہٕ یم ینامہٕ دِوان۔ نفرتھ دار سوالی اندازس منز چھہٕ تم لوتہٕ لوتہٕ وَنان زِ ہرِ زرِ چ کانہہ ترٕ تیار وَتھ بنٕہ چھنہٕ ممکن یتھ پیٹھ انسان ہیکہٕ۔ اگر چھنہٕ سو چھنہٕ سوے یوسہٕ ہیٚچھنہٕ وان چھنہٕ زِ ہرِ زرِ کیاہ گو وِیس چھہٕ سُہ یہٕ ہرِ زرِ ہیٚچھناوان نہٕ صرف پننٕ وجودس سبب تہٕ انجام داوس لاگتھ بلکہ پننٕ دشمن گو نہٕ یس یَدِ کُڈِتھ تباہ کرُن ضروری چھُ۔ بیٚیہٕ پننٕ بے ڈول نوکر جذبہٕ یتھ پیٹھ قوبو کرُن ضروری چھُ۔ تمہٕ عام خصوصیتہٕ ہاوتہٕ ستی یمہٕ یمن منز آسان چھنہٕ۔ بیٚیہٕ تمہٕ خاص خاصیتہٕ یمہٕ یموتش اخذ کرنہٕ یِوان چھنہٕ۔ تم چھہٕ سیٚدی پاٹھی لیکھان زِ یم کتھ پاٹھی چھہٕ انسانہٕ سند ذاتی لوکہٕ ڈُنیا منز تیر تھ خانہٕ داٚتن ہنز حکمرانی منز تہٕ لکہٕ سوسایٹی قایم تھاونس منز وُستھ لبان۔

تواریخ کار چھہٕ مشکلنے اخلاق کارس تیٚوت کینہہ وَننچ موقعہ دِوان۔ حالانکہ یانہٕ چھُ سُہ تمہٕ یِنٚدک یور ہیٚنتھ آسان یُس گگرو دنہٕ منز ہرتھ ترِو و مُت آسان چھُ۔ سُہ چھُ بلکہ تواریخن پیٹھ پلان یمن ہنز عظیم سند تتھ بنٕیاز پیٹھ چھنہٕ تعمیر سپدان یوسہٕ کنو کِنو زمرٕ آسان چھنہٕ۔ تمن چھُ ناز آسان تمن کوشش پیٹھ یمہٕ تم انجام دِوان چھہٕ طلح صفائی کرنس منز۔ تمن تواریخ داٚتن یمن پانہٕ وانی اختلاف آسان چھُ۔ جانبداری منز پرزرِ ترهانڈ نجہٕ علمہٕ پیٹھ تہٕ تمن فخر باسان۔ تم چھہٕ ازکالس مقابلہٕ ساسہٕ وُہرس یتھ کالس زیادہ واصل آسان۔ یِمنہٕ عقلہٕ ہنز رفتار بدکڈنس مقابلہٕ چھہٕ تم زیادہ بہتر یہٕ زانان زِ ڈُنیا کتھ پاٹھی چھُ پکان۔ تم چھہٕ قدیمیاتس متعلق مُشتاق تہٕ تعجباتن متعلق جستجو پسند آسان۔ شُرین ہند بایتھ حارت کارتہٕ برادری کتھن منز جاہر۔ تم چھہٕ بڈ ہٕنڈ انکار کران زِ ہرِ زرِ کامہٕ ہیٚچھناونس منز کیاہ ہیکہٕ تمن ستی کانہہ تہٕ بیا کھ انسان ہمسری کرِتھ۔ تم چھہٕ وَنان ( I AM LUX VITAE ) تواریخ دان چھہٕ وَنان زِ فلسفی چھُ اختلاف دار ہرِ زرِ وَنان تہٕ سُہ چھُ

پانہٕ عملی رٔژر ہیچھناوان افلاطوٗن ہنز خطر روٗس اکاڈمی منز چھُ تمی سُند رٔژر نفیس مگر میون رٔژر
چھُ تس ییٚنہٕ عزت دار بجھ ہاوان پرٕزنہٕ پانٔٹھی کارسالیا۔ یوٗٹارس تہٕ ایجنکوٹ کیٚن عینگن منز سہٕ چھُ
رٔژر ہیچھناوان کینژ وٕ اکایل سونچو ستۍ تہٕ بہٕ چھُس تو ہہٕ وَنان صرف تمن ٹکن ہنز۔ دٔتھ قدماوٕ
یم تو ہہٕ برونٹھ گٔزرِتھ چھِ۔ تس چھُ ییٚنہٕ جایہِ یہِ غلط گمانہٕ آسان زِ سہٕ چھُ پرتھ رنگہٕ تہٕ
لحاظ وٕانسٹھ تہٕ تجربہ کار تہٕ گاٹلس فلسفی یَس مقابلہٕ زیادٕ اہم۔ بہٕ چھُس وارِہَن زمانَن
عہدَن ہُند تجربہ پیش کران۔ آخرس پیٹھ چھُم یہِ وَنُن زِ اگر سُہ پانہٕ کتاب بناوان چھُ
بہٕ چھُس ییٚچھن وٕالی سُند اَتھ نیہ پیٹھ تھاوان تہٕ اگر تس وَتہٕ ہاوُک وَنو بہٕ چھُس گاشہٕ۔
پیتہٕ دِیہ سُہ بےٚ شمار مِثالہ یِہ کتھ ہاونہٕ باپتھ زِ دانا لیڈر تہٕ شہزادٕ کتھ پانٔٹھی چھِ تو آرچَن
بیٚنز وَتہِ لاگی میتۍ۔ ہرگاہ ضرور تھ آسہٕ مثالہٕ باپتھ کرٕ بروٹس تہٕ اراگانگ ایلفونس پیش۔
یمن ہُند طوٗیل اختلاف چھُ آخرس پیٹھ یہےٚ کتھ ظاہر کران زِ یمو منز چھُ اُکیُم فرمان تہٕ
دوٚیم مِثال پیش کران۔ علمکس سکوٗلس منز چھُ یہِ سوال سیٹھاہ اہم زِ ثالِث سندی فرایض
کُس اتھاہ ہیکہِ یہند باپتھ انجام دِتھ۔ اگر یہِ سوال مےٚ کرنہٕ یہِ بہٕ وَنہٕ شاعر۔ اگر تہٕ اُمس
ثالِث ڈٕنوتہٕ تیلہِ گوو یہِ شخص سُہ ییٚس یمَن دوشونی نش یُہند مقام تَمِس لایق چھُ۔ یہِ چھُ یہِ مقام تمام
سائینسن نش حاصِل کرنس لایق۔ یَس کرو اُسہٕ شاعرس تہٕ تواریخ دان تہٕ اخلاقی فلسفی یَس پانہٕ وٕانی
مقابلہٕ۔ اگر نہٕ سُہ یمَن دوشونی نش سربلند سَپدِتھ تیلہِ ہیکہِ نہٕ کانہہ تہٕ انسانی حاصِل اُمِس ستۍ
برابری کٔرِتھ۔ یوٚتام اِلاہیاتک تعلق چھُ اُسہٕ چھُ یہِ ہمیشہِ اَدبہ سان تسلیم کرُن۔ اَمیک موضوع
تہٕ دایرٕ چھُ باقی علمن مقابلہٕ سوےٚ حیثیت تھاوان یوسہٕ دوامس اُکسِ لمحَس مقابلہٕ چھےٚ یَس
چھُ سُہ یمَن نِشہٕ کتہٕ کور تھَد پانُک۔ وکیلَس نِشہٕ چھُ تمام رٔژرُک حاصِل انصاف۔ اَمایوٚژ
سہٕ چھُ انسانس جان وُچھِن یَرِتھان مگر سُہ چھُنہٕ تس رٔت بناونچ جدوجہد کران سُہ
چھُ یہِ وُچھان زِ اُکس انسانہٕ ہنز ناکارگی گٔرِتھ ہیٚنہٕ بیٚین انسانَن زخمی کرٕنۍ۔ تمی سُند حصول

چھُ تَس کھ جان شہری بناوُن اگر سُہ بحیثیتہٕ اِنسان ناکارٕ ے آسہِ۔ تَس گوٚژھنہٕ کانہہ تفریق آسُن یُتھ زن سُہ رُت شہری بنہِ ہے۔ یَس چھُ تمُ سٕندِ باپتھ ضروٗری زِ آسہِ منز گژھِ کمینگی آسنہٕ۔ یَس چھنہٕ یہِ اکھ ضروٗرتھ یوسہٕ تَس عزت دار بناوان چھےٚ۔ یُس وَنو اُسہِ یہِ یِژ کتھ صاف صاف زِ سُہ ہیکہِ تہٕ تِتھی صفس منز تمن ہمسر رُوزِتھ یم ناکارگی دوٗر کرنٕچ جدوجہد کران چھِ یم ساننِ دِلہٕ کِن پوٚشیدٕ گوشن منز ژٕرر وَوان چھِ۔ سِیٚلہ ژٕورچھ تم یم تعلق تھاوان چھِ تِتھ فکرِ ستۍ۔ بمیک مقصدِ انسانی وتوٚفن ہنز شیرٕ تارٕ کرٕنی چھےٚ۔ یہِ چھُ کھوٚد علم تہٕ تمے چھِ بہترین تعریفن ہندی مُستحق یم اَتھ زیادٕ بہتر طریقہ آبیاری کرن۔

فلسفی تہٕ توٲریخ دان چھِ یُس تم یم باز زینہٕ ہن۔ اُکھُم فرمانہٕ ستۍ دوٚیِم مثالہِ ستۍ۔ مگر یمن دوشونی چھنہٕ یم دہ شوٚے تہٕ توٚے چھِ یم دہ شوٚے روٚزِ گژھان۔ فلسفی یُس کنٹرول جوازو ستۍ خالی قوایدٕ لیکھان چھُ، چھُ اندازِ بیانس منز تیوٚت سخت تہٕ اُچھن تَل اَنتس منز تیوٚت گوٚٹ زِ سُہ یُس اُمس روٚس بیٚیہ کانہہ تہٕ رہبر آسہِ۔ بیکہِ توٚتام اُمی ہے ستۍ یوٚتام بُڈ سٕندِ ایماندار بنہٕ باپتھ یہِ کینژھاہ ضروٗری آسان چھُ تہٕ آسہِ س نہٕ لار یوٚ ہتے۔ تکیازِ تمی سٕند علم چھُ دوٚد تہٕ اَکایس تہٕ غار مقرٕرس بیٹھ۔ خوش قسمت چھُ سُہ اِنسان یُس اُمس فلسفی یس سمجھِتھ ہیکہِ تہٕ زیادٕ خوش لگِن ورتاوِ یہِ فکرِ توٚرٕ مُت آسہِ س۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ توٲریخدان یُسنہٕ فرمان آسان چھُ ثبوت پاٹھی پابند آسان۔ سُہ چھنہٕ وَنان کیاہ گژھِ آسُن بلکہ کیا چھُ؟ ڈیوٚ چیزن ہندِس خاص پزرس ستۍ تمن ہندِس عام وجہس ستۍ تہٕ۔ تمی سٕنز مثال چھنہٕ کانہہ ضروٗری نتیجہٕ بروٚنٹھ کنہٕ تھاوان توٚے چھُ تِتھ کم دِنہٕ وول اصوٗل وَننہٕ یوان۔

بے مثال شاعر چھُ یم دہ شوٚے چیز باَمل اَنان۔ فلسفی یِتھ چیزس پیٹھ عمل کرنٕچ ترغیب دِوان چھُ شاعر چھُ تیٚمۍ مکمل تصویر کاٚشنہِ تِھس انسانس بیشتر ان یس متعلق سُہ فرض کران چھُ زِ یہِ چھُ تمی حاصل کوٚرمُت۔ یِتھ پاٹھی چھُ سُہ میل کران عام فرمانس اُکس مخصوص مثالہِ ستۍ۔

مےٚ ووٚن مکمل تصویر تِکیا زِ شاعر چھُ دِلکِس طاقتس تِہٕ اکھ صوٗرت تہٕ شبیہہ بخشان یتھ فلسفی
بیاٗنی اندازس منٛز پیش کران چھُ۔ توٚے چھُنہٕ یہ بیاٗنی اندازسٕنہٕ ووٚن تہٕ پوشہٕ ووٗن بنان تہٕ نہٕ چھُ
اَکھ حاصل سپدان تیٚتھ تصویری طاقتھ یُتھ اَمہِ شاعرس نِش وُچھان چھِ ییٚمہِ شخصن ہوٚس
یاہ ننگل وُچھمُت آسہِ نہٕ اگر تس کانہہ نفیس طریقس منٛز یمن ہنٛز شکل یہ ہندِ رنگ پوچھر تہٕ
پرزناون نشانہٕ باوِتھ ہیکہِ یا کُنہٕ عظیم منٛدورِ ہُند تفصیل دار حال یا کمیک مارہِ منٛدُریت بیان
کرِ یُتھ بوزن وول ییتھ قابلِ سپد زِ سہٕ بوزناوِ یہ حال وایٚن زباٗنی تو تہٕ ہیکہِ نہٕ سہٕ بینہٕ داخلی
خوٗدبیتی یہ تسلاہ دِتھ زِ سُہ اوس اکھ حرکتس بیانکاری منٛز پوٚر شریکھ۔ یوہے انسان اگر یمن
حیوانن تہٕ اَتھ منٛدورِ وُچھ لفظن ہند بوزنگو سترٕ جیماوِتھ سہٕ گرتھِ پاتے کانہہ بیان بوزنہٕ ورائے
بیٚتھ داناہ فہمکاری وُزناوُن پیس چھُ فلسفی بے تسکِ بینتھو عالمانہ تعریفو سترٕ اَدِ یاتم پرزرس
بُدی پبلک پالسی متعلق معاملن یا سرکاری یا پرٛیویٹ مسلن متعلق آسن غلطی روٚس دانائی
سترٕ انسانہٕ سندس یادداشتس سجاوان۔ اما پوز یم چھِ تمہ پتہٕ تہٕ تخیلی تہٕ پرکھاوی طاقتس برنٛتھ
کنہِ اکاہ آسنہٕ کتِ پوشید روزان اگر شاعری ہند بوکتھ کرن وایہ لفظی تصویرو سترٕ روشن کرنہٕ
پن پنہٕ۔

ڈلی چھُ منٛز یہ منٛزی شاعری ہندِ ورتاوسترٕ تمہِ حُبک طاقتھ سبٹھاہ میچھرٕ نہٕ سان
اَسہِ باور کرُن یَرتھان لیُں اَسہِ تبنس وطنس سترٕ چھُ۔ ییٚکہ تو بوزی تو یڈ اپن جیس سُند تقریر
بُس سہٕ ٹرایہِ جین نار رہِہن منٛز کران چھُ یا وھیون کلے پوز سنٛزن تمام شادمانین منٛز یولی بسس
ماتم کران بنجر تہٕ غریب اٹھا کانش دوٗرٕ آسنس پیٹھ۔ رواقی چھُ ونان زِ غوصہ گو وموخصر
جنوٗنک دورٕ ناو۔ اما پوز یلہِ سوفوکلیس تو ہر بروٚنٹھ کنہٕ اکس سٹیجس پیٹھ اجاکسس تیرن
تہٕ گُبنن یونانی فوجی تہٕ تہندی سردار اگامیمنان تہٕ مینی لاسس زاٗنِتھ کوڈِ دِوان تہٕ قتل
کران ہاوان چھُ۔ تمہی ووٚنو ترِ عالمن ہنٛز بیانکاری مقابلہٕ چھُنا تو ہر یہ ڈیشتھ غوصس

متعلق زیادٕ بہتر تصور تہٕ تاثُر دوان تِمان۔ یاتمہٕ کوشِش ہوتہٕ یوسہٕ اَکِس اِنسانہٕ سندِس
تٔہنز تفاوُتَس متعلق کرِتہٕ ییہ ہیٚمِکِس مُدعاسہٕ تہٕ تِمی سُند خابٕ دان پھِرکاوان آسہِ۔ یوٗلی سِس
تہٕ ڈوٗمیڈیس ہتِز داناٮ۪ی تہٕ میانہٕ رٕوی آسی تَن یا اکلیترٕ ہتِز بہودری یوٗرےٚ پس تہٕ نینسس سُند
یارانہٕ آسی تَن اَکِس یِتے زآنی انسانہٕ ہند باپتھ چھِنہٕ ہمن منز کانہہ تہٕ پرپرُٹھن۔ اَتھ برعکس ایڈیپس سٕند
ضمیرُک افسوس، اگامیمنان سُند جلدٕے پچھتاوان وول غرور، تِمی ہندِس مالی ہتِز زُود کھینہٕ والیٚنز
بےٚ رحمی تھبیسس کین دوٚن بارٕنین منز خامشاتَن ہند تشدد میڈیاہس منز انتقامُک
زوٗک موٗدُر۔ ہنابون ہیٚن وُسِتھ ٹرینک ناتھوتہٕ پنٕنس چاسرٕ سُند پانڈار چھِ ساری تِمہٕ
طریقہٕ بادنہٕ آمتی زِ دوٚنی چھِ اکھی ہند ناو ورتاوان تِمو خصوٗصیژو بدلہٕ ہمِن ہیم نمایندگی
کران آسی۔ بیٚیہ ہیم تِمَن صفحہٕ آسی، زٕ آسی یا نٕد یہ آسہٕ، تِمہٕ ساریے چھےٚ تِمہٕ طریقہٕ سطحس
پیٹھ اَنِنہٕ آمتی زِ آسی چھینہٕ تِمَن متعلق پٔران بلکہ تِمو منزٕ ی وُچھان۔ فلسفی ہتِز کوسہٕ نصیحت ہیٚکہٕ
زٕ ژِہِس شاندار ترین ارادس منز اَکِس شہزادس رہبری کرِتھ یتھ پاٹھی زینوفینٹس منز پیش کرنہٕ
آمُت سایرَس کران چھُ۔ اَکِس رتِس انسانَس تمام دولت مندی تہٕ نصیب جوٚیی منز یتھ پاٹھی
ورِل سُندے نیس کران چھُ یا ساری کامَن ولیتھ برونٹھ کنہٕ تھاوِتھ یتھ پاٹھی سرتھامَس مورسٕند
یوٹوپیا ہِمُک انداز کران چھُ۔ مےٚ کوٚر یتھ پاٹھی لفظ استعمال تِکیا زِ یتھ سرتھامَس مورس ہٕوکُک
تسکار سپدان چھُ یتھ چھُ سہٕ انسانہٕ سُند قصوٗر آسان تہٕ سَرتھامس مورس چھِنہٕ تتھ منز کانہہ حصہٕ
آسان۔ کامن ویلتھ شکلاونُک سُہ طریقہٕ اوس سیٚٹھاہ مطلق اگرچہ تِمی تِمہٕ شدتہٕ سان سو تیار کٔرمُت
آسہٕ۔ سوال چھُ یہ زِ ہیٚکہٕ ونس منز کتھ چھُ زیادٕ طاقت یہ چھا شاعری ہندِس تخیلی یا ایجادی
تصویرِس کِنہٕ فلسفہٕ کِس مسلسل ہدایتس۔ اَتھ جایہِ ونو اسی یہِ زِ اگر فلسفہ کارٕ زیادٕ صحیح طریقہ پٮ۪ٹھ
بیان، بطورِ فلسفی ہاوِتھ ہیٚکہٕ مُت چھُ تہٕ اَتھ مقابلہٕ شاعر ویٚتِنہٕ کارُک تھد کھوتہٕ تھوٚد تھونگ سر
کرِتھ ہیٚکہٕ مُت چھِنہٕ اَتھ منز چھِنہٕ فنُک کانہہ قصوٗر بلکہ چھُ [illegible] زِ فنُک تکمیل ممکن صرف

کے کیہتہ فنکار کرِتھ ۔ بیشک ہیکہ ہے سون مُحافِظ حضرت عیسیٰ تہٕ ڈوِس تہٕ یسزرس ہندِ دینی عبارژ
ہندی پاٹھۍ کنجوٗسی تہٕ نیزمی بیٹھ اخلاقی کتھ وُنِتھ یا فرمانبرداری تہٕ رحمس پیٹھ تمہٕ الاہی کتھ پاٹھۍ
ہندی پاٹھۍ یتھ موضوع چھُ مہربان مول تہٕ روومُت شُر۔ مگر تمۍ ہِنز تیز تلاش کار دانائی اُمس
زانان نِہ ڈولس سُند جایداداوس جہنمس منز دزان تہٕ یسزیرس سُند ابراہیم ہِنز کوچھ منز آسنہٕ
کنی کرِہے زیادٕ تیزی سان بساد یاداش تہٕ فاصلہٕ دوہشونی پیٹھ۔ مے چھُ یِژی پاٹھۍ اچھن تل
سُہ روومُت شُر ، تَسُند قابلِ نفرت اسراف تہٕ سومنیافت یتھ کُن سُہ رشک آمیز نظرو وُچھان اوس
پرہیزگار عالمن ہندی کنِہ چھنہٕ یم تواریخی کار بلکہ ہیداییتھ دِنہٕ واجنہٕ اخلاقی حکایژ۔ اخرس پیٹھ یہ جھُس
یُونانِ زِ فلسفی چھُ ہیچھناوَن مگر سُہ چھُ گچھسان ہیچھناوان تہٕ یَس چھُ سُے تَس سمجان
یُس پانہٕ عالم آسہِ تہٕ لیتو کھمُت یوٗرمُت آسہِ، یعنے سُہ چھُ تمنے ہیچھناوان یم گوڈے ہیچھتھ آسان
چھِ۔ مگر شاعرِ سُند غذا چھُ نرم تہٕ ملایم میادن ہندِ پاٹھۍ۔ شاعر چھُ یِژی پاٹھۍ صحیح مقبوٗل فلسفی
یتھی یک رُت نموٗنہٕ ایسوپ ہِنز کہانی دِوان چھِ۔ اُمی ہندی خوبصوٗرتھ تمثیلہٕ یمہٕ ظاہری طور
حیواتن متعلق چھےٚ، چھےٚ وارِہن انسانن حیوانن نِسبت زیادٕ حیوان بناوِتھ تھاوان۔ یمن
کتھ کرن والین کلبن نِش چھُ اُسی رژرچ آواز بوزان ۔ وونی اگر چہ وَنہٕ یہ زِ اگر تخیلہٕ پاٹھۍ
ذہنی وُچھ وارضروری چھُ تیلہٕ چھُ تواریخ دان سارِنے تھزرس پیٹھ تھاوُنس لایق۔ سُے چھُ
پزِ پن واقعاتن متعلق اَسہِ پر ونتھ کنہٕ دُرس شبہہ۔ تھاوان ۔ پزی واقعاتھ یم پزی پاٹھۍ
سپدی متی چھِ۔ سُہ چھُنہٕ اَسہِ تمہٕ کتھ وَنان یمہٕ عجایاتی انداز س منز سپداونہٕ پن تہٕ توقع
پیہ ہمّوٗنہٕ زِ اُسی کرُو تمِن پیٹھ یژتھ۔ ارسطوٗ دُن چھُ یہ سوال سیٹھاہ آسان طریقہٕ شاعری
متعلق پننس گفتگوہس منز بیانِ کوٗرمُت۔ سُہ چھُ ونان زِ شاعری چھےٚ تواریخس مقابلہٕ
زیادٕ فلسفی پانہٕ تہٕ زیادٕ سنجید۔ تمۍ سُند جواز چھُ یہ زِ شاعری چھےٚ تواریخس مقابلہٕ عالمی
مسلن ستۍ تعلق تھاوان۔ یتہٕ تواریخ مخصوص معاملن ستۍ۔ عالمی مسلہٕ چھُ ہشر س تہٕ ضرور تس

پیش نظر تولان زِ کَرنس تہٕ ونٕنس لایق کیا چھُ موزوٗن ۔ شاعری چھےٚ اَتھ پیٹھ نقلی ناوَن تحت
سونچان ۔ اَتھ مقابلہٕ چھِ تواریخ یتھ کتھہِ ستۍ تعلق تھاوان زِ ایلسی بیڈ یرس لگہٕ ستۍ ووت فایدٕ تہٕ
نوقصان ۔ ارسطو سنز دلیل چھےٚ کتہٕ کور عقلٕ نزدیکھ تہٕ درس ۔ اگر سوال یہ آسہٕ زِ کیا
کانہہ کارنامہٕ پزی یا اَپزی یا کھٹۍ پیش کرُن چھا جان یا غلط ؟ اَتھ منز چھےٚنہٕ کانہہ شک زِ یمو
منز کمیٚک انتخاب سپد ۔ اگر یہ وَنو زِ توٚہہ چھا ولیپاسنز تصویر ترٚٹھے پسند یتھ سٕہ یا نہٕ
اوس کیٛنہ فنکار سنز مرضی مطابق اَمس متعلق بناونہٕ آمٕژ سو تصویر یتھ منز بظاہر کیٛن کانہہ
ہنر آسہٕ نہٕ ۔ اَسہٕ چھےٚ خبر زِ انتخاب کیاہ آسہٕ ۔ اگر ووٚنو زِ توٚہہ سوال آسہٕ یتھ نہٕ فائدٕ ک تہٕ ہُچھنک
تیلہٕ ونو توٚہۍ زِ کیٛتھ گوٚڈنِہ آسُن نہٕ زِ کیٛتھ چھُ ۔ رینوفینس منز تخلیق کوٚرمُت سرس چھُ تیٚلہٕ
عقیدس زیادٕ پسندنس مقابلہٕ یُس حیثنس منز چھُ یا ذرٕ حل سٕند اے نیس تس ژُس واریہس
منز ووٚ تمٕ مُت چھُ ۔ اَتھ زنانہٕ اَس تمہٕ کوٚر یا نس سیٹھاہ لہلاو ۔ مقصد اوسُس زِ سو گژھہ
مارِ منز تہٕ با دو تھ لوبز نہٕ ین ۔ فنکارس ووٚرٲے کُس ہیکہ ہےٚ تس فایدٕ دِتھ ، تمۍ فنکارن
یتو ٹمۍ سٕند سُتھ سیٹھاہ رٕنہ وٕن ۔ اَتھ منز اَس اَمہٕ خاہشہٕ سنز تکمیل یسٕز ہرٕ شباسان ۔ تمۍ کوٚر اَمس
زنانہٕ سٕند سُتھ تمۍ طریقہٕ پیش یتھ سٕہ اوس ۔ ہوریس سٕند صلفی بیانہٕ چھُ زِ سو زنانہٕ اَس یانہٕ وَلہٕ
تروٚس ۔ اگر شاعر پٔنٕ پاٹ سپدِ کیا کھٹۍ انجام دِیہ سٕہ ہاونہٕ اَسہٕ ٹنٹلس تہٕ ایٹرِیس وغارن منز
رکھِس یِنہٕ تہٕ اوٚنس لایق آسہٕ تہٕ سرس ہے نیس تہٕ پُولی سس منز پرتھ چیزیُس تقلیدس لایق آسہٕ ۔
یُس چھُ تواریخ دان بند تھےٚ یا کھٹۍ چیز پیش کرُنس منز یتھ یا کھٹۍ تم چیز آسۍ متۍ چھ ۔ اَتھ عملہٕ منز
ہیکہٕ نہٕ سٕہ پوٗرٕ پوٗرٕ آزاد آسِتھ ۔ البتہٕ تمۍ ساتہٕ ییلہٕ شاعری کرِ تھ چیزس متعلق ییمیک
حال تس برونٹھ کنہٕ آسان چھُ ۔ سکندریا سی ییو ہس منز چھُ سٕہ یم چیز ہاوان زِ یم اَڈۍ
پسند تہٕ اَڈۍ ناپسند سپدان چھِ ۔ یہ سوال زِ اَسہٕ کتھ یا کھٹۍ سپد یتنہٕ عقلٕ برونٹھ یکج
آگہی حاصل اَتیتھ چھےٚ اَسہٕ یتنہٕ یتھۍ عقلٕ کام ہیٚتھۍ یوسہٕ اَسہٕ کونیٹس کرِ تس پرٕ نہٕ روٚس

تہٕ پانٕس منٛز موجوٗد چھےٚ۔ اَتھ بیٚٹھ ہیٚکہِ کانٛہہ یہِ سوال تہِ تُلِتھ زِ یِتہِ عالمی معاملن منٛز شاعرس بالادستی آسان چھےٚ تہٕ چھُ توارٟخ دان یتھ کالکی واقعاتھ پیش کٔرِتھ تہِ انجام دِنَس پیٹھ تیار کران یِیہٕ یِنہٕ وول آسہِ۔ اَمیُک جواب تہِ چھُ ٹاکارٕ۔ اگر توارٟخ دان "اوس" پیٹھ استادٕ روزان چھُ گوڈسہٕ چھُ وَنان زِ چونکہِ راتھ ییٚو روٗد لہذا اگر تھِ اَز تہٕ روٗد ییٚون۔ اَتھ چھےٚ ظاہری طور خامہِ خودبینی پیٹھ برتری حاصل۔ ووٚنی اگر سُہ یہِ زان تھاوان آسہِ زِ اکھ مثال چھےٚ صرف اکہِ دایرٕ متہٕ ہشرح اطلاع پیش کران تہِ یتھ پاٹھۍ عقلی حسابہٕ بروٚنٛہہ پکان اَمہِ حسابہٕ تہِ چھُ شاعر بروٚنٛہہ نیران، ہیکیا زِ سُہ چھُ پیٚتی مثال تِتھ قریس منٛز تراوان یوٚسہٕ سیٚٹھہے معقول چھےٚ۔ اَدٕ تِتھ جنگس سیاستس یا پرایویٹ مسلن سٕتۍ لین دین آسہِ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ توارٟخ دانَس محض "اوس" وقتس منٛز واریاہ پھِر تہٕ سمکھان یتھ اَسۍ نصیبہٕ وَنان چھِ تہٕ پیٚس بہترین دانٲیی لَبہٕ موٚنڈ کران چھُ۔ توارٟخ دانَس چھِ واریاہ پھِر واقعاتھ پیش کٔرِتھ یمن ہندِ وجہاتھ سُہ وٕنِتھ ہیٚکہِ نہٕ۔ ووٚنی اگر دَرِتہِ تِم آسن شاعرانہٕ۔

فسانوی یا ایجادی مثالہٕ چھُ ہیٚچھناوس منٛز۔ تِتھےٚ طاقت یتھ پرٕ مثالہٕ چھُ۔ یوٚتام تحریک دِنکُ تعلق چھُ ایجادی مثال ہیٚکہِ جذباتن ہندِس تھدکھوتہٕ تھدِس نوکتس تام واتِتھ۔ اَسی کرٕوا اکہِ مثالہِ ہُند تذکرٕ یتھ شاعر تہٕ توارٟخ دان رٕلان چھِ۔ ہیروڈوٹس تہِ جیٚبٹسن دوشوے چھِ تصدیق کران زِ بادشاہ دارٕوس سُند وفادار نوکر ذاپیرس ییلہِ وچھان چھُ زِ تِمی سُند مالک چھُ بوبلی ین ہندِ دسی وارٕ یہِس کانٛسہِ مذاحمتُک شکار روزان سُہ چھُ پانہٕ شکس لدٕ نقلی دارٕوس بنان ینٛزِ تَس تہٕ کَن ژٕٹِتھ پٕرھنان تہٕ اَتھی حسابَس منٛز بوبلی ین کُن ژٕلان یِم تَس پتھ نیران چھِ۔ تِتھ بہودری پیش نظر یوٚسہٕ تِمی تِمن اوٚتام ہاوٕ منٛز آسان چھےٚ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ سُہ تِمن دارٕس حوالہٕ کرنٕچ زٔریہٕ یادٕ کران۔ بلکل تِتھےٚ ہیٚوٕ ذکر چھُ لایوی ٹارکوینس تہٕ تِمی سندِس نیٚچوِس متعلق پیش کران۔ زینوفینس چھُ برابر پٕرتھے ترکیب پیش کران یتھ منٛز سرس ہندِ طرفہٕ اراڈیٹس

یہِ کام انجام دِوان چھُ۔ یُس چھُس بہٕ زانُن یژھان زِ ہر گاہ توہہٕ تہٕ تیٚتھے موقعہٕ ڈٕسی یایہِ کرنہٕ یِیہِ
برژھی بُھتھ بدلی ہٕندِ تہٕ تِمنٛس مالکس مدد کرنک تٔہی کیاژِ ہیٚچھو تہٕ یہِ باقین ہندِ بوٚزٕ ووٚاقعو مُقابلہٕ
زیٚنۍ فیٖنہٕ ہٕندِ فسادہٕ نِش۔ اَتھ منٛز چھُ فاید تہٕ ہنٛدٕ تِ کیاژِ تٔہی ہیٚکو اَتھ سوٗدٕ مٕس منٛز پننِس بچاوتھ
تِکیازِ ابراڈنیٖن ڈیٚت نہٕ وُنیکتام کانٛہہ تہِ فریب۔ یُس چھُ ظاہر سپدان زِ بہتر ین تواریخ دان
چھُ شاعرس ماتحت آسان۔ تواریخ دان یمہٕ تہِ حرکژٕ کہانی، نصیحژٕ پالیسی، جنگی ترکیبہٕ وِلتَس پیٹھ
مجبور چھُ شاعرٕ ہیٚکہِ تِمَن (اگر تَس مرضی آسہِ) تعالی ستۍ بینُن بناوِتھ، بلکہ کرُن تِمَن پننہِ مرضی مُطابق
مزید رنگ روغن دِتھ یِمو نِش نصیحتھ تہِ حاصل سپدِ تہٕ حظ تِہ۔ شاعرس چھُ دلتِ ہٕندِ جنتہٕ
پیٹھ جہنمس تام سوٗرے کیہنہٕ پننہِ قلمکِس اختیارس منز۔ اگر مےٚ تِہنہٕ بیہِ زِ کُم شاعر چھ تِم یِموٚ یوٚت
کمال کوٚرمُت چھُ۔ بہٕ اَنہٕ ضرور زِیوٚ پیٹھ کینژن ہٕندۍ ناو مگر تِمہٕ باوجود وَنہٕ بیٚیہِ اکہِ پھِریہِ پرژر
زِ بہٕ چھُس فنچ کتھ کران بہٕ چھُسنہٕ ہومرِ ستِ ڈلیل وَنان۔

ووٚنۍ تِلہٕ بہٕ سو کتھ یُوسہٕ عام طور تواریخکِس تعریفس ستۍ منسوب سپدان چھےٚ تہٕ یمیُک
تعلق تِمیٚچھنَس ستۍ چھُ، یہِ تِمیٚچھُن چھُ اَسہِ حاصل سپدان کانٛسہٕ ہنز کامیابی فکرِ تُرتھ۔ اَتھ منز چھ انسان
وُچھان ہٕتژرٕ سورخروے سپدان تہٕ بدی سزا میلان۔ یوٚزٕ ہے یوٚزِ وِیہِ تعریف چھےٚ شاعری شوبان
یُوسہٕ تواریخہِ نِشہِ سیٹھاہ دوٗر چھےٚ۔ بیشک چھےٚ شاعری ہٕتژرٕ نمایان کران تِمنِنو زِنگوٚ ستۍ تہٕ نصیبَس
چھےٚ پزارٕ ووٚنۍ دائے تصور کران تہٕ اکھ انسان چھُ اَتھ پیٹھ عاشق سپدان۔ اگر تٔہی لیولی سَس کُنہِ
طُفانَس یا کُڈٕرِس مشکلس منز وُچھِوان توہہٕ تگہٕ یوٗزِن زِ یمہٕ چھےٚ صبر چہِ تہٕ بڈٕ می ہٕنز حرکژٕ یِتھ
یمہٕ زیادٕ پرژُن جلدی یِنہٕ داجہٕ خوشحالی منز۔ اَتھ برعکس اگر بدانسان سیٹھی بیٹھٕرِ تِم چھ ہمیشہٕ
ہتھکرِ تراوِتھ تِتھ یا کھٹِ نیران زِ نابالغ لوکٕٹ چھ تِمن یَتہٕ یَتہٕ لیکان پھوڈِ تلان ٹریجڈی کارن چھ
اُکِس انسانَس تِمۍ تِتھی انسان ناپسند کرٕ ہتی چھ یِوہے جواب دیُمت مگر تواریخ دانس
احمقانٛزی ہٕندِ دُتھیکس پرژس ستۍ ڈنگ دِتھ آسان چھُ، چھُ واریاہ پھِر خوف بنان رٔت کرتس

پیٹھ بیٚیہِ حوصلہٕ بنان بے لگام کمینی ہند بابَتھ۔ وچھتو مٔل ٹیڈیز چھُ زولانن منز سڑان۔ اَنصاف پسند فاسیان تہٕ تجربہٕ کار جہاندیدٕ سقراط چھ غدارن ہندی پاٹھی مارنہٕ یِوان۔ ظالم ساوِرس چھُ خوشحال زندگی بسر کران تہٕ بہترین ساورس چھُ بےدردی سان قتل سپدان۔ سلاتہٕ مارِیس چھ پینپن بسترن منز مران۔ یا مبیٔ تہٕ سِسَرو چھ تمہٕ وِزِ قتلاونہٕ یِوان ییٚلہِ تمِ جلاے وطنی پیٹھ تہٕ خوشٕ سپدتین۔ اُسہِ چھِ یہِ وُچھان زُرت کیٹو چھُ خودکشی کران تہٕ باغی سیزر چھُ تیوتھ عرُوج لبان زِ تسُنز شہرت وری گژھنہٕ پتہٕ اَز تہِ بلند ترین مرتبس منز زندگی پراوان۔ کری تو یاد سلیاہس متعلق سیزرٕ ہندی لفظِ تمی سُتی بےایمان ظلم پیش کرنس منز ایماندار چھِ ہاوان تہٕ یِمہ کتھہ ہند باس دِوان چھ زِ سہ کرتو علیحہٕ کمی ظاہر پاٹھی رٕت۔ تمی کوٚرتہٕ شاعری ستی یوسہٕ زہنی بیمار پوستیٚ مُطمین روزان چھِنہٕ تہٕ ظالمن ہند باپتھ جہنمس منز نوی سزا تیار کران چھیٚ۔ نہ کوٚر تمی یہِ فلسفہٕ ستی۔ یُنر چھُپی زِ تمی کوٚر یہِ سورُے تمہٕ مہارژ ستی یوسہٕ تس تواریخس پیٹھ اُس۔ تکیازِ یِمے ہیٚکہِ تونگری ہاوِتھ ساپیلس، پیرنیڈر، فلاریس ڈایونیسس تہٕ اَمی قبیلک کِہن خبر کاتہن پیٹھ یم قونُن لٔتہٕ موتجہٕ کرِتھ قابلِ نفرت ناانصافی یا غلیس کُن تیز پکان چھِ۔ پس چھُس بہٕ یہِ کتھ یتھ پاٹھی اَندازٕ تنا وان زِ شاعر چھُ تواریخس بروٚنٹھ کُن تیران تمکر دلس علم فراہم کرنک غرضہٕ نہ بلکہ اَتھ تورکُن متجہ کرنہٕ لیُس سزاوار چھِ یہِ وَننس زِ یہِ چھُ رُت تہٕ یہِ گژھہ تمی منز شامل روزُن لیُس بروٚنٹھ کُن پکان چھُ تہٕ رُت کرنہٕ باپتھ حرکتھ کران چھُ۔ بیشک چھُ یہِ کامیابی ہُند امتیازی تاج شاعرس کلس پیٹھ تھاوان تواریخ دانس تہٕ فلسفی یس دٕ وشونٕ مقابلہٕ۔ الغرض سہ پرینٛھ کاتہ لیُس ہیٚچھناونس منز قابلِ اعتراض آسہِ چھُنہٕ ہرگز شاعری ہُند پہلوٗدار بٔتھ۔ رحاصِل کرِتھ ہیٚکان۔

اگر اُسہِ یہِ کتھ مانو حالانکہ عظیم وجوہاتھ پیش کرِتھ ہیٚکہِ یہِ رَد تہٕ سپدتھ زِ فلسفی چھُ شاعرس مقابلہٕ اُکس ضابطس پیٹھ بہِکتھ زیادٕ جان پاٹھی کتھن ورتہٕ گیتی کرِتھ ہیٚچھناوان

واریاہ جایہ مصنوٗعی لحاظہٕ خیالس منز اَنہٕ یِوان۔ اگر گور بوڈ دکھ یِتھ حالتھ چھےٚ تہٕ باقین منز کاڑاہ گرٛتھ اَتھ مقابلہٕ یہِ حالتھ زیادٕ افسوسناک آسیٚ۔ ییلہٕ توٚہہ اکہٕ طرفہٕ ایشیا آسہٕ تہٕ بێیہِ طرفہٕ افریقہ ییتھ آسَن بێیہِ تہٕ واریاہ ریاستہٕ۔ پتہٕ ییلہٕ اکھ کردار سیٹجس پیٹھ یوان آسہٕ تس آسہِ گوڈٕ یہِ وَنُن یِوان زِ اَمہِ ساتہٕ کتھ جایہ چھُ سُہ ووتمُت آسان۔ نَتہٕ چھےٚ کہانی تصورس منز اَنُن محال۔ یِمہِ ساتہٕ ترٛےٚ زنانہٕ کھٹےٚ پوش سوٚمبران آسَن اَمہٕ آسہِ یقین کرُن یِوان زِ سیٹج چھُ اکھ باغ۔ واہہ وارہٕ بوزَو اُسی زِ اَتھی جایہ چھُ جہاز تہٕ پھٹان تہٕ اَمہِ وِزِ یمو اُسی قصوروار ٹھہراوُنہٕ اگر اُسی یہِ سیٹج وونی اکھ پل تصور کروان نہٕ۔ سُے پل یِمہِ نیچِ کِنہٕ اکھ خطرناک دیو نموٗدار سپدنار تہٕ دہ ہتھ تہٕ اَمہِ وِزِ چھُ بچارہٕ وُچھن والین یہِ سیٹج اکھ گوپھ تصور کرٕنی۔ اَتھی دوران منز ییرن زٕ مخالف فوج تلوار ہیتھ جنگ کرٕنہٕ تہٕ کُس پاوِ پانس بےٚ جبر ناوا اگر وونی اَتھ سیٹجس جنگک میدان خیال کرِنہٕ، زمانہٕ وحدتس متعلق چھِ یم زیادے فیاض۔ جوان شہزادہٕ تہٕ شہزادۍ چھِ پانہٕ وانی لول برٛان۔ وارہٕ ہو سرٕ دگر موٚییتہٕ چھےٚ شہزادی گوبہٕ کھوٚر روزان تہٕ اَکس گوٚبرس زٕنم دِوان پُس پتہٕ راوان ہہ اَتھی حالتس منز یوٚڈ گرٛتھان چھُ۔ پتہٕ چھُ لول برٛان، شُری وول سپدان تہٕ یہِ سورُے واقعہ چھُ صرف دوٚن گانٹن منز اَندوا تان۔ یہِ چھےٚ سوٚ کتھاہ یوٚسہٕ اَزکہٕ اَٹی ہند معموٗلی کردارہٕ کرِنہٕ۔ حالانکہٕ یتھ کالکی اَدبن تہٕ چھےٚ یہِ کتھ وشرٛھناوِتھ تہٕ عام عقل تہٕ چھِنہٕ اَمہِ نش بےٚ خبر روزتھ ہیکان۔ اَمہِ باوجوٗد کرُن ٹرانس ( TERENCE ) کِس یونچِس ( UNUC-HES ) سپنز مثال پیش یِتھ منز۔ دوٚن دوہن ہُند مواد چھُ مگر یتھ وُہن وریَن ہنز کمی چھےٚ۔ یہ چھُ یوٚز تہٕ یہِ آوےٚ شکھہ دوٚن دوہن گِندنہٕ تہٕ تمی حسابہٕ اوس وقتس ستۍ تہٕ رلاونہٕ۔ آمُت ملاونُس اُس اَکس جایہ غلطی کھیٚمُت۔ اَسہِ یِیہِ اَتھ درگُذر کرنس مقابلہٕ نشاندہی کرٕنۍ۔ وَتنہٕ یہِ زِ ییلہٕ کتھ پاٹھۍ سپد سوٚ کہانی پیش یوٚسہٕ مختلف جایَن تہٕ زمانَن ستۍ واٹھ تھاوان آسہِ نم چھنایہ زانان زِ ٹریجڈی چھےٚ تَوارخس مقابلہٕ شاعری ہندِ ن لوازمن ستۍ نتھی کرِتھ

آسان۔ ٹریجڈی چھےٚ کہانی ہنٛز آویز آسان ۔ اَتھ چھنہٕ یہ آزادی زِ یہ کرِ یاتہ بلکُل توٗ مواد ذیہنَس منٛز تیار نہ دِیہ تواریخس سوٗ شکل یُس ٹریجڈی براہ یوان آسہ۔ اَسہ پزِ یہ یاد تھاوُن زِ واریاہ چیز چھِ یِم بیان سپدِ تھ ہیکَن مگر بادٕ نہٕ ہِن نہ۔ شیٚچھ بادٕ ذِ تہٕ شیٚچھ تیر نمایندگی کرٕ نہٕ چھِ دوٚ شوٗے الگ الگ مثلن یہ ہیکہ گرٕ ہِیتھ یہیرو جایہ متعلق کُتھ باتھ کرِتھ تہٕ دورانِ گفتگو ہیکہ آسانی سان کالی کٹ شہرکس ناک نقشس پیٹھ تہٕ اظہارِ خیال کرِتھ۔ مگر عملہٕ منٛز ہیکہٕ نہٕ یہ اَمِچ نمایندگی کرِتھ پیگولٹ سندِ گرٕ روٗس۔ قدیم مُوادس یوٚہے طریقہٕ کار یا بنرووُمت۔ ہر گہہ اَسہِ تواریخچ نمایندگی کران آسو اَسہ پزِ اکہِ وِزِ اکی ہے واقعس اَندی اَندی پھیرُن۔ مثالہٕ سٕتی ہیکہ یہ زیادٕ خوبصورت طریقس پیٹھ وٕرٕتھناوِنہٕ یِتھ۔ منے چھنہٕ اَکس جوان پالیڈورس ہنٛز کہانی برونٛہہ کنہٕ۔ اَمی ہنٛز زندگی محفوظ تھاوِنہٕ باپتھ آو یہ تِینس مارس پرایم ہندِ ڈسی ٹروجن جنگس منٛز سیٹھاہ دولتھ ہیتھ تھریس جایہ ہندِس بادشاہ پولی میٹرس حوالہٕ کرِنہٕ۔ کیہنہٕ کالا گژھی تِھے یوٚز تمی یہ خبر زِ پرایم سُند تخت سپُد تاراج ۔ تمی مور یہ شُر۔ اَمس شُری ہنٛز لاش چھےٚ ہیکوبا حاصل کران. سوٗ چھےٚ امی دوہ پَتہٕ ظالمس انتقام ہینہٕ باپتھ اکھ چال گِندان ۔ سانہِ ٹریجڈی کارَو منٛز کیتِھ کرِ اکھ ٹریجڈی کارا اَمہِ داستانُک ابتدا۔ ڈیو تمی وِزِ یلہِ شُر چھِ حوالہٕ کرِنہٕ یوان، یتہٕ واتہٕ سہٕ جہازکہِ ذٕریِ یہ تھریس۔ یتہٕ سُہ وار یاہ جایہ منٛز اَو۔ مگر اکھ عظیم یونانی ٹریجڈی کار وُچھو کیٚتھ چھُ اَتھ دَس تُلان، تمی ساتہ یلہِ یہ جسم لاسش سپدان چھُ۔ باقی چھُ سُہ پالیڈورسندِس رُوحس اَتھِ وَنہٕ ناوان ۔ اَتھ چھےٚ نہٕ مزید کُشادگی ہنٛز ضرورتھ تہٕ ہیکہ صرف ہڈٕ ذیہنے یوت عقلہٕ منٛز اُتھ۔

مگر یِمہِ وٕنِچ پوچِھ غلطی اَکھ تہٕ کُن تھاوِتھ وُچھو تہٕ یتہٕ زِ یِمہِ چھےٚ نہٕ ڈرس کامڈی نہٕ ٹریجڈی۔ یِمہِ چھےٚ بادشاہن تہٕ مسخرن مِثُل کران۔ یِمہِ کِنہٕ نہٕ کیہنہٕ زِ مواد چھُ اَمیک تقاضہٕ کران بلکہ چھِ یِم اَدرِ جبرن داخل کرِنہٕ آمتہٕ یُتھ یِم بادشاہی معاملن منٛز نزاکت

تہٕ معاملہٕ فہمی نظرانداز کرِتھ دخل اندازی کرَن ۔ نتیجہ چھُ یہ تیران زِ یمۆ ٹریجیکا مدٕ یوٚتشن چھُنہٕ تعریف ، فرحتھ یا رحمُک جذبہٕ حاصل سپدان ۔ اپالیسن کوٚر یتھے ہیوٚکیا تام مگر سہ چھُ سُہ جیریُس وقیحہٕ جایہٕ ستۍ شُمار سپدان چھُ ۔ یہ چھُنہٕ اکس دقتس منز نمایندگی لبان ۔ مےٚ چھِنے خبر زِ قدیمن زِنشن چھِنے ٹریجیکامڈی ہنز اکھ یا زِ مثال مثلن پلاٹس ہنز ایمفیٹرو (EMPHITRO) ۔ اما پوٚز اگر اسۍ تمہٕ جان پاٹھۍ وُچھوک اَسہِ تگہٕ بوزُن زِ یمہٕ چھِنہٕ زِ نہٕ یا چھِنے گہہ ستے گہہ واٹھ کھوان تہٕ رلان جنارن یا ہارن پائپسن (HORNPIPES) ستۍ ۔ پس چھِنے یہ گتھ سطحس پیٹھ لبان زِ اَسہِ چھِنہٕ کانہہ تہٕ کامڈی ۔ سانہٕ ٹریجڈی ہندس کامڈی داٚیس حِصّس منز چھُنہٕ اَسہِ مسخری رۆس کہیں تہٕ ۔۔ یہ چھُنہٕ شایستہٕ کنہِ شایان ۔ اَتھ کھنگالو رۆس چھُنہٕ اَسہِ نشہ بنیہِ کہنہ تہٕ حاصِل لبان ۔ کامڈی کرِتھ فرحتہٕ برِتھ آسی تہٕ ٹریجڈی گرِتھ یہٕ تہٕ اَمانتہٕ یادِ کرنہٕ آمت تحسین وۄتلاوُنی ۔ ساَنی کامڈی کارِ چھِ سوچان زِ اَسہِ رۆس چھِنہٕ کانہہ تہٕ فرحتھ وجوٗد لبان تہٕ یہ سوچن تراے چھِنے بلکل غلط تکیا زِ اگرچہ اَتھ فرحتہٕ ستۍ لبان چھُ مگر یہ چھُنہٕ فرحتہٕ کنۍ لبان حالانکہ فرحتھ چھِنے اَسنس وجہ بنان ۔ مگر اکھ چیز ہیکہٕ دۄ شوٗنی سگ دِتھ ۔ اما پوٚز یمن دۄ شوٗنی چھُ پانس منز تضاد آسان ۔ اکھ خاص تضاد ۔ یہ چھُ مشکلے فرحتھ وُچھان مگر نمن چیزن منز یم اَسہِ یا عام فطرتس سیٹھاہ موزوٗن آسن ۔ اَسہِ چھُ یمو چیزو نشۍ اَتھ لبان یمن تنوسبی منز اَسہِ تہٕ فطرتس درمیان کانہہ ہشرآسہ تہٕ ۔ فرحتس چھِنے پانس منز خوٚشی آسان یوسہٕ مستقل یا حاضر آسان چھِنے اَسنس منز چھُ محض فطرت دارکۍ کیتہٕ موجوٗد آسان ۔ مثالے اَسۍ چھِ فرحتہٕ ستۍ مستان اکھ خوٗبصوٗرت زنانہٕ وُچھِتھ مگر تِتھۍ دوٗر آسان تمہٕ حالتہٕ نشہ یوسہٕ اَسنس نیندرِ تلان چھِنے ۔ اَسۍ چھِ مشکلن پیٹھ آسان تہٕ یمو نشہ ہیکوٚ نہٕ اَسۍ کُنہِ صوٗرتہٕ حظ تہٕ خوٚشی حاصل کرِتھ ۔ اَسۍ چھِ رتین موقعن پیٹھ آسان ۔ پننہٕ ٹیکھ یا پننین دوستن ہنز خوٚشی وُچھِتھ چھِ اَسۍ فرحتھ حاصل کران ۔ یتھ پیٹھ تم آسان؟

اَسہِ تہِ چھہِ تتھ پیٹھ اَسان ۔ اَتھ برعکس چھہِ اَسہِ اَسان یٖلہِ وُچھان چھہِ زِ مَسلس متعلق چھیٚ غلطی سپنہِ ہٕنز ۔ یِم زٕ ہیکَن یکہِ وَٹہ ٹیکتھ ۔ سِکندر سٕندِس تصویرس متعلق یُس جان پأٹھۍ ووٚتلاونہٕ آمُت چھُ ، چھہِ اَسہِ فرحتھ حاصل کران ۔ مگر اَسہِ ورأے ۔ وُہَن پاگلَن منز ۔ رٕوزِتھ یِہ اَسہِ ضرور اَکُھن مگر تتھ منز آسہ نہٕ فرحتھ ۔ ہرکلیس یُس شاندار رٕیش تہٕ خوفناک بُتھ ہیتھ زنانہٕ بۄلن منز اوم فیلس سٕندِس حُکمَس پیٹھ سونچان تصویراہ نہٕ آمُت چھُ ، چھُ فرحتھ تہٕ اَکُھن دوٚتھوے چیز ۔ سگوان لوسَن منز اَمہِ عجیب طابقتھ ترجمانی چھُ فرحتھ دِوان تہٕ عملہِ ہنز ۔ نفرتھ چھیٚ اَکُھن تسکلاوان ۔ بہٕ چھُس یہ وَنُن یژھان زِ کاٹھی ہندِ رولگ اَندگرٕھ تہٕ یتھین نفرتھ دار معاملن پیٹھ سپدُن یِم صرف اَستَس جاے شیٚرن ۔ بلکہ یِہ اَتھ ستۍ زَلاوُن سہٕ فرحتھ دار ، ییٚچھناوُن یُس شاعری ہُند اند آسان چھُ ۔ اَتھ اَستَس منز چھُ بوٚڑ قصوٗر یہِ آسان زِ یہِ چھُ اَکُھن یادِ کران گونہگار چیزن منز تہٕ ارسطوون چھُ نہٕ واپہٕ اَتھ ٹھاک کوٚرمُت ۔ یِم چیز چھہِ عجیب اَستَس مقابلہٕ نفرتَس لایق آسان ۔ یِمَس چھہِ یِم ہمدردی لایق آسان تہٕ واریاہن خدس تام چھُ نفرتَس مقابلہٕ رحمس تہٕ ترسَس لایق آسان ۔ مےٚ وُنی تو : یچھ مسخرس یا مہمان نوازی ہنٛدِس عادتَس پیٹھ لکن ہنز یِراتھ دہراد نہٕ کیاہ معنے چھُ تھاوان ۔ کأنسہِ اجنبی یُس پیٹھ اَد موجوٗب اَمُن زِتَس چھُپہٕ تیٚتھ انگریزی بوٚلن تگان یُتھ اہلِ زبانن تگان چھُ ہیکہِ نہٕ دانائی ہنز نشاندہی کٔرتھ ۔ اَتھ برعکس اگر اَسہِ مصروف دربأری محبت کران ، کانہہ بزدل کأنسہِ دَمکی دِوان ، کانہہ سکوٗل ماشٹر عاقل آسنچہِ خود فریبی منز ۔ دوہ کڈان آسہِ تہٕ کانہہ مسافرِ یُس تنیومُت آسہِ وُچھوک سٹیج ناوتھاوِتھ یچاپکان ۔ اَتیتھ ہیکہِ فرحتھ دار اَکُھن ووتلتھ تہٕ سُہ ییٚچھُن حاصل سپدِتھ یُس اَمی فرحتہٕ ستۍ حاصل سپدان چھُ ۔ بچیان ہنز ٹریجڈی تہِ چھیٚ اَمی حسابہٕ شوٗرٕ تحسینَس ووتلادان ۔

شاعری ہندی باقے قسم چھینہٕ اَسہِ تقریبن کہیں ۔ ووٚنی اگرچہ یِم چھہِ گیت تہٕ

سانیٹ ۔ اگر بہٕ معشوق آسہا وارِیاہ تمہٕ بولہٕ نظمہٕ یمہٕ بولہٕ کُس سہلابی جذبن متعلق لیکھنہٕ آمٕژ
چھےٚ کرہَن ہہٕ مےٚ زانہنہٕ تہٕ متاثر زِ لیکھَن وأجس چھُ لول وُزان ۔ جذباتی کلامہٕ چھِ تِم تہٕ پاٹھی
نظماوان گرٛھان زِ باسان چھُ زِ لیکھَن والی چھِ لوکن ہندی لولہٕ پیغام پرٛ دِ مِتۍ تہٕ تِموٚ منٛز کیہنہٕ
محاورٕ ہنٛن لکھَن منٛز ۔ بَرٛ دِ مِتۍ ۔ تِموٚ چھِنہٕ تِم جذباتھ تہٕ احساس محسوسادِ مِتۍ آسان ۔ میون مطلب
چھُ یہِ زِ اُسی چھِ کُنہِ مواد کٕ ذٕرِس وَرتاوِ کرٕنس منٛز ناکام روزان ۔

یوٚتام نظمہِ ہندِ بیرٛونٕک تعلُق چھُ ۔ میون مطلب چھُ لفظ یا لفظہٕ تُرآر ۔ اَمیُک
حال چھُ زیادٕ خراب ۔ یتھےٚ پاٹھی چھےٚ ماچھِ موٚدر فصاحتھ تہٕ تتھ لباسس منٛز دلنہٕ
یوان یُس نظرن ناوِ دمید کران چھُ ۔ یہِ بیرٛوٗن چھُ اَسہِ دوہ پرٛ باسان ۔ کُنہِ ساتَن چھُ
یہِ نظمی کارنامہٕ چھِٹہٕ ہنٛز عبارتھ ہِش باسان ۔ باسان چھُ زِ ڈکشنری ہُند طور طریقہٕ چھُ
ورتاونہٕ یوان ۔ باضے چھِ تِم تصویرٕ وَتہٕ پوشوٚ ستۍ یِم ہرٕدےٚ مِتۍ چھِ آسان سجاوکران ۔ میانی پرٛ ژھا
چھےٚ یہِ زِ یہِ قصوٗر گوٚژھ صرف تِک بندن تام محدوٗد آسُن تہٕ اَمِکِس دآیرس منٛز گرٛیژھی تہٕ
نثر نگار ینِ ، یا ـــ یتھہٕ پیٹھ حاژھ سید ـ وارِیاہ عالِم ینِ یا ـــ یتھہٕ پیٹھ ہمدردی سید
کیہنہٕ پرٛ چار کرٕن والی ینِ ۔ یہِ چھُس پرٛژھان زِ ٹلےٚ یُس تہٕ ڈموس کھینٛس نقل کرٕن والی
یِم دوٚ شوٚے چھِ نقل کرٕنس لایق ۔ گرٛیژھی تہٕ پانس ستۍ محاورٕ کتابہٕ تھاوِتھ تِمن
وَرتاوِتی تِکر گرٛیژھی یِمن ہندس روٗحس پانَس منٛز حل کرٕتھ پانہٕ پادِ ۔ مگر تِم چھِ پرٛتھ تتھ
ستس مُدرِ یرہٕ مسالہٕ چھکان یُس دستار خانس پیٹھ تھاونہٕ یوان چھُ ۔ تہنٛز مثال چھےٚ
تِمن ہندوستانین ہنٛز یِم کُنٛن منٛز موزوٗن جایہِ کنہِ والی لاگان چھِنہٕ بلکہ چھِ لال بٕران نِشتہٕ
تہٕ وٹھ محض اُمِ موجوب زِ تِم چھِ محسوس کران زِ یہِ کرٕتھ چھِ تِم خوبصورتھ بنان ۔

---

۱؎ ہردیومُت ۔ یِیمہٕ ہرد وُچھمُت آسہِ تہٕ یَس مور دِ سِیدمُت آسہِ ۔

مےٚ چھُے شکھ عالم پروفیسرن مقابلہٕ کم زانَن والین دربارَن ہُند اسلوٗب زیادٕ اوٚر دوٗر محسوٗس کوٚرمُت ۔ اَمیُک وجہ چھُ مےٚ یہ ہےٚ نظر گومُت زِ کم زانَن والی درباری چھِ تِہنٛز تھِچھ کران یِہ تِمَن تجربس پیٹھِ نظر فطرتس مُطابق باسان چھُ ۔ یُس چھینہٕ تِم یِہ کتھ فِنہٕ ستۍ بلکہِ فِنہٕ موجوٗب حاصل کران ۔ اَتھ مقابلہٕ چھِ عالم فن ہاوتہٕ موکھ فن وَرتاوان تِم چھِنہٕ فنَن ژوٗرِ تھاوان ۔ یِس چھِ تِم فطرتَس نِش دوٗر ژلان تہٕ بے شکھ فنَس بنٛے داری کران ۔

مےٚ چھُ باسان زِ مےٚ پرٛزِ شاعری پیٹھ تقریاتسٚ ۱ کُن پھیرُن لگر لفظن پیٹھ نظر چھےٚ یِمن دوٚہ شوٗنی منز سۄ یارٕ زِ زمیون یِہ موڈ دِیہ میانِس مانیٚس پوٚر فہمایش ۔ یِہ تُلنہٕ شانَن پیٹھ یِہ بورٕ زِ شاعر کیاہ تہٕ کیتھٕ پاٹھۍ گرٛتھن کیاہ کرٛنی ۔ پرٛزر چھُ یِہ زِ یِہ چھُس باقین منز یِمَن یانِ عاجز سۄ محسوٗس کران تہٕ پرٛزھان چھُس تِمَن اَکس یاد دِوَن لاگہِ نہٕ جاین ہنز نشاندہی کرٛنی یِمہٕ اکثر اُدین منز پادٕ سپنٛز ہرٛ چھےٚ ۔ اگر اَسۍ یِنٛہِن غلطین ہُند احساس کرٛد اَسۍ ہکوٚ ہیت تہٕ مواد کُس دُرٛس وَرتاو کرٛتھ ۔ اَمہِ باپتھ چھےٚ اَسہِ پننٛۍ بٔڈۍ موقعہ دِنہٕ باپتھ تیار تہٕ کیازِ اَتھ منز چھےٚ سۄ صلاحیتھ ۔ مےٚ چھےٚ خبر زِ اَڈۍ وَنَن یِتہٕ زِ یِہ زبان چھےٚ گوٚ ساٚنۍ توٚلُل رمیاٚنۍ کٕنۍ چھُ تہٕ جلیٚ تکیازِ یِتھ پاٹھۍ چھےٚ یِہ باقے زبانَن ہُند بہتر پانس کُن اَنان آمٕژ بیاکھ وَنہٕ زِ اَتھ چھُنہٕ گرامر بُوزوٗے اَتھ متعلق چھُ یِتہٕ وَنہٕ آمُت زِ اَتھ چھُنہٕ گریمرے بکار ۔ اَتھ ما آسہِ گریمر مگر سُہ چھُنہٕ اَسہِ درکار تکیازِ یِہ چھےٚ پانہٕ سہل زبان ۔ یِہ چھےٚ پاک تمام دشوار تہٕ پیچیدار ترٛمادٕ نِش ۔ موڈ دِتہٕ زمانہٕ بندی نِش یِمِے چیز چھِ تِم یِم بوٚنِ چھِ تباہی ہندۍ باعث بنیے ۔ تِم آسۍ وَنان زِ انسان پرٛزِ سکوٗل ترٛاوُن تاکہِ سُہ ہیٚچھ پننٛۍ مادری زبان مگر یِنہٕ دِلکِ خیال شایان شانٕ طریقس پیٹھ تہٕ خوٗبصوٗرتی سان ظاہر

---

۱ تقریات ORATORY

کرنس منز ہتہ یوہے چھ تقریریاتھ اَند۔ یہ زبان چھےٚ دُنیہچہ کُنہ تہ زبانی سِتۍ برابری ہنز صلاحیتھ تھاوان تہ یونانی زبانی نِشہ تہ لاطینی زبانی دوٗر۔ یہ چھےٚ سو خصوصیتھ یوٚسہ کُنہ تہ زبانی ہنز عظیم خوبصورتی ظاہر کران چھےٚ۔

پرتھ قابلِ تعریف شاعری چھےٚ رژر دِنہ واجبہٕ شاعری سِتۍ پرٕتھ۔ یہ چھےنہٕ کُنہ تِتھہ انعامہٕ نِش خالی یُس بیچھنکس شریف نادس سِتۍ وابستہٕ چھُ۔ اَتھ رہ کھارن وٲلی چھِ یا تہ اَپزیارۍ نتہ کمزور۔ انگلستانس منز کیازِ چھِنہٕ شاعرن تعظیم کرنہٕ یوان تمیُک قصوٗر چھُنہٕ شاعرن بلکہ نقلی شاعرن سانٛی زبان چھےٚ شاعری تعظیم کرنس لایق تہ شاعری چھےٚ اَتھ تہٕ تعظیم دِنس لایق۔ یُس چھُس بہٕ تمن سارِنی گذارش کران یِم میون یہ مضموٗن پرن یتھ بیٹھ واریاہ میل مےٚ راوٕرزٕ تِم کرن نہٕ شاعری متعلق نفرتُک اظہار۔ تِم ترٛاوَن نہٕ شاعرن بیٹھ اَسُن تہٕ تِم تھاوَن نہٕ شاعری ہندِن پاک اسرارن سِتۍ کانہہ یوٗغض۔ تِم کرن ارسطووس سِتۍ یتھ کتھِ بیٹھ پرٛتھ رٕ تِم ــــ شاعر ــــ اکھ قدیم خزانہٕ یونانی الہامکۍ۔ تِم کرن بمبس سِتۍ یقین زِ شاعر اَسۍ تِم یِمو گوڈٕ تہذیبس ناد لوٚے۔ تِم کرن سکالیگرس سِتۍ یقین زِ کانٛسہٕ فلسفی سندی ارشاد بناوَن نہٕ تَوہہ تیوٗتاہ جَل ایماندار انسان یوٗتاہ وَرجل سُند مطالعہٕ بناوِ۔ مےٚ چھُ یِمہٕ کتھہٕ ہُند احساس زِ شاعری چھےٚ آکاشہٕ دیوی خوش کران۔ ڈیلیَن ہند یو پردٕ منزٕ ی چھےٚ یہے شاعری علم دِوان، منطیق دِوان، فصاحتھ دِوان، فلسفہٕ دِوان، دو شوٚے نیچرل تہ تہٕ اخلاقی تہٕ۔ تِمن ممکن پرٕنہٕ مےٚ سِتۍ یتھ کتھہٕ بیٹھ پرٛتھ کرٕنی، ییلہٕ تَوہہ تِم وَنان چھِ زِ تِم بناوَن تَوہہ لافانی ینبتو شارو سِتۍ۔

یوٚدوے تُہۍ اَتھ بیٹھ عمل کرِو تہٕ تُہندۍ ناو روزَن کتابن تہٕ کتابہٕ گھرن منزٕ زندٕ۔ تُہۍ بنو کتِھن بیشِ نقطن ہندۍ دوس۔ تُہۍ بنِو سیٹھاہ تعار جانیدار، سیٹھاہ امیر، سیٹھاہ دانا تہٕ سورُے کینہہ۔ یوٚدوے تُہۍ اَتھ ادلہٕ بدل کرِو تمیُک نتیجہ نیرِ یِی زِ ییلہٕ تُہۍ مرِو تہٕ تُہند یاداشت تہٕ مریِمہٕ قبرہٕ بیٹھ مزار ہٹ تہٕ آسہٕ کُنہ

# گریٹا فرآم

ریناسان چھُ فرانسیسی زبانٕ ہُند لفظ۔ اَمِیُک مَعنہٕ چھُ نوٚ سرٕ پأدٕ گژھُن، نوٚ سرٕ ہوٚشس منز یُن تہٕ زِندٕ سپدُن۔ مگر یُتھ تَے یوت چھُنہٕ اَتھ مَعنہٕ بلکہ چھُ ووٚنی اَمہِ کِ مَعنیُک دأیرٕ وارِیاہ کُشادٕ سپدمُت۔ یہِ چھُ وَق گُزرنَس سِتۍ اکھ پُرمَعنہٕ تہٕ موزوٗن لفظ بنیومُت تہٕ تمام تبدیلی ظاہر کرنَس منز یمہٕ سماجس، توتونَس، مذہبَس، فلسفس، سیاستس حکومتس، علمس، ادبس تہٕ فنَس منز آیہٕ تہٕ یموٚ پیٚرون دُنیا جدید تہٕ نوٚس دُنیہس منز تبدیل کوٚر تہٕ انسانٕ سوٚنچس گوڈٕ ژھٕ بیرٕ اَمہِ عظیم ریناسانہٕ سِتۍ۔ اَمہِ ہندِس گاٹٕشس زَن آو کُلُف مُژ راوٕنہٕ۔ اَمہِ ہندِس دِلَس زَن آیہٕ دار دروازٕ وٚتھی تراونہٕ۔ اَمہِ سُند ذہن زَن آو پأدٕ ہندی پأٹھی وٚہِمہٕ کیو پنجرٕ و منزٕ ہمیشہٕ باپتھ آزاد کرنہٕ۔ یہِ اوس گوڈٕ تہٕ وُچھان زوٗنہٕ تارکَن تہٕ اَفتابَس کُن، نیٖلِس نبَس تہٕ سٔنِہن سوٚدرَن کُن سرسبز جنگلن شینہٕ بالَن تہٕ ہموار مأدانَن کُن۔ یہِ اوس گوڈٕ تہٕ آبشارن تہٕ ناگہٕ رادَن ہندۍ مؤسیقی بوزان۔ مگر ووٚنی یہِ ڈیٖپٕ رٕ تہٕ اوس یمَن سارِنۍ منز بدلے حُسن تہٕ بدلے حقیقت اَمِس درینٛٹھۍ یوان۔ ووٚنی پییوٚ تہٕ اَمِس زوٗن تہٕ تارکھ ڈٕیشِتھ یا سِرٕ تہٕ سمندرٕ وُچھِتھ پرأنِس انسانہٕ ہندی پأٹھی دِوتہن ہُند روب بلکہ آیہٕ تِس یمَن اندر مستی تہٕ بیقرار حقیقت بوزنہٕ۔

اَمہِ انقلاب آورتبدیلی ہندِس گوڈٕ دِہَس چھُنہٕ کانہہ خلاص تأریخ موزوٗن

تہٕ مُناسِب۔ تِکیازِ عام طور آیہِ یہِ تبدیلی زندگی ہندِس پریتھ شعُبس منز۔ قریب قریب ترٕن ہتن وُرہیَن۔ ژٕوداہِمہِ، پنداہِمہِ تہٕ شُراہِمہِ صدی منز۔ یہِ تحریک سپدِے یہٕ ژُوداہِمہِ صدی برونٹھ پیٹھے شروٗع۔

ابتداہَس منز آو یہِ لفظ وَنہٕ تہٕ استعمال کرنہٕ انسانہٕ ہندِس تتھ شوخس یُس تمہِ ہندِس دِلس منز یوٗنانی، لاطینی، کلاسیکل ادب تہٕ فن پرنہٕ باپتھ زاو۔ اِٹلی اوس اَمہِ رینا سانگُک بِنیادی گھر۔ یہِ پرنِتھیوواُتی تہٕ جہار لٔبتھ تہٕ شانہٕ کُڈِتھ گو فرانس تہٕ باقے ساری سے مغربی یوٗرپس کُن پرانہٕ دُنیہٕکی موٗل ژٹنہِ۔ اَتھ تحریکس چھِ واریاہ عنصر یوچھِر دِوان مثلن عرٕ بُو یوسہٕ ترقی سائنسس فنس تہٕ اَدبس منز کَرمژ آس تمِچ خوشبوے تہٕ چھےِ اُتھی دورس منز عرَبن ہندِ سِتّلی زرِینہٕ سِتہٕ مغربی یوٗرپس منز۔ واتان تہٕ رینا سانی تحریکی رشتہٕ مضبوط کران۔

باقے یوٗرپی مُلکن مقابلہٕ چھُ انگلستانکس رینا سانس کینہہ خاص خصوٗصیژ۔ مثلن اَمی تحریکن یم روٗح یوٗرپکین مختلف حصن منز ہاوی متہٕ آسی تِم ساری ہاوی اَمی انگلستانس منز تہٕ۔ مثلن خیال آو آزاد کرنہٕ تہٕ آزاد مانِنہٕ۔ ڈیکہِ بوٗن، تقدیر تہٕ اخلاق رٕودی نہٕ مذہبکین ٹکلن گنڈِتھ بلکہ بنییہِ یم مُبہم تہٕ مشکوٗک۔ رِوایتی مذہبی تہٕ روٗحانی اقتدارس خلاف ڈُژھ اکھ عظیم بغاوت یتھ رفارمیشن یا اِصلاحِ دینُک تحریک وَنان چھِ۔ مگر یہِ تحریک بنیےِ یہِ ہَنا برونہہ یکِھ رینا ساںچ دُشمن۔ انگلستانس منز سپدِ یہٕ تم حالات یموٗ کنِہ رینا سانچ یہِ عظیم تحریک قومیتہٕ کس سانچس منز آیہِ۔ اَدبی مادانس منز تہٕ کوٗر اَمہِ عجیب پاٹھِ قومی ادب پادٕ۔ رینا سانکس دورس منزے کرِ یوٗرپی قومو مختلف تہٕ بوٗن وَتہٕ اختیار، یمہٕ ختم سپزتھ فرقہ بندی تہٕ اِنتشارس منز۔ یوسہٕ فرقہ بندی تہٕ یُس اِنتشار تِمو اَزِ تہٕ اکِہِ نہٕ بیہِ رنگہٕ بیش کران چھِ۔

انگلستانس منز آیہِ اَدبکس تہٕ فنہٕکس مادانس منز تہٕ یم تبدیلی ہَنا زیر بحث تہٕ بیہِ وارٕ وارٕ واقعہ چھِنہٕ یہِ زِ انسان دوستی ہُندُک وجوٗد یُس رینا سانکس

سائنس تہٕ وہ تلیوو تہٕ پلیوو وُت تاثیر سان اِنگلستان بلکہ چھُ پوٚز یہِ زِ انسان دوٚستی ہِند اثر پیوو
اَتہِ نظمہِ تہٕ نثرِس پیٹھ ہنا زیٚادٕ تِکیازِ قومی زبان ــــ انگریزی ــــ اَمِس یوٗرپین باقے زبانن
مقابلہٕ واریاہ واریاہ نابالیغ ۔

نثرِس آسِ نہٕ کانہہ شاندار روایت ڈوٚکھِس وُنہِ اوس نہٕ یہِ نثر گُژھوُن لایق تصنیفہِ
زبانی ہِندی اُمی قصوٚرن لیکھناوی واریاہ انسان دوس ادیب تہٕ فنکار لاطینی زبانی منز ۔ چنانچہ
تھامَس مور تہٕ فرانسِس بیکن ہِنز تہٕ کتابہٕ یموٚ ساری یوٗرپ شوہرتھ حاصل کٔر آسہٕ دوشوٚے
لاطینی زبانی منز لیکھنہٕ یوٚتام تھ نظمِہ ہِند تعلق چھُ چاسر ہِندِ پیٹھ یور کُن آسہِ یہِ خراب کرنہٕ ۔
تِتھ دَمس تام روٚٹ نہٕ اُمی کانہہ روزوٗن تہٕ پوشہٕ وٗن رنگ یوٚتام تھ سپینسرن یِتنہٕ کامہٕ پیداہ
مشقہٕ تہٕ کُنہِ شیٚتس منز دٔس تہٕ وونی یِلہِ انگریزی ادبس زیٚادٕ پھکلی لگی ہیٚژن اطالوی ادب
اوس تمہِ ساعتہٕ زوالکین منز یِلَن منز نامُت ۔ فرانسن آسی رابلیس تہٕ رونساڈ مونٹیگ
بہتر یادٕ کرِ مہتہٕ ۔ میلا رے اوس نوٚ وُہر گوٚمُت یِلہِ شیکسپیر زاو ۔ یمہٕ ساعتہٕ انگلستان
گوڈنچہِ لٹہِ عظیم ادبی ہاوسن ہِندی خاب وُچھان اوس تَمہِ وِزِہ اوس رینا سانَن عقل،
فہم تہٕ تخیُّل کہ حوالہٕ اِٹلی ہِند تہٕ فرانسُک اکھ نسل مالامال کوٚرمُت ۔

اِٹلی تہٕ فرانسُس مُقابلہٕ رود انگلستان پلاسٹِک فنن منز ۔ تصویر بناونی ــــ
باقے ملکن مُقابلہٕ زیادٕ جُدا تہٕ الگ ۔ اَمیُک وجہ اوس یہِ زِ انگلستانس آسنہٕ اَکھ مادانس
منز تہٕ کانہہ روایت ۔ یَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ بیٚیو ملکو منز آسی کیہنہ اَنہٕ آہستہ مگر تمن
خلاف تہِ آسی باارادٕ رِفارمر تہٕ اصلاح کار طاقتہٕ سان تصویرن ہِندِ حوالہٕ نفرتُک اظہار کران ۔
رینا سان اوس اکھ آرزوٗ مُنکہٕ یہِ سَتھ کُنہِ زِ توٗک ۔ رینا سان اوس اکھ اظہارُک طاقتہٕ کرِ پٔتھ کُنہِ
عنصرُک ۔ انگلستانَس منز یُس پیوری ٹن ماحول رُود تمِ تہٕ دِیت نہٕ اَتھ سوٚکھ تہٕ قرار انگلستانن
منز آسی بلاشک کیہنہ آزاد روح ، مگر تِم آسی بدنام تہٕ مشکوٗک ۔ عوام یِتھ پکہٕ ونِس تہٕ پُرخلوص

اخلاقس تالہٕ بیٚیٹھ رٕٹھ اوس تَتھ اوس باقیَن تہٕ دامَن رَٹٕنۍ پیوان۔ اَمیُک کُلہم نتیجہٕ دٕرا و ہُرُوٗنۍ سنجیدگی، ہُرُوٗنۍ ضمیر آزاری بےٚ اطمینانی۔ اَمہِ علاوٕ پیٚیہ پَرٛتھ ہنٛدِس مُلکس بیٚیٹھ جذبَن ہنٛز زبردس شِدَت۔

فرانسہٕ تہٕ اٹلی مقابلہٕ ژوٚٹ انگلستان مَنٛزۍ مہِ دورٕنش پروٹسٹنٹ اِزمکۍ بھالاون۔ مگر اَتیُک ادب رُود یمَن دوٚن مُلکَن مقابلہٕ مَنٛزۍ مس دورس سیٹھاہ نزدیک۔ تِکیازِ یہِ حقیقت چھےٚ زیادٕ نٔز زِ اَتیُک ادب رُودنہٕ تمِن ضدیَن بارِ حَدس تام قومی جذباتَن ہنٛدِ بلواسطہٕ اظہارُک کم ترجمان۔ انگریزی ادب اوس یہِ ڈُپی زِ تہٕ سوٗرے یا تہٕ فرانسہٕ بیٚیٹھ برآمد کرنہٕ آمُت، نہٕ اوس ترجمن تہٕ منگناوِ متن پوشن ہُند باغ۔ وُنہِ آس نہٕ اُمی یَرٛزی پاٹھۍ قومی شکل و صورت نیمٕژ۔ چاسرُن تھذِ پایہِ کیٛو شاعر ومنٛز چھُ اوس بُنیادی طور فرانسی۔ فرانسی رینا سان اوس رینیساہ تہٕ رَئیس پسند۔ مگر انگلستانس منٛز رُود اَتھ ہمیشہ عوامُک لحاظ۔ نہ صرف آے بیلیڈ نِظم لیکھنک عوامی فارم۔ یٔتھ ہاو تہٕ بلکہ آوُ یمن اضافہٕ تہٕ کرنہٕ۔ سطح تہٕ تھیٹر رُودی زینَن تہٕ عوامس دوشوٗنۍ ہنٛدِ باپتھ آزاد تہٕ یلہِ نہٕ دوشوٗنۍ محظوظ کران۔

اَتھ یورپس منٛز تہٕ بنیہِ خود انگلستانس یُس سیاسی بُحران تہٕ یوسہ سیاسی شطرنج بازی چلوٗنۍ رۄز تمہِ دیت حب الوطنی ہنٛدس جذبس اَتہِ زبردس طاقت۔ اَتھ تواریخ قصہ داستان، روایت تہٕ آثار قدیمہ آے پُرشکوہ آیہ پیش کرنہٕ۔ اُمی حب وطنکۍ جذبن دیت زوٗ تمن ہاوُن تہٕ ارمانَن یم یونانی تہٕ رومی، لاطینی تہٕ فرانسیسی نشہٕ بارُن آسی جواب یَتھان پادٕ کرُن۔ اَمہِ علاوٕ کرٛ اَتھی ستی مٔذہبی دشمنی تہٕ دٔربار پادٕ غار ملکی اثر پایہ زاوس منٛز انگلستانس گٔنہٕ یہِ خاہش تہٕ ستی یوٚتھ حص منٛ وجود بنین عیسائی ملکن نِش بیون تھوٗن۔

اَتھ مُکمل موختصر تمہیدس یُس سیٹھاہ چھُ وہراوُل، ختم کرنس بیٚیٹھ چھُ یہِ وَنُن تہٕ

مزوری زاتھ ساری ہے دورانس منز رودی یڈی انگریزی ادیب فلسفہ دان شاعر تہ فنکار پورپک دور تہ کران۔ چاسر یُس ژوداہمہ صدی منز زندٕ اوس آو ساری ہے پورپس دور کرِتھ۔ تھامس مور آو ۱۵۱۵ عیسائے سنس منز یورپ سوزنہ۔ وارہہن کتابن تہ آو انگریزی زبانی منز ترجمہ کرنہ۔ چنانچہ ۱۵۷۹ عیسائے سنس تام ادس وارہہن پرانین تہ نوین عظیم کارنامن انگریزی زبانی منز ترجمہ کرنہ آمُت۔ سُہ اثر تہ ہیکون نہ اسی غار خاطس تراوِتھ یُس انگریزی ادبس یورپی تہ غار انگریزی زبانہ پرتھ مینُ گراون۔ یم اسی تم ژانگی۔ یمو ستی تہندین ذہنن ہندی تہہ خانہ روشن تہٕ سپدی۔

ملکہ الزبتھ یوسہ ۱۵۳۳ عیسائے سنہ پیٹھ ۱۶۰۳ عیسوی یس تام زندہ روز چھے تمو خوش قسمت بڈیو منز ییہندِ زمانہ ہمہ گیر ترقی ہُند نمونہ بنیومُت چھُ امی سندس دورِ حکومتس منز سپُد انگلستان پرتھ رنگہ امیر تہٕ طاقت ور۔ سپینک سُہ خطرناک بحری بیڑ — آرمیڈا — یُس ناقابلِ فتح ماننہ یوان اوس تہ سپُد امی سندے ہے راجس تاجس تل تباہ تہٕ برباد۔ فوجی لحاظہ سپُد انگلستان سیٹھاہ مضبوط تہٕ طاقت راندرونی امن وامان آو سختی سان برقرار تھونہ۔ تہٕ اکھ ذرم کزی حکومت آیہ وجودس منز انہ، یتھ قومک مزاج ساتھ دوان رود تہٕ اکھ روٹ کران رود۔

علم وادبک لحاظہ تہ چھُ یہ دور اکھ ملکس منز بے نظیر۔ باقے بے شمار تہٕ حقیقتٕ اکھ کُن نہ تھوِتھ چھُ اکھ دورس منز کرسٹا فرمار لو تہ بین فن پربزلاوان تہٕ شیکسپیر تہٕ یمنہ فنک جلال تہٕ جمال ہاوان۔ کرسٹا فرمار لوسنز ابتدائی زندگی متعلق چھُ سیٹھاہ کم دُنیک تام معلوم سپُد مُت۔ یہ کتھ چھے پور مننہ آمٕژ تہٕ چھیکرس اتفاقہ سان ماننہ آمٕژ زِ کرسٹافرمار لو زاو اکِ دوہ فروری ۱۵۶۴ ہس منز۔ تتھ جایہ یتھ کنٹربری ناو چھُ۔ مول اوس گوڈ گوڈ بوٹ بناوان۔ پتہ بنیو دُسہ سینٹ مری گرجُک کلرک تہ کرِن باقے عمر خوش حالی منز تہٕ زِرتھ

سان بسر۔ یہ موٗد پانہٕ ۴ ۱۶۵ء منز۔ اَمہِ ساںٕتہٕ اوس مارلوکہہ دُہہٕر۔ مارلووَن کوٚر ۱۵۸۳ء یس منز بی۔ اے تہٕ ۱۵۸۷ اعیسوی یس منز۔ ووت یہِ ادبی زندگی ہُند باقاعدٕ آغاز کرنہٕ باپتھ لنٛدن۔ اُمی سٕنز مجلسی تہٕ سماجی زندگی متعلق چھ بیوٚن بیوٚن قیاس کرنہٕ آمتہٕ۔ مگر ادبی زندگی متعلق چھُنہٕ کانٛسہِ تہٕ اختلاف۔

مارلوسُند گوڈنکُ خاص ڈراما۔ یتھ تمبرلین ناو چھُ۔ یُس اُمی سٕندِ شوہرتُک ضامِن اُمی ڈرامہِ کوٚر ادبی تہٕ تھیٹری حلقن منز اکھ ہیجان پادٕ۔ عوامکٕ پوٚر توجہ تہٕ عوامکٕ تعریف سپدٕ اُمی سےٕ کُن، یم کینہہ حسدٕ کی نارن زالی، تِمو کوٚر اُمی سٕندِس بلینک ورسس خلاف اظہار، مگر مارلوہ سٕندٕ داد دِتی عام لوٗکو ابتدا پیٹھے۔ تمبرلین ڈراما پیتہٕ یُس ۱۵۸۸ء منز سٹیج کرنہٕ آو۔ لیوٚکھ اُتھی ؤری یس منز اُمی بیاکھ ڈراما ڈاکٹر فاسٹس ۱۵۹۰ اعیس منز آو مالٹا ئمک یہوٗدی تہٕ ۱۵۹۱ ءیس منز ایڈوارڈ ثانی تخلیق کرنہٕ۔ ۱۵۹۳ ءیس منز لیوٚکھن پیرسُک قتل وغارت، اُمی سٕندٕ اچانک موتن تھوٚو مارلو ڈٕوکار تھیچ لکہ ڈراما اَڈلیوٚکے یُس پتہٕ تھامَس ناشن پوٗر کوٚر۔ دیان مارلوہن اوس گرین پیلس علاوٕ شیکسپیئرس ستہٕ تہٕ ہنری ششم، تہٕ ٹایٹس اینڈ رانیکس، ڈراما لیکھنس منز باگٕ ؤٹھ کرمُت۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھِ اُمی سٕندٕ کینہہ ترجمہٕ تہٕ باقی باقی تخلیقات۔

مارلوہ سٕندِس مرنس متعلق چھ مختلف لوٗکو الگ الگ کتھہٕ وَنہٕ مژ۔ یتہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ تِمی سٕندٕ اکھ زانٛی کار تھامَس کِڈ عَن یُس ۱۵۹۲ء منز گرفتار کرنہٕ آو کرِ پتھ پان آزاد کرنہٕ موکھن مارلوہس خلاف ترٛتھ کتھہٕ یموٚ کِنہٕ تس وقتہٕ موجوب سخت سزا دِنہٕ یِیہے۔ دیان تِمی ووٚن یتہٕ زِ مارلو چھُ دہری تہٕ دہریت پسنٛد ن ہٕنز۔ ٹولہِ ہُند اکھ رُکُن۔ سُہ چھ اخلاقی طور گریومُت تہٕ دین دھرمُک چھُسنہٕ کانہہ احترام۔ دیان مارلوہس آیہ اَمہِ بیانچہِ روٗتشی منز۔ گرفتاری ہنز وارنٹ جاری کرنہٕ۔

مگر سُہ اوس گرفتار کرنہٕ برونٹھے قتل کرنہٕ آمُت برابر ۱۶ جوٗن ۱۵۹۲ ءیس اندر اُڈی چھ وَنان زِ سُہ موٗد چھُر ہنٛد زخمہٕ ستہٕ تہٕ زِ تمی سنٛز اُچھ لٔگ۔ اُڈی چھ وَنان زِ سُہ موٗد ہواے زُدی ستہٕ۔ اُڈی چھ وَنان زِ مارلوٗسن دیت خداوند تہارن بے دینی ہنٛد سزا۔ اُڈی چھ وَنان زِ سُہ آو سیاسی بناہس پیٹھ اَرِس اَنگرام فرے زَرِس اَتھ مارناوِنہٕ۔ پَزر چھُ یِ زِ مارلو موٗد عانہٕ شبابس منٛز یَلہٕ سُہ محض ۲۹ ہِے وُہراوس۔

مارلوسنٛد ڈرامانویسی تہٕ شاعری ہنٛد وَق چھُ ۱۵۸۷ ءپیٹھ ۱۵۹۳ ءیس تام روزان۔ مگر اَتھ ساری سے وقتس منٛز کٔری اَمی فنکارن شاندار ڈراما تخلیق۔ یِم ساری چھ اَمی سنٛد مزاجہٕ ستہٕ بھرپوٗر۔ یِم سارِنٕے منٛز چھُ ہیجان اَنَ دول بھر پوٗر جذبہ موجوٗد۔ سُہ جذبہٕ یُس اَکہِ لہر ہنٛدی پاٹھی ساری سے ماحولس تلک پیٹھ کرِتھ پیٚتہٕ تِھنٛس فنی وأتِھ پَنُن پان تہٕ ختم کران چھُ۔ اَمی ہنٛدی بلینک وَرسن عظیم مصروتہٕ لنظن دیت انگریزی زبانی سیٹھاہ وسعت۔ اَمی کوٚر شیکسپیرَس ہنٛدِ باپتھ مادان ہموار اَمی سنٛدین ڈرامہن منٛز چھُ ٹریجڈی ہنٛد انفرادی تصوٗر۔ سُہ کلاسیکل یونانی تصوٗرُس وہ نی ریناسانکہ رنگہٕ زنگہٕ آمُت اوس۔ یُہ تصوٗرُس نوٚو اوس تمہِن پابندین خلاف اَکہِ عظیم رُوٗحچ کشمکش تہٕ جدوجہد یَمِن یہٕ اَسمان ہاوُن یَژھان چھُ۔ مارلوسنٛدین ڈرامہن ہنٛدین ہیروٗن ہنٛدی خاب تہٕ خاہشات چھ قریب قریب تِمے یِم اَمِس پانَس چھ۔ تم چھ یَژھان لامحدوٗد طاقت، علم تہٕ دولت۔ یہٕ طاقت حاصل کرِتھ چھ تم تمام ظالم تہٕ گونہگار تہٕ تَن آسان بادشاہن تہٕ تہنٛدین چیچن نبہ ہس بیمائس پیٹھ وسِتھ اُڈی اُڈی کڈان تہٕ تمبرلین تہٕ چھُ پی کران۔ سُہ چھ ایشاہکین جابر نوابن تہٕ سردارن پیٹنہِ بگہ لمناوان تہٕ چھانٹہ ٹاس کڈی کڈی چھکھ وَنان سہ

ہو ہیو ہوا ایشیا ہکیو مُفت خور فربہ گُرپو

دفے دہ مس لُمی لُمی کڈنی چھوا

میل وۄہ باسان سیٹھاہ دشوار کام

مارلوہس نِش آسی درجن وادلو کٔٹھن ظالم، سنگدل تہٕ جابر حکمرانن مقابلہٕ اکوے
بوڈ ظالم بادشاہ زیادٕ بہتر۔

تمبرلینس منز چھُ مارلوسند تخیل بر پور واش کڈان۔ سُہ چھُ ژوداہمہِ صدی ہندس
اُمس خانہٕ بدوش بہودرس ہیمس ہیوٚ فاتح اَتھ دِمُس تام کاہہ تہٕ ووتھان چھُتہٕ امہ ڈرامہک
ہیرو بناوان، یہِ چھُ بے پناہ طماع مگر سِتی جابر تہٕ ظالم تہِ۔ مارلوہس چھُ اَمی ستر یمہٕ زیادتی
مسرت تہٕ خوشی بخشان۔ مارلوسُند غرض چھُنہٕ تمبرلینہٕ سندین فتوحاتن تہٕ ظلمس شکل دِنی بلکہ
چھُ سُہ اَمی ہندین طاقت حاصل کرنہٕ کین جذبن اِذن تہٕ اجازت دِوان۔ فلسفکس توجہ ت منظر
منز۔ سُہ چھُ واحد فرد لیشر آسمانن ہندس نیلس خمس تل پننہِ طاقتہِ ستی انسانن تہٕ دیوتہن چیلنج
کران۔ کاہہ دُشمن چھُنہٕ موے والِس خدشہٕ کران۔ تیمورس تہِ چھُ موت ختم کران مگر یہِ موت
چھُ، عام انسانس تہٕ خاموشی ہنز مہر کران۔ تس عام انسانس، یُس سُند خالق سیٹھ عقیدس پیٹھ پکان
اوس زِندٕ نہس منز چھُ صرف نیکی کرٕنی تہٕ خُدایہِ ستر رضامندی حاصل کرٕنی بوڈ بار مقصد تکیاز یہِ دنیا
چھُ محض اکھ تھکہٕ بینڈ۔ مارلو چھُ اَتھ برخلاف مذہبی حکومتس یدٕ ہٕٹہِ چیلنج کران۔ تمس چھُ سیٹھ کُتھ
پیٹھ یقین زِ یمہٕ زمینی عاش وعشرتگ سرور چھُ آدمس بذاتِ خود بوڈ بدل تہٕ انعامہ۔ یہِ اوس
سُہ خیال یُس ہنہ رینا ساہٕ بروٚنٹھ اوس زِنہہ تہٕ وننہٕ آمُت۔ انگریزی ڈرامہس منز تہٕ اتھ رینانی
دورس منز تہِ اوس اَتھ خیالس صرف مارلو گوڈنچہِ لٹہِ پیش کران۔

یمہِ کتابہِ ہنز اَکھ نظم "حُسن" چھُ اَمی تمبرلین ڈرامہکہِ اکہِ لوکٹہِ بنٛدک ترجمہٕ یمن فکر
پسند تہٕ خیال زوٚوراون والین خیالن ہند اظہار چھُ تیمور یاتہٕ کران۔ سُہ چھُ پننس دِلس دپان
زادکیا گوو حُسن؟ پلنے چھُ جواب تہٕ دِوان۔ سُہ جواب یُس یمہِ نظمہِ ہنز شکلہِ منز اَسہِ بروٚنٹھ کنہ
چھُ تہٕ سیٹھ جوالس منز مارلوسُند دولت مند تخیل زلہ وِنہٕ آبشارکی پاٹھی گربزان چھُ۔

دوٚیم نظم چھےٚ ہیلَن عنوانس تَہ مارلوہٕندِ بٔنیِہ ڈرامہٕ ہیٚچ یِمِک ناو ڈاکٹر فاسٹس چھُہ یِہ
چھےٚ آخری حصہٕ منز کڈنہٕ آمٕژ۔ ڈاکٹر فاسٹس چھُ بنٛیادی جرمن داستان تہٕ کہاوت۔ یہِ جرمن کتھ چھےٚ
مارلوہَس سٹھاہ پسند یوان تہٕ سُہ چھُ اتھ پیٹھ ٹِکِتھ اسمان داستان۔

فاسٹسُن دِل چھُ بیٛیہ سوکھ تہٕ بے قرار۔ یہِ چھُ پانہٕ بوڈ بار عالِم مگر اَمِس چھےٚ، دینیاتس
تہٕ فلسفس منز کانہہ دلچسپی روزان۔ اَمِس چھِہ یِم علم پرٕنِکۍ لوٚر موقعہٕ یوان۔ چنانچہ یِمَن علمَن ہنٛد چھُ
فاسٹس اکس عظیم عالِمہٕ ہٕندی پأٹھۍ مُطالعہ کران، مگر یِم ساری علم چھِنہٕ اَمِس سٕتۍ سوٚ تریش بٕھرِتھ
ہیکان یمہٕ یہِ بے قرار تھوٚومُت آسان چھُ یِمَن علمَن پیٹھ پننہٕ راے ظاہر کران چھُ
فاسٹس چھیکرس جود ہنٛچھنس پیٹھ رضامند سپدان۔ چنانچہ یہِ چھُ دِیان زاکھ کأرۍ گر جودگار
گووعظیم دیوتا۔ فاسٹس چھُ پننہٕ علمُک دأیرٕ کشادٕ کرنہٕ باپتھ اَتھ فنس سٹھاہ تعریف
کران کران وَنان زِ اگر بہٕ اکھ جودگار بنہٕ تہٕ تمام ذی ہوش یِم یتھ دنیہس منز موجود
چھِہ روزن میانِس حکمس ہمیشہٕ پران۔ فاسٹس چھُ جود ہنٛچھان تہٕ میفسٹوفیلس جادِکہِ زورٕ
حاضر کران۔ سُہ چھُ تس لیوسفرُن یار وکاریُس اکہِ وقتہٕ خُدا سنٛد بوٚ قریب تہٕ ٹاٹھ بوٚلکو تہٕ فرشتو منز سارِوے
کھوتہٕ زیادٕ ٹوٚٹھ اوس تہٕ وونی باغی بنٛیتھ تَس خلاف درامُت چھُ میفسٹوفیلس
چھُ فاسٹس پننہٕ مجبوری ظاہر کران وَنان زِ سُہ ہیکہٕ نہٕ توٚتام کانہہ کام کرِتھ یوٚتام
نہٕ تَس لیوسفرُن اجازت تہٕ اذن آسہِ۔ کتھ چھےٚ لیوسفرس تام واتان تہٕ آخرس چھُ
فاسٹس پنُن جود اکھ کُن تراوِتھ لیوسفرس سٕتۍ پننہٕ خونہٕ چہ میلہِ سٕتۍ معاہدٕ کران۔ اَمہِ
معاہدٕ موجوب چھُ لیوسفر میفسٹوفیلس ژوٚوہَن ؤری یَن فاسٹس سٕتۍ پرِتھ کانہہ کتھ تہٕ خاہش
مانٛنہٕ ہدایت دِوان۔ فاسٹس چھُ ژوٚوہ ؤری گُزٕرِتھ اکہِ بدلہٕ لیوسفرس پنُن روح حوالہٕ
کران۔ اَمہِ ساتَن چھُ ژوٚوہن ؤری یَن ہُند تصوُر فاسٹس عجیب مستی دِوان۔ فاسٹس چھُ

ژوٗوہ وُری تہٕ یمَن ییتھِن وُرِین ہندِ عاشقن تہٕ ارمانن ہندی خواب وُچھان۔ تمن ہتہ ساسہ ارمانن تہٕ ہمسوکن ہندِ تیرہٕکی ذریعہ لبان یموٗ اُمی سندس رۅحس منز طوٗفان تُلمُت آسان چھُ۔ برنٛگس منز سوار سپدِتھ چھُ فاسٹس ہوٲیی سفر کران تہٕ دُنِہکین مختلف شہرن ہندِ یمَن منز روٗم، ویانا، پڈوا، پیرس، نیپلز وغارِ تہٕ چھِ ساریتہٕ سفر کران۔ یمٕن طاقت تہٕ ییٚنی زرزری ہاوتہٕ باپتھ چھُ یہِ پوپَن حلوکھ کٕھٹِس منز ژٹھتھ بیوقوف بناوان۔ یہِ چھُ ٹرایہِ جیبہٕ نظر تہٕ حسین ہیلنہ تہٕ وُچھان۔ آخرس چھُ یہِ وَق اَدا سپدان تہٕ ژوٗوہ وُری ختم سپدنکی آخرس پیٹھ چھُ فاسٹس پچھتاوُن ہوان۔ سُہ چھُ کوٗشش کران توبہ کرنٕچ مگر شیطانی طاقت تہٕ لیوسفرنی داروغہ چھِ اَمس ژوکڈان تہٕ روٗح ہیتھ ژلان۔

ہیلن نظم چھےٚ اَمی ڈرامہک سُہ منظر پیش کران یێلہِ فاسٹس میفسٹوفیلس وَتان چھُ زِ سوہیلن گرٹھِ مےٚ بیٚنہِ اکہِ پھِرِ ماونی۔ تیمہِ ہندِ حُسنک شوہرِ لازوال چھُ۔ ہیلن اَمس میسنی لاسس باہگنی آمژ۔ میسنی لاسس اوس ایگامیمنانن بوےٚ تہٕ ایگامیمنان اوس ایتھنزک بادشاہ تہٕ اَمس اَس ھیلنہ ہنز بیٚنز کلائی تمنز ٹاباگِہ آمژ۔ ٹرا ےاوس باکھ ملک تہٕ اَتیک شہزادِ اوس پیرس۔ پیرس آو ایتھنز تہٕ ھیلنہ ہندِ حُسنک شوہر بوٗزتھ تہٕ تمہ حُسنہ ستہٕ سرشار سپدِتھ ژوٗل یہِ ھیلنہ میسنی لاسنہ محلہ خانہ منز آرفتارِ کرتھ تہٕ تمہ کوٗڈُن ٹرا ےواتھ۔ ایتھنز کیٚنژ زون یہِ اکھ ہتک تہٕ چیلنج ایگامیمنان دراو بوٗڈ بار فوجہ کستون ہیتھ جنگی جہازن منز سوار سپدِتھ پیرسس انتقام ہیٚنہ تہٕ ھیلن واپس اَنہ۔ دَہَن وُرِین روٗد جنگ ٹرایس منز سورُے ٹرا ےسپد وآران تہٕ برباد۔ پیرس تہٕ موٗد اُتھی خوٗن ریز جنگس منز۔ یہار پیٚلہِ ایگامیمنان گھرِ دراو تمہ ہنز زنانہ گوو ایگستھیسس ستہٕ عشق تہٕ سور روٗز اَتھ دَہن وُرِین ہندس دورانس نہٕ صرف ایگستھیسس ستہٕ ژھوہ ماران بلکہ کرٕ یموٚ یکہِ وَٹہِ ایگامیمنانہٕ واپسی پیٹھ سُہ قتل کرنٕچ ساری منصوبہٕ تہٕ سامانہٕ تیار۔ ایگستھیس اوس یہِ سورُے کران ایگامیمنانس

سُہ انتقام ہیِنہٕ باپَتھ۔ یمہٕ کِس پوّت منظرس منز بیاکھ قتل و غارت اوس۔ چنانچہ ییلہٕ ایگامیمنان ٹرائیس تاراج کٔرِتھ اَکھ فاتح ہندی پأٹھی واپس گھر وا تان چھُ سُہ چھُ زنانہٕ ہندِ اَتھہٕ قتل سپدان۔ اقلیس اوس ایگامیمنانن بے خوف تہٕ بہودُر جرنیل۔ دیان اُمس اوس لوکچار ماجہِ سُندنا وتھی ٹیر اوس پُراسرار دُریاوس منز کھوور اَتھہٕ ستہٕ تھپ کٔرِتھ کلہٕ کنہِ ترأوِتھ غوطہٕ دِتمتہٕ۔ تس اوس وتہٕ آمُت زِ اکلیسَس اَتھ دریاوس منز سران کرنہٕ ستہٕ روزِ اُمی سُند یان ہمیشہ گولیو، تیرو نیزوَ تہٕ شمشیر ہندی بوٗزخمو نِش محفوٗظ۔ غوطہٕ دِنہٕ وِزِ یتھ کھورِ تَل اُمس ماجہِ تھپھ کٔرِتھ جایہ ووت نہٕ اُمس آب کینہہ۔ یہ جاے روٗز خوشکھے چنانچہ لڑایہ چہ خوفناک لڑایہ منز چھُ اکلیسَس اَتھی جایہ کھورِ تَل بیرس سُند لویمُت تیر لوان۔ اکلیس چھُ زخمی سپدان تہٕ مران۔

سمیلہ اوس زیوس عشق کران۔ یہ آس بیتاب تہٕ اکہِ پھِر وٗنُن پننس عاشقس تمہی شان و شوکتس منز دیدار دیُن یتھ منز تمی اکہِ وِزِ ینہ آشنہِ دیُت مُت اوس۔ زیوس گوو سیٹھاہ لاچار تہٕ مجبوٗر۔ پننہِ مرضی خلاف پیٚیہ اُمس سمیلہ ہنز خاہش پوٗر کرٕنی وُزملہ تہٕ نار چھکران چھکران ییلہٕ زیوس سمیلہ نِش ووت تس بچارِ گو وسوٗر۔ زیوس اوس یوٗنانی دلومالہ منز بوڈ بار دیوتا۔

مرتہٕ برونہہ کینہہ سات تہٕ کینہہ ژیہِر چھُ فاسٹس پنُن پان عجیب حالاتن منز لبان۔ اکہِ طرفہٕ چھے تس پتہٕ مِن ژوٗوُہن وٗریَن ہنز بے پناہ آزادی تہٕ طاقتکہِ اَتھہٕ گرٛھنک دوکھ تہٕ دگ شوٗرکین تہہ خاتن منز اکھ طلاطُم پأدٕ کران تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُس یہ خیال ذہنس دوکرٕ مٹھارن کران زِ یم شیطان گرٛشھی تہٕ آخرس میأنِس روٗحس قبالہٕ کٔرِتھ۔ تمہِ ستہٕ چھُ اُمس تیز آبچی پأٹھی ژٔرٹی دِل یہ طوٗفان تنز اکہِ زَن بوڈ راوان زِ وونی چھِ فاسٹس صرف کینژن ژِھبن ہند مہمان۔ ژوٗوُہن وٗریَن ہندیہ دوہ چھُ تیار لوسنس۔ مارلو چھُ فاسٹس ہندِ اَتھہٕ سارے اضطرابس زوٗدار تہٕ زوردار لفظن منز بیان کران۔ فاسٹ چھُ دیان۔ میانہِ روٗح حالہٕ سأ لوکٹین رُود قطرن ہنز شکل کر اختیار۔

ساگرن سۆدرن اندر تحلیل گژھ
یُتھ بہٕ کانٛہہ بُمہٕ تھےٚ یِکی یِیتہٕ یورزانٛہہ

ڈرامٕہک یہِ منظرٕ چھُ تیوٚتھ ٹھَپ کَرُون تہٕ زوردار، پُرسوز تہٕ تأثیر کَرُون زِ پَرن وٲلِس چھےٚ پانَس عجیب حالت سَپدان۔ دَپان چھِ زِ یہِ منظر چھُ انگریزی ادبکیو تمو شہ پارو منز یِمَن پیٹھ اَتھ زبانِ سیٹھاہ فخر چھُ۔

یِمَن نظمن اَندر چھِ نہ صرف فاسٹس سنز لذت پسندی، حُسن پرستی تہٕ پَت کال پَسندی پَردٕ تُھٹِھ اَسہِ برونٛھ کُن یوان، بلکہ چھُ مارلوسٕند مزاج تہٕ تَمہِ سَند دِلکی بیچیدٕ ارمان تہٕ سانٛین نظرَن تَل یِوان۔ مارلو چھُ سُہ ڈراما نویس یُس فنکارُس پننیٚن کِردارن منز اَژِتھ پانہٕ بولان چھُ۔ تِمَن پَننُ مزاج پننہِ بیقراری پننہِ ارمان تہٕ ہاوس دِوان چھُ۔ اَمہِ خصوصیتہٕ سٟتۍ چھُ اُمی سٕندِس فنَس تہٕ اُمی سنز شاعری پوشہٕ وُن روٗمانی رنگ لگان۔ اُمی سٕندی کِردار چھِ پَزی پاٹھۍ رِناساں دورکۍ پادوارنہٕ تہٕ خالق تہٕ۔ تہٕ چھُ زانان زِ زندگی چھےٚ لامحدوٗد تہٕ حُسن روز دوہہ رَنگن پیٹھ رنگ بدلاوان۔ اُمی سٕندِن ارمانَن ہنز تریش چھےٚ نہٕ ژھۆوہن وریَن ہنز۔ تِمہٕ زندگی منز تہٕ چھُٹان یوسہٕ آزاد تہٕ بااختیار آسہِ۔ مارلو چھُ لامحدوٗد طاقت تہٕ علم حاصل کرنُک طالب۔ رِناسانسُک پادوار تہٕ رِناسانسُک مددگار۔

# حُسن

پنٕنہِ نولن دۆیُم اَدٕ حُسن کیاہ گوو
اگر ساری قلم یِم شاعروٕ تِلۍ یِتھ دِمُس تامَتھ
پیالہِ پےٚ سگوہَن ساراب کرِن
قلم کارن ہندِن تَوزُک خیالَن ہُند سۆدُر احساس

سُہ پریتھ کاہتہ میچھر امۆدریتیمۍ زن
رِتھمَن سیتَن اندر وُزنووا الہام
تہنز نوزُک خیالی تے جوان شاعر تہٕ موٚت دِل
اگر سورگی عطر جوم تہٕ خوشبوے
کدٕن ژارَن تہٕ ژھارَن
حسین غزلَن ہندٕن خوشبوے گُلزارن
تِمَن اندر وُچھوٕ ڈیشوٚ
وُچھان یتھ کُنہٕ چھ اَنِس منز
تھزر انسانٕ عقلن ہُند پلو انسانی ذہنَن ہُند
چھُ کوتاہ آنتھ روٚس تے حد روٚس آسان
اکے نظمہٕ بناوو اُسی اگر اَتھ
اکوے غزل اگر اُسہ اَتھ کرَو تیار
یتھ اندر آسہِ حُسنَس لول بوٚر مُت
و نومُت موٚدر سہِ تعریف کرُمژ
یہ سورُے اَندوا اَتھ ہے اَما پوٚز
بہٕ سوکھ ذہنَن اندر یہندٕن کم از کم
زَشُن ہیٚیہ ژھایہِ گتہ کرِ مارِ ڈالا
خیالاہ اکھ ظونا ہ حارٕ اَنیاہ اکھ
تگُن، کاری گری یتھ ہیکہٕ تہٕ لفظن منز اَنِتھ ہرگز

(تیمُور لیہن)

# ہیلَن

کیا یوٚہے اوساسُہ حسنٕک شولہٕ خوش دیدار موکھ
حرکتَس اَندر اَنے یمہٕ ساسہٕ یدٕ جنگی جہاز
گرٕ برٕ وُنین سوٚدرَن اَندر وولرَن اَندر
کیا یوٚہےَ اوساسُہ خوش دیدار موکھ
ایِلمکین سَر بُلند سرتاج برٕینگَن تار دیُت
یمہٕ ٹاورَن گیٚہ کارتُل
ہیلنی یوٚکُن یَیارٕ
بَس گُنہٕ اَکھ میٚؤٹھ بوسا

ازیناوُم غارَفاَنی لازوال
دام روٚحس زَن دِوان چھیم وٚڈھ اُہندٕ
وُچھ ہیوٚتُن ہوکُن کَرُن پرواز وُچھ
ہیلنی دوہ لہٕ بازیھیر
دِم میے وایس رُوح ہنُ
اُتی نسے کَدٕ زندگی ہندٕ دوہ اُتی
جنت الفردوس ہے یمہٕ نے وٚھٹَن اندر بسِتھ
یَتھ پٕہ پرَتوَچون تَتھ منز کیا اَثر
کیا بجرکُس مول پَتہ یاو

چاٲنۍ عشقن چاٲنۍ لوٗلن
چانہِ باپتھ چھُس یٔژھان بییرِس بَنُن
لرٛاہِ ہدِس یِتھ وٕٹ ہٕرکس تہٕ ٹُلھا اکھ طُفان
نامُرادس میٖنی. لاسَس بۄزدِلَس بے جورتس
بروٗنٹھ یُن تھیچھ ژھننی نالَس چھہ سارنے میاٲنۍ کامُ
چانہِ راٲفنی آشنکی گوٗندی یار پانُس شوقان
بےکرن اکلیس زخمی کھورِتَل
اُتھی اندر بیتاب بوٗسی ترٛیش پھناوِم ژٕ بے کُن
نار چھکہٕ وُن جو بیٹر برونہہ کُن اُنِتھ چھکھ ژٕ ے مےٚ نِش
برٛزلہٕ دِنی تےٚ مارٕ منز۔
آفتابس نِش تہٕ چِھنے حُسن باسان دِلفریب
ییٚلہٕ سۄ نیران گِندنہِ نیلیٚن ساگرن سوٗدرن کنٛھہ
نے ژٕ ے رٕوس کُس ہیکہٕ بنتھ محبوٗب میون
بس فقط ژٕ ے، بس فقط ژٕ ے بیٚیہِ نہٕ کانٛہہ

(ڈاکٹر فاسٹس منز)

از برونہہ ژتجیہ یانٛژتاج وُری چھُ مےٚ مارلوٗسند ڈراما ڈاکٹر فاسٹس کاشرِس منز پھیرمُت یُس تمہٕ نے دوٚہن ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھٕ نشر تہٕ سپدمُت چھُ۔

(فراق)

# نوٚکلاسیَکیت تہٕ فرانس

## اکھ تنقیدی تبصرٕ

یِیلہِ اَسۍ قدیم یوٗنانی کلاسکی اَدیُک ذکر کرَو سون مُراد آسہٕ تمہٕ نسٕلۍ ادبُک یُس یوٗنانہٕ
کیو قدیم ادیبو تہٕ شاعرو تخلیق کوٚرمُت چھُ۔ یِیلہِ اَسۍ نوٚیاہِم کلاسکی ادبی تحریکِ وَنو سون مراد
آسہِ سو ادبی تحریک یوسہٕ سدا اَہمہِ صدی ہندِس فرانسس منٛز پیٚیٛتھے یہٕ تہٕ یمہٕ پتہٕ ہنا برونہہ
یہنٛ انگلینڈٕ تِہ متاثر کوٚر تہٕ یوٗرپکۍ کینٛہہ مزید ادب تہِ۔ یتھ مضموٗنس منٛز کرٕ بہٕ کوٗشش
اَمہٕ تحریکہِ ہندۍ خدوخال یوٗر پاٚٹھۍ شکلاوِنٕچ۔ بہٕ ہاوٕ زِ فرانسس منٛز کمہٕ رٕخ ہاوٕ دی اَمہٕ
تحریکہِ دِرِز دِرِز تہٕ انگلینڈس منٛز کمہٕ آیہٕ آواُکھ سگ دِنہٕ تہٕ گوڈٕ برنہٕ۔ اُکھ سِتۍ یُس
روٗمانیتی انقلاب اَمہِ کِس رَدِ عملس منٛز خاصکر انگلینڈس منٛز آو بہٕ کرٕ تتھ پیٹھٕ تہٕ موختصر
پاٚٹھۍ کتھ باتھ۔

شُرا اَہمہِ صدی ہند بوا طالوی دانشور وادیبو تہٕ نقادو یمہٕ کتھ بیٛنہٕ تہٕ قدیم
یوٗنانی کلاسکی ادبکہِ حوالہٕ وَنہٕ نیم کلاسکی تحریکہِ بنیاد سدا اَہمہِ صدی منٛز سُے یوٗڈ آگرٕ
اُتھ صدی منٛز یُس کاڈ اَمہٕ تحریکہِ فرانسس منٛز کوٗڈُسہ چھُ بٕڑی پاٚٹھۍ کھلہِ ڈٕلہِ وِشال
کتھ باتھ کرنس لایق۔ تکیازِ شاعری تہٕ ادبس متعلق یہٕ تصوٗر یٔتھ پتھو تہٕ یوٚتھُو اُتھی فرانسس

منز ۔ اَمیُک اکھ وجہ چھُ یہِ زِ راطاوی فکرِ نش یہِ کینژھا اَکھ متعلق اہم تہٕ قیمتی دراو تَمیُک
اکثر حصہ رُود تہٕ موجُود ۔ سُہ سپُد عجیب طریقہٕ تلف ۔ انگلستانس منز آے وِزِ وِزِ کلاسکی
اصوٗل کلاسم پاُٹھی یا دِرو وِرو برونہہ کُن اَنہٕ ۔ مگر تموٚ نِش آو تہٕ کانہہ تصوٗر ینٛن پوٗرٕ وجوٗد
ہیتھ منصوٗبہ بند طریقس پیٹھ پیش کرنہٕ ۔ تیلہِ اَسی فرانسی اَدبس منز اَمہ نیم کلاسکی تھیوٗری
ہند تصوٗرُک آگر تلاش کرنہٕ یِہموٗ اَسہ سپزٕ تہٕ کانٛسہٕ خاص ادیبس شاعرس یا فنکارس کُن
پُھتہ کرُن ۔

دِیان رونسارڈ اوس یوٗرپس منز پننہ وقتُک اکھ اہم تہٕ مشہوٗر ادیب ۔ یہِ
کینژھاہ سُہ پیش کرِہے تو کھ اَسی تتھ قدرتہٕ کران تہٕ سنجیدگی ساں پران تہٕ ۔ ۱۵۸۵ء
منز سپُد سُہ رحمتِ حق ۔ یو سہ روایت تمیٚ اَدبس منز قایم کرمژ اَس تمہِ کیسے رد عملس
منز آیہ نیم کلاسکی تحریک وجوٗدس منز ۔ اَمہ تحریکہِ کوٚر وقتس ستی ستی سوٗرُے کینہہ متاثر
تہٕ وہروُن کُشاد باڈو ۔ ہاں یہِ وَنُن چھُ ضروٗری زِ یہِ تحریک ہیکون نہٕ اَسی کانٛسہٕ فردس
یا نسلس ستی وابستہ کرِتھ ۔ فرانس منز دیُت اَکھ تحریکہِ تہٕ کیو سیاسی حالاتو تہٕ تتھے پاُٹھی
ساتھ بیٹھ پاُٹھی انگلستانس منز دیُت ۔ ۱۵۹۰ء برونہہ یُس طویل دور فرانسہِ کس تواریخس
منز مذہبی لڑائین تہٕ مسلکی اختلافن منز گُزرِو تمیٚ کوٚر لوکن منز پرامن حالت بحال کرنہٕ
باپتھ اکھ ڈر خاہش تہٕ طاقتور پیراد پاد ۔ اَتھ ستی سپد یتہِ اتھ نظم و ضبطچ زندگی گزارنُک
یُس عزم خاص و عامن پاد سپُد تمیٚ کوٚر نفسیاتی لحاظہ تہٕ اَمہ باپتھ خوشگوار اوند پوکھ
تیزی ساں فراہم تہٕ تہٕ قایم رِ ۔ اَتھ صاف تہٕ شوٗرژ ہوا نو حسن منز آے رونسارڈ
ہندی ادبی فتوحات تہٕ ادبی اصوٗل تنقید کی نشانہ بناونہٕ ۔ تمیٚ سُند تحلیلی طاقت ہیوکنہٕ
وقتہ کس نظم و ضبطس مطمین کرِتھ ۔ بیٹھ یمہ آزادی ساں سُہ قدیمن تس فاض حاصل
کران گوو تہٕ گوو دِنہٕ لُکن برداشت ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ اَتھ آو شُرا ہمہ صدی ہندس آخرس

بیٚیٹھ دانشوری ہنٛد حوالہٕ تہٕ زبردس چیلنج کرتہٕ۔ وَتنہٕ آو زیٚم شاعر تہٕ فنکار تیادٕ یوٚخ تہٕ
ذہنکی مالک آسن تہٕ تِمَن داناو رونسارڈ فایدٕ بدل نو قصلنے۔ تِم گرٛٹھن گُمراہ تہٕ توٚے
واتہٕ تہٕ تِہنٛز شاعری ستیٚ سماجس کانہہ تہٕ فایدٕ۔ نتیجہ دراو یہ زِ رونسارڈٕ روایتَن منٛز
یِم تہٕ اہم مارٕ مٕندی تہٕ خوٗبصورت عناصر آسی تِم ساری آے مٔتراوتہٕ۔ ساری ہسے
سداہمہٕ صدی منٛز آے اَتھ نیم کلاسکی ادیبَن ہنٛد طرفہٕ شدید حملہٕ کرتہٕ۔ بولیوٗس نیم
کلاسیسزمُک اکھ اہم علم بردار اوس تٔمۍ فرمان دراو زِ رونسارڈن اوس فاشتہٕ پریوٗن
شاعریُک ووٗنی کانہہ تہٕ قاری اوسنہٕ۔ یِتھو بیانو ستیٚ آو نیم کلاسکی خیالن تہٕ معیارن
بریوٗر پوچھر دِتہٕ تہٕ یِہنٛد باپتھ کامیابی ہنٛز وَتھ ہموار کرتہٕ۔ اَتھ ستیٚ ستیٚ یُس انتشار
اَدبی تھیوری ہنٛد حوالہٕ لکن منٛز اوس تمیٚ تہٕ کوٚر بولیو سنٛدس اَتھ خیالس مَدد۔ لکھ آسی
اَڈین سوختن تہٕ اَجن کتھن پیٚٹھ قدیمن نشن والمان۔ ستراہمہٕ صدی اَتھی کُن تہٕ باضے
سیٚنسس کُن تہٕ روخ کران۔ یِرتھ طرفہٕ اوس یوہے عجیب انتشار تہٕ کنفیوژن ہیوٗ۔
اَتھ ساری ہسے پیٚٹھ کوٚر میہلربیٖن (1555-1628) یُتنہٕ زبردس عقلی تہٕ اصوٗلی
ذہنُک مظاہرٕ۔ تِمۍ ترٛاو بنیادٕ نوین اصوٗلن ہنٛز۔ تِمی دِژ زبو اَدبس منٛز نیٚتین لکن
ہنٛدس تتھ ہمسوٗسس یتھ نظم و ضبطس کُن زبردس جُھکاو اوس۔ نظم و ضبط تیُتھ ضرورت
زندگی منٛز تہٕ آسن تہٕ ادبس منٛز تہٕ۔ وقتس ستیٚ ستیٚ دیت حالاتو اَتھ خیالس اَتھ ہمسوٗسس
تہٕ اَتھ تحریکہٕ پوٚر پوٚر ساتھ۔ قومی ذہن آو نظم و ضبطس منٛز ترٛاونہٕ۔ سیاسی تہٕ سماجی زندگی
منٛز کرٛی یتھ ہوانواہہٕ باپتھ گوڈ رشیلوہن حالات ٹھیک تہٕ یتہٕ تِمۍ سنٛدی شہنشاہ لوی
ژوُدہمن۔ کارڈنل رشیلو اوس انتہائی کامل سیاستدان، زبردس موقعہ شناس تہٕ
بے پناہ یرادک مالک۔ سُہ اوس لوٗئی ژوُدہ سُند وزیر اعظم یِتھ فرانسس اَردہمن وریِن
ہنٛدس بے مثال تدبرس یتہٕ یکنووٕ۔ (۱۶۲۴-۱۶۴۲) تِمۍ ہنٛز پالسی آسِ یِہے زِ

بادشاہ گرٚتھہٕ زبردٔس طاقتور آسُن تہٕ روزٕن۔ تمی ستۍ سپدٕ سہٕ کامیاب تہٕ۔ سۄ تہٕ مۄد تہٕ تَس ستۍ مۄد لوی ترٛہوا تہٕ۔ لوی ژ دہ داہ کھوت تختس پیٹھ تَس بٔتیو وکارڈنیل میزارین ہیۆ مُشیر ییمۍ کارڈنل رِشیو سُنز پالیسی کُلہم پاٹھۍ برقرار تھٲوٕ۔ سُہ مۄد ۱۶۶۱ء منٛز۔ مگر تمی تہٕ کوٚر فرانس پرٛتھ لحاظٕ منظم تہٕ بادشاہ ہیوٚون پرٛتھ لحاظہٕ زبردس مضبوط تہٕ تمۍ سند امیر تہٕ رئیس گٔیہِ بادشاہس مقابلہٕ انتہائی کم۔ ورٕ یہٕ اہم واقعاتھ گٔژھ اوتھ سپدٕ یہٕ کٔتھ صاف زِ سیاسی طور یہٕ اسلوٗبہٕ فرانس نظم و ضبطُک عادی بنان اوس شاعر تہٕ ادیبو تہٕ کوٚر تمیک پرچار ادبس منٛز نیم کلاسیک تصور پیش کرٕتھ۔ ۱۶۶۰ء پتہٕ کرٕ اتھ اسلوٗبس تہٕ سونچن ترٛایہٕ تکمیل دِنہٕ باپتھ لوٗلیوس تہٕ تمۍ سند لوٗہم خیالو واریاہ کام تہٕ دیُت ہَس قرار ہیوٚ۔

سال ہرے مود ۱۶۲۸ء اندر۔ تمۍ سندِ مرنہٕ پتہٕ ژاو نیم کلاسکی تصوٗر حقیقی ترقی ہندس گوڈنکس منٛز تَس منٛز۔ تہٕ تیٚمبِ اکھ مخصوص شکل۔ فرانسیسی ادیبو کوٚر پتہٕ روح تمن شرٛایہٕ صاری ہندین اطالوی ادیبن کوٚ تہٕ یمو قدیم کالک ادب تہٕ ارسطو خاصکر تیٚمبِن خیالن ہند حصہٕ بنوو مُت اوس۔ اَمہٕ کِس نتیجس منٛز آو (۱۶۶۰ - ۱۶۳۰ء) منٛز گوڈنیُک رَف ڈرافٹ بناونہٕ تتھ ساری سے یتھ پتہٕ نیم کلاسکی سسٹم تاو دِنہٕ آو۔ اَمہِ ڈرافٹہٕ موجوٗب اُس ساری شاعری تتھ اصلاح کاری ہندس دایرس منٛز۔ اَتھ بنیک مقصد قدیم یوٗنانین ہنٛز تقلید اوس۔ وَتنہٕ آو زِ یہٕ مقصد سپد تمہٕ رولہٕ ستۍ حاصل یمیک انتہا قدیمن ہنٛز۔ اتھارٹی تسلیم کرنس پیٹھ آسہٕ۔ وَتنہٕ آو زِ قدیم یوٗنانین آسی رزمیہ تہٕ ڈراما مٔتہٕ ثانی ادبی فارم توے گژھن تم اہم زانٛنہٕ یانس برونٛہہ کنہٕ تقلید باپتھ تھاونٛ۔ اتھ تھیوری کوٚر وارہٕ سس حدس تام پلالہ تمہٕ فرانسیسی اکاڈمی ییمیٚک بنیاد ۱۶۳۵ء اندر کارڈنل رِشیو ہِن تراوِ مٕژ اُس۔ اعلان آو کرنہٕ زِ آزادی گژھہٕ ڈسپلن آسُن تہٕ

خودموختاری گرٛتھِ اختیار آسُن ۔ اَمہِ پتہٕ آو نظم وضبطُک خیال پرٛتھ رنگہٕ تھاونہٕ ۔ یُس
کانٛہہ ڈراما لیکھہِ ہے تس آو تاکید کرنہٕ زِ سُہ تھاوِ ارسطوسنٛزن ترین پاتھٕ وحدتن ہُند
پوٗرٕ خیال ۔ ۱۶۴۰ء منٛز ووٚت اصوٗلن پیٹھ اَدبی جنگ اصوٗلن ہندِ حوالہٕ اَند ۔ فرانسی
ڈراما کارن ہندِ باپتھ آیہ نوٚ فارمولا تیار کرنہٕ ۔ بلکہ آو اَتھ سٕتٕن ادبی تھیوری ہُند
آیندکال تہِ متعین کرنہٕ ۔ شہنشاہ اعظم لوئی ژورٕداہ ہندِس زمانس منٛز (۱۷۱۵ ــ
۱۶۶۱) واتیوٚ یہِ نیم کلاسکی ادبی تحریک پنٕنس عروٗجس ۔ اَتھی زمانس منٛز گوٗ ولیو ،
ری پن تہٕ لی بوسو سُند اَدبی تنقید معتبری ہندِ لحاظہٕ سیٹھاہ مشہوٗر ۔ یمو یُس اَدبی تنقید
لیوٚکھ سُہ روٗد پنٕنہِ منطقہٕ تہٕ خوٗبصوٗرت اظہارکہ حوالہٕ ساری سے اَرداہِمہِ صدی منٛز
سرٕبس ۔ یمن ہندی ادب پارٕ تہٕ نِگارشات آیہ انگریزی زبانی منٛز تہٕ پھرنہٕ ۔ یُس کوٚر
اَمہِ دورٕکی فرانسی اَدبی تنقیدن انگریزی اَدبی تنقید تہِ کافی متاثر ۔ یمو طاقتور تہٕ نوٚ بوٚ
کھوٚنیہ اَدبس سٕتۍ وابستہٕ لوٗکھ دانشور تہٕ مفکر وٚچھان پانس کُن ۔ یوسیوٚن
یُس یاد تھاوُنس لایق طاقتور اسلوٗب ورتاو ینٕ نظریہ تہٕ پنٕنۍ کتھ پیش کران سُہ اوس
پرٛتھ بٲتھٕ واریاہ مختلف تہٕ جاندار تمہِ نتٕش یہِ تس برونہہ لیکھنہٕ آمت اوس ۔ تمو ووٚن
اگر اسی قدیمن ہندی اصوٗل پیش نظر تھاوِتھ لیکھو سانی ادبی نِگارشات آسن ضروٗر
معیاری ۔ قدیمن ہندی یم اصوٗل ژن اَسہِ جدیدن پنٕنین تجربن ہندِس ترسیلس منٛز
زبردس قایدہٕ ۔

یوٚدوے فرانسی نقادو تِمن اصوٗلن کُن بُتھ کوٚر یمن ہنٛز اساس ارسطو ہَس
پیٹھ آسۍ تاہم اوس ژُراہِمہِ صدی ہندِ لو اطالوی پنٕنین ترجمن منٛز اَتھ کافی وہراو
دِتمُت ۔ تِمن ترجمن منٛز آسہٕ نہ سو اشاریت تہٕ لفظن ہنٛز سوٚہے تہہ داری یوسہٕ
ارسطو ون قایم تھاومٕژ آسہٕ ۔ فرانسی گیہ اَتھ اہم کتھِ واقف تہٕ ہیوٚتکُھ یان موکلاوُن ۔

ارسطوءَ سندي حوالي اطالوي تشريحڪارن ۾ ذهني منتشر ڪري ڇڏيا هئا. ڪن نقادن ته ارسطوءَ
کي ڪجهه ڪچو. اهي ڪيتري قدر حوالي ڇڪتاڻ نو ناوهڻ جي لائق. سي بنيو ورزميا شاعريءَ جي حوالي. ارسطوءَ سندي
وفادار مُريد. مگر اُن جي مقابلي ۾ ٻيا ڪي اهڙا اديب آهن جيڪي ڪنهن حد تائين تقاضي ڪونه ڏئي ارسطو
سندن اصولن کي رد ڪيائون. خاص ڪري ٽن اصولن ۾ ٽن ڊراما جي حوالي پيش ڪري هئي
آهي. يعني ڪُن اوس آهي ته ضروري ٿيڻ ۾ جديد اسٽيج جي ضرورتن پوري ڪرڻ. اطالوي اديبن
سندن فاصلن ۾ آس ڪجهه ڪري ڏيڻ ئي نه پيا. اڏين جاين آءِ قديم طرز تي تعريف ڪرڻ،
ته اڏين جاين آءِ اُٿ ڏٺو تير تنقيد ڪري ٿو. جيڪي پاڻ روئدا پر پنهنجي خيالات جي حد اتفاق.
مثلاً وشنو آهي ڪيا شاعري جهڙي بحر ٿيڻ ضروري ڪيو يا جيڪو اُن کي پاڻ لاڳو ٿيو پيا.
ڪيا شاعري جو مقصد ڪهڙو اخلاقي سبق ڏيڻ آهي يا حظ ڏيڻ. تنقيد جن ۾ ٻن ڌرين راين
آهن. آخر ۾ شاعرن هند پاڻ ۾ اهڙا ربط دار قاعدا پيش ڪرڻ. مگر پيلي بنيو ڪڏهن
هو نه اطالوي راين حد پاس ڪري يا تقليد ڪري. بلڪ آهي تنقيدي شعور ڪام لاڳو ٿيو ته
اطالوي راين جو انتخاب سندي ترجيحي بنياد تي ٿيڻ ته فرانسيسي قومي ضرورتن پيش نظر
ڪرڻ. ٿي ويو ته بلڪ آهي وشنو نظريو گهڻو فرانسيسي عقل ته فهم مان جهڙي ڪاهن
زير ڪاوڙان. ۾ ڪهڙي فرانسيسي تر دماغي وڌو هوندي. ڪوشش ماسيد فرانسيسي گاٽهار ڪئي ته
لحاظ ولهه پاڻ متاثر خيالن تي. اهي وڌيڪ ڏيکاري ته فرانسيسي نقادن ڪيتري ڪاهه
اصول. تنهن اُتي زامت ته پوڙهي مُت آهي. البته اُهي ۾ ٻيو ٿي خيال ۾
ناڪ نقشه شير نه آهي پيام سندن منطقي انجام تائين وڃي نه آيا. اهو متحد سسٽم آهي تيار
ڪرڻ. ترڪ بنياد اطالوي نقادن هندن ايجادن ۾ ٿيا ونه آيا. آخر ۾ پڻ
اصولن ۾ عام اتفاق سندي تم آءِ بر هه ڪن پيش ڪرڻ. تنقيد ڪل يه سوئڙي ڪجهه آهي
شاعري ڪُن ڪرڻ. سارو ئي کو ته ٻڌڻ اهم ڪٿ آهي يه ته شاعري آهي مان ته اهڙو

چیز یمیک مدعا اخلاقی ہدایت دِنی اوس ۔ عظیم نقاد ہورَیس ہندِس یتھ فرمانَس تہٕ آو
بَڑی تعظیم کرنہٕ زِ شاعری گژھِ حظ دِنی ۔ مگر کُلہم زور آو یتھ پیٹھ دِنہٕ زِ یہ گژھِ نصیحت
پسند آسنۍ ۔ معاصر سماجس منز ۔ یوسہٕ حظ دِنچ تھیوری آس تتھ تہٕ آو ٹاس دِنہٕ ۔ توے آو
یتہٕ وَنہٕ زِ شاعری کرنہٕ باپتھ گژھِ خداداد قابلیتھ آسنۍ ۔ مگر یتہٕ چھُ اکھ اہم پزر زِ شاعر
ہیکہٕ نہٕ توتام شار وُنتھ یوتام نہٕ تَس شار وَنہٕ نُک فن آسہِ ۔ یَس آد اورکُن تہٕ توجہ دِنہٕ ۔ وَنہٕ
آو زِ فن گوو قواعدن تہٕ قونُون ہُند اکھ کوڈ تہٕ اَمِچ تابعداری گژھِ بہرحال پیٚدٕ ۔
اَتھۍ نوکتس پیٹھ چھُ ڈبَ لگان نیم کلاسکی تصوٗرٕ یُس ستی یوٚتھان چھُ تہٕ اکھ تحریک ہُنز شکل
رٹان چھُ ۔ گوڈنِک اہم قونُون آو یہ ہے مانہٕ زِ قدیمن ہنز ۔ گژھ تقلید سپدنۍ ۔ تہٕ زَن
گوو تم قاعدٕ قونُون یِم قدیم کالہٕ کین تھیوٗری وَنن والین خاصکر ارسطوٗس نِش میلان چھِ ۔
یَس بنیوو قدیمن ہُند وَنُن اکھ سند تہٕ اَتھۍ آیہ تھپ تہٕ کَرنہٕ تہٕ تقلید تہٕ ۔ یتہٕ آے
باقی قونُون تہٕ ترتیب دِنہٕ مگر رہبر اصوٗل رُوٗد یہے ۔ قدیمن ہندی تکیاز قدیم آسنہٕ کِنۍ
اَس انسانی نفسیات یِمَن ڈلی ڈلی قبوٗل کرنہٕ خاطرٕ تیار ۔ اَمہٕ ساری کِنۍ نتیجہ دراو یہ زِ
قدیم کالہٕ کین ادبی اصوٗلَن پیٚٹھ زبردست اہمیتھ ۔ یُس آے کہانیِن منز تنتھے باتھی امکانات
بچاونہٕ ستھ باتھۍ یِم کردار نگاری منز آے تخیل اگر خوش گژھِ ہے پرواے اوس نہٕ کینہہ ۔
مگر عقلہٕ پیٹھ آدھروسہ کرُنہٕ ۔ یہ گژھ نہٕ کُنہِ تہٕ لحاظٕ پریشان سپدنۍ ۔ تمہ ستی واتہٕ پرستھ
لحاظ نوقصانے ۔ کردار نگاری، خیالس تہٕ اظہارس منز ۔ گژھِ ڈیکورم برقرار تھاونہٕ یُن ۔
یوسہٕ کُنہہ شایستگی یا جایزس خلاف باسہِ ہے تتھ اوس خط تراوُن تہٕ سو آس خارج
کرنۍ ۔ یِم صفت چھِ اضافی لفظ تہٕ یمن ہنز نشاندہی تہٕ ۔ وَنہٕ آو زِ شایستگی گوو
تہٕ سوٗرے یتھ روایتی اخلاق تسلیم کرِتہٕ یتھ معاصر شریف سماج گواہی دِی ۔ انسانیتہٕ
باپتھ گژھِ سُہ پرتھ چیز رُت آسُن یتھ چیزس تابع روٗزن آسہِ یا نقل کرُن بیتہٕ ۔ اَمہٕ

زوٚہیک نتیجہٕ دِرادبی یا تہٕ توارٲخی کینہہ حادثہٕ آے یِتھنہٕ ذیہنہٕ نِش خارج کرنہٕ تہٕ پوٚرٕ پاٹھۍ مُشراونہٕ۔

مےٚ کوٚر کینژن اہم نُکتن ہُند ذِکر بیٚتھ کنہٕ۔ یِم آسہ تِمن ذہنَن ہُنز یاداوار یِمو نیم کلاسیکس گاٹجار فراہم کوٚر۔ یِموعلاوٕ آسہ بیٚیہ تہٕ کینہہ کتھہٕ یِمو کیٚنہہ شاعری ہٕنز۔ مزید کینہہ صِنفہٕ بارَسَس آیہ۔ یِمن ہِند حوالہٕ آدَیتھ کُتھ بیٚتھ تہٕ زور دِنہٕ زِ یِم گژھن مخصوص طریقہٕ وَرتاونہٕ ینہٕ۔ اَمہٕ دوٚرُک مشہوٗر دانشور تہٕ ادیب بولپو چھ ادبچہ کینہہ صِنفہٕ موٚختصر پاٹھۍ ونٕرچھناوان۔ زَن نہٕ سُہ یِمن زیادٕ اہمیتھ دِنی یژھان چھُ۔ یِمن منز چھ اوڈ، سانیٹ مرثیہ طتٕرٕ وغارٕ شامل۔ اَتھ مقابلہٕ یٚلہ سُہ رزمیا ٹریجڈی تہٕ کامیڈی ہنز کتھ کران چھُ سُہ چھُ زَنتہٕ مُرتٕ راونہٕ یِوان تہٕ وَرتھٕ وانٔجہٕ کتھ کران۔ اَمی دوٚرُک تہٕ دِرٕیک بیاکھ نقاد چھُ راپن۔ تِمۍ سُند وَنُن اوس زِ زندگی ہِند حوالہٕ چھ اصل چیز ٹریجڈی، کامیڈی تہٕ رزمیا۔ زیادٕ توجہ گژھ یِمنے بیٚتھ دِنہٕ یُن۔ رُوٚدی باقۍ اصناف سوخن تِم چھینہٕ زیادٕ ضروٗری تہٕ نہ ہیکن تِم افت واتِتھ۔ شاید اوس اَمیُک اکھ بوٚڈ وجہ یہ زِ یِمہٕ صِنفہٕ آسہ بین آسُن تخیلہٕ نِش حاصِل کران۔ تخیُل یَتھ اَتھ دورس منز کانہہ خاص اہمیتھ دِنہٕ آیہ نہٕ۔ راپن تہٕ چھُ واضح اِشارٕ اورُکُن کران۔ سُہ تہٕ سِنیاوٕ ٹریجڈی، رزمیاہَس تہٕ کامیڈی تہٕ لوٚگ یِہندی بابتھ قاعدٕ قونوٗن تیار کرنہٕ۔ اَمہٕ نِش تہٕ چھُ ظاہر یِیاان زِ یِم اصناف سوخن اَسی آخرس پیٹھ تیم کلاسکی ادبکۍ انتہاہی نمایاں صِنف سوخنا۔ اَمہٕ برونہہ یِم کینہہ پسندیدٕ رُلہٕ ملہٕ ہیٚژ آسہ تِمن کُن آونہٕ کانہہ توجہ دِنہٕ۔ شاید اَوکۍ زِ اَتھ۔ نیم کلاسکی تصورس منز آسنہٕ تِمہٕ فٹ یِوان۔ یِمن منز آسہ ٹریجہٕ کامیڈی یا دیہاتی طربیہ۔

یِمن حالاتن منز تہٕ زندگی ہُند کاروبار چلاونس اَتھ اسلوٗ بس منز آیہ رزمی نظمہٕ گوڈٕ انوارٕ دِنہٕ۔ یِہ آیہ سارٕوے کھوتہٕ عظیم اشرف تہٕ تعظیمس لایق مانہٕ۔

اَتھ پیٹھ آو کھلہٕ ڈٲلہ بحث کرنہٕ۔ اَکھ اہم نقاد تہٕ ادیب باسوون کرِ شاعری ہنز اَتھ
ہیرِ یتھ کُنہ تعریف زِ یہ چھےٚ اَکھ بیانیہ یُس تمثیل کہ ذریعہ اخلاقی قونون پرزنہٕ پانہ پھٹی
بیش کران چھےٚ۔ تمۍ ووٚن رزمیہ لیکھنہٕ وول چھُ تتھ سبقس پیٹھ غور کران یُس سُہ
ہیچھناوُن یژھان آسہِ۔ یتہٕ چھُ سُہ تتھ اکہِ شوٗبہ دار تہٕ شوٗبہ ووٚنہِ تمثیلچ شکل دِوان۔
رزمیہ کیٚن جُزن ہُند تجزیہ کران چھُ سُہ وَنان زِ رزمیَن منز گژھہِ افسانہٕ آسُن۔ کردار
آسُن، اَکھ لگہٕ ہار مشینری آسنۍ، داستان آسُن، جذبہٕ آسُن تہٕ اظہار آسُن۔ اُمی سندس
اَتھ تجربس تہٕ خیالس سٟتۍ آو عام طور اتفاق کرنہٕ مگر سٟتی آو یہ وَننہٕ زِ یتھ چیز گژھہِ
حدس منز رُژنہٕ اَمُت آسُن۔ وقت گُزرنس سٟتۍ سٟتۍ آو مزید کتھن واش تہٕ کڈنہٕ۔ یمہ
رزمیاکہ حوالہ کرنہٕ یوان آسہِ۔ مثلن اَکہ بدل نقاد راین صاحبن ووٚن زِ رزمیاہس
منز گژھہِ کارکردگی اکاے آسنۍ۔ یہے گژھہِ سادٕ آسنۍ، مکمل آسنۍ۔ نہ گژھہِ کنہ ڈ روٗس
اتول تہٕ بنیہ توٗل آسنۍ تہٕ نہ زیادٕ محدوٗد تہٕ موختصر۔ انسان ما گژھہِ اکاے کتھ وَنان
تہٕ یران یِہے بوٗر ہیوٗ توٗے گژھن اَتھ منز منز لوکچہٕ داستانہٕ آسہِ نہ تہٕ یُس یہِ نہ یتھ
یہ مزہ بدلی ممکن سید۔ کینژو کوٚر یہِ خیال پیش زِ تواریخی واقعات چھہِ رزمیہ باپتھ
زیادٕ موزوٗن۔ شرط آو یہِ تھاونہٕ زِ تواریخی واقعہ گژھہِ نہ ماضی قریبک یعنی قریب
یتھ کالک آسُن تہٕ نہ گژھہِ یتھ ہیوٗ تواریخی واقعہ قدیم یتھ کالس سٟتۍ واسطہٕ تھاوان آسُن۔
تکیازِ یمہ ہیکن فنکار ستر آزادی محدوٗد کٔرِتھ۔ پَس ہیکن یتھی ہی حدامیک تاثر تہٕ حُسن
ولٹہٕ پانہ پھٹی متاثر کٔرِتھ۔ اَتھ صنفس پیٹھ آیہِ مزید کتھ کرنہٕ تفصیلہٕ سان۔ مثالے
یتہ آو وَننہٕ زِ اَتھ منز گژھہِ اَکھ خود کفیل ہیرو آسُن۔ عمل گژھہِ دوٚن ہند مددٕ سٟتۍ
برونہہ پکنۍ۔ دِوتہَن ہندِس اَتھ مدا خلتس آیہِ سٹھاہ اہمیت دِنہٕ۔ وَننہٕ آو تہٕ
تی آو وُچھنہٕ تہٕ زِ دِوتا، ہیتھ گژھہِ کانہہ تہٕ چیز یا کردار کُنہ وا تھٕ تہٕ واسطہٕ برونہہ

کُن یُن۔ یہ گرٛژھہِ نہٕ ژُن زِ یہ کیٛاژ سپُد یا یہ کیٛاژ آو۔ پرٛن وٕلی سُند ظوٗن گرٛژھہِ نہٕ یِمن چیزن ہندِ حوالہٕ یِم مانٛنہٕ تہٕ نہٕ مانٛنہٕ باپتھ جوٗر تہٕ گرٛژھن۔ کٔتھن گیٛہ کیٚتہٕ نیران تہٕ فرانٛسس منٛز آیہِ قدیم کارٕہ اسطوریات یا مائتھالوجی اُتی زاونہٕ۔ وَجہ آو یہ وَننہٕ زِ یہ آس اَسہِ نِش سیٚٹھاہ قدیم کارٕہ تہٕ اَتھ سیتی ہیکہِ ہانہٕ انساف سپدتھ۔ اَتھ مقابلہٕ آیہ عیسائیہ رزمیا تخلیق کرنہٕ۔ یِمو زِ یِم آسی نہٕ زیادٕ دوٗر قدیم کالُک مقابلہٕ کینہٕ۔ تجربہٕ تہٕ آیہ کرنہٕ مگر تِم سپدٕ نہٕ شایداوٕکنی کامیاب زِ یِمن آسہٕ پننہِ حدبندی تہٕ کمزوریا۔ نتیجہِ دراو یہ زِ بولیوٗن دیت اَتھ خلاف پننُن فاصلہٕ۔ تِمو وَوٚن زِ تیمی چھِ رزمیا ہٕکِن پننہِ تہٕ سادٕ پرٛژھہِ یتھ منٛز تعظیم آسان چھُ پریشان تہٕ کرِتھ۔ تِمو وَوٚن اُتھی نوزِک مسلس پیش نظر چھِہ غاراہل کتاب تہٕ قدیم اسطوریات اکہِ رزمیا باپتھ زیادٕ موزوٗن۔ اَمی زندگی تہٕ اَمیک گہنہٕ۔

یِمہ آسہٕ کینہہ اہم کتھ یِمہ اَسہِ رزمیاکہ حوالہٕ وَننہٕ۔ یِتھے پاٹھی آیہ ٹریجڈی تہٕ بحثاونہٕ۔ اَمِکہ حوالہٕ آیہ کینہہ خبقہٕ قاعدٕ تہٕ قونوٗن ترتیب دِنہٕ۔ وَننہٕ آو زِ ٹریجڈی ہند باپتھ تہٕ تِمے موضوٗع یِم عظیم نوعیتکی آسن۔ یِمن ریاستن سیتی وابستگی آسہِ۔ ٹریجڈی ہُند ہیرو شوبہٕ سٕے یُس تھدِ عہدُک تہٕ تھزِ جایہِ ہُند نفر آسہٕ۔ قریب قیاسی آداب مجلسن تہٕ ترین پاٹھر وحدتن گرٛژھہ تھزٕ۔ انواری دِنہٕ یِن۔ مہذب خیال تہٕ عظیم اظہار گرٛژھن اَتھ شوٗب دِنی۔ ٹریجڈی گرٛژھہ عام طور پانٛژن ایکٹن پیٹھ مشتمل آسنی۔ ترٛیے یا اٹھ ور کردار گرٛژھن بیک وقت سٹیجس پیٹھ آسنیٛ۔ یِتھ وِز گرٛژھہِ یہ خیال موجوٗد روزن زِ کیا رحم تہٕ خوف چھا برقرار روزان۔۔ ارسطو ہنز کتھارسس تھیوری پیٹھ آونہٕ خاص پاٹھی کینہہ تہٕ وَننہٕ۔ البتہٕ یہ آو ضروٗر وَننہٕ زِ روٗحکس طلوطمس منٛزے چھنہٕ ٹریجیکہ شان پوٗشید۔ کامیڈی پیٹھ کتھ کران آیہ کیٛژ تِمہ کتھہ دوبارٕ کرنہٕ یِمہ ٹریجڈی متعلق کرنہٕ۔

یِوان آسہٕ۔ ہاں یِتھ کتھِ پیٹھ آو زور دِنہٕ زِ کامیڈی ہندی پلاٹ گرٛھن ایجاد کرنہٕ یِنہٕ تہٕ تَوارِیخہٕ منٛز گرٛھن نہٕ تِم کڈنہٕ یِنہٕ۔ ییٚنہٕ گرٛھن نہٕ اَتھ منٛز کُنہٕ تہٕ طرفہٕ ٹریجک عنصر داخِل سپدنی۔ کِردار گرٛھن یُوٚنی مِن طبقن ہندی ہاوِنی۔ اَمہِ کِس پلاٹس منٛز گرٛھن صاف تہٕ شفاف ساز شہٕ پیش کرنہٕ یِنہٕ یَمن مُتداد اندٕموٚش اسلوٗبی ساں اندٕ وآتان آسہٕ۔ یتھِ آو تاکید کرنہٕ زِ کِردار گرٛھن یُوٚنی مُوطبقو پیٹھ آنہٕ یِنہٕ۔ کِردار نِگٲری کُن گرٛھ خصوٗصی توجہ دِنہٕ یُن۔ تکیازِ معموٗلی لُکہٕ۔ شہٕ ستہِ ہیٚکہِ تِتھ خاص تاثرس فرق پتھ یُس یہِ کامیڈی وچھن وألِس منٛز یادٕ کران چھُ۔

یہِ آس فرانسس منٛز۔ تمہٕ نِیم کلاسکی دورچ اَکھ عجیب و غریب صوٗرتحال سدا اہم صدی منٛز۔ تہٕ یوٗرپس منٛز۔ سوال چھُ یہِ زِ اَتھ کوسہٕ اہمیتھ آس ۶ اتھ سِلسِلس منٛز وَنۍ آسہِ ہے کتھ زِ اَمہِ وقتہٕ برونٛہہ یمہٕ زیادتی اَدبکہِ حوالہٕ سپٕزٕ مرٕ آسہٕ یہِ نِیم کلاسکی تحریکہِ اَس تَمن مُنٛدر ردِ عمل۔ اَتھ تحریکہِ کوٚر معاصر سیاستن تہٕ سماجی اثرو رسوخن دِل دِتھ اَوپ ثروپ۔ مقصد اوس یُوہے زِ زندگی ہندس پرتھ شعوٗبس منٛز گرٛھِ اقتدار تہٕ اتھارٹی تہٕ حکم تسلیم کرنہٕ یُن۔ نتیجس منٛز یہِ اَمہِ نِش دراو تہٕ سوٗرُے اوس فرانسی گانٛجارس وَنہِ وُن۔ اَتھ سارِے ہے منٛز اوس تخیلس مقابلہٕ عقلہٕ مُنٛد اَکھ مثلن قدیم یوٗنانی نقاد ارسطوٗوس پنُن رہبر مانہٕ یاتھ آو نہٕ قدامتس پیش نظر اقدام کرنہٕ۔ بلکہ یمہِ موجوٗب تہٕ زِ تمی سنزن کتھن آسی گانٛجار منطق تہٕ عقل ستہِ مرکہٕ۔ لہٰذا آسہٕ یمہٕ قدرس عان مطابق۔ اَوکنہٕ تہٕ روٗزنا اَتھ رُوئیس اکہٕ صدی کھوتہٕ زیادٕ وقتس قدر سپدان۔

اَتھ نِیم کلاسکی تصوٗرس منٛز آسے قاعدٕ قونوٗن مانہٕ۔ مگر یہِ زَن سپدٕن گوٚڑٕ یمن قاعد قونوٗنن تسکل دِوان تہٕ اسلوٗب شیران آیہٕ زمانس ستہِ مرتہٕ یمن ہنٛزِ کمزوری تہٕ بروہ نہٕ کُن۔ حالانکہ کتھن تھر یتھ وُچھن وألی شیرن وألی تہٕ

اسلوب دِنہٕ وٲلی تہِ اَیہِ نہ صرف قابلِ تعریف بلکہ دٔرس وَتہٕ تھارن وٲلی بلکہ معیارٕ لحاظٕ گاٹُلی تہِ۔ مگر وچھنہٕ چھُ آمُت زِ وقتس پیٹھ چھنہٕ گژھے نظر۔ یِتھان تہٕ دو ران تہٕ گاہے ژھوٹان تہٕ شرح کان۔

می شود پردہ چشم پرِ کاہے گاہے   دیدہ ام ہر دو جہاں را بہ نگاہے گاہے

یمہٕ ساعتہٕ یم نقاد تقلید تہٕ نقل کرٕنچ کتھ ترلان اُسی یم اُسی تصورس منز اَنان تہٕ تقلید تہٕ سوٗ نقالی یوٚسہٕ ہوٗبہوٗ قدیمن ہنز آسہا۔ اَمی سوٗنچن تہٕ ژٕوی ین کرٕ یم بوٚکھ بروٚنہہ ہیمن یکیتھ جوٗرتہٕ۔ دم دِتھ توٗرٕ کھ فکرٕ زِ کتھ تام چھُ کیاہ تام بیٚیہ تہٕ وُنُ۔ ہوبہوٗن اُسی یم پرٕی بند کرٕی متی۔ بروٚنہہ یکیتس رٔدُکھ نہٕ وار۔ یہ نقالی اُس خارجی تہٕ ہیئتی زیادٕ تہٕ داخلی کم۔ تکیازِ قدیمن ہندٕ ین رٔزمیاہَن، ٹریجڈی تہٕ باقے اصنافن منز۔ اوس اورکُن تہِ زیادٕ توجہ دِنہٕ آمُت۔ مگر یتھ ہیوٗ طریق کار واتنا وِہا یمن یتھن پیٹھ یم نہٕ فایدٕ مند آسہن تہٕ بکار یہن۔ روٚمہٕ یکین اول صدی ہندٕ ین نقادن سٕسی رٔو، ہورَیس تہٕ لاں جائنس ہندٕ ین دِلن نِش دوٗر یموٗ قدیم یونانین ہنز پارٔوی کرٕنک تاکید کوٗرمُت اوس۔ مگر یِتھ یم اَمہ پارٔوی ہنز گژھ کران اُسی تہندی کنہٕ اوس اَمہٕ نِش مراد اکھ قسمُک نتیجہ ہیچان یُس روٗحانی تہٕ آسہا تہٕ تخیلی تہٕ آسہا یُس گاٹین قدیم یونانین ہندی کارنامہ پرٕتھ حاصل سپدہا۔ نہٕ مانی تو یم ساری مدد دِنہٕ وٲلی گژھن تخلیقی بازیافتچ وَتھ ہموار کرٕنی یتھ منز۔ مواد تہٕ ہیئت تہٕ سپرٹ سارِنٕے ین پننُئ دخل روزان چھُ۔ دوٚیمین لفظن منز۔ اوس مدعا یہ زِ قدیمہٕ نِش تہٕ قدیم بروٚنہہ کُنہ کتھ وِتھ کانہہ نوٚو چیز شکلاوُن یتھ پتہٕ تخلیقی اہمیتھ آسہٕ۔ یُس ہم آہنگ آسہٕ توٚس ماحولس تہٕ میٚڈیاہس تہٕ میٚڈمیس۔ توٚ یے آو یتہٕ وَننہٕ زِ نقالی گو وَنہٕ ہوبہوٗ نقل کٔرُن کُنہ چیزُک تہٕ ماڈلک بلکہ چھُ اَمہٕ نِش مراد قدیمن ہُند کانہہ چیز بروٚنہہ کُنہ تھاوِتھ تہٕ نقالی یتھ پاٹھی

کرٕنۍ ژٕ نقل کوٚرمُت چیز آسہِ نقل کرٕنہٕ متہٕ چیزٕ نِش مختلف ۔ اکھ بدل تخلیق ۔ اکھ مختلف چیز یتھ پنُن رنگ تہٕ مُشک آسہِ ۔ اکھ تِتھ نوٚو تخلیق یتھ منز فنکار سُند فنی جبلتھ تہٕ فنی آزادی تہٕ پنُن حصہٕ اداکران آسہِ اکھ سوٚ تخلیقی عمل یتھ منز آزادیان چیز منگنہٕ وِنہٕ یوان آسہِ ۔

اَسہِ پزِ یہِ اہم کتھ تہٕ نظرن تَلے تھاوٕنۍ زِ یِم کلاسکی نقادو یہِ کینژھا قدیم کلاسکس یوٗنانی ادبس تہٕ فنس متعلق لیوٚکھ تمو اوس نہٕ تہٕ پانہٕ یوٗنانی شاعری تہٕ ادب پرتھ لیوٚکھمُت۔ تہندِ یِم تنقیدی فاصلہٕ آسی عام طور پنُن وجوٗدلیان نقادن ہنز و تمو تنقیدی تھیورو نِش یِمن پانس اتھ ادبہٕ فہمی منز لغزشہٕ گامژٕ آسہِ ۔ اَتھ یِم کلاسکی ادبی نظریس اَس بیاکھ کمزوری یتہٕ ژٕ تِمو یِم قاعدٕ قونوٗن بناوِی متی آسی تِتھ منز آسنہٕ تمو ترمیم یا تنقیدچ کانہہ تہٕ گنجایش تھاوِمژٕ ۔ تِم اکھ نہٕ یہِ کتھ مانِنہٕ باپتھ تیار زِ یِمن قاعدٕ قونوٗنن پیٚیہِ وقتہٕ یا جایہِ ہندِ لحاظٕ کانہہ تبدیلی ۔ بوٗلیو ہیوٚ دانشور تہٕ نقاد اوس امی خیالک زِ قاعدہٕ تہٕ قونوٗن آسی مکمل تہٕ یِمن آسنہٕ کُنہِ لحاظ اکھ ژانہہ ہنٛز ضرورت ۔ یِم تہٕ یِتھی اظہار چھِ ہاوان زِ یِمن اَس تواریخی شعورچ کمی ۔ تِمن اَس یہِ کتھ فہماوٕنس منز مُشکلٕ پاٹھۍ زِ ژٕ جمنژٕ زاحصانی معیارن ہندٕ امکان چھُ ممکن ۔ یِم کلاسکی نظریس اَس یہِ بڈٕ ہنٛز خامی ۔ تیژ خامی زِ امی کوٚر بوٗلیو تہٕ گمراہ تہٕ تِم تہٕ یِم تَس پتہٕ آے ۔

ارسطو سُند حوالہٕ تہٕ اوس تمہٕ طریقہٕ وِنہٕ یوان زِ گمراہ سپدن وَتھ تہٕ آسہ پلہِ روزان ۔ یہِ حوالہٕ اوس کلہم پاٹھۍ غار صحت مند ۔ مثلن تمہٕ سنٛز مشہوٗر کتاب بوطیقا تہٕ آیہِ بیٚنٛتھۍ پرنہٕ ۔ اَمیک بوڈ وجہ اوس یہِ زِ اَمچ متن پرنے آس مشکل پیش کران ۔ تِمیاز یوٗنانی علم وادب تہٕ دانش اوس وۄنۍ یوٗنانی کتبو پیٹھ پرن مشکل بنیومُت تہٕ پیٹھ اوس یہِ زوالس کُن تہٕ لمان ۔ یتہٕ اوس اکھ بوڈ مشکل زِمین کتابن تام رسائی اَس لاطینی ترجمو تہٕ تشریحو نِش حاصل کرنہٕ آمژٕ ۔ گوٚو یہِ اوس اصلک ترجمہ

نہٕ توٚے تمہِ نِش. وٕرۍ اَتھ منز آسہا لفظن ہنز تہٕ دارۍ ضرور متاثر سپنز مگر تہٕ تِتھی
ستۍ آسہا معنے لبن منز تہٕ بیھِر یوان ۔ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ ۔ نتیجہ سپد سیٚود غلط فہمی درس لفظ
نہٕ دِنہٕ کُنہِ، صحیح اصطلاح نہٕ وُرتاونہٕ کُنہِ ۔ بیٚیھ آو نہٕ ییتھ کُنہِ کتھِ کُن تہٕ غور کرنہٕ
زِ ارسطوون یہِ کینژھاہ وَوٚن تہٕ سورُے اوس تتھ ادبس ستۍ تعلق تھاوان ییٚس
تَس برونٹھ کنہِ وس ۔ ییٚس ادب تمہِ پتہٕ لیکھنہٕ آو تُس اوس نہٕ تمۍ وُچھمُتے ۔ یہِ تہٕ
تَس تھی تخلیق سپُد تتھ پیٹھ کُس فاصلہٕ دِتھ چھے رُد ۔ تمۍ چھُ پنہٕ پوئیٹکا کتابہِ منز یوٚکھ
زُ سیٹھہٕ دعوی کرُن اوس تمۍ ستر ۔ دلچسپی تِتھ واریاہ دوٗر ۔ یمو کتھو تر چھے یہ کتھ صاف
سپدان زِ ییم کلاسکی ادیبو تہٕ نقادو یمہِ کتھہِ ارسطوہس متعلق کرِ تِمہٕ آسہِ اصل کتھن
ہُند بگریومُت انہار ۔ مثلن یہِ کتھ چھُ پرتھ اکھ زانان زِ ارسطوٚوس تِتھ اوس
وحدتک معنہٕ وحدت عمل ۔ وقتچ تہٕ جایہِ ہنز کتھ کرِ یتہٕ باقی لوکو ۔ دوٚیِم نقاد
یہِ کتھ تہٕ وَنان زِ ارسطوٗن وَوٚن تہٕ پننہِ پوئیٹکایہِ منز زنہہ تہٕ زِ انسانہٕ سُند سماجی
درجہٕ تہٕ گرتھہِ نظرن تل تھاوُن ییلہِ ییلہِ ٹریجڈی ہنز کتھ دوہ تھان آسہِ ۔

اَتھ ستۍ ستۍ چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضروٗری زِ کلاسیتہٕ باپتھ آیہٕ مضبوط بنیاد تراونہٕ
ییلہِ یہِ وَننہٕ آو زِ ارسطو سندی ارشاد تہٕ آیہٕ نہٕ یکطرفہٕ فاصلہٕ بلکہِ آس تمن ہنز بنیاد عقلہِ
منطقس تہٕ قدرتس پیٹھ تراونہٕ آمژ ۔ یتہٕ اوس ٹھیکے مگر یہِ وَنتھ تہٕ اوس اکھ
اہم چیز پرٛیہٕ یوان ۔ ماضی قریب کیو انسان دوستو اوس دانشورانہٕ مرحلن منز
قدرتک یا منطقک تہٕ عقلہِ ہُند تمسٹ یا نہٕ تووُمت ۔ مگر تا حال آسہٕ اَمہِ
تعریف مُبہم تہٕ کم ۔ ورطریقس پیٹھ کرنہٕ آمژ ۔ یتہٕ آیہٕ کوٚشش کرنہٕ یہِ اصطلاح
کھُلہِ ڈُلہِ یا ہُٹی تہٕ فلسفیانہٕ طریقہٕ ورتھناونہٕ یا پتھ ۔ وَنتہٕ آو زِ یہے عقل چھے
سرس یکیا زِ باقی کتھو علاوہ چھتے یہِ عناصرن پیٹھ تہٕ نظر گنڈر تھاوان ۔ اَمس چھُ

بلاشک پۆز اپزنش فرقاونک طاقت۔ نیم کلاسکی فلسفہ اوس تخیلس تم تل رٹُن یژھان
اَتھ اَسہٕ لہذا کانہہ اہمیت۔ تَوے آو وَتہٕ تہٕ تخیلس کنٹرول کرُن یا بزرتوَن کڈَن چھینہٕ
شاعرسندن بُنیادی صفتن منز۔ یُس پارٹ انسانس منز تخیُل تہٕ تمیٚ سند جذبہٕ ادا کران
چھُ سُہ آو یۄرِ پاٹھی نظرانداز کرنہٕ۔ نیم کلاسکی ادبی تحریکہِ ہند طرح آو ناکمل فلسفیانہٕ
بُنیادن پیٹھ تراونہٕ۔ یۄدوَے یہِ منطق تمہٕ نوعیتُک اَسنہٕ یۄسہٕ اکھ منطق دان کرنہٕ تران
چھُ تاہم یُس تصوُر انسانی دِلک پیش کرنہٕ آو سُہ اوس نہٕ مکمل بلکہ اَڈلیوکُے۔ اَمہِ چِھن کمزورین
منز سُپُد ہُرِ ہُرِ یلہٕ انسان محدوُد کرنہٕ آو مصنوعی دایرن منز۔ بیِیہٕ کُشادٕ زندگی ہندِ باپتھ
کانہہ گنجایش آسنہٕ۔ یمون زُسو بُنیاد آسنہٕ اکس منطق دانہٕ سنزِ بیتے مَر۔ عقلہٕ ہنز ہیٚش تاہم
اوس اَتھ پانس منز انسانی دِلک ناکمل تصوُر۔ اَمہِ چہٕ کمزوری آیہِ وۄتلِتھ یلہٕ انسان
محدوُد کرنہٕ آو رایج نقلی تہٕ مصنوعی سماجس منز۔

یمہٕ آسہٕ کینہہ اہم خصوُصیژ تمہٕ نیم کلاسکی ادبی تحریکِچہٕ یمِیُک پرچار سداہمہٕ
صدی ہندس فرانسس منز کرنہٕ آو۔ اَسہٕ تہٕ وُچھ زِ اَتھ منز آسہٕ کیژ کمزوری مگر
تمو باوجوُد دیُت فرانسس منز حالاتو اَتھ ساتھ۔ اَسی ہیکو یِتہٕ وُنِتھ زِ امی
تحریکہِ دیُت فرانسکین سیاسی، سماجی تہٕ ادبی حالاتن ساتھ۔ فرانسس منز روُزنہٕ
یہِ تحریک اَتھی ملکس تام محدوُد۔ اَمہِ تروو انگلستانس پیٹھ تہٕ زبردس اَثر۔ تیُو تاہ
اَثر زِ تتہٕ آو نہٕ اَتھ تحریکہِ اَرداہمہِ صدی تام کانہہ چلینج دربیش۔ فرانسس منز سپز
اَمہِ ستِ تمہٕ خرابی یا سُہ اصراف دوُر یمہِ خرابی تہٕ یُس اصراف اَمہِ تحریکہِ بروہہ تتہٕ
وُچھنہٕ یوان اوس۔ بیٚیہ پیٹھ دورس منز یہِ تحریک فرانسس منز چلیہِ تتھ منز اوس
دانشوی ہند حوالہٕ اَمی ملکن لیڈری ہند تسلط قایم کورمُت۔ اَتھ اہم کتھ کُن نظر کرِتھ
چھُ سانہٕ باپتھ یہِ وَنُن سیٚٹھاہ آسان بنان زِ یۄرپکین باقے ملکن ہندِ باپتھ بتیو یمن

اصولن ہنٛدٕ بٔکٕن بہٕے فخر ہیوٚ تہٕ پوشہٕ وٕن نوٚو فاشن ہیوٚ۔
مگر یہ چھ حقیقت زِ باوجود روٗدی اَتھ نظامَس منٛز تِم نقایص تہٕ یِم اَمہٕ کِہ زوالُک باعث بنیہٕ۔ قدیم یوٗنانین تہٕ رومی ین ہندین یِمن بنیادن یِمو آژ نیٛن تجربن منٛز جاے دِژ تِم آسی نہٕ تِمہٕ سماجکی خیالات یِس زِندٕ اوس بلکہ تِمن تہذیبن تہٕ سماجن ہندٕ یِم وہٕتی واریاہ کالہٕ پیٛٹھٕ زوال پذیر سپدی متی آسی۔ تِم آسی قدیم کتابو منٛز کڈنہٕ یوان۔ یِس ہیکہٕ یِن نہٕ تِم نوِس ماحولس منٛز ہیٛن لگہٕ ہار برقرار تھاوِتھ۔ تتھ زمانس تہٕ یُتھ زمانس اوس منٛز واریاہ، وقت گزریومت تہٕ وقتکہ اُمہٕ صدی ین ہندی دورن اُمس واریہن پھیرن تہٕ جاے دِژمژ۔ کتابی قاعدو قانونن آو بے شک نقل کرنہٕ مگر تِمہٕ ستی آو "اسہ ہنٛز..." معاصر تخیل چھوٚ نگراونہٕ تہٕ محدود کرنہٕ۔ یُس زن چھ یہ تہٕ ارسطوس ندس ناوس پیٛٹھ یُس ستم تاسر علمہٕ کنہٕ شکلاونہٕ آو۔ سُہ ہیکہٕ ہے نہٕ عظیم شاعری تخلیق کرنس یا مولناونس منٛز صحیح رہبر ستھٕ کام انجام دِتھ۔ یہ نصیحت زادب کنہٕ یاکھٕ گژھہٕ تخلیق کرن تہٕ یہ کام انجام دِوان کم اصول گژھن نظرن تل تھاونی ہیکہٕ نہٕ فنکارس سوٚ قابلیت بخشتھ یمہٕ کہ برکتہٕ سُہ پننس تخیلس واتس کڈتھ ہیکہٕ یا سُہ حسن تعبیر کرتھ ہیکہٕ یُس کنہٕ فنپارس دوام بخشان چھُ۔ اتھ عظیم صفتس چھنہٕ ہوٚنر علاوٕ بیٛیہ تہٕ اکھ اہم چیز ضرورت آسان یوسہ ہیئت شناسی علاوٕ آسان چھ۔ اتھ منٛز چھ نفسیاتس تہٕ دخل آسان تہٕ دقت شناسی تہٕ۔

سداہمہ صدی عیسوی منٛز آیہ نیو کلاسکی تحریک بارسس فرانسی نقادن ہندِ ذریعہٕ۔ مگر یہ زن اَسہٕ وُچھ اَمہٕ اوسنہٕ پوٗر فرانس تہٕ فرانٹک کلہم قومی گانجار پانس ماتحت کورمت۔ اُسی روٗدی ابتدا پیٛٹھے اَتھ تحریکہِ خلاف اُتھی فرانسس منٛز ترٛٹھ آواز تہٕ بوزان یمہٕ بدل شیچھ باوان آسہٕ۔ اَدب تہٕ فنکہ حوالہٕ آسے زیادٕ

آزادانہٕ خیال تہِ پیش کرنہٕ ۔ ڈرامانِگارو کریاو گوڈے اَتھ نیم کلاسکی تحریکہِ تہٕ اَمہِ کین
قاعدٕ قونوٗنن خلاف اختلاف تہِ تہٕ احتجاج تہِ ۔ یێلہِ یہِ اختلاف تہٕ احتجاج صدایہٕ صحرا
سپُد اکھ نوٚو احتجاج شکلیوٗس زیادٕ واضح تہٕ زیادٕ اثر دار اوس ۔ یێلہِ یوٗلیوٗہن قدیم
یوٗنانی نقاد سنٛز اکھ کتاب فرانسیسی زبانی منٛز یِھر تَمہِ ترٛوو نوٚو گاش تمام معاصر نظریاتن
پێٹھ یمَن ہُند تعلُق اَتھ نیم کلاسکی رجحانس ستیٚ اوس ۔ کتابہِ اوس ناو SUBLIME
تہٕ لیکھن وول اوس لاں جائنس ۔ اَمہِ وزِ یم نقاد زیادٕ شٔہلی ورتاوان اَسی تمن
تہِ بیۍو یا تسے ستیٚ نہٕ سہی، توٚ سر پێننہٕ وَنہِ مرٛن کتھن پێٹھ سونچُن سٔتٕ ۔ یێمہِ
تہٕ آسے کینہہ یموٚ اَتھ نیم کلاسکی تصورس خلاف سنگین قسمچہِ کتھ کَرٕ ۔ وارٕ وارٕ گێیہِ اَتھ
تحریکہِ خلاف اکھ معقوٗل ناراضگی جمع سپدان یمہِ اَمہِ چہِ بُنیادٕ خبر ہێتۍ شروع کرٕ ۔
یِتھ پاٹھۍ گوٚو وارٕ وارٕ تہٕ ماحول تیار سپدان یَتھ کشادگی ہندِس حقس منٛز ماحول سازگار بنوو ۔ ووٚنی آو
زور دِتھ وَننہٕ زِ یێلہِ زمانہٕ بدلیوٚ فنِ تعمیر بدلیوٚ موسیقی بدلییہِ تہٕ تِتھی تِتیٚ مزاج بدلیوٚ فرانسیسی شاعری کیازِ
کَرنہٕ یہِ بدلاو پیش ۔ حقیقت پسندی ہُند تقاضہٕ چھُ زِ سوٚ تہٕ گرٕ اَتھ بدلٕوُنس
کاینانس منٛز ۔ وۄہ کڈ ژھانٛڈ کڈنا ونہٕ پنجر ۔ یِتہٕ آو وَننہٕ زِ پرِتھ قومس پرِتھ زمانَس
تہٕ پرِتھ شعورس پھٔٹے پنن ترجیح آسان توٚے پزِ اَکِس شاعرس پنُن فن پننِس مُلکہِ کِس
دانشورانہٕ موسمس مطابق تخلیق کرُن ۔ یُہوٚے صدی ہُند یہِ اظہار آو یاد پاونہٕ زِ جدید
گژھن یہِ جسم قدیمن ہندِ ن بھنگن پێٹھ نظر گرٛاھان چھِ ۔ مگر یم جدید پھنگٕن
چھِ قدیمن مقابلہِ تھزرس پێٹھ آسنہٕ کنہِ زیادٕ دوٗر تان وُچھتھ ہێکان ۔ یمہِ بزرگ
اوصاف پاٹھۍ اقرار کرنہٕ زِ جدید ہێکن قدیمن نِش وارِیاہ کینہہ ہێچھتھ مگر یوٗنانی
ٹریجڈی ہُند سیٚد سیوٚد نقل آسنہٕ دُرُس ۔ سو مذہبی عبادت یتھ قدیمن ہندی آداب
رہبری کران آسن روزِ وقتس پیش نظر غلط تہٕ بێیہِ فائدٕ تہِ ۔ اَسی ہێکو تمن نِش

واریاہ کیہنہ ہیچھتھ۔ ییلہِ اُمی بٔنہٕ قومی زبأنی تہٕ دأنشوری کُن توجہ دِمو۔ ییلہِ اُمی
شعوٗری طور انتخاب کرو تمیک پُس سانہِ قومی مزازٕ تہٕ فطری قابلیتہٕ باپتھ ویہ ؤن
آسہِ۔ وَتہٕ آو تہِ اَسہ پزٕ قدیمن ہند مطالعہ ضرور کرُن مگر اکھ پرنیہ منز۔ گرِشہ
سون اپروچ تنقیدی آسُن۔ یِنہٕ اَسہِ لگہٕ ہار باسہِ تہٕ تراوُن تہٕ یہ لگہار تہٕ خوبصورت
اَسہ تہِ استقبال کرُن۔ ہر گاہہ سون قدیمن متعلق یوہے رُوی یہ روزِ اَسی ہکو تہند
اَدبہٕ پِنش واریاہ کیہنہ حاصل کرِتھ۔ ووہ نی اگر اتھ بر خلاف سیو دُے قادار تقلید
کرنہٕ ہیہ تمہ سِتی واتو تہٕ اَسی کُن تہٕ۔ فایدٕ بدل روزِ نقصانُک تَنٕک زیادٕ احتمال۔
کینژ واہم نقادو تہٕ دأنشورو ییمن سرکأری پیٹھہ تہٕ اوس کرُمن کھٔن منز زبردس
مخالفت مگر اتھ کاروانس منز اَسی اکھ تہٕ نقاد تم تہٕ یموٕ فنس منز آزادی ورتاونک
ژونگ دزُون تھاوِنہٕ کامیاب کوٗشش کرِتہٕ سِتی قاعد قونوٗن منز سختی خلاف
احتجاج کوٗر۔ یم اَسی کارنیل تہٕ سینٹ الورِ یماند۔ یہنز۔ وکتھو ستیٕ سُپد اَمہِ وقتُک انگریزی
تنقیدی اپروچ تہٕ متاثر۔ کارنیلن ڈٕنی یہ کتھ تہٕ زِ ارسطوون یہ کینژ ھا ٹریجڈی
ہند حوالہِ دِؤن تہٕ اوس تمہٕ نے ٹریجڈین متعلق یمہ تُس برٕ دٔتھ کنہ آسہٕ۔ مطلب
یہ تہٕ زِ اگر تس تمو ٹریجڈیو علاوٕ بٔنیہ تہٕ مزید ٹریجڈی آسہن تیلہِ آسہا اَسہ بٔنیہ تہٕ جبر
کیا کیا بوزُن۔ تمی وِؤن یہ تہٕ زِ ارسطو سنز کتابہ منز اَسی ژھین ہیٕ تہٕ تہٕ کِہر دار اظہار
تہٕ۔ توے گرِشہ لفظو مقابلہٕ یمن ہندِس رُوحس کُن توجہ دیُت۔ یہ کُران کران گرِتھ
بٔنہ ریزِ عقلہِ تہٕ تجربس تہٕ مدد ہیوٗن۔ تس سپز بٔنہن خیالن منز۔ تائید خود ارسطو کی
نِشہٕ تہٕ۔ مگر یٔنہٕ تیتھ یہ تائید غأر ضروری اوس بٔنہٕ کتھ بیہتھ کوٗرن زیادٕ اعتبار۔
تمی دوٗپ زِ ارسطو چھہ عام خیال پیش کران تہٕ عام اصوٗل برہ تہ کُن اَنان سہ
چھُنہٕ کلہم باقی۔ پرتھ ادبہ تہٕ پرتھ زمانہٕ باپتھ قاعدٕ قونوٗن بناوان۔ پانہٕ اوس

سُہ مزاز کمِہ تہٕ قاعد قونوٗنن ہُند سرگرم مخالف۔ توے کرُ تمُ یمہٕ کتھہِ ہنز۔ درو کالتھ زِ جینیس چھُ تہٕ فطری قابلیتہٕ باپتھ گرژھِ پرتھ قسمٕچ آزادی آسنۍ۔

سینٹ ایورماتڈن یُس اکھ بیاہ تہٕ دانشور اوس، تہٕ یُس تی مونٹین سُند شاگرد اوس کوٗر قدیمن تقلید کرنس پیٹھ زبردس اعتراض۔ سُہ اوس دپان زِ قدیمن اوس پننہِ دوہ یُس تمہٕ تیٚنہٕ عالیشان حسابہٕ چھوو۔ یتہٕ اوس وَنان زِ تم یم قدیمن تہٕ جدیدن ہنز کھٔژ ریٚستہ کران چھہِ تہُند یہِ اپروچ کرِ تمن ناکام۔ ہومرسٕنز نظمہٕ یمہٕ پرٕ زی پاٹھۍ عالیشان تہٕ تھدِ ادبک نموٗنہ چھےٚ ہیکن نہٕ ہرگز تہٕ جدید شاعرن ہند باپتھ مثال بنتھ۔ دپان اوس منےٚ چھُ یمہٕ کتھہِ ہند یقین زِ اگر ہومر از زندگی بسر کران آسہا تمُ آسہا ینہٕ شاعری اَزکہِ حالاتو مطابق بنٲوِتن ساتھن منز تراوِمژ۔ مگر یہی اوس بیتہٕ وَنان زِ تمہٕ کٕ مطلب چھُنہٕ یہِ زِ اَسہٕ کیا چھُنہٕ تمن لتش ہیچھنہٕ باپتھ کینہہ تہٕ۔ اَسی ہیکو تس قدیم نقادس تہٕ ادیس لتش یدجان پاٹھۍ واریاہ کینہہ ہیچھتھ۔ ادبکہٕ حوالہ ہیکہٕ سُہ ارسطو اَسہٕ یہِ کتھ ہیچھناوِتھ زِ دُرس فاصلہ کتھ پاٹھۍ چھہِ نوان۔ سُے فاصلہ یُس جدید شاعری اہم موقعن پیٹھ حدس منز تھاوِتھ ہیکہٕ۔ یتہٕ گرژھہِ نظرِ تلے تھاوُن زِ ارسطو ہیکون نہٕ اَسی تیتھ ہیوٗ رہبر ماننتھ ییمہٕ کاہنہٕ غلطی کرمژ آسہِ۔ ضرور چھےٚ تمہٕ ہنز بوتیکا اکھ خوبصورت شاہکار مگر اتھ منز چھُنہٕ تیتھ کانہہ تکمیل زِ یہِ دِیہِ پرتھ قومہ تہٕ پرتھ زمانہٕ باپتھ حکمرانی ہندی فرایض انجام۔ کارنیلن تہٕ آسہِ سٹیجکہ حوالہ نوٚ خوبصورتی تنہٕ کرمژ۔ یمن ہنز خبر ارسطو دس آسےٚ نہٕ۔ اَسہِ چھُنہٕ سُہ سسٹم تہٕ طریقہٕ کار منظور یُس قاعد قونوٗنن پیٹھ دٔرتھ آسہِ۔ قاعد قونوٗن ہیکن شاید کُنہٕ جایہِ کانہہ انتشار دور کرِتھ تہٕ ذوق سلیم تہٕ ہیکہٕ تخلیقس گتدٕ روٗس سہلایس روک لگاوِتھ۔ مگر اَسہٕ پزِ یاد تھاوُن زِ قاعدہٕ تہٕ قونوٗن منز گرژھہِ ضروری طور نہٕ سورُے کڈنہٕ یُن یہِ اَکس فنکارس نیٚلی بُتھی سیٚتھے اَنہٕ۔ اَسہٕ پزِ امہٕ نش سو عقل تہٕ کڈٕنۍ

یوسہٕ آزادی تہٕ قدر پیا پھ کانہہ اہمیتھ تھاوان چھنہٕ ۔

تم چھِ ٹریجڈی علاوٕ کامڈی پیٹھ تہٕ کتھ باتھ کران ۔ کامڈی متعلق چھِ یم وَنان زِ اَتھ گژھِ بہرحال آزادی آسٕنۍ تہٕ یہِ گژھِ آزاد فضہس منز ووتھ یولٕنۍ ۔ نہ وِیہِ اتھ بومل مزاجِ تہٕ قاعدٕ قونونن ہنزٕ زنجیرٕ ۔ یم دوشوے کرن تتھ ظرافتس ہنز احسن وَلنہٕ پاٹھو متاثر ۔ یم کامڈی ہنز روح آسان چھِ ۔ امہِ کس نتیجس منز سید فرحت نہٕ سرورتہٕ متاثر تھٕوے رودِ نہٕ سو کامیدی یتہٕ کامیڈی تہٕ کہتہ ۔ امہِ علاوٕ کور تمی پننس مخصوص مگر تاثیر دار لہجس منز تمن قاعدٕ قونونن پیٹھ تہٕ حارانگی ہنٛد اظہار یم تمی ہندی ہمکال فرانسس منز ٹریجڈی لیکھان لیکھان ورتاوان آسی ۔ اَتھ سلسلس منز دیت تمی مونشور لی پرنس ہند تمہِ مشہور طنزی اظہارک تہٕ حوالہٕ یتھ منز تمی ہمکال ٹریجڈی ہند حوالہٕ دِتھ تمت اوس زِ بہٕ چھس ڈی آبگنک ہند مشکور زِ تمی کرٕ ینہٕ ٹریجڈی منز ارسطو ہندین قاعدٕ قونونن ہنز پاسداری ینچہ ٹریجڈی لیکھان لیکھان مگر ہتی کرنہٕ بہٕ تمن قاعدٕ قونونن ہرگز تہٕ معاف یمو مداخلت کرِتھ مسٹر ڈی آبگنک پرژھ ہش غیب ٹریجڈی لیکھتو ۔ بئیہِ تہٕ لوگ کینٛژن لوکچین بجین کتھن دَل یمن ہند تعلق قدیمن تہٕ جدیدن ستی اوس ۔ امہِ منز یہِ کینژھاہ بجان یا ناکارٕ درا و تمی کرٕ پنٛنہٕ اہم کام ۔ کمہٕ سادٕ مگر بڈی پرزٕ آے برونٛہہ کُن تمو باہتے کتھو علاوٕ یمو یہِ پرزٕ مروجہ تنقیدی رِوایتس خلاف برونٛہہ پکنو زادب چھنہٕ صرف قاعدٕ قونونن ہند دوٗیم ناو ۔ گرزن واجبی زبان ہیکہِ نہٕ سبلایم پادٕ کرِتھ بلکہ ہیکہِ یہِ کام آسان تہٕ سادٕ زبان تہٕ انجام دِتھ ۔ خیال گژھِ تھودٕ تہٕ آسان آسن خوبصورت آسن ۔ زبان آسہِ تن سادٕ تہٕ آسان تمہِ ستی ییٚیہِ نہٕ کانہہ اثر اَتھ سبلایمس ۔ ووٚنی اگر خیال انتہائی معمولی اوس تہٕ یوسہٕ یہِ تتھ زبانی منز پیش کرنہٕ یتھ جلال آسہِ شان آسہِ تہٕ گرٚنٛہ آسہِ تمہِ ستی ہیکہِ نہٕ سبلایم پادٕ سپدِتھ ۔ بلکہ تمیک ضد لاگن چھُن

یہ کینژھا وۄنمُت اوس تمہٕ ستۍ گیہٕ ادیبن تہٕ نقادن ہندِ یا پتھ تۄ وَتہٕ روشن۔ تم پھیرٕ
وارٕ وارٕ اور کُن تہٕ۔ اَمہٕ اثرن وَتہٕ ناوٕ تم یہِ کتھ تہٕ زِ اگر آیندٕ کانٛہہ قاری یتھ کانٛہہ
کانٛہہ ادبی کارنامہٕ پرِ تہٕ تمہٕ بیتہٕ تتھ پسند کرِ سُہ آسہِ تمہٕ ادب پارک پنُن حُسن۔ کُنہٕ ادب
پارکِ حوالہٕ چھنہٕ یہِ بٔڈ کتھ۔ سُہ کُس ادبی کارنامہٕ گوڈنیُک نہٕ امہِ حُسنک نمایندٕ آسہِ تہٕ یتھنہٕ
پوشن پالے آسہِ۔ یہِ اظہار اوس اکہِ پاسہٕ سیٹھاہ خوبصورت منطقی تہٕ یژھ وُن تہٕ بییہِ طرفہٕ
نیو کلاسیتس تمہِ کین مقرر کرٕ متین قاعدن تہٕ قونونن خلاف۔ ستۍ اوس یہِ بیتہٕ وقتک
اکھ بوڈ تہٕ اہم تعر۔ یتہٕ آو وَتہٕ زِ انفرادی ذوقِ سلیم تہٕ چھُ کانٛہہ چیز یُس نہٕ نظر انداز
سپدِ تھ ہیکہِ۔ وَنہٕ آو تہٕ اکھ وِنہٕ اوس زبردس یزرتہٕ زِ سو واریاہ شاعری یوسہٕ
وُنیُک تام لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ تہٕ یتھ منز قاعدٕ قونونن ہنز پاسداری تہٕ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ چھنہٕ
لذت دِتھ ہیکان۔ اَمہٕ یزرن تہٕ سونچہٕ ناوٕ تہٕ یچھنا وی دانشور واریاہ کیہہ۔ رتِس
ذوقس تہٕ آیہٕ ادب پرکھاونس منز اہمیت دِنہٕ۔ وَنہٕ آو زِ رُت ذوقے ہیکہِ ادبکہِ
حوالہٕ صحت مند قاعدٕ قونونن شکل دِتھ۔ یمو کتھو دِژ یتھ یزرس زیادٕ اہمیتھ زِ ادبس
یا شاعری منز چھُ تمہِ کھوتہٕ سیٹھاہ کیہتہٕ زیادٕ آسان یتھ قاعدٕ قونونن ژھراوان چھےٚ۔ رُت
ذوق چھُ کُنہٕ ادب پارس ارسطو تہٕ ہوریس ہندِ امدادٕ ورأی پرزناوِتھ ہیکان۔ وَنہٕ آو
زِ قاعدٕ قونونن ژھرتھ ڈراما اگر محظوظ کرِ نہٕ تہٕ قاعدٕ قونونن نظر انداز کرن وول ڈراما
یہِ شرط پورٕ کرِ تتھ صورتس منز کیا آسہِ سون فاصلہٕ۔ شاید یوہے زِ قاعدٕ قونونن آسہِ نہٕ
جان یا کھٕڑ ترتیب دِنہٕ آمتۍ۔ تمن منز چھےٚ کمہِ تان چیز چِ کمی۔ مگر امیک مطلب
چھُنہٕ یہِ زِ لوکن ہندِ روی یہِ روٗد قدیمن متعلق ناموافق۔ تمن آو پورٕ احترام کرنہٕ مگر
تہندین قاعدٕ قونونن خلاف روٗد اکہِ قسمک احتجاج جاری۔ وَنہٕ آو زِ ارسطو
تہٕ اوس انسانے۔ لہٰذا اکھ پاکھٕڑ ہیکہِ ہے سُہ تہٕ شوتہٕ غلطیو نش پرٕ تھ جایہِ پاک

اَسِتھ۔ اَمی حوالہٕ آے قدیم کالہٕ کِین شاعرن ہٕندِس کلامَس پیٹھ تہٕ اَدٕبُک تنقیدی مسلہٕ تہٕ آو بردنٛہہ کُن۔ یوٗنانیٛن تہٕ روٗمیٛن ہٕندٮ۪ن پرٛانیٛن کہاَنیٛن یَس متعلق آیہٕ پتہٕ اَسہِ دلچسپی ظاہر کرنہٕ یوان۔ یمن ستی تمہٕ وقتکین لوٗکن آسہہٕ۔ اَتھ مقابلہٕ آے بدل موضوع تہٕ گژھان۔ مثلن رزمیاین ہٕند باپتھ آیہٕ دوہتی بایبلہٕ منتر چہ کہاَنی ژارنہٕ۔ یمن کتھن ہٕند حوالہٕ کُس جنگ قدیم پسندن تہٕ جدید پسندن درمیان پادٕ گوو تہٕ تھۄد رۄژنیو اَہمیتھ تہٕ افادیتھ۔ جدیدن ہٕندِس غرورَس تہٕ تہٕنزِ بے صبری تہٕ آیہٕ لُٹنہٕ ژٹنہٕ۔ مگر وٕتنہٕ باپتھ اوس جدیدن نِش تہٕ کینہہ۔ مثلن جدید پسند ووٚر یہٕ دعویٰ پیش زِ فرانسس تہٕ چھِنہٕ پننی اَکھ مخصوص قابلیت تہٕ پننٕ اکھ مخصوص گاٹجار۔ اگر تم پننِس اَدَبس منز تمیک استعمال کرن اتھ کیا ہرج چھُ۔ یہٕ کرِتھ کرن تم تی یہٕ قدیم یوٗنانی تہٕ روٗمی کران آسی۔ یہ کتھ تہٕ وُنِتھ زِ تعلیم یافتہ قاری ہیکن ادبکہ حوالہٕ کتاب پرِس عالمن ہٕنز تطریات ترتیب دِنہٕ والین مقابلہٕ زیادٕ بہتر فاصلہٕ دِتھ۔ یَنِہ تہٕ سیٛز واریاہ کتھ یمن منز دوشو درلۄپنی تیز خالی کرٕی۔ یِہ ووت یہٕ بحث اَنگلستان تہٕ یِیتہٕ اَمی مدید شاہتھ حاصل کرٕ۔ یمہٕ کِس نتیجس منز انگریزی زبانی ہٕندی اکھ عظیم فسانوی طنز نگار جو ناتھن سوٗفٹن تہٕ اَتھ زوگانس منز دوہتھ لاے۔ سپد یتھ پاٹھی زِ اکھ صاحب ذوق عالم تہٕ اہل قلم دانشور سر ولیم ٹمپلن کرٕی قدیمن تہٕ جدیدن ہٕندن اضافی صفاتن پیٹھ پننی خیال خوبصورت اندازس منز پیش۔ اَمی سٕنز کتھ ہُند وَنُن طریقہٕ اوس بیک وقت انتہائی منطقی تہٕ تہٕ صاف و شفاف تہٕ۔ قدیمن ہُند دفاع کران کران پیلہٕ یہٕ عالم برونٛہہ پکان گوو اَمی دیت اَکھ جایہٕ اَکس ملارے سندن مکتوبن ہُند حوالہٕ۔ دوٚپُن یم مکتوب آسہ پننہٕ نوعیتکی عظیم نمونہٕ۔ تمام دلیلن مقابلہٕ آسنہٕ ٹمپل سنز یہ دلیل زیادٕ صحت مند۔ توٚے آو اکھ جدید پسند عالم بینٹلے (۱۶۹۲) یمی اَتھ نوکتس پیٹھ سر ولیم ٹمپل کہ پاٹھی رٹ

تہٕ دٔرُس دلیلوٚ سیتۍ جِھتہٕ کوٚر۔ کُنھ کرنُک اُمۍ سُند یہِ طریقہٕ آو نہٕ جانہٕ تھٕن سُوفِسٹس پسند
خاصکر سر ولیم ٹمپل سُند حوالہٕ یِیٚ سماجس منز پیٚنۍ اکھ ذرٕ ساکھ آسنہٕ علاوٕ ییٚنۍ اکھ مقام اوس۔
سُہ تہٕ وُنتھ مادانس منز گوٚر رٕتہٕ تیر ہیتھ۔ تمۍ تھوٚو اَتھ تشر پارس "کتابن ہُند جنگ"
ناو یتھ منز اکہِ طرفہٕ قدیم کلاسکی یوٗنانی تہٕ رومی تہٕ بیٚیس طرفہٕ جدید آسی۔ قدیم آسے
جنگ زینان ہاونہٕ۔ یہِ اہم چیز چھُ باقی کتھو علاوٕ یتہٕ ہاوان زِ ادبکہِ حوالہٕ یوٚسہٕ نظریاتی
لڑائے سدا ہمہِ صدی ہندِس فرانسس منز چلیے یہِ تمہِ کوٚر انگلستان تہٕ بیٚنۍ پاٹھۍ متاثر۔
اُمۍ دوٚ طرفہٕ اظہاری جنگن ژٕدن عام کتھو باوجود قدیمن ہنزن بُتیٚ یاذِن یوٗہے اہیوٗ
ییمۍ یِتہٕ ستی اَتھ تصورس بجہٕ بجہٕ پھِر اٹھ پادکرِ۔ اَمہِ قدیم تہٕ جدیدن ہندِ جنگہٕ منز
درایہِ باقی کتھو علاوٕ یہِ کتھ تہٕ زِ جدید آسی کم از کم سائنس تہٕ ٹکنالوجی منز قدیمن سرس۔

فرانسہٕ کیو ہمو طرحدار بحثو ہاو انگریزی ادیبن تہٕ نقادن تہٕ اکھ نوٚو وَتھ۔ مگر تِھ
کامہِ وَتھ تہٕ پیٚتر نہٕ تیار ییٚتھ بلیٚتھ ساری بکھن۔ ییٚتھ ساری ماتہن تہٕ یوٚسہٕ پاٹھۍ مخصوص
انہار ہیتھ اَسہِ پانے پرزناونُک طاقت بخشہٕ ہے۔

# نوٗ کلاسیت تہٕ انگلینڈ

انگلستانُک نیم کلاسکی دور ریستاونہٕ برونٹہٕ چھُ کیٚژن اہم کتھن واش کڈُن ضروٗری
تکیازِ امی ستۍ سپدن وارِیاہ تِمہٕ کتھہٕ صاف یِمہٕ نِشہٕ سون ذہن غلط نتیجہٕ کڈنس کُن تہٕ لٲگِتھ ہیٚکن۔
یہٕ دور چھُ اکھ طوٗیل دورِ یُس لگ بگ ساڑے سۄداہم صدی تہٕ ارداہم صدی ہِند نصف
ژوٗر آوراوان چھُ۔ یہِ چھُ سیٚ دورِ یتھ منز دوہہ پتہٕ دوہہ مڈل کلاس یعنی سماجُک منزیم
طبقہٕ، طاقتور سپدان چھُ تہٕ سیاست سازی منز تہٕ اکھ اہم رول اداکران چھُ۔ اَتھ دورس
منز چھُ نثر بریوٗرکاڈ کڈان۔ نثر یتھ منز سیاست، تجارت، فلسفہ تہٕ سائنس تہٕ جان پاٹھۍ پیش سپدان چھُ،
ادبکہِ حوالہٕ یہِ کینژھاہ لیکھنہٕ یوان چھُ تہٕ چھُ تِمہٕ نِشہٕ مزاجہٕ رنگہٕ تہٕ مختلف آسان یہٕ اوٚتام تخلیق
کرنہٕ اَمُت آسان چھُ۔ موضوع تہٕ ہیت دوشوے نظرِ تل تھاوِتھ۔ اَتھ وقتس منز چھُ
انگلستان وارِ وارِ اکِس طاقتور ملکس منز تبدیل سپدان تہٕ اکہٕ نوٚو دورِ منز گنڈران۔

یٚیلہِ وارِیاہن کالس ڈٔرتہٕ شوٗبہٕ دار حکوٗمت کرِتھ پتہٕ ۱۶۰۳ ء منز ملکہ الزبتھ
مران چھےٚ تختس پیٚٹھ جیمز اول بہان۔ انگلستانس منز اوس اَمِس برونٹہٕ ٹیوڈرن ہندِس
دورس منز تہٕ یہِ دعویٰ پیش کرنہٕ یوان زِ بادشاہن چھُ خدٲیی تاییدِ سیتۍ آسان توے چھُ
تِمن حکوٗمت کرنُک حق تہٕ آسان۔ مگر جیمز اول اوٚن یہِ وُتھہٕ اَتھہٕ دعوہس منز زبردس

ترٕ شرٕ زٕ دراصل چھُ خدائی بادشاہ سوزان قونونن ہیتھ توٗے چھُ نوٗکن ہُند فرض بنان زِ
تم کرن یمن دوشوٕنی تسلیم۔ اُتھی الٰہی حکمس پیش نظر ہیٚکہ نہٕ تمن قونونن پارلیمنٹ ترکاوِ
یا تبدیل کرِتھ۔ یہ مفروضہ ووتھ نہٕ انگریزی پارلیمنٹس ہیٚوٚ توٗے کوٚر نہٕ تموٚ یہ ہرگز تہٕ قبول۔
یُتے یوت سپُد نہٕ بلکہ سپز پارلیمان بادشاہَس نِش سخت بدظون تہٕ۔ امِہ کِنۍ تیچس منز
گوو بادشاہَس تہٕ پارلیمانس درمیان اکھ سوٚن تنازعہ پادٕ۔ جیمز اوّلن گُڈٕ ہس پتھ تہٕ
زَڈٕ نہٕ پکنووُن پننُ دورِ حکومُت۔ مگر تمۍ سُند مرنہٕ پتہٕ پیٚلہ چارلس اول تختس بیٚٹھ بیوٚٹھ
تمۍ لاج اُتھ اہم مسلس بیٚٹھ پارلیمانس ستۍ جارہانہٕ زِگ زِگ۔ یہ اوس سُے دور یَتھ منز پیورِٹینو
زبردس تنظیمی صلاحیتن ہُند تہٕ جیرٕوتُک اظہار کرِتھ بادشاہَس خلاف منظم تہٕ دوٚرمورچہ
کھڑا کوٚر۔ بادشاہ اوس پننین دلیلن ہندِس حقس منز مذہب پیش کران مگر پیورِٹنن
ہنز سیاست تہٕ آس مذہب سے پیٹھ ڈُرتھ۔ تِم تہٕ آسۍ پننہ دلیلہٕ تہٕ پنٕن آسُن مذہبہٕ نِشی
حاصل کران توٗے تہٕ گوو بادشاہ یِم قایل کرنَس منز ناکام تہٕ کمزور۔ پیٚٹھ یِم غار پیورِٹنٕ
لُکھ بادشاہَس تہٕ تمۍ سِنز بالادستی پسند کران اُسۍ تہٕ تموٚ تہٕ دیُت بادشاہ کمزور کرنَکہٕ غرضہٕ یمن
پیورِٹینن اکِہ نَتہٕ بیٚیہ طریقہٕ مدد۔ نتیجہٕ دراو یہ زِ ملکچہِ خانہٕ جنگی منز آو بادشاہ مغلوب کرِتھ
پھاسہِ کھالنہٕ ۱۶۴۹ء منز۔ یوٚدوَے یِتھس زبردس نتیجس ساری انگریز راضی آسۍ نہٕ۔ اَتھ
انقلابَس منز زوال زٕو بجاوَنکہِ غرضہٕ بادشاہ سُند نیچو تہٕ تمۍ سِندی واریاہ ساتھی تہٕ ہم خیال فرانس
تہٕ انگلستانَس منز بیو وامہِ انقلابُک لیڈر کرام ویل۔ یتھ پاٹھۍ سپز انگلستانس منز اکھ ترتھ
حکوٗمت قایم یوسہٕ مذہبی حکوٗمت آسنُک دعویٰ کران آس تہٕ یوسہٕ بادشاہَس پھاسہِ
کوٚٹس کھارنَس ذمہ دار آس۔ کرام ویلن پیتِس کانسہِ حکوٗمت کرِتھ وقتس منز کوٚر تمۍ انگلستان
خاص کرِ اکھ زبردس بحری طاقت تیار۔ سہٕ موٚد ۱۶۵۸ء منز تہٕ تَس پتہٕ روٗد تمۍ سُند نیچوُ
یُس کُنہِ لایق نہٕ آسنہٕ کِنۍ ۱۶۶۰ء منز حکوٗمتہٕ نِش الگ کرنہٕ آو۔

پیورٹینوٚ کٕ ہی کیٚتھ مذہبی تہٕ سماجی اصلاحات رائج مگر اَمہِ کِس نتیجس منٛز یُس سماج اَتہٕ وۄتھ لبوٚ سُہ آو تہٕ انگلستانس چہٕ فکرِ تہٕ تردٕ ماغی بُراہ۔ یِموٚ سٟتۍ ژھوہ کے رنٛگدار زندگی ہندی گریزٕنی آیہٕ تہٕ اکہِ قسمکُہ زوہد آ۔ بارسَس یِمکہِ شکار وقتکۍ تھیٹر تہٕ سپدی۔ رنگین زندگی ہندی عادی انگریز روٗدی یِمَن اصلاحاتَن روٗگہِ وُچھان تہٕ موقعس پرٛاران۔ یہِ موقعہ میوٗل تِمَن تمہِ وِزِ یلہِ کرام ویل موٗد کینہٕ شَن زِ ریٚیِن حکوٗمت کرِتھ۔ لوٗکو اوٚن چارلس دوٚیم فرانسہِ پیٹھہٕ انگلستان واپس تہٕ بنوٚوکھ پنُن بادشاہ۔ (1660-1685) ۔چارلس سٟتۍ آے تم ساری اکابر تہٕ امیر تہٕ کھلہٕ ذہن تھاوَن وٲلۍ دانشور تہٕ یِمَن مُلک وٲپس۔ مگر یِم واپس پیٚتہٕ وٲلۍ آے پَتہٕ ژھری ذہن ہیٚتھ واپس۔ مذہبی لڑایہِ وارٕ اندہٕ تہٕ تِمہِ سٟتۍ مسلکی ترہٕ شَر تہٕ۔ اَتھ دورس آو ریسٹوریشن دور ناو دِنہٕ — یعنے واپسی تہٕ بحالی ہُند دور نہٕ صرف بادشاہ سُند بایِتھ بلکہ تِمَن روایتَن تہٕ رجحانَن ہُندِ بایِتھ نہِ یِمَن پیورِٹن انقلابَن ٹھاکھ تھوٚومُت اوس۔ لُکھ وَژٕلے اَتھ تہٕ ہناہ بروٚنٹھے تِمَن تمام پابندیَن خلاف یِموٚ کِنہِ پیورٹینو زندگی خوشکھ بناومٕژ آس۔ سُہ تہٕ اوس اکھ انتہا مگر سُہ انتہا دفن کران آے لوٗکھ ووٚنی بیٚیِس انتہاہس کُن لایِنہٕ۔ دِپان انگلستان چھُنہٕ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ خوش تہٕ کم اخلاقی زمانہٕ تہٕ ادٕ سمُت یوٗتاہ اَتھ ریسٹوریشنس منٛز اوس۔

اَتھ وقتس تام یُس اَدب تخلیق کرنہٕ آو سُہ اوس باضابط اکھ ژھین پیش کران تتھ اَدبس یُس الزبیتھ سُندس دورس منٛز تخلیق سپُدمُت اوس۔ تمیُک اہم خصوٗصیت آس تخیُل تہٕ جذباتٕ خُنبیر طاقتور اظہار تہٕ ساڑھ بیتر۔ حالانکہ تِمَن پتے یِہن وٕنیاو بین جانسن (۱۵۷۳-۱۶۳۷) زِ قدیم کلاسکی ادیبَن ہُنز گرٕتھ پیٚتہٕ تقلید کرُنۍ تہٕ سپٕدۍ سُہ اوس یُزی پاٹھی تھدٕ پایک لیوکھمُت پوٚرمُت عالم تہٕ شعوٗری یا غار شعوٗری طور اوس سُہ یہِ وُنتھ پیٚتہٕ وٲکس کلاسکی دورس کُن اِشارٕ کران زِ اَسہِ پزِن پتہٕ بایِتھ بطورِ نموٗنہٕ ہورِیس وورجل تہٕ کاٹولس نظرن تل تھاوٕنی۔ تکیازِ یِم ہکَن ساَنی وَتہٕ ہاوِتھ۔ تِمی یوٚسہٕ ہیت پانہٕ ورتاوٕ تِمَن منٛز تھاوَن نظم و ضبط، قاعدٕ قونوٗن تہٕ سادگی نظرن تل۔ تِمے قاعدٕ قونوٗن

یِم قدیمُو تیار کُرِی مِتۍ آسی یِتھ پاٹھۍ کوٚرتِمو ڈسلابہ ییتہٕ وآلِس بے مثال اَنگریزی کلاسکی دورِس۔ یِمَن ڈرامہن منز رٔودُسہ یِمَن اصوٗلَن ییٚٹھ وارِہہِس حدس تام کاربند یوٚد وَنے نظمن منز رٔومانی سوزِ تہٕ پھٹہٕ پھٹہٕ دراس۔ تاہم رٔود یہٕ بِن جانسَن قدیم کلاسِکن ہندیٚن اصوٗلَن پٮ۪ٹھہٕ نِیٚن ٹریجڈیٚن منز تیٚوتاہ کامیاب یوٚتاہ کامڈی منز رٔود۔ اَتھۍ کامڈی منز کوٚر تِمۍ حقیقت پسندی ہُند کلاسیکل سپرٹ تہٕ روح مُنتقل۔ وَنِنۍ لایق اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ بِن جانسَن پھیُر لُکن ہُند توجہ کلاسِکن کُن تِمہِ وِزِ یِیلہِ اورکُن خاصکر اِنگلستانَس منز کانٛسہ تہٕ اَمہِ طریقہٕ ظوٗن گوٚمُت اوسُن۔ اُسی وُچھو یوٚہے ظوٗن چھُ بڑہ نہہ کُن نیٚتھ انگلتانَس منز سدآہمہ صدی ہندِس دوٚیمِس نِصفَس تہٕ اَرداہمہ صدی منز اکِہ تحریکِ ہِنٛز شکل رٹان۔

اَمی دورچ بیا کھ آوازِ گیہ جان ڈن (۱۵۷۲ - ۱۶۳۱) ہیٚتر۔ جان ڈن چھُ اَوکِنۍ تہٕ ناوہٕ ہِنس لایق زِ اَمی بخش الزبتھ دورچہِ طمطراق واجِنہِ وُشنہِ شاعری مقابلہٕ اَکِس تیٚزھ شاعری اِنہاریوٚسہ بالکل الگ وجوٗد کھاوان چھےٚ۔ اَمی بخش اَکِس الگ فکری ثاٹھاس اِنہار ییلہِ اَمی جذباتن مقابلہٕ اکِہ عالمانہٕ طرزُک تہٕ منطقی گاٹجارُک رنگ پننین شعرن دیُت۔ اَتھۍ نوٚس رنگس پیٚتِھ نظر آو اَمِس نقادن ہندِ ذریعہِ بالا فطری شاعر تہٕ وَننہٕ۔ حالانکہِ یُزر چھُ یہِ زِ اَتھ شاعری منز اوسُنہٕ تیٚتھ کانہہ اسرآری چیز یا عُنصر یُس اَمہِ عنوانکُ حقدار بَنادِہَس۔ دراصل آو اَمِس یہِ ناو دِنہٕ پننین نظمن منز، اَدیا بِمہٕ طنزی آسہ یا لولہٕ نظمہٕ۔ دورازکار عالمانہٕ اظہار تہٕ مخصوص گاٹجارانہٕ ادا ورتاونس ییٚٹھ۔ ڈنہٕ سندِس اَتھ ورتاوس آس تاہم تازگی پیٚشان۔ یَس آے اَمِس ستۍ اَمی قبیلکۍ بیٚیہِ تہٕ کیٚہنہ شاعر یِمَن اُمی سُندِ یہِ مخصوص اسلوٗبہٕ ورتاو تہٕ روجحان پسند آو تہٕ یِموٚ پننہِ طریقہٕ اَتھ لول بوٚر۔ پننہِ خصوٗصیژ کِنۍ چھےٚ یہِ شاعری تہٕ الزبتھی دورچہِ شاعری نِش مِزاجہٕ کِنۍ مختلف تہٕ نیم کلاسکی شاعری ہِنا نزدیک۔

سدآہمہ صدی ہُند بیا کھ عظیم شاعر چھُ جان مِلٹن۔ (۱۶۰۸-۱۶۷۴) ییمہ

باقی چیز وِعلاوٕ اکھ عظیم رزمیہ تہٕ لیوکھ یمیک موضوع عیسایت نش تہٕ مُت اوس۔ اَمہ برونہہ
اوس اُتھی زمانس منز فرانسکی اکھ مشہور نقاد ٹاسو وَن دوٚپمُت زِ رزمیا پانچھ گرٕژھن عیسکے
موضوع تہٕ تزار نٕ یِنہ۔ چنانچہ کلاسکی فرانسس منز آیہ یِرٕژھ کوشش (۱۶۵۰ - ۱۶۶۰) تہٕ تام کرنہ
یمہ کِس نتیجس منز تِہ عیسایے رزمیا لیکھنہ آے۔ مگر یِلہِ یِم برونٹھ کُن آے مذید کتھن تراو ژھو۔
توٚے کرِی یمن نا کامیابی ہند حال دُچھتہ یہندی یِرن واجی یموموٚلیوس۔ یولیوٚسن یُس فرانسک
بوٚڈ ادبی تہٕ تنقیدی گورُو اوس دِیت کرِتھ رزمیا لیکھنس پیٹھ یہ وَنتھ یِمن فاصلہ زِ اَمہ دِیتی
سپد لوٚکن منز ساد پرژھ تہٕ تہند تعظیم ولٹہ پاٹھی متاثر قدیم کلاسیکل موضوع ورتاونس
منز آسنہ یرژھ کانہہ کتھ منز بس یوان مگر انگریزی شاعر ملٹن یُس پیورسٹن مذہبی تحریک زبردس
حامی اوس لیوکھ ہوٚرمُت فردوس یِمن اکھ ممتاز رزمیا یتھ منز النانس مقابلہ شیطان ہیروو تہٕ یلو
مگر یتھ منز ستی آدمس تہٕ ہوٚس جدوجہد تلقین تہٕ کرنہ آو۔ مگر تمی ڈاڈِسان یتھ پاٹھی حضرت
عیسیٰؑ شیطانس خلاف جدوجہد کرِتھ دوبار زٕلوٚ نمُت فردوس رزمیاس منز اُتھ یِرٕ رس
سو رُخ روکران چھُ۔ یہ رزمیا لیکھتہ اوس ملٹن لوٚکن خدایہ منز۔ وَتھ ہاونی یِرٕ ژھان کتھا
یوسہ پیورٹیس پسندن وَیہ وُنی آس مگر یتھ وقتک مزاز ساتھ دِتھ ہیوکہ۔ مگر انگریزی
شاعری منز یچھنے اَتھ یِنہ زبردس اہمیتھ خاص کرانہ کِس ڈِکشنس پیش نظر۔

جان ملٹن منز حیاتی منز سپد پیورٹین ہند دورِ حکومت ختم۔ چارلس اول سند
نیچو یُس مالی ہند پھُہ کھسن ورِ پتی یار دوس تہٕ انگ اشناو ہیتھ فرانس ژوٚلمُت اوس آد کرامویل
ہند مرنہ پتہ دوہ یہ وِہرِ واپس انگلستان تہٕ بنو وُلکہ وِے یِمن بادشاہ۔

انگلستانکس اکھ ریسٹوریشن دورس یا بحالی ہندس دورس منز یُس ادب تخلیق سپد
تَتھ چھ یِنہ خصوصیات۔ کِتہ روایتی اخلاقی چھ یمن اکھ ادبس کُن وُچھتہ تمن دوہن تہٕ
دِرژہ کھرتہ۔ تمو ووٚن اَکھ ادبس اخلاق سوز۔ مگر سوے یار چھنہ حقیقت۔ یہ تہٕ چھُ اکھ

ٲکار پیٚرزِ اَتھ ادبس منٛز سَپدی کینہہ تِتھۍ سوال تہٕ پاداہ یِم قدامت پسند ٹرکاوتھ ہیٚکہٕ ہن تہٕ تہٕ یِمو انسان اکہِ طرفہٕ سوچنس پیٚٹھ مجبوٗر کوٚر تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ قدامت پسندی ہُند تہٕ زوٚہ مُدک ٹاسریہ نوٚن کوٚڈ۔ بحالی ہُند دوٗری ۱۶۶۰ء چھُ یِمہ لحاظہٕ تہٕ اہم زمانہٕ کیوٚ انگلستانس منٛز پارلیمنٹ طاقتور تہٕ بادشاہ روٗد یِتہٕ ہمیشہٕ اَتھۍ پیٚٹھ تکیہ کران تہٕ اَمی موجوٗب خاصکر پیٚنہٕ سیاسی تہٕ اقتصادی مرضی تشکلاوان۔ یہ کینٛہہ شاہ پیٚتھ کُن گوو اَمی وٗریَن دیُت تِتھ پیٚٹھ تہٕ یَنٛن فاصلہٕ تہٕ آیندکالہٕ باپتھ تہٕ بھوٗن واریاہ واریاہ تیُتھ وتہٕ موکجار تہٕ یُمیک کارڈ جدید زمانس تام تہٕ واتان اوس۔ ہرگہہ اُسی وار غور کرَو اَسہِ تہٕ یِڑ صاف پانٛٹھ ترٛاگ بگ ۱۶۰۰ء بیٚیہٕ ۱۶۶۰ء تام تہٕ چھنہٕ وارہٕ وارہٕ ادبچہ آوازِ اکھ تِنہٕ فرق نظرِ گژھان یوسہٕ ادبکہِ حوالہٕ اَکس خاص توٗزنس تہٕ ترتیبہٕ ژھانڈان چھےٚ۔ اَسہِ وُچھ زِ جذباتو مقابلہٕ آیہِ دانشوری گوڈٕ انوارٕ دِنہٕ۔ وَتہٕ آدرٕ عقل تہٕ گاٹجارے ہیٚکہِ سادگی تاں واتنس وتہٕ ہاوکھ تنہٕ تھ یہِ کام ہیٚکَن تہٕ جذبات انجام دِتھ۔ گوو جذبس تہٕ تخیُلس آیہِ دوٚیِم حیثیت دِنہٕ تہٕ عقل تہٕ گاٹجارس اُکم۔ دراصل اوس وہ نِیسٕ زمانہٕ آمُت تہٕ تمہٕ کےٚ افتابہٕ کھوتمُت یِتھ اَسہِ تیم یانو کلاسیت ناو دِمو۔ اَدبکہِ حوالہٕ اَتھ کلاسیتس چھےٚ چارلس دوم بادشاہ ہنز بحالی تہٕ تقویت دِوان تہٕ تِم سائنس دان فلسفی تہٕ دانشور تہٕ یِم اَتھ دورس منٛز پادٕ گےٚ۔

اَسہِ ووٚن زِ چارلس دوم آو فرانسس منٛز کیٚتہٕ وٗری گُذارِتھ پیٚنٛن ڈیرٕ ڈگہٕ تہٕ ہمخیال کاروان ہیٚتھ انگلستان واپس۔ یِمَو اوس ترقی پروری نظم وضبط تہٕ کلہم طرزِ زندگی منٛز اَمہِ دور کہِ فرانسہٕ تیش کافی کینہہ ہیوٚ چھمُت۔ تَوے تہٕ پےٚ بحالی پتہٕ انگلستانہٕ کِس ادبی دُنیاہس پیٚٹھ تہٕ وانہٕ فرانسہٕ کہٕ نیم کلاسکی فلسفکۍ اثرات تہٕ۔ اَتھ ہرونسِ اثرس ٹیم اکھ ڈاکٹھ انگریزی مزازِ دِنس منٛز قاعدانہٕ رول ادا کوٚر سُے گوو جان ڈرایڈن۔ (۱۷۰۲ - ۱۶۴۰) یُس کلاسیتی دورُک اکھ بوٚڈ نمایندہ مانہٕ یوان چھُ۔

برونہہ پکنہٕ برونہہ کر بہ کیہتہ موختصر کتھہ یمہٕ تھٕ تیم کلاسکی تصورس ہنا واتش کڈٕتھ
ونن زِ یہٕ تصوٗر کیاوس ۔ اتھ چھ یمہٕ حقیقژِ نِش باخبر زِ انگلستانس منٛز اوس امہٕ نیم کلاسیکی ادبہٕ برونہہ
تہٕ روایتی ادب تخلیق سپدان تہٕ امہٕ پتہٕ تہٕ آو رومانیتی ادبُک دور یمہٕ ادبکہٕ حوالہٕ خاصکر انقلابی آیہٕ
تبدیلی ییٚنہٕ اکہٕ پھِر انگریزی شاعری تہٕ ادبس منٛز انہٕ ۔ درمیانس منٛز یُس وُری یہٕ ہیتھ ڈوڈا آو
اتھی منٛز سپٕد یمتھ ادب یا ادیبن مزاجٕ کنہٕ امہٕ برونہہ مہ تہٕ پتہٕ مہ ادبہٕ نِش مختلف چھ ۔ امہٕ ادبٕچ
اہم خصوصیت چھ یہٕ زِ اتھ منٛز چھنہٕ جذباتن تہٕ تخیُلس بالادستی روزان ۔ اتھ منٛز چھنہٕ کتھ ڈٕکھ
ڈٕکھ تہٕ مبہم طریقس پیٹھ پیش سپدان ۔ رومانیتی تہٕ جدید شاعرن ہندی پاٹھی چھنہٕ ابہامس کام
ہیتھ واریاہ کیہنہ قاری یس پیٹھ رٕتہٕ اوبہٕ یوان تہٕ تمہٕ سُند تخیُل کامہٕ لاگنہٕ یوان ۔ پزر چھ زِ امہٕ
شاعری ہند معنے چھُ تی آسان یہٕ آسان چھُ ۔ اتھ چھنہٕ تاویل یا ییٚنہٕ کانہہ بیاکھ معنے کڈتھ یا
نیرتھ ہیکان ۔ یُس چھنے یہٕ شاعری قاری یس تاں تی واتناوان یہٕ واتناوان چھنے ۔ یہٕ کینژھا
وناں چھنے تہٕ پتھے دجہٕ ولنہٕ ورائی تہٕ نتہٕ پاٹھی وَنان ۔ زور واری منٛز تہٕ چھ یمن بسٕز رچھان ۔
صاف تہٕ ساد دروار تہٕ ساد لفظیم کانہہ کتھ تفصیلہٕ سان ونان چھ مگر شائستگی ہند دامن
چھیر رٹتھ ۔ یہٕ کتھ آس عام زِ اَسہٕ پزٕ پی کرٕن تکیازِ یہٕ طریق کار چھ فطرتس سٕتھاہ نزدیک ۔ یوہے
اوس قدیم کلاسکی ادیبن ہند تہٕ طریقہٕ ۔ امیُک اظہار چھ تمو ییٚنین ادبی تخلیقاتن منٛز تہٕ کورمت ۔
تم تہٕ اسی ونان زِ اسلوٗب گژھہ ساد آسُن ۔ لیکھن والی سُند انفرادی مزاجٕ تہٕ کُنہٕ تحریکس متعلق تمی سُند
ردِ عمل گژھہِ نہٕ اظہارس منٛز کانہہ تہٕ جاے رٹن ۔ تس پزٕ نہٕ ییٚنۍ داخلی دُنیا ییٚنہٕ شاعری منٛز
پیش کرُن ۔ جدید دورس منٛز کٔر نیم کلاسکی ادیبن ہندس اتھ اپروچس ٹی ایس ایلیٹن زبردس
تعریف تہٕ یوہے پزر مُشراونس پیٹھ روماں پسندن تنقید ۔ دراصل اٚس یہٕ شاعری تتھ
سارِ ہیے انکار کران یہٕ ادبس تہٕ زندگی منٛز تہندی کنہٕ لوٗہ غوغایس منٛز شامل سپدتھ ہیکہ ہے
ییٚنس ادیس پیٹھ مزاجٕ دِنہٕ باپتھ اوس انگلستانہٕ برونہہ فرانسس منٛز ادیو قدم تلمت

تہ یمَن اصولن ہنز پاروی کران ادب تیار کورمُت ۔ فرانسس منز اوس اَمہ تحریکُک مرکزی دانشور ادیب تہٕ نقاد بوئیلو یُمی پتھ زمانہٕ پننو افکارو ستی برٛیتھ لحاظہ متاثر کورمُت چھُ ۔ انگلستانس منز بنے امِکی علمبر ڈرایڈن ، پوپ ، جانسن سُوفٹ بیتر یموا اتھ فکر پلالہ تہٕ کورتہ شیر پار تہ کرٕ ۔

یہ موئیم کلاسکی ادیو دِژ فرانسسی ادبن ہندی پاٹھی پننس دورس رُؤمہ کِس تہتھ قدیم دورس ستی مشابہت یتھ منز اگسٹس حکومت کران اوس تکیازِ تمی سُند دور اوس قدیم رومُک سوہُنہری دور مانہٕ یوان ۔ پانس دِژکھ مشابہت اَمہ دورکین لاطینی شاعرن ستی ۔ تکیازِ یمو لاطینی شاعرو تہٕ اوس شاعری منز اکہ سوہُنہری دورُک وجوٗد شکلہ منز اونمُت ۔ تہٕ تہندی ناو گے ورجِل ، اووِڈ ، ہوریس بیتر ۔ یمے ادیب بناوی یمو پننہ مثال ۔ تمے قاعدٕ قونوٗن اُنھ برونہہ کُن پتہٕ باپتھ یم یمو قدیمو مقرر کرٕ ی ہتی آسی ۔ یُس تہٕ صنف سوخن یمو جدید وتِل قدیمن ہندی نموٗنہ تھاوکھ برونہہ کنہ ۔ ستی یوت سپدٕ بلکہ آو مرٕ کتین عظیم قدیمن ترجمہٕ تہٕ کرنہٕ ۔ یہ دعوی تہٕ آو کرنہٕ زِ ادبکی قسم ، تمن ہُند ورتاو ضایع بدایع ، صنعتن ہُند استعمال ، سورُے اوس قدیمو اُنتر راوِتھ تھوو مُت پیٹھ ہمیشہ ہمیشہ باپتھ ۔ یتھ کتھ تہٕ آیہ گنیی کڈنہٕ زِ قدیم یوٗنانیو یتھ چیزس دُسلابہ کورتہٕ یمن چیزن ہندی شروعات کرٕ ی ، تہٕ الغرض یہ کیتر شاہ پیش کور تتھ تہٕ اوس اگسٹن دورکین ادیبن ہند دستی تکمیل وومُت ۔ یہ کتھ تہٕ آیہ وَننہٕ زِ رینا سائی دورکیو شاعرو تہٕ ادیبو کورصرف تمی تعبیر تہٕ تفسیر پتہٕ جدید استعمالہ باپتھ پننس دورس منز ۔ نیتون ٹریجڈی ہنز صنف سوخن اَمہ باپتھ تہٕ آس اَیمی حصہ باگنہ تہٕ ورتاوچ ترتیب برونہٹھے مقرر کرنہٕ آمژ ۔ یتھے پاٹھی اوس رزمیاکہ حوالہ تہٕ سورُے کیہنہ تفصیلہ سان بیان کرنہٕ آمُت ۔ وَتنہٕ اوس آمُت زِ اَتھ منز گژھ اکھ کہانی آسِنی ۔ اَکس اہم تہٕ غار معمولی انسانہٕ ہنز ۔ یوسہ اکہ خاص طریقہٕ برونہہ گژھ پکناونہٕ یِیہٕ تہٕ یتھ حالاتن ہند کھسہ وسہ پتہٕ اکھ

شاندار انداز تہ آسُن گژھہِ۔ پرتھ صنف سونخنہ باپتھ چھہ تمے قاعدٕ قانون یم قدیمو بناوی متی آسی۔
یتھ پاٹھی بناوی یم لاسکی ادیو تم ساری قاعدٕ قانونن یتنہ باپتھ ضرورت تہ کورکھ اکہ حسابہ پننہ ذہنن
یمن اندر بند۔ ونیکھ شائستگی گژھہ رژھراونی، رت ذہن گژھہ پادٕ گژھن۔ اعتدال گژھہ
قایم رٹن تہ یہ ساری چیز گژھن رژر توورا ونی کارگر ذریعہ بناونہ ینہ۔ ووں انگر آسی تمن
وینہ سوز یم قاعدٕ قانونن رژھراونی چھا ضروری؟ اسہ ونی توز تہنہ مقصد کیاہ چھُ تہ شاعر یا ادیب
کیاہ گژھہ کرُن۔ جواب اوس یی زِ شاعر یا ادیب گژھہ فطرتس نقلہ باپتھ پانس برونھ کنہ تھاوُن
اگر دیہو کھ زِ فطرت کتھ چھ ناو تہ امہ نش کیا چھُ مراد؟ تم دیہن نظرت گیہ فنک صند تمہ ساری
نش انکار یہ عجیب و غریب آسہا۔ دوراز کار آسہا۔ تکلیف دِنہ وول آسہا تی کرُن
یہ سماج سازی تہ انسان سازی ہند باپتھ مددگار آسہا۔ پتس کری تمو تھی شعر تہ نگارشات
پیش یم نارمل معیارکی آسان آسی۔ یمن اندر گوژھنہ ادیب پننہ شادی تہ پنن ماتم تہ چھیکرس
پنن مزاز مدنظر تھاوُن۔ اکھ مقصدس تقویت دِنہ باپتھ بناو کھ بانی کتھو علاوٕ اکھ مشہور رائل
سوسایٹی تہ۔ یتھ منز شاعر و تہ ادیو علاوٕ سائینسدان تہ دانشور تہ تھاونہ آے۔ امہ سمتی
آد نثر تہ بارسس۔ انگریزی زبانی ہند نثر۔ سُے نثر ییں ووہ نی مڈل کلاسس تام تہ ووت۔
امی ہوا نوسن دیت ناول تہ ووہ تھ لو۔ پتس آیہ عقل مرکب تخیلس تہ جذباتن برتر ماننہ: کلاسکل
دورک بیا کھ امتیازی نشانہ۔ سماج سدھاری ہند باپتھ آو طنز و مزاح تہ بارسس۔

اسہ ووذن ونی بروہہ پہن زِ جان ڈرائیڈن کونہ قاعدانہ رول ادا یہ یم کلاسیکل
تحریک سگتا اونہ کس سلسلس منز۔ میہ مزاز تہ یہ ادب تہ زندگی ہند حوالہ یہ اپروچ مدید
بدکڈنہ موکلھن کر یہ بیتھ اکھ زِ کتھ رومانیتی شاعری ہندس مزازس تہ اسلوبس پیٹھ۔
کلاسکلن ہندس اتھ وطیرس مقابلہ چھُ رومانیتی شاعرن تہ ادین ہند اپروچ بلکل مختلف۔
تہ چھینہ سیہودِ کتھ کرنس وار۔ سوگیہ تہ تمن نش شاعری یتھنہ ورڈزورتھن آسہ۔ سہ گو تہ

ادب یُس بیانکی پاٹھو جاری روزِ۔ تِمن چھُ مثالے کانہہ تیُتھ چیز پسند یتھ گاش آسہ پیوان
مگر اُڈی ہے۔ تِتھۍ اُڈی اظہاریم پوٗر کرنہٕ باپتھ قارئیس اَپنِس مربوط تخیلس کامہِ ہیٚنٛنۍ
ضروری بنان چھے۔ سُے تخیُل چھُ یہ اَد سارِے ہے اکھ ربط دِتھ رلاوان۔ تخیُل تِتھ پیٚٹھ
رومانیتی شاعری ناز چھُ تہٕ تِتھ رومانی شاعر تہٕ نقاد کولرِجن سیٹھاہ زور دیُت تہٕ مربوط تہٕ
مرکب تخیلُک تصوُر پیش کوٗر۔ لفظن چھُ معنہٕ ضروٗر آسان مگر اَمہِ علاوٕ چھُ ترنم تہٕ سازٕ تھ
یِمن ہندس معنےیس مزید وُسعت دِوان۔ اَکھ ترٕتھ ترکیب یوسہٕ شاعر یا قاری سُند یاد
وٕتر یا خوف یا وہمید یا خواہش یم دِلس تَلہٕ کنہٕ لاشعوٗرس منز آسان چھ حرکتس منز انان
چھنے۔ یِس چھُ یہ شوٗ اُندرِمن اَزانی احساس بیدار کران۔ تمہِ چیزچ موجوٗدگی ظاہر کرنٕچ
کوٗشش کران یُس ظاہر سپدِتھ تہٕ پوٗر ظاہر سپدان چھُنہٕ۔ مزید وضاحت کرنکہِ غرضہٕ
کرٕ بہٕ اَمہِ نوعیتکی کینہہ شعر پیش۔

نِتہ مانز دارِیَس نکھ اکھ گنفشہٕ پوش
یمیک اَوڈ اُچھن ژوٗرہ روزان چھُ
خوٗبصوٗرت زَن گژھ تہٕ کیول گاشہِ تارکھ
یُس اَسمانس پیٹھ
نَبہ نَبہ بِنیومُت آسان چھُ۔

وارڈز وٕرتھ



بوزمُت چھُ زِ کنہو کرجہل قدمی
تہٕ کلبو کرِکھ

شیکسپیر



ژھتس ترٛوٕ دٕس وٕرٕن
میانین اچھن چھ ٹکر ہیوان
یہ اسی حسین تہٕ خوبصورت
ویبسٹر

مگر امیک مطلب چھنہٕ زِ کلاسکل شاعری کوٗر نہٕ کہیں۔ امہِ دورن دِتی انگریزی شاعری زا اہم چیز یم نہٕ امہ برونٛہہ اوٚسی تام اَتھ نظر گژھان اَسی۔ اکھ گوو صنعتِ تضاد تہٕ بیاکھ داستان گوئی۔ گوڈنکی بنوو انگریزی شعر طنز۔ وم راح پیش کرنک بہترین ذریعہ تہٕ داستان بیان کرنک بہترین ذریعہ۔ توے تہٕ چھنہٕ اَسہِ کلاسکل شاعرن تہٕ ادیبن داستان گوئی منز شاید چاسرس وراے بیاکھ کانہہ خطرناک حریف نظر گژھان۔

اَسہِ کرٛ وُنی جان ڈرائیڈن سنز کتھ۔ تس اوس زبردس تخلیقی طاقت تہٕ سُہ اوس اکی وِز شاعر، ڈراما نویس، ترجمہ کار تہٕ بیدار مغز نقاد تہٕ۔ کلاسکلن ہندی پاٹھی دیُت تمہٕ زیادٕ زور ہنرس تہٕ کسبس پیٹھے۔ یہ اَس سیٹھاہ اہم کتھ تہٕ امیک تذکرہ سپد سُبھ تہٕ۔ یکی عمری موضوع اُتی تمی شاعری منز۔ یموّ منز طنزِ ی ابسلام تہٕ اچیٹوفل خاص مقام تھاوان چھ۔ ترجمہ کار سندِ حیثیتہٕ پھیر تمی مروجہ انگریزی زبانی منز ورجل جووینل، اووِڈ تہٕ چاسر۔ نقاد سندِ حیثیتہٕ کرِ تمی کینہہ اہم کتھ پننین تمہیدن منز۔ مگر یمن منز آو نہٕ سُہ گوڈے پننٕ تنقیدی نظریہٕ ہیتھ کینہہ۔ ۱۶۸۵ تام یہ کینژھا تمی لیوکھ تتھ منز اوس سُہ تجربے کران تہٕ یمن تجربن اندر اوس سُہ عقلِ سلیم سبے کام ہیوان تہٕ امہ کی ذریعہ واتان پننین ہمکالن تام یہ کتھ تہٕ زِ قاعد قونونن ستی گژھہِ عقلِ سلیم تہٕ کامہِ لاگن۔ تس تان اوس ملٹن سندس رزمیاہس پیٹھ وار یاہ کینہہ لیکھنہٕ آمُت رلہِ ملہٕ تہٕ سر دگرم ونہٕ آمُت۔ مثلن زِ عیسائے مذہب ہیکہ نہٕ پننہ فطرتہٕ کنہ کُنہ عظیم رزمیاہس زنم دِتھ تکیازِ عیسائے مذہبک روح گوو صبر نرمی، اطمینان

رُوحٲنی پاکیزگی تہٕ اہنساٲی طرزِ زندگی ۔ اَتھ مقابلہٕ گژھہِ کُنہٕ رزمیاہُک ہیروسہ نفرآسُن یَس ڈیش ( Dash ) آسہٕ ۔ جبروُت آسہٕ، غروُر آسہٕ، طمع آسہٕ تہٕ زبردس تحاہش آسہٕ ۔ تکیازِ رزمیاہس چھُ یُتھے ہیوٗ انسان مرکزی اِنسان شوٗبان یس اَسہِ مرکزی کردار وَنان چھِ ۔ اَتھ صِنفس چھنہٕ حرکت ل تہٕ طاقتور خصوٗصیت شوٗبان یمہ اکہِ پَنٕن پَنٕن آسُن غروُر تہٕ طمع لِبٕن حاصِل کران چھِ ۔ اَتھ نظریس پیٹھ کتھ باتھ کران وۄن ڈرامٕن نقادن زِ صبر برداشت رضا بیتر چھِ اَکِس انسانَس پنٕنہِ ذاتی محاسِن ۔ یِمَو علاوٕ تہٕ چھِ اِنسانَن سماجی رِشتن ہندِ حوالہٕ صفات آسان ۔ مثلن اَکِس بادشاہ تہٕ حکمران ہندی صِفات ۔ یِمن منز ذاتی نوعیت چھنہٕ اکھ آسان تہٕ ملکی مسایلن ہندِ حوالہٕ بیاکھ ۔ یِتھین صِفتن منز چھنہٕ یوان داناٲی، فیصلہٕ، ہمت، فہم تہٕ فراست، حالات شِناسی وغاَرٕ ۔ یِم چھِ تِم صفت یِم کُنہٕ رزمیاہکی موضوٗع بَنِتھ ہیکن ۔ مگر یِمو صِفتو باوجود اوس اکھ کامیاب رزمیا بنیہِ تہٕ کیہنہ منگان ۔ مثلن بالافطری مشینری وغاَرٕ ۔ اَتھ پیٹھ تہٕ سپز خیالہٕ بدلی ۔ مگر ملٹن ہندِس رزمیاہس تعریف کران چھُ سُہ ونان زِ یہٕ رزمیا چھُ جدید نظمن منز سیٹھاہ تھوٚد مقام تھاوان ۔ یِتھے پاٹھی چھُ ڈرامیڈن ڈراماکین اصولن پیٹھ وِز وِز ارسطو تہٕ اَتھ بس منز بس اَنان ۔ سُہ چھُ اَتھ کتھ باتھ منز یِم تجربہٕ تہٕ زیرِ بحث اَنان یِم تس پانَس ڈراما لیکھان پیش آمتی آسی ۔ تِمی ہندِ تنقیدُک موضوٗع چھُ طنز و مزاح تہٕ بنان — تنقیدِس متعلق چھُ سُہ ونان زِ تنقیدُک کار چھُنہٕ صرف عاَب وُچھنٕی بلکہ سُہ حُسن تہٕ ورتھناوُن یس کُنہٕ فنپارس منز آسان چھُ ۔ اَتھ طرحدار تنقیدی گاٹجارس پیٹھ آوٚ تس انگریزی تنقیدُک پَپ وَنِنہٕ ۔ مگر اَمِ سندِس تنقید نگارس پیٹھ یِمن ہندِ اثر نظر گژھان چھُ تِمن منز چھِ قدیم کلاسکی نقادو علاوٕ معاصر فرانسی کارنیل، راین، بولیو تہٕ سینٹ ایورماند خاص طور ناوہنس لایق ۔ سینٹ ایورماند ہندی پاٹھی وۄن تِمی قاعد قونوٗنن ہندِ حوالہٕ کتھ باتھ کران یِم زِ ادبس منز گژھن تہٕ قاعد قونوٗن حکم حاکم تصور کرنہٕ یِنہٕ ۔ قونوٗن ارسطو سندی آسی تَن یا بنیہِ کانہہ ہندی تِم

گرٕژھن اِنسانہٕ ہنٛدِس عقلِ سلیمس قایِل کرٕنی۔ یِتھِس اہم اظہارس پیٚشِ نظر اوس ڈرایڈن فرانسی سینٹ ایورماںڈ ہنٛدی پاٹھۍ کلاسکی سپرٹس خلاف تہٕ گرٕژھان۔ اکھ کتھا یوسہٕ انٛگریزی کلاسکی نقادن ہِنٛش مُنزٕ ی منزٕ ی اظہار لبان چھےٚ تہٕ یتھ پیٹھ برونٛہہ مہن مزید کتھ باتھ تہٕ ییٚدِ ڈرایڈنٕس یوسہٕ شوہرتھ نقاد ہنٛدِ حیثیتہٕ نصیب سپٕز تمہ بُنیاد چھےٚ پایدار ی پیٹھ، یُزی پاٹھۍ چھُ جان ڈرایڈن شہ گوڈنیک اُنگریزٕ نقادیُس بدل وُرنس تہٕ انتشارکس دورس منزٕ تُہٕ تہٕ فایدِ مند دُکہٕ کُن لوٚگ۔ تمن بدل معیارن کُن یم مختلف اَسی تمن نِش یمن فرانسی نیم کلاسکی نقاد تعریف کران اَسی۔ تمی سنزٕ تنقیدی کام چھےٚ از تہٕ معنے دار تہٕ پرٕنس لایق۔ اکھ اہم صفت یُس اَتھ یتہٕ یور تہٕ روزِ۔ امیک بوڈ وجہ چھُ یوسہٕ زٕ امی روٗٹ کلاسکی معیار عقلہٕ تہٕ حالاتن ہنٛدِس پرٕنِس چھانٛتھ۔ ادے نہٕ چھُ یہِ انگریزی تنقیدُک بَب تصوٗر کرنہٕ یوان تہٕ بڈ یو تہٕ عظیم نقاد و منزٕ اکھ مانٛنہٕ یوان۔ ڈرایڈن ہنٛدِس زمانَس منزٕ سپُد با اکھ اہم واقعہ یہِ زِ ١٦٧۴ ءمنزٕ کرُ فرانسکی رے پنیرن ارسطو سنزٕ پوٚیٹکا یہ موٚلہٕ آنکون۔ اَتھ کوٚر انگریزی زبانی منزٕ ترجمہٕ امی وُری اُکھ انگریز ادیب تھامس رے مرٕن۔ امی ترجمن واتناوی نوِ کلاسکی تصورکی جدید ترجامع اصول انگریزی قارئین تام سارِوے برونٛہہ۔ چنانچہ یہ وُری بنیاو کلاسکی دورُک اکھ اہم وُری تکیابہٕ امی ترجمن کرٕ بیتھٕ اہم کام تہٕ انگریزی ذہن کوٚرُن نوٚ یو ادبی ترایوِ نِش باخبر۔ تمہ کتھ وانٛ انگلستان یِموا اَتھ دورس منزٕ ادبکہِ حوالہٕ فرانسُک تنقیدی ذہن پرٕ یتھ رنٛگہٕ آوٗر مُت اوس تہٕ یتھ منزٕ فرانسکی دانشور ادیب نقاد واریاہ نوکٕہ بخشاوان آمتی اَسی۔ وَتہٕ اوس آمت زٕ پرٕون زٕنٛنے لگہِ زالنس۔ پرٕون شرابے لگہٕ چینس۔ پرٛانی دوستے لگن کتھ باتھ کرٕنس تہٕ پرٛانہٕ کتابے لگن پرٕنس۔ باقے سورُے گوو نقلی تہٕ گلٹ دار تہٕ یِنہٕ زندگی قریب چھُ۔

ڈرایڈن موٚد ١٧٠٠ ءمنزٕ تہٕ امہِ ساعتہٕ اوس جان پوٚپ (١٦٨٨ - ١٧۴۴) ژٕ وداہ وُہر۔ واریاہ سوطرِ الیقو بنیاو ادبکہِ حوالہٕ یوسہٕ پوٚپ یتہٕ ڈرایڈن ہنٛدی پاٹھۍ

بلکہ زمانک مرکزی کردار۔ یِتہٕ چھُ اکھ پزر زِ تمام کلاسیکل شاعرن منز رٔود واریاہس
کالس یوہے شخص تہٕ اَمی سُندے فن زبردس تنقیدُک نشانہ۔ اَڈی وٲتی یتھ انتہاہس
پیٹھ تہٕ وۄنِکھ زِ پوپ چھُنہٕ شاعرے بلکہ محض اکھ کاسِب۔ تمیار زِ اَتھ شاعری منز چھُنہٕ
جذبن ہُند وُشنیرے۔ فنکارٕ سٕند حیثیتہٕ رٔود یہٕ ہیٔت تہٕ موادکہ حوالہٕ تکمیل حاصل کرنس
جہادس منز مصروٗف تہٕ تمی حوالہٕ بنیاو یہٕ انگریزی کلاسکی شاعری ہُند زیادٕ مکمل نموٗنہ۔
پنتہٕ شاعری منز ییلہٕ تمہٕ انسانہٕ ہنز کتھ چ امیک مزاز اوس پرتھ لحاظ اخلاقی روزان یُس
ہنز اَمی اخلاقی وہ ستادسٕند حیثیتہٕ طنزس تہٕ مزاحس کام۔ سو کام یوسہٕ فایدٕمند تہٕ اثردار
ثابت سپز۔ اَمی طنزٕ تہٕ مزاحہٕ ستی کوٚرن برپور جنگ تتھ ساریسے خلاف یُس نہٕ معیاری
تہٕ عقلہٕ وبرٕژٕن لایق باسیوس تہٕ یتھ منز نہٕ شایستگی نظر گیس۔ شایستگی یوسہٕ شہری زندگی
منز وۄتلہٕ ہے تہٕ معاصر شہری زندگی مثالی مانتھ قبوٗل تہٕ کرہے۔ سوے شایستگی یتھ کُن
پوپ ہنز ساری شاعری توٚن اشارٕ کران اٮ۪س۔ پوپن تہٕ ووٚن زِ انسانہٕ سُند موضوٗع تہٕ
مطالعہ گژھہٕ انسانے آسُن۔ مگر تتھ اَندی کھس منز تہٕ یتھ منز یہنٛدے کتھ مثلن شیکسپیرن
تہٕ رینا ساتی دور کِبو شاعرَو وُنی یا پوپس یتہٕ یِنہٕ والیو رومانیتی شاعرو پیش کرٕ یاز کلکی
شاعر تہٕ دانشور وَتان چھِ۔ تصوٗر اوس بلکل بیوٚن بیوٚن یوٚدوے کتھ اکے اٮ۪س۔

انسان سازی ہند غرضہ کوٚر پوپن لندنچہٕ معاصر فیشن دار سوسائیٹی پیٹھ زبردس
تنقید۔ تمی شارس منز یُس لفظ زار ہند لحاظ تہٕ اسلوبکہ حوالہٕ صاف تہٕ شفاف اوس۔
نیم ہیٔت پابند آسن۔ یتھ منز تخیلُس تہٕ جذباتن مقابلہٕ فہم و فراستس کُن تہٕ گانجارس
کُن برپور توجہ دِنہٕ یوان اوس۔ یہے صفات چھِ تمہ اَتھ شاعری نیم کلاسیتی وَنہٕ ناوان
چھِ۔ اَمس آو ہشر دِنہٕ لاطینی آگسٹس شہنشاہ سندِن سونہٕ ہرِ دورکین شاعرن
ستی ہشر دِنہٕ وٲلی آسی یہٕ وُنِتھ یوس عزت کرِتھ کھرٕ دِوان۔ تہندی کتہٕ اوس پوپہٕ

سُند زمانہ انگریزی شاعر ہاہند تہٕ ادبک سوٗ تہٕ ہُری دور تسلیم سپدان ۔ اعتدالک دور، اعتدال کتھ باتھ
کرنس منز۔ پیٚو پوٗشاکھ لاگس منز۔ مجلسی زندگی ہُند اسلوٗب رٲچھنس منز تہٕ فن تخلیق کرنس منز۔ مثالہٕ
باپتھ وَنہٕ یہ اکھ کتھ۔ یمیٚلہ مٲ لوکھ وُچھ یرنے کرٕنے تہٕ اُتھ زمنزی گرٛھنے تہٕ اورچ پوٚرچ کتھ
بوزتھ رزمیا شاعری ییٚتھ وتو، ڈِسان یمے بوزمژ کتھ نامناسب جُملن منز۔ تِمان وَنان اتھ شاعری
تعریف کران تس آوٕ یتھ ٹاسریرتہٕ وطیرہ ہرگز تہٕ پسند۔ نتیجہ دراو یہِ زِ تِمو لیوٚکھ یتھین لوٚکن
ہندِس ساکھو کھرس غرورس ہتہٕ یے جا جوٗرتس بیٚھ زبردس طنز۔ حالانکہ تِمیتھ وٚنِ تہٕ چھُ آمُت یمیٚلہ
پانس تہٕ تُرجمہٕ چھِس ۔ اکھ عجیب ستم ظریفی۔

پوٚن یمہ تنقیدکہ حوالہ کینہہ مفروضہ یا کتھ پیش کرٕ تمہ کرٕ من تہٕ اکی وِزِ تہٕ اُکسے جایہ۔
یمہ کتھ چھنے مختلف موقعن پیٹھ تہٕ مختلف جاین کرٕنہٕ تہٕ وَنہٕ آمٕژ۔ اُمی سندِ یِم تنقیدی مفروضہ
تہٕ اصوٗل چھِ سوٚ بنراونی ییوان۔ توے چھُنہٕ یوٚپ پران پران اکھ عام قٲری یا خاص قٲری
تہٕ ڈٕلی ڈٕلکنہ نتیجس پیٹھ واتان۔ یوٚپ چھُ بٔنِتس ہمکال سماجس تہٕ مذاقس بگریومت ڈیٚنتھ
اُتھ پیٹھ افسوس کران۔ سُہ چھُ ژھانڈان مثالی مزاق یُس تمہ سندِ کنہٕ نایاب چھُ۔ صحیح
مذاق گو وِ تس نش عقلہ سلیم یُس ہتو رے دِوان چھُ۔ سُہ چھُ وَنان زِ اَسہٕ پزِ فطرتس ماتحت
رٕوزُن۔ پانس برونہہ ڈٕکنہٕ عظیم قدیمن ہندی تخلیقات تھاونی تہٕ داد دِنی زِ قاعد قونوٗن
اپناوِتھ کتھ پاٹھی چھِ تِم قدیم فطرت پسند بنے متۍ۔ فطرتس نقل کرُن گو وِ توے قدیم کلاسکل
شاعرن ہندس نقشِ قدمس پیٹھ پکُن۔

مگر اُمہ تہٕ اگر ژھہ نہٕ یہ مطلب کڈٕ تہٕ یُن زِ یوٚپ کیا چھُ لوٚپہ رٕ تمہ سند نیم کلاسکی
ژاٹھ ہالک۔ سو چھنہٕ پوٗرٕ کتھ۔ یوہے شاعر یمیٚلہ کلاسیکل شاعر ہومرس پیٹھ کتھ باتھ
کران چھُ تمہٕ ساعتہ چھِنہٕ سُہ قاعد قونوٗنچ کتھ تُلان بلکہ چھُ ہومر سندس شاعرانہٕ تخیلس تہٕ
اِظہارچہ جوٗدوگری داد دِوان۔ کتھا یوسہ تہٕ اکھ کلاسیت پسند کرٕنی گو ژھہ تہٕ رایا

یوسہٕ مطابقت چھِنہٕ تھاوان نیم کلاسیکی تصوٗرس ستیٚ۔ اَمہٕ ارداہمہِ صدی ہِندی نثر نگار یمن اندر قادو رسٹیل ایڈسن سُہ وِفٹ، ڈیفو، گولڈ سمتھ بیتر شامل چھِ تہٕ چھِ زمانہٕ کِس اَتھ تصوٗرس بول بران۔ یوٚدوَے تم قدیم کلاسکی ادیبن ہندیٚن قاعد قونوٗنن پیٹھ کُنہٕ کُنہٕ اَدٕ نچ تہٕ ترٛلان چھِ۔ مثلن وتنٛک بوٚڈ نثر نگار اڈیسن اوس اکہِ طرفہٕ تِمہٕ سندی وَننہٕ انسانی شایستگی اخلاق آبرادان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ اَتھ اخلاقس شایستگی بخشان۔ گوٚو سُہ تہٕ اوس پوپ سندی پاٹھی انسان سازی کران تہٕ ٹاسرس غوٗرس تہٕ نقلی ہسرس پٮ۪ٹھ مقام ہاوان۔ بلہٕ تہٕ نثر نگار تہٕ چھِ یِ کران۔ یمن اندر سوٗفٹ تہٕ شامل چھُ۔ مگر یِمہٕ قاعد قونوٗنن ہنز کتھ ووتھان چھِ ایڈسن چھُ وارِیاہ کیٚہنہٕ وَنتھ تہٕ آخر یتھ کتھ پیٹھ واتھ وَنان [ (ایڈسن ۱۶۷۲ - ۱۷۱۰) یِمہٕ عالیشان نثری فنپارہٕ تخلیق کرِی متی چھِ تہٕ یمن سُہ تٔری پاٹھی اسے وَنان چھُ ]

"باضنے چھُ زیادٕ بہتر فاصلہٕ سِے آسان یِیلہِ ادیب قاعد قونوٗن اَکھ کُن ترٲوِتھ پوٚزٕنش ترٛلان چھُ۔ ناقابل تقلید شیکسپیر چھُ زبردس رکاوٹھ بنان یُس نقادن ہندِ باپتھ کُس چھُنہٕ یِرتھان تِمہٕ سندی تِم ڈراما پرٛتی یمن اندر سٹیج کِہ حوالہٕ اکھ قاعد قونوٗن تہٕ برقرار تھاونہٕ آمت چھُنہٕ۔"

یتھ پاٹھی چھُ کلاسکی ادیب ایڈیسن قاعد قونوٗنن مقابلہٕ ذوق سلیمس گوڈٕ اَنوارٕ دِتھ کُلہم نیم کلاسکی تصورس چلینج کران۔ سُہ چھُ تنقیدی ذہنَن کامہِ لاگِتھ اَمہٕ منز بسوے ہنن رٹان یوسہٕ لگس مگر اَمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ سُہ زانہٕ کنہٕ نیم کلاسکی ادیب روزان۔

ارداہمہِ صدی ہُند بیاکھ اہم نثر نگار تہٕ نقاد چھُ سامول جھانسن (۱۷۰۹ - ۱۷۸۴ء)۔ اُمی سندین خوبصورت نثرس منز، مگر چھکرٲوی متی تنقیدی فاصلہٕ، شیکسپیرٕ سٕس متعلق رٲے، باقی انگریزی شاعرن متعلق تِمہٕ سُند رُویہٕ چھُ اَمہِ برونٹھ کُن نثر نگارس علاوٕ جھانسن نقادس تہٕ پیش کران۔ نقاد یِمہٕ سندی تنقیدی فاصلہٕ حاران کرِوتی چھِ۔ اَڈیو

کرِس تعریف یتہٕ ڈٲڈو دوٚیُس زِ یہ اوس انگریزی ادبَس منز اکھ تیزی دورُک بے لُطف
نقاد۔ مگر یمن الفاظن ہٕنز چھُ مبالغہٕ پیشان۔ اَسہِ پزِ یہٕ زانُن بہٕ صدی ہٕندِ لوکہ گژھ دِتہٕ معیارِ
ہتہِ میٖنَن تہٕ پرکھن۔ بلکہ تتھی ارداہمہ صدی ہٕندِس پوٚت منظرس منز۔ وُچھن یتھ بنیٖ مخصوص
مسلہٕ اَسی۔ تنگ وُسعت آسن ادبکہِ حوالہٕ۔ تَس اوس ضرور کیٛہہ توٚقص ادبی تہٕ تہٕ ذاتی تہٕ۔
تَس آسہٕ کمزوری تہٕ۔ سُہ روٗد پوٚرہ بیٚیہ بہرِ یمن تمام بے نام تہٕ بے بیان ززن یدِ کڈ نَس
منز یم یکجا سپدِتھ عظیم شاعری زنم دِوان چھِ۔ یتہِ چھُ پزر زِ تَس اوس نہٕ زیٖٹھ بحر غار متواتر ن
میٹر پسند تہٕ نہٕ آسَس لوکچہِ نظمہٕ ٹار کھسان۔ ادبکہ موضوٗع گیاے تَس نش تمے یم انسانی سماج
تہٕ تمہِ کے حوالہٕ انسانی تجربن ستی تعلق تھاوان آسہن۔ اَتھ سارِی پیٹھ اوس تمی سُند
فطرتس پیٹھ یعنے فہم وگاٹجارس پیٹھ تکیہٕ کرُن ضروری۔ نیتون تخیُل۔ اَتھ اوس سُہ ونیار زانہٕ
غار ضروری زانان۔ بیلہٕ کُنہ ادب پارس پیٹھ بنیٚ رلے دِوان چھُ سُہ چھُ صاف شفاف
تہٕ مہذب ونن وَتھ قدماوان تہٕ عام پرن والس پانَس ستی یکناوان۔ یوٚدوَے تَس یہ
کران کران بہٕ شونکھ پاٹھی باضے پانَس تہٕ تران پھطے۔ وُچھو تہٕ ملٹن سندِس مشہور مرثیہ
لِسڈیسَس پیٹھ تنقیدِس شالیتہٕ اسلوبَس منز کتھ کران کیا چھُ ونان۔

"کتھ پاٹھی چھُ اکھ دیوتا بنیٛس دیوتہس ترژھان زِ لسڈیسَس کیا چھُ سپدمُت
دوٚیو دوتھو منز چھُنہٕ اکھ تہٕ اَمہِ سوالُک جواب دِتھ ہیکان۔ یتَس یُس شخص یمن لانن پیٹھ کانسہٕ
سُند ماتم کرِ سُہ ہیکِ نہٕ کانہہ تہِ ہمدردی زِنتھ تہٕ یُس کانہہ کانسہٕ ہٕندی تعریف یتھ پاٹھی کرِ سُہ
ہیکہِ نہٕ تَس کانہہ تہٕ عزتھ دِتھ۔"

جہانسَس متعلق چھُ تمان زِ سُہ اوس پوٚرہ پاٹھی بیٚیہ جس قدرتُک حُسن پرزناونس
منز۔ سُہ اوس پھیکس نظارس تہٕ حُسنس محظوظ کران۔ دریان اوس تُھتہ اکھ پیٚزہٕ وتھ چھُ
تیتھے چھُ بیا کھوٚرتہِ۔ تَس اوس انسانی سماج تُھنہ معنوی شکلہِ منز خوش کران یتھ منز۔ اَتھ تہٕر

پننٛز کلب تہٕ سمن بل ہیتھ پیش کران اوس۔ مگر کن اَسس اُچھن مقابلہٕ زیادٕ حساس۔ موسیقی ہتدِ باپتھ اوس یہ تارِ گرٛتھان۔ مگر یہ کتھ چھےٚ صاف زِ شاعری منٛز اَسس بحرن تہٕ اوزانن ہنٛز برمحل کھسہٕ وس پسند یوان۔ یوٗنانی کلاسکن مقابلہٕ اَسن لاطینی کلاسیکل زیادٕ توجہ سان پرٛی متیٚ۔ بیٚیہٕ اَسس زبردست دلچسپی تمن لاطینی کارنامن ستیٚ تہٕ یم رینیسانی دورس منٛز تہٕ سدٕ آہم صدی ہندس زمانس منٛز تس دستیاب سپدی۔ یِہٕ رن شوق اوٚمس باقی ہمکالن نِش امتیاز دوان۔ بیٚیہٕ یم ہمکال نقاد تمی پرٛی متیٚ آسی تمن تہٕ اوس یِنٛ اکھ حد۔ بیٚیہٕ یتھ تنقیدی ماحولس منٛز تمیٚ وۄ کھۄ ژھانٹ کرٕ۔ اوس بنیادی طور یم کلاسکی۔ ادبی روایتن ہتدِ حوالہٕ یم تس بیٚیہٕ زمانچ باغی سمکھی جھانسنس کھٔتی یِہٕ تم ٹار تمو منٛز۔ اُوس یہٕ اَڈن ستیٚ ہواتہٕ صاف کیٚہنہٕ۔ وقتک یُتھ ہیوٚ بوڈ ادبی داد، یہ زن جھانسن اوس، قایل کرُن تہٕ اوس تہندِ باپتھ انتہائی دشوار۔ کانہہ فنیاں یوٚزتھ اوس وَنان زِ اَمیک مارل کیا چھُ۔ یہ کُس سبق چھُ ہیٚچھناوان۔ یہ کیا چھُ ثابت کرُن یژھان۔ اَمہٕ کِن جذباتن تہٕ دلیلن کُس ہیوٚ باہمی ربطہٕ تہٕ منطقی واٹھ چھُ۔ دِبان اوس احساس منٛز گرٛھ یہٕ اندریٚ ژوٗرتہٕ بےخلوصی آسنٛ نہٕ گرٛٹھ یمن منٛز بناوکھ جاے رٹنٛ۔ جھانسن چھُ تتھ ساری سےٚ امیجری تہٕ نفرت کران یتھ نہٕ شاعر ستر یژھہ لرِ لوٚر آسہٕ۔ رۄد شاعری منٛز ترنم تمہٕ باپتھ تہٕ اَسنہٕ تس کانہہ ہمدردی۔ ہکسانِ ترنم گیاو تغزل تہٕ جذبہ تہٕ تخیل تہٕ یم ساری آسی تیم سکاسکی دورس منٛز زنہٕ تہٕ شاعری منٛز کڈنہٕ آمتیٚ۔ یمن کتھن ہندس حقس منٛز تہٕ ہیکہٕ ہے جواب پیش کرتہٕ سیتھ۔ مثلن وَنہٕ ہیہٕ زِ دانشورانہٕ تہٕ فلسفیانہٕ شاعری منٛز۔ ہیکہٕ تہٕ تغزل پھانبلتھ۔ مگر یوٚہے ادبی داد سیلِ ڈرایڈن، ایڈسن تہٕ پوپ ستر۔ شاعری بیٚیہٕ پننٛ کتھ وَنان چھُ سُہ چھُ خود کفیل تہٕ خود مختار بنتھ پننٛ خیالات تہٕ فاصلہٕ جات پیش کران۔ ریٚپ چھُ اُمی ستدس تنقیدس منٛز۔ اَمی وَ تہٕ بنکھ وارِیاہ ژُوزنہٕ تہٕ اُمی ستر ن کتھن منٛز۔ وارِیاہ معقولیت نظر گرٛھان لوٚدوٚے

یِمہٕ قارِ یَن بَینہٕ زمانٕچ کوتاہی تہٕ محسوٗس کرناوان چھِتے۔

یِمہٕ سارِے کیٚہنہٕ کُتھ ڈٕنِتھ چھِتے یہٕ کتھ جان پأٹھۍ وۄتلان زِ انگریزی ادبیٚو مانٛی یٚہ کلہم پأٹھۍ کلاسیکی قونوٗن تہٕ قأعدٕ تِتھے پأٹھۍ سرٕ توٚبوٚت یِتھ پأٹھۍ تِم کتابن منٛز درج آسے۔ یِم قأعدٕ قونوٗن ورتاوان ہیٚتر یِمو عقلِ سلیمس تہٕ کأم یِمہٕ تِہ بیٚنِہ ضروٗرت پوٗرٕ سپدِ کھ۔ وقتکیو نقادو تہٕ کرٕ یٚہ ہینز اٚنی تقلید۔ اَتھ حقیقتس کُن کرٕ ی اَس کیٚہنہٕ اشارٕ تہٕ۔ ڈرایڈن سٕتہٕ کتھ کران تہٕ تہٕ پوٗپ تہٕ جانسن سٕتہٕ تذکرٕ کران تہٕ۔ مگر ڈرائیڈن سٕندِ زمانہٕ اَند وأتنس سٕتۍ ووت اَنگریزی ادبی نظریہٕ اَکس نوٚس پڑاوس پیٹھ۔ سدأہمہ صدی یِتہٕ ہیوٚت فرانسی نقادو تہٕ ادیٖبو بولیوٗلی باسوتہٕ راپن ہِندیو خیالو اَنگریزی ذہنس پیٹھ زیادٕ اثر تراوُن۔ اَردأہمہ صدی ہِندِس ابتدایہس منٛز دِتۍ زمانن سیأسی پارٹیٚن ہٕنز باہمی جدوجہد کِنۍ ادیٖبن تہٕ قلمکارن اَکھ ترتھ آزأدی یوسہٕ نہٕ تِمن اَوتام نصیب آس۔ اظہارِچ آزأدی میلنہٕ سٕتۍ آیہٕ تِمَن نوٚشان تِکیازِ باتہٕ تِھو علاوٕ کرٕ ی یِم زمانن پیٚتسو سرمایہ دار خوٗجو ہِندیو کرِمو تہٕ مہربأنیو کِنۍ آزاد۔ کلب تہٕ کأفی ہاوس بنیہٕ یِہ بٔنۍ اَکھ رٕ دأنشورن ہِندی سمن یل۔ یِیتہٕ بیہ پھرٕ ک پأٹھۍ کتھ بدلی تہٕ خیالہٕ بدلی تہٕ موقعہٕ آو۔ اوسوٕ حال تہٕ سنجیدٕ فِکر تھاون وول مڈل کلاس یِتھۍ شائستگی پیٹھ زیادٕ زور دیت آو پوٗرٕ پأٹھۍ بارٕ سُس۔ اَردأہمہ صدی منٛز سٕندِ عام پأٹھۍ یتوٚن تہٕ ہاس سٕتہٕ اثر تہٕ محسوٗس۔ سیاست، مذہب تہٕ اخلاق آے ہمہ وفراسیچ کہوچ پیٹھ کھارنہٕ۔ معاصر ادبس کُن وُچھتھ ماوَرٕ ہیہ پرتھ ہش دأنشوری اُچھ۔ لوٗے آو وننہٕ زِ مقامی اَدبس منٛز آسہ دارِیاہ وِتھۍ نوقص یِمَن ہٕندٕ تدورکُ کرُن اوس تہٕ دارِیاہ مأری مندیٚت یُس یدکڈُن اوس۔ یہٕ شدید احساس تہٕ اوس بینٛ کأم اُندری اُندری کران زِ تنقیدٕ تہٕ گوٚژھ سٔنز وَتہٕ کُن لاگنہٕ یُن۔ یِمن مسلن پیٹھ یِم عالم تہٕ نقاد رہبری کرِ ہن تِم آسے تِمے فرانسی نقاد

یِم عام طور فتوا صادِر کرنہٕ کِہ اہل تصوٗر کرنہٕ یِوان آسی۔ مگر مسلہٕ اوس یہِ زِ یِہنٛدی مفروٗضات آسی نہٕ ڈرائیڈن ہندین معنے دار فرموٗدن سٟتۍ واتھ کھِوان یَنہٕ آسی یِم مفروٗضہٕ واتھ کھِوان لان جینس ہندِس سبلایم تصورس سٟتۍ۔ یورکُن ووٗنۍ انگریزن ہُند تصور پۆرہ پاٹھۍ پھیوٗرمُت اوس۔ کُلہم نتیجہٕ دراو یہِ زِ اتھ نیم کلاسیتی تصورس زِنگ کرنۍ بنیایہِ برونٛہہ کُنہٕ موکھن ونیح اہم ضروٗرت۔ مگر اَمیُک مطلب گوو نہٕ یہِ زِ کلاسیتی طرزِ تحریر آو ترک کرنہٕ۔ تِمہٕ باپتھ اوس وُنہٕ زمانَس مزید کینٛژھس وقتس پرارُن۔ ہاں یہِ ہیٚن سپز زِ کلاسیتی قاعدہٕ قانوٗنن پیٹھ تہٕ آیہِ تنقیدی نظر تراونہٕ تہٕ یِتھ مقالس منز چھُ اورکُن پوپ تہٕ جھانسن ہنٛد حوالہٕ تہٕ واریاہ کینہہ وَننہٕ آمُت۔

کلاسیکل شاعرن منز چھُ ڈرائیڈن تہٕ پوپ اکھ خاص مقام پراوان تکیازِ یِمن ہُنٛد زمانہٕ تہٕ تِمہٕ زمانُک مزاژ اوس یِی منگان تہٕ یہِ کینژھا یِمو لیوٗکھ تِتھ ساری پیٹھ آسس عصری معقوٗلیت تہٕ تِتھۍ چھِ اَمہٕ ادبی اصطلاحس منز نیم کلاسیتی ادب وَنان۔ پوپ تہٕ اوس فطرتہٕ نِش مراد نِوان فہم و فراست عقل تہٕ گاٹجار۔ تی اوس جھانسن تہٕ وَنان۔ اَتھ منز اوس نہٕ الہامَس کانٛہہ دَخل۔ نہٕ اسرافس تہٕ مبالغہ آمیزی۔ اَتھ عقلی اجتہادس اوس وقت تہٕ تہٕ وَقتُک سائنٛس تہٕ پۆرہ پۆرہ ساتھ دِوان تہٕ اَمی اجتہادَن دیُت ارداہِم صدی ہندین شاعرن تہٕ نقادن یہِ جِس تہٕ زِ قدیم کلاسیکن ہندِ قاعدہٕ قانوٗن ہیٚکَن نہٕ تِمی حسابہٕ اَزِکِس ادبس پیٹھ لاگوٗ سپدِتھ۔ تی چھےٚ فہم و فراست تہٕ عقل تہٕ گاٹجاروٗنی۔ مگر زمانہٕ اوس پکان تہٕ اَتھ کلاسکی مزاژس اوس اَمہٕ شکلہِ کٔر صوٗرت اَندوآتُن۔ رُومانیتی ادیبو کوٚر اَتھ خلاف منظم تہٕ برپوٗر احتجاج تہٕ دِژکھ انسانی احساسس تہٕ اظہارس برونٛہہ کُنہٕ باپتھ نوٚو وَتہٕ۔ یِتھ مفروٗضس آو نوٚو معنے دِنہٕ۔

اِنسانہٕ سُنٛد نفسِ مضموٗن چھُ خود انسانے

# کلاسیٖکیتھ تہٕ رۄمانیٖتھ

## اَکھ مُطالعہ

سُہ ادب یُس قدیم یوٗنٲنی تہٕ رۄمی دورِ تہذیبس منز تخلیق کرنہٕ آمُت آسہِ، یُس اوٗل درجِک آسہِ، سیٹھاہ ضروٗری آسہِ، یُس ادبکہِ حوالہٕ یوٗنٲنی تہٕ رۄمیٖن ہنٛدی معیار پوٗرٕ کران آسہِ، یتھ نفاست مانٛنہٕ آمٕژ آسہِ تتھی چھُ عام طور کلاسکی ادب ناو دنہٕ آمُت۔ اَتھ مقابلہٕ یُس ادب تخیلی، جذبٲتی، خابل، تجربہٕ نِشہِ دوٗر، یتھ منز ہیٚتھ موادس تابع تھاونہٕ آمٕژ آسہِ گوو رۄمانیتی۔ مگر یہِ وٕنہنے چھِنہٕ کٲفی تکیازِ اگر کانٛہہ یہِ سوال کرِ زِ رومانیتی ادب چھُنا اوٗل درجِک آسان تس کیا جواب دِمو اَسی۔ یتھی ہی مشکل نظر تل تھاوِتھ چھےٚ یہےٚ وَتھ موزوٗن زِ اَسی دِمو کھلہٕ ڈٲلہٕ پأٹھۍ تمن سارِنے کتھن دٲل یمہٕ کلاسیٖکیتھ تہٕ رۄمانیٖتھ فرقاونہٕ تہٕ فہماونہٕ باپتھ خاص کر یوٗرپس منز پیش سپدان روزمٕژ چھےٚ۔ منےٚ ہیوٚت یوٗرپک تاوانٕکۍ زادبس منز چھےٚ یمہٕ دہ شوے تراے تتی بر یوٗنہِ انداز س منز بہار وُچھان تہٕ جہار لبان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ باقی ادب چھُ کلہٕم پأٹھۍ یا جزوی طور یمو خصوصیتو نِش خٲلی۔ اَسہِ چھِ یِمنٕس کأشرس ادبس منز جزوی طور یمو دوشوے تراو مختلف جاین مختلف طریقوٚ رٚسہٕ پأٹھۍ جلے۔ زٕ ہٕرتھ سانٛو کتیو شاعرو چھُ جذبات پسند تھٕتھ سُےٚ اسلوب تہٕ انداز اختیار کوٚرمُت یمیُک عرفہٕ رٕومانیتس منز نظر گژھان چھُ۔ سانہٕ کأشِرتہٕ بٲنی منز چھےٚ سو شاعری تہٕ یتھ اُسی واتٕسہٕ تہٕ تقدسس بیش نظر کلاسکی وِنان

چھ۔ مگر یہ چھُ اکھ ٹاکارہ پزر زِ کاشُر شاعری منز چھِ نہٕ یِموٚ دٕہ شؠہہ ترایوٚ سوزنگارنگی حاصل کرمٕژ
یوسہٕ اَسہِ کاشرِس ادبکِس پوٚت منظرس منز یِم اصطلاح ورتھناونہٕ باپتھ خوٚدکفیل بناوِہے۔
یِیلہِ گوڈٕ گوڈٕ کلاسکل اصطلاح وَرتاوِس لوٚگ مراد آو نہٕ سُہ ادیب تہٕ مصنف
یُس کینژن خوشحالن ہندِ باپتھ آسہِ ہے۔ ہنا پروٚنہٕ کیُتھ آو یہِ اصطلاح غلط تاوِیلہٕ کِنہِ تس
کُن منسوٗب کرنہٕ یِمہٕ ستہِ کتاب کُنہِ کالجس یا اکاڈمی منز پرنس لایق ماننہٕ یِیہِ ہے۔ اصطلاحچ
یہِ تعریف پھٔٹ ازکل تہٕ چلان تہٕ یِیلہِ اَسہِ تَتھِس ادبس منز۔ کُنہِ معیاری ادب پارس یا کتابہٕ متعلق
کلاسیکل اصطلاح وَرتاوان چھہِ اَسہِ چھُ یہِ معنے ذہنس منز آسان۔ اَمہِ نِش چھہِ اَسہِ سُہ ادب
تہٕ مُراد نِوان یُس یوٗنانی تہٕ رۄمی چھُ۔ بیاکھ معنے چھُ اَسہِ تِمن دورن کُن تہٕ پکناوان یِموٚ سُہ ادب
پادہٕ کوٚرِ یُس قدیمن تہٕ ٹارکھسہٕ ہے۔ رۄد روماٗنیتھ اصطلاح یہِ آو گوڈٕ سداہِمہِ صدی منز معیوٗب
آیہِ ورتاونہٕ۔ اَرداہِمہِ صدی منز آو یہِ جان معنیَن منز ورتاونہٕ۔ ادبی تحریکہِ ہندِس پوٚت
منظرس منز اَمِچ ٹھیکہٕ تعریف کرٕنی نہٕ یہِ آواز اَکِس محدوٗد وقتس منز بند کرٕنی چھنہٕ ممکن۔
حقیقت پھٔٹ یہِ زِ یِم دٕہ شؠہہ اصطلاح چھہِ ادبس منز تِمن کینژن اہم مسلن
تہٕ صفتن کُن اِشارٕ کران یِم کُنہِ دورِکِس یا زمانکِس اَدبس منز آسان چھہِ یا کانسہِ شاعر سِندِن
شعرن یا کُنہِ وقتکِن نظمی تخلیقن فرماوان چھہِ۔ یِم صفت چھہِ مختلف دورن تہٕ ادیبن منز
بدل بدل طریقوٚ ینٕ اظہار نوٚن کڈان۔ اَتھ پزرس پیش نظر یمن اصطلاحن ہنز تعریف
اَکِس یا دٕن جملن منز پیش کرٕنی چھینہٕ ممکن۔ اَکِس نِش چھُ اکھ رنگ تہٕ بٔیِس نِش بیاکھ تہٕ بٔیِس
نِش سُہ بیاکھ یُس ہمُودہٕ یوٚ نَرخ مختلف چھُ۔ یہِ تہٕ چھُ اکھ اہم وجہ زِ نقادو چھُ پننہِ طرفہٕ
مختلف وقتس پیٹھ یمن ہنز تعریف یا وِتھٕ تھٕ کران الگ تہٕ اَجے اَجے کیتھ
وَنہٕ مژ۔ مثلن اکھ نقاد یِیلہِ رۄمکِس کلاسکی فنَس تہٕ اَدبُس متعلق پننہِ رائے پیش کران چھُ
تَس چھُ مواد کُ وَزن تہٕ موضوعک لگہٕ ہار پرنظرن تَل یوان۔ تِمہِ ستہِ کُنہِ چھٕ کلاسکی

ادبچ اہم ترین خصوصیت یہ زِ اَتھ منز چھُ مواد تہٕ ہیئت اکھ رُت توازُن پیش کران۔ بیا کھ نقاد چھُ وَنان زِ یِم گژھن نگہٕ ہار رُکھ تھوٚد درجہ پیش کَرٕنۍ مگر موادُک تہٕ ہیئنگ توازُن تہٕ نگہٕ ہار رُکھ تھوٚد درجہ چھُ بنیہٕ اکھ سُہ حسن یُس تبدیلی ستۍ بَرِ صوٗرت پانہٕ تہٕ تبدیل سَپدِتھ ہیکہٕ، لہذا ہیکہٕ نہٕ یُتھ جُملہٕ اَسہٕ کُنہٕ منز ژَلِتھ بیٚٹھ واتناوِتھ۔ بیا کھ اکھ تحقیق کار تہٕ نقاد ہربٹ گرِیرسن چھُ وَنان زِ کلاسکی ادب چھُ تمہٕ نُکتہٕ تہٕ یُیہ ہُند یادٕ داریٖمۍ اخلاقی سیاسی تہٕ دانشوری ہِند لحاظ شعوٗری طور اکھ ٹھوس پیش قدمی کَرمُت آسہٕ تہٕ یتھ یہٕ برپوٗر یقین آسہٕ زِ زندگیہٕ متعلق سون نظریہٕ چھُ فنوٗنٕ قدرتس زیادٕ مُطابق۔ یہٕ چھُ انسانی عالم گیر تہٕ دانا تمہٕ مقابلہٕ یمہٕ نش یہ داکن بچاوِتھ برونٹھ دراُمت چھُ۔ یہٕ چھُ تتھ تجربس موثر بناوان یُس اَتھ کلہم زندگی بیٚٹھ تہٕ زندگی ہندس تتھ وحدتس بیٚٹھ یوسہٕ اَتھ یتہٕ رنگا رنگی منز تہٕ موجوٗد آسان چھےٚ وچھنُک حِس دِوان۔ فنکار سنز کام چھےٚ آسان اُتھی شعوٗرس اظہار دین۔ (یتھ پاٹھۍ چھِ اُمی سنز کام آسان اُتھی شعوٗرس اظہار دیُن)۔ یتھ پاٹھۍ چھِ اُمی سنز کام ٹھوس بنان تہٕ اَمہٕ علاوٕ چھےٚ اَتھ منز قطعیت تہٕ یِوان۔ اَمیُک برپوٗر حسُن چھُ اُکس عظیم فنکار سند دُسہٕ شکلان۔ یتھ دورُک ادب چھُنہٕ تتھ حدس تام ذاتی آسان یتھ حدس تام روسو، بائرن کارلایل، ابن سُند ادب ذاتی چھُ۔ یتھ اتی زِ یہ چھُ رومانیتی ادبہٕ کِس درس ستۍ شامل کرنہٕ یِوان۔ گو ییلہٕ ادب ازاتی آسہٕ، سُہ چھُ کلاسکی تہٕ ییلہٕ ذاتی آسہٕ سُہ چھُ رومانیتی مزاجس نکھ یِوان۔ گرِیرسن چھُ یتہٕ وَنان زِ کلاسکی ادب چھُ عام طور زھوٚڈِ سماجُک یادٕ دار آسان۔ اَتھ سِلسلس منز چھُ سُہ ایتھنز روم پیرس لندن شہرن ہُند ناو ہیوان۔ تمہٕ جایہٕ یتہٕ کلاسکی ادب اکہٕ خاص وقتہٕ پتہٕ اُکس خاص ماحولس منز پادٕ سپُد۔ کلاسکی ادیب چھُ عام جذباتن تہٕ خیالن ہندس اکوٚمس یِم سُہ پننین ہمعصرن ستۍ چھاوان چھُ۔ یِمن تمہٕ وقتہٕ کِہن لُکن نِش عالم گیر زِ رچ موقولیت آسان چھےٚ انفرادی اظہار دِوان۔ تہٕ یِس ہیکہٕ حُسن

بخشان۔ تِمو سُند ہتیس ستیٚ آور برٚ چھینہٕ یمہِ موجوٗب آسان زِ سُہ چھُ موادُک وَزن تہٕ موضوٗعُک لگہٕ ہار برٚ نظرانداز کران بلکہ یمہِ لحاظٕ زِ یہِ مواد چھُ تس ینیٚ زمانُن دیٚت مُت آسان۔ کلاسکی دورس منٛز چھہٕ برتھ چیٖزس پیٛٹھ عقلِ ہنٛز بالادستی آسان۔ جذبا تو مقابلہٕ چھُ اتھ دورس منٛز عقلِ ہنٛز کتھ چلان۔ اَسہِ پزِ عقل تہٕ عقلیت پسندی منٛز سوٚ فرق کرُن یوٚسہٕ یوٚدوَے سیٹھاہ باریک چھےٚ تاہم سیٹھاہ اہم چھےٚ۔ عقلہٕ مقابلہٕ چھےٚ عقلیت پسندی ہندس موٗلس لوٚتیٚس منٛز وَہرتھ آسان۔ یتھ زَن عقل اَمہِ نِش آزاد چھےٚ روزان۔ کلاسکی دور چھُ رِوایہٕ تہٕ کہ باپرٛتش ژُلتھ عقلِ ہنٛز آزاد زندگیہ کُن دوران۔ اَتھ یُس بریوٗر سماجی شعوٗر آسان چھُ، سُہ چھُ مرکزتیٚس کوچھ منٛز رٹان۔ تخیٖلَس چھُنہٕ کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز عقلِ پیٛٹھ تیز رنگُک اجازت دِنہٕ یوان تہٕ چھےٚ منطق تخیٖلُک وُڈوخم کرنُک منصوبہٕ بناوان۔ تہٕ چھُ جذبہٕ شائیستگی ہندِ سرحدٕ تہٕ موجہِ کران تہٕ شَےٚ چھےٚ شائیستگی جذباتن ہندس وُشنیرس آب تراوان۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ اَتہِ چھُ ینِ ینِ چیٖزِ ینِ تنٛین حدن منٛز۔ ینِ پتہٕ کام کران۔ کلاسکی ادبُک تذکرٕ کران چھُ گریٖسن ترن زمانن کُن اِشارٕ کران۔ پریکلیز سُند زمانہٕ ییٚلہِ ایرانِمن تٔسکست دِتھ یوٗنانی اعتماد وِلقارتہٕ حکمرانی حاصل کران چھہِ۔ اَمیُک عظیم یادگار اوس اَکھ ڈراما۔ روٗمس منٛز چھُ کلاسکل دور آگسٹس سُند زمانہٕ آسان۔ ییٚلہِ ادیب یتھ کتھِ پیٛٹھ خوش آسان چھہِ زِ تم چھہِ یوٗنانین ہنٛز ادبی وراثتس مرازس منٛز شروٗپراوان تہٕ تہندِ ن آرو متین فارمن منٛز تتھ جوہرس اظہار دِوان یُس روٗمی آسان چھُ تہٕ یُس شاہی رُوٗمکہِ عظمتہٕ نِش فامن تہٕ تحریک حاصل کران چھُ۔ یہِ چھُ آسان دوٚیِم زمانہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ترٛیٚیِم زمانہٕ یوان۔ یہِ ترٛیٚیِم زمانہٕ اوس فرانسکس لوٗیس ژوٗدہ سُند تہٕ بیٚیہِ سُہ یتھ انگلستانس منٛز ڈرایڈن دس تلان چھُ تہٕ یتھ منٛز پوپ جانسن ایڈیسن سوٗفٹ وَغارٕ پادٕ سپدان چھہِ تہٕ یُس یتہٕ تتھ رومانیتی دورس منٛز واتتھ اندٕ واتان چھُ، تہٕ یُس اَرداہِمہِ صدی ہندِس اَخرس پیٛٹھ شروٗع سپدان چھُ تہٕ یَمیُک جھنڈٕ بردار

وارڈزوٚرتھ بنان چھُ، یَس سٟتۍ شاعرَو منز کولرج تہٕ تِس پتہٕ پتہٕ بائرن، شیلے، جان کیٹس
آسان چھِ۔

مگر ڈرائڈن چھُ باقے کلاسیٖکھ پسندن مقابلہٕ پننہٕ انگلستانٕچ رِوایت تہٕ بٔڈراوان
تہٕ تَمِتھ تعریف تہٕ کران۔ مثلن سُہ چھُ پننِس زمانٕس تہٕ پننہٕ واکِس وقتس پٮ۪ٹھن انگریزی شاعرن
خاص کٔرِتھ چاسر، شیکسپیٖئر تہٕ ملٹنس بتر عزت کران تہٕ تعریف تہٕ کران تہٕ قارٕیَس تہٕ اَمہٕ باپتھ
تیار کران۔ یِس چھُ انگریزی کلاسکی ادب باقے کلاسکی ادبٕ نِش یمہٕ لحاظہٕ تہٕ ہنا مختلف بنان
زِ یہ چھُنہٕ پننہٕ مُلکی تہٕ قومی رِوایتہٕ نِش الگ سپدِتھ ہیکان۔ یہ چھےٚ سو رِوایت آسان یُتھ منز
رومانیتی رنگ ٹاکارٕ پاٹھۍ درینٹھ لوان چھُ۔ اَمہٕ وقتکہٕ گاٹجارک قدمینان تہٕ حدساران
چھِ اُسے یتھی نتیجس بیٖٹھ واتان زِ یہ چھُ خود کفیل آسنگ باس دِوان تہٕ پننہٕ آزاد تہٕ عصری
آگہی ہنز کُنہ وجہ کام ہیتھ مکمل نقل پسندی نِش شعوری طور دوٗر آسنگ حِس دِوان۔ اَمہٕ
بزرگ احساس چھُ اَسہٕ تمو نگارشاتو سٟتۍ تہٕ سپدان یمہٕ خاص کرٕ ڈرائڈن یا تس پتہٕ نثر نگار
ایڈِسن تخلیق کران چھُ۔

یمو اہم پٔنز رونِش چھےٚ یہ کتھ نیران زِ کلاسکی اصطلاح چھُ محض اکھ تواریخی تصور
تہٕ امی محفوظ ورتہٕ ہیکو اُسہ اَمہٕ کِس دُنیہس سار کٔرِتھ۔ یِس چھُ یہ سوچُن یا دَن محض اکھ غلطی
زِ یہ چھُ کُنہٕ فلسفیانہٕ یا نفسیاتی تصورٕچ نشاندہی کران۔ کلاسکی ادب چھُ تمی سماجک
تہٕ پٮ۪یہ مُند پٲداوار۔ یم پننٮ۪ن حالاتن ہنز بیش قدمی نِش باخبر آسن اتہٕ یمو زندگی متعلق معقول
تہٕ جامع نظریہ شکلاوونہٕ علاوٕ پننہٕ دلکہٕ اظہار باپتھ زبانی لحاظہٕ تہٕ فنی ہنرٕ منز کامیاب نزدیکی
حاصل کٔرمٕژ آسہٕ۔ یوٚس نِش چھُ تہٕ سوٚرے غارفطری یہ اکہ مقرر کٔرتھی متہٕ اصولہٕ ڈلتھ آسہٕ۔
مگر اُکِس رومانیتی دِفطرت پسندس نِش پٮ۪لہٕ کانہہ مومُت اصول کُنہٕ تخلیقہٕ شکل پٮ۪ن ونِ
یُتھ یٮ۪یہ سُہ چھُ پانے غارفطری بنان۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ تقلید تہٕ نقل چھُ کلاسکی

تھَر رس وانِنٛک اکھ ذٔریعہ بلکہٕ چھےٚ حقیقت اَمہٕ نِش بدٕون۔ کلاسکی ادب تہٕ فن چھُ تَمہٕ ادبہٕ تہٕ فنہٕ نِش مختلف یَتھ منز قدٕمیٖن ہنٛز۔ چھر انتقالی کرٕنہٕ آمٕژ آسہٕ تہٕ یَمیُک شاعر یا فنکار زانٛتھ مانٛتھ پرٲنٮ۪ن سانٛچہٕ تہٕ پرانہٕ ہیٛرٕ نوٚ سرٕ زِندٕ کران آسہٕ۔ یہٕ صوٗرتحال چھےٚ کلاسکی تصورکہٕ زوالٕچ نِشاندہی کران۔ اَمیُک مطلب گوٚ ورٲیت پسندی ہُند استقبال یُس کلاسکی تصورٕ نِش بالکل مختلف چھُ۔ یہٕ صوٗرت حال چھےٚ کلاسکی تصوٗرک زوال پیش کران۔

ییلہٕ کلاسکی اصطلاح اَمہٕ توارٟخی لحاظٕ ورتاونہٕ آمٕژ آسہٕ تہٕ تَمہٕ ساعتہٕ چھُ اَکِس تھٕس اَدبَس کُن سون توجہ پھیران یَتھ منز تَرٛتھ کَمہٕ خصوٗصیژ آسان چھےٚ یَمہٕ کلاسکی دورکیٚن عظیم ادیٖبن امتیاز بخشان چھےٚ۔ پَس اگر اُسہٕ کُنہٕ وزِ لل دید یا شیخ العالمؒ سنٛز شاعری ستیٚ کلاسکل اصطلاحُک اہم صفت تہٕ وَرتاوٕ سون اشارٕ گژھہٕ تَمہٕ ساعتہٕ اَمہٕ شاعری ہنٛدِس تَتھ صفتس کُن آسُن یُس یوٗت زمانہٕ گژھنہٕ پتہٕ تہٕ یمن نظم پارن اَزتہٕ زندگی بخشان چھُ یا مقبول بناوان چھُ۔ بٮ۪یہٕ سُہ تعظیم یُس اَتھ شاعری وقتن عطا کوٚرمُت چھُ۔ یِم چھِ تِم صفت یِم اصل کلاسکی ادبس منز ضروٗر آسان چھِ۔ یعنے یوٗشَن پایہٕ تہٕ تعظیم ہٕ وٲنٛس۔ یوٗہے چھُ سُہ مقام یُتھ اکھ رومانیتھ پسندٕ تہٕ کلاسکی سایہٕ شہجار چھاوِتھ ہیٚکہٕ۔ کیہنہٕ تِم غار کلاسکی کارنامہٕ یمن منز حُسنُک پرتو مواد تہٕ ہیٛرٕ ہنٛز موزوٗن ملہٕ ون واتناوِرُک توٚوزُن وارِہٕ ہس حدس تام موجوٗد آسہٕ چھِ یِنہٕ وقتہٕ یَتہٕ تہٕ زندٕ روزنٕچ صلاحیت تھاوان تہٕ اَتھ یوٗشَن پایس پیش نظر کلاسکل ناوٕکی حقدار بنٮ۪تھ ہیٚکان۔ اَمہٕ لحاظٕ سٮ۪دٕن سانہٕ کاشر ادبکی تِم نظم پارٕ اَتھ دایرس منز شامل یِم ژوٗدایمہٕ صدی پیٹھٕ وُہمہٕ صدی ہنٛدِس ابتداہس تام پیٚنٛز سٮ۪دی متیٚ چھِ۔ یوٗشن پایُک یہٕ اہم صفت چھُ بہتر رومانیتی ادب پارن رومانیتی اَسنہٕ تہٕ کلاسکی بناوان۔ یعنے سُہ ادب یُس اول درجُک آسہٕ تہٕ تیٚمہٕ نفاستھ مانتہٕ آمٕژ آسہٕ۔

اَسہٕ پزٕ یہٕ اہم پزٕ ہمیشہ نظرٕ تَلے تھاوُن زِ انگریزی رومانیتی ادب چھُ اَمہٕ

بروٚنٛہہ کنہِ تیٚتھہٕ نیٚس پتہٕ زوٗزبہٕ کنہٕ وارِیاہ وٲنس پژاوِ۔ اگر أمہِ اتھ کُن وُچھتھ دِژٕ کھارٕو یا اُتھ بٔناوٕو تمہٕ سِتۍ ہیٚکہِ نہٕ یمَن ہُندمول مرتبہٕ کم سپدِتھ یا سُہ انسٲنۍ جذبہٕ ختم کرتھ پتھ یُس پتہٕ مرٕ ازٕ کِنۍ رٔدٕ۔ اَتھۍ آسان چھُ تہٕ سانہِ زندگیہ ہمیشہ سِتۍ آسان چھُ۔ یہ چھُنا اکھ پُژر زِ گٕلہٕ چھِ أسۍ سارۍ رۄمانی بنان یوٚدوے یہ سُہ وق تہٕ آسہِ بیلہِ نیٚندرِ سون پرِتھ کُٹر دوٚہ اَندٕ واتناوان چھِ۔ یا بیلہِ أسۍ اُلفتُک سوداکرنہٕ بہان چھِ۔ یا بیلہِ أسۍ مستقبلکۍ خواب رنگنہٕ بِہان چھِ۔ یِم تہٕ چھِ ہیوۍ اہم جذبہٕ دِن ضرور پرِتھ وقتہٕ رۄمانی شاعرن تہٕ فنکارن زٕ تہٕ یمو چھِ یہ اہم کام پتھ کالہٕ تہٕ انجام دِژمٕژ۔

مگر پننہِ موضوعُک تقاضہٕ مدِ نظر تھٲوِتھ کرٕ بہٕ تمہِ ادبُک تذکرٕ یُس خاصکر انگریزی رۄمانیتی تحریکِس سِتۍ وابستہٕ چھُ۔ حالانکہ ادبی رۄمانیت ہیٚکہِ نہٕ آسٲنی سان تاریفاتن یا کُنہِ وقتس منز بند کرِتھ۔ یہ چھُ اکھ کُشادٕ اصطلاح بنان تبدیلیَن متعلق یمن وارِیاہن ترائِن یمہِ ارداہمہِ صدی ہندِ آخری وٕرِیَن تہٕ کُنوُہمہِ صدی ہندِ گوڈٕ وٕرِیَن منز وجودس آیہِ۔ اتھ دورس منز یُس انگریزی رۄمانیتی ادب تخلیق سپُد تتھ منز چھِ نیٚژ رنگارنگی تہٕ آسہِ چھِ اَمیُک بہٕ پوٗر جایزٕ ہیٚنہٕ باپتھ قردن نِش تہٕ واتُن تہٕ یمن ہندِ رنگن ہُندِ تجزیہ تہٕ کرُن۔ اتھ منز چھِ موضوع، وطیر تہٕ ہیٔیت تہٕ شامل سپدان۔ یمَن ہُنداندازٕ سپد یموکینژ وکتھو سِتۍ۔ یمہ اکھ مشہوٗر انگریزی نقاد دٔلیل پیش کران چھُ۔ سُہ چھُ وَنان زِ أسۍ چھِ تمہِ وِز رۄمانی دُنیہس کُن پھیران بیلہِ أسۍ عقلہِ تہٕ دِماغہٕ مقابلہٕ احساس، تخیل تہٕ الہامس کُن، تہذیب، جدیدیت تہٕ نفاست پسندی مقابلہٕ قدیم کال، منز کال تہٕ فطرت پسندی کُن شہری شور دار سماجہٕ پٔتھ دیہاتی خاموشی کُن انسٲنی فطرتس مقابلہٕ خارجی فطرتکہِ جمالیاتی تہٕ روحانی پرتوٕ دِن کُن، ٹھوس حقیقتہٕ مقابلہٕ پُراسرار خابن، مثالی تہٕ لامحدوٗدس کُن طرزٕ تہ اسطوٗرن کُن پننہِ توجہ کرو۔ فرانسک دی کورڈے چھُ وَنان زِ رۄمانیت چھِ رجعت پسند

تحریک یوسہٕ بور لونن ہندِ دُبارٕ سیاسی اِقتدار پیٹھ شروٗع سپدان چھےٚ تہٕ یہِ چھےٚ منز کالی کیتھولک پسندی ہُند دُبارٕ جدیاتی زنم۔ مگر اَمس نقادس منز یہِ رائے ہیکہٕ نہٕ انگریزی رُومانیتس پیٹھ لاگو سپدِتھ یمیک کُلہم مواد بدل پیٚچھ باوان چھُ۔ بیاکھ نقاد ہیٚن تہِ چھُ قریب اُتھی نتیجس پیٹھ واتان ییلہِ سُہ جرمنی ہنز رُومانیتی تحریکہِ ہُند ذکر کران چھُ۔ یُتہِ یمہ سوالُک زِ جرمن منز کیٚہ نمایندگی اوس رُومانیتی سکوٗل کران جواب دِوان چھُ سُہ پانے وَنان زِ یہِ آسہٕ یمہِ روٗس کِہیں زِ منز۔ کالجہِ شاعری متعلق اَمس توٗ بیدار سپدان تہٕ فنس تہٕ زندگی منز کورُ اَمہٕ ہیٚنٛ اظہار نغمن، تصویرن تہٕ مکانن منز۔ مگر اَمہِ شاعری ہُند آگرُ اوس عیسائیتس منز۔ یہِ اوس خدباتن ہُند پوش یُس عیسٕی ہندِ خوٗنہٕ منز کھوٚت۔ ہیٚن چھُ یتہٕ یتھٕ پاٹھۍ عیسائیتکہِ جوہرچ تعریف کران وَنان زِ اَمہِ کِنہِ بُنیادی اصوٗلن منز چھےٚ جسدس متعلق علامت موجوٗد تکیا زِ یہِ صوٗرتحال چھُ روٗحس جسدس پیٹھ کنٹرول دِوان بلکہ کرِ یہِ روٗح تھوٗد کھالنہٕ یا یچھ جسدس تباہ۔

بوش ڈی کورڈے تہٕ ہیٚن چھِ کلاسکی تہٕ رُومانیتی ادب بدکُدٕ نیٚچ تہٕ پرزٕناونٕچ صلاحیت اَسہِ منز یاد کران۔ ییٚن یُتہٕ جایہِ چھِ یم ترتیشوٗے اَتھ تحریکہ متعلق اہم پرزرن ہُند اظہار کران مگر الگ الگ تہٕ یُتہٕ ادبکس پوٚت منظرس منز۔ مگر رُومانیتی دورکہِ ادبٕچ تہٕ شاعری ہنز حقیقت چھےٚ یمو علاوٕ بیٚیہِ تہِ واریاہ۔ مثلن پرتھ کانٛہہ رُومانیتی شاعر چھُنہٕ پنٕنہِ شاعری منز یمن تمام چیزن نمایان طورٕ تیکہٕ وَٹہٕ وحاطہٕ کران۔ اَکِس منز چھُ اکھ عنصر زیادٕ تہٕ بیٚیِس منز بیاکھ۔ اَکِس منز چھےٚ اکہِ چیزٕچ کمی تہٕ بیٚیِس منز بیٚیہِ چیزٕچ۔ مغربی یوٗرپس منز اوس رُومانیتکہِ دُبارٕ زنم یُنس منز۔ منز کال خصوٗصیتہٕ سان نمایان۔ مگر تِتےٚ یوت اوسنہٕ سورُے تہٕ ساری آسہٕ نہٕ یہِ خصوصیت پوٗرٕ کران۔ مثلن مشہوٗر انگریزی رُومانیتی شاعر وارڈزورتھ چھُنہٕ پنٕنہِ مناظری شاعری منز منز کال پسندی ہُند زیادٕ رُجحان ہاوان۔ یتھے پاٹھۍ چھُنہٕ اکھ منز کال پسندی بیٚیِس رُومانیتی شاعر شیلے ہنز۔ وُشنہٕ شاعری منز یوسہٕ قدیم کالس تہٕ منز کالس

مقابلہٕ آیند کاٹس ستی ہنٛ لون وابستہٕ کران چھ کانہہ تہٕ مقام ۔ اَمی قبیلک بیاکھ شاعر لارڈ بایرن تہٕ چھُ اتھ منز کاٹس متعلق بیٛنِہ شعرن منز نفرتُک اظہار کران ۔ اَسہِ نِش چھ تم نظم پارٕ یا ادب پارٕ تہٕ یمن منز غارِ مہذب توہم تہٕ جنگ پسند شوق ودٕ تلاوٕنہٕ آمتۍ چھ ۔ کیا اُمی اکھوٕ یہ وٕنُس منز پرٛرکی پاسبان بنان زِ یتھ ادب چھُ عیسائے اصولن ستۍ ہشر تھاوان ۔ جنسی لول تہٕ تہٕ ناہٕ پسندی چھا بُنیادی لحاظہٕ عیسائے ۔ اَنگریزی رُوٗمانی شاعری ہُند رنگین مزاج لانسلاٹ چھا سہٕ جذباتو منز درامت پوشیس عیسلے سند خوٗنہٕ منز کھوتمُت آسہِ ۔ کیا رُوٗمانیٹکس دورس منز سپدی تا انگلستانس تہٕ فرانسس منز تم اہم دانشور تہٕ شاعر یاد ِ مین عیسائے مذہبس ستۍ رغبت اوسُے تہٕ مشہور انگریزی مفکر گوڈوِن تہٕ شیلے تہٕ یورپک روسوکمن فکری سرحدن ہنز نشاندہی اسی کران ۔ کیا اَنگریزی شاعری ہُند سپینسر ، وارڈزورتھ شیلے تہٕ جرمنی ہندی رومانیتی فلسفی شلنگ تہٕ قیٹ اسی ناحق عیسی ہس مقابلہٕ رُوٗمانیتی افلاطوٗنس نِش زیادٕ متاثر سپدی متۍ ۔

رُوٗمانیتی شاعری ہنز کتھ کران کران افلاطوٗنس متعلق یہِ وَنُن گژھہٕ تہٕ عجیبے باسُن زِ سہٕ اوس رُوٗمانیت پسند ۔ سُے چھُ گوڈنیک دانشور یُس شاعرن خلاف آسنہٕ باوجود شاعری تہٕ فلسفس منز باہمی رشتہٕ قایم کران چھُ ۔ افلاطوٗنے چھُ یُس پرتھ عظیم رومانیتی تحریکہِ کردار بخشان چھُ تہٕ یمی یانہٕ ری پبلک لیکھتھ اکہِ ترٛتھہٕ ریاستچ باوتھ کٔریوٚسہٕ مثالی چھنے ۔ تہٕ یوسہٕ انسانی بستی منز قایم سپدہٕنی محال چھنے تہٕ پَس اَکِس تھِس النساہٕ ہنز نشاندہی کران چھنے یُس رُوٗمانیٹکس ہوا محلس منز لُطف تُھاران چھُ ۔

رُوٗمانیکُ الوٚڈ نشانہٕ چھُ نفر پسندی یا فرد پسندی ۔ رومانیتی ہیرو چھُ یا تہٕ سہٕ شخص یُس وُداسی یا بورِتن ژوٗٹمُت آسان چھُ یا یُس موجوٗد سماجس خلاف اکھ جوشیل باغی بنِتھ بروٚنٹھ کُن یِوان چھُ ۔ سُہ یمہِ تہٕ اَنہار اَسہِ بروٚنٹھ کُن یِوان چھُ سُہ چھُ اکھ پُراسرار فرد باسان ۔ شاعر چھُ اَزِ تہٕ اکھ سحر خان تہٕ نادِنہٕ وول بنان ۔ اَتہِ چھُ ہٕشنہٕ دماغس مقابلہٕ گرم

جذبن چلے جاوآسان۔ اصل چیزس میٹھ چھُ مثالی چیز ترجیح لبان۔ انسان چھُ اصلہٕ
نیشہٕ نامحرم روزان تہٕ مثالی چھُپسنہٕ بدس یوان۔ اظہارچہٕ وَتہٕ مقرّر کرن وِز چھُ یہٕ ضابطہٕ
رول تہٕ رسم نظرانداز کران۔ حقیقت چھےٚ یہٕ زِ یُس مقام سیاستس منز حریت پسندی چھُ
سُے درجہ چھُ ادبس منز رۆمانیتس۔ تۆے چھ اتہٕ مذہب پسند تہٕ نظر گژھان تہٕ ذہری
تہٕ۔ بغاوت پسند تہٕ تہٕ قدامت پسند تہٕ۔ رِوایتی ہیئت پسند تہٕ تہٕ مخالف تہٕ۔ کانہہ
ہٕ کانٛسی ستۍ رلان مگر پرتھ کانہہ رۆمانیتکس دایرس منز جہل قدمی کران۔

رۆمانیتی نوٚو زنم چھُ یہٕ کتھ تہٕ ظاہر کران زِ امہٕ برونٹھ تہٕ چھ یتھ ادب تخلیق سپدان
رۆدمُت۔ یتھ منز رۆمانیتی عناصر موجوٗد چھِ۔ بڑرتہٕ چھُ یی۔ امہٕ تحریکہٕ برونٹھ تہٕ انگریزی
کلاسکی دورِ برونٹھ چھُ کتہٕ تہٕ تہٕ باقی ملکن منز۔ تیٚتھ ادب تخلیق سپدمُت یتھ منز رۆمانیتکی
عناصر نظر گژھان چھِ۔ اتھ سلسلس منز چھےٚ کتھ قدیم یونانی ادبس تام واتان۔ ہوم سٕنز
اوڈیسی منز چھُ رۆمانیتی عنصر جایہ جایہ نظر گژھان۔ یِلہٕ اَسی یونانی ڈرامانگار یور پیڈیز سٕنز
پاٹھ ہیپولٹس پران چھ اَسی چھ تتھ منز رۆمانیتی تصورکی کتی بڑرلیان یمن منز۔ ڈرامچہٕ
منز جنسی بو چھ تہٕ فیاضی تہٕ دوہ زنیچوی ہیپولیٹس سٕندلا دبال شوق شامل چھ۔

رۆمانیتچ کتھ کران کران پزِ اَسہٕ یہٕ کتھ برونٹھ کنہٕ تھاوِنی زِ رۆمانیت پسند تیٚتھ
ادب تخلیق کرن چھُنہٕ عظیم شاعرن تہٕ ادیبن ہُند طریقہٕ رۆدمُت۔ ادبی تواریخ چھُ یمہٕ
بڑرک شاہد زِ عظیم ادیبن چھُ دوہے پرتھ زمانک لباس پانس ییٚتھ تنگ سپدمُت
یوٚد وے تہندین تخلیقاتن ہندس زنگس تہٕ رنگ مجلس منز پرتھ ازمکی عناصر اکہٕ نتہٕ بیٚیہ
طریقہٕ نظر گژھان چھِ۔ خوٚد انگریزی کلاسکی ادیگ اکھ امام ایڈیسن ییلہٕ رۆتن ییٚتھ فاصلہٕ
دِنہٕ والین خلاف یہٕ وَنان چھُ زِ کُنہٕ ساتہٕ چھُ فنس متعلق قواعدن ییٚتھ عمل کرنس مقابلہٕ
تِموٚنتس انحراف کرنس منز فاصلہٕ دِنچ عظیم صلاحیت ظاہر سپدان۔ سہٕ چھُ یتنہٕ رتہٕ دماغک

بےٚ پیٚتہٕ دِنہٕ علاوٕ تِمن ناوٕن ہنٛدِ یاچھ وٕتھ ہموار کران یم رۆمانیتی دورس منٛز انگریزی کلاسکی اَدبس خلاف غاوت کران چھِ۔ وَرگہٕ چھُہ سُہ تہٕ کلاسکی ادب اُسِتھ تہٕ رومانیتی نقادس ہیٚو باسان۔

ہربرٹ گریسن اکھ عظیم انگریزی نقاد تہٕ ادبی توارٟخ دان چھُ وَنان زِ عظیم رۆمانیت پَسند چھُ تِمان زُسہٕ چھُنہٕ منطق (Reason) بلکہ یقینہٕ ستی زندٕ روزان۔ یہ جُملہٕ پٔرِتھ ییوٚ مےٚ مشہور انگریزی رۆمانیتی شاعر شیلے سنٛدِ اکہٕ مقبوٗل نظمہٕ ہنٛدِ سُہ آخری شعر یادیمُک کاشُر ترجمہٕ یِتھ پاٹھۍ تہٕ سپدِتھ ہیٚکہِ۔

ہُتا واو اگر وَنہٕ یوان چھُ

سونتھ ہیٚکیا واریاہ پتھ اُسِتھ

اَتھ شعرس منٛز تہٕ چھےٚ منطقس مقابلہٕ یقینس کام ہیٚنہٕ آمٕژ۔ اگرچہ موسمن ہُنٛد بدلاو اَمی حسابہٕ وجوٗد لبان چھُ تہٕ پھیرۍ پھیرۍ لبان چھُ۔




## کیاہ گٔیہ؟

سدا٘ہم صدی پھٕنۍ انگریزی ادبس منز ییٚمہٕ لحاظہٕ تہٕ اہم ز٘اتھ صدی منز آو انگریزی ادبک
رۄخ اَکس نٔوس طرفس کُن کرنہٕ۔ اَتہٕ یورا آو تقریبن دۄن ہتن وریین زیادٕ تر سُے ادب پیش کرنہٕ
یتھ وۄنی اَسی عام طور کلاسیکی اَدب وَنان چھہٕ۔ یہٕ ادب تخلیق کرن والی اَسی دیان ز٘ادس منز
گرٛتھ جذباتن مقابلہٕ عقلہٕ ہند زیادٕ دخل آسُن۔ رلواتچ پابندی کرٕنۍ چھٕنۍ ضروری تہٕ پرٲنۍ کلاسیکل
ادیب گرٛتھن تقلید تہٕ تِمن رہبری ہند بایتھ ہمیشہ برونٹھ کُنہٕ آسنہٕ۔ یتہٕ اوس وَتہٕ لوان ز
میانہٕ رٕوی تہٕ تووزُن چھہٕ جان زندگی ہند بایتھ ضروری تیہٕ اوس سُہ زمانہٕ ییٚلہٕ گوڈنکہٕ پھر عقلہٕ
ہُند تہٕ منطقک پوترٕ بوٕن کُن وَسان اوس۔ اَمی زمانہٕ کیٛو نقادو، اَدیبو تہٕ دانشورو کوٚر اَمہٕ
صدی ہندس منز کالس منز رۆمانی لفظ گوڈنچہٕ لٹہٕ کُنہٕ تمہٕ اَدبی کارنامس ٹسنہٕ ژٹنہٕ بایتھ استعمال
لیُس تھہٕ نہٕ۔ کہٕ وجہ پیٹھہٕ پۄرٕ کھسان اوسنہٕ۔ یہٕ لفظ آو تمہٕ اَدبس متعلق وَننہٕ ییُس عشقہٕ عاشقن ہنٛز
داستانن ہند سیوٗ آسہا۔ کُنہٕ اَدبی کارنامس وُسی پایہٕ ثابت کرنہٕ بایتھ اوس وَتہٕ لوان زِ عشقہٕ
عاشکہٕ بکواسہٕ تہٕ ناقابل یقین افسانہٕ وَرٲے کیا چھُا اَتھ منز۔ رۆمانیتس خلاف یُہُند یہٕ ردعمل
اوس تہنزن سوچن ترٲین پیش نظر بلکل قدرتی۔ مگر وَق گوو برونٹھ ژُلان تہٕ کُنوُہمہٕ صدی
ہندس ابتدا ہس منز آو انگریزی ادبک رۄخ بیٚیس طرفس کُن کرنہٕ۔ رۆمانی اَدب کھوت
پیٚٹھمس صفس۔ اَتھ زہٕ ہتس وقتس منز لوٗب وۄنی رۆمانی لفظو اریاہ کُشادٕ معنہٕ وار

وارِ لوگ رومانٹیک لفظ یس تہٕ فنس منز اکھ طاقتور رجحان بَرپوٗر ترجمانی کرنہٕ۔ یہِ لفظ چھُ تمہِ اَدبچ تہٕ فنچ نشاندہی کران یُس انگلستانس منز تہٕ یوٗرپہٕ کیٚن باقے علاقن منز کُنوہمہِ صدی منز تخلیق سپُد۔

یتھ پاٹھی چھ انسانی تواریخس منز واریاہ تِم موڑ تہٕ آمتی ییلہ انسٲنی ذہنن اکھ نوو کاڈ کڈِتھ لرِ بھیٚر دِیت مُت چھُ۔ مگر سائنس تہٕ سائنسی طرزِ فکر یتہٕ یِمی جیترن انسٲنی ذہنن زیادے یہَن ذہن ذرِ مڑِ چھے سو چھے یہے رومانیت۔ اَرداہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی ہندس انگلستانس تہٕ یوٗرپس منز آس یہِ رومانی تحریکے یِمہٕ یٚنہٕ بَرپوٗر طاقتہٕ سان تِمن تمام انسٲنی قدرن ہند رٕچھنک ناو تُل یِمن سائنسی ترقی تہٕ مشینی دور لتہٕ مونڈ کرنہٕ یِچھے۔ یتے یوت سپدیوو نہٕ کیہنہ، بلکہ ہٕرون انسٲنی وقارس تہٕ نظر انداز سپدُن۔ زندگی ہندن بیچارا مسلن متعلق یِمہ طرحدار نفسیاتی کیفیتک اظہار رومانی ادبکہ ذریعہ انسانن کورتھ تہٕ چھنے یِتہٕ جایہ سیٹھاہ اہمیت۔ اَمہِ وَتہٕ تہٕ آو انسٲنی فکرس تہٕ سوچس نوٚو مسلہٕ ورتھناونک سال کرنہٕ تہٕ موقعہ دِنہٕ۔

رومانیت کیاگیہ؟ یہِ اہم سوال چھُ یتہٕ مہ ڈوڈ بتہٕ وَری یہِ یتھ فنکارن اَدیبن تہٕ نقادن ہند بحثک موضوع رُودمُت۔ یوٚدوے یِمن بحثن ہندی نتیجہ عام طور یکسان تہٕ نہٕ چھنہٕ تاہم چھ واریاہ تِم لوکتہٕ ننی درامتی۔ یِمو کنی اسہ رومانیت زانَس تہٕ پرزناوُنس منز سٹھا اَتھ روٚٹ سپدان چھُ۔ اُسی چھ ازتبقہ پاٹھی یہِ کتھ وَنتھ ہیکان زِ اَرداہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی ہُند انگریزی تہٕ یوٗرپی ادب یوت اوسنہٕ رومانی رنگس منز رنگنہٕ آمت بلکہ چھُ امیک غوط عالمی اَدبہٕ کیٚن اکثر عظیم شہپارن تہٕ لوگمُت۔ تِمن شہپارن منز تہٕ چھُ باقے عنصر وعلاوہ رومانی عنصر موجود۔ اکھ ممتاز دانشور ستینڈل چھُ وَنان زِ سوٗرے بہلہ پایک ادب تہٕ فن چھُ یِنہٕ وقتہٕ رومانی اوسمُت۔ ہومر آسی تن یا وَرجل ایسکائیلس یا شیکسپیر، ملٹن یا فردوسی، مارلو تہٕ

پیشتر یا کالیداس یمن سارِنے ہندِ ین اَدبی کارنامَن تہٕ عظیم شہکارَن منٛز چھنے باقے
خصوٗصیتو علاوٕ رۄمانی خصوٗصیت تہٕ موٗجوٗد۔ یِمَن طرحدار تخیلس پیٹھ سوار سپدِتھ نظماوِ
ہومرن یِتھ کانٛہہ عظیم جنگی کارنامہٕ۔ اَمہٕ پتھ کال پسندی تہٕ طرحدار تخیلہٕ ستۍ دیُت تمۍ اَکس
خاص رۄمانی عنصرَس زٕنم۔ فردوسی اوس ایرانس منٛز عربن تہٕ تاتاریَن خلاف زمین
تیار کرٕنۍ یژھان۔ تمۍ سپدٕ زمانکس مزاجَس اَس یِہے کتھ برٕ راہ یوان۔ چنانچہ یہ کتھ بامل
اَنہٕ باپتھ اوس سُہ ایرانس منٛز قوم پرستی ہند جذبہٕ عام لُکن منٛز بیدار کرُن یژھان۔
ہومرِ سِندی پاٹھۍ تراوُ سُہ تہٕ رنگارنگ تخیلُکس پرٛدس منٛز تہٕ لیوٚکھن شاہنامہٕ۔ اَتھ منٛز گوٚر
تُہ باقے کتھو علاوٕ مبالغہٕ آمیز اندازس منٛز ایراکہ پتھ کانٛہہ جلال تہٕ جمال تتھ پاٹھۍ پیش زِ
قوم پرستی ہندِس جذبس لوٚگ کھوتُو۔ یتھ پاٹھۍ دیُت فردوسین پننہٕ پتھ کال پسندی میٹھ
اَیزٕ تہٕ میٹھِ تخیلہٕ ستۍ شاہنامَس منٛز اَکس تتھِس مزازَس زٕنم یتھ اَسی رۄمانی مزاز وَنِتھ ہیکو۔
انگریزی زبانی ہِندی اَکی عظیم شاعر ملٹنن لیوٚکھ اَکھ بوٚڈ بار رزمیہ یتھ تمۍ "رووُمُت فردوس"
ناو تھوٚو۔ تمۍ سُند مقصد اوس خُدائی طور طریقہٕ تہٕ خُدائی کوٚتہٕ عام لُکن ہاونہٕ تہٕ باوٕنہٕ۔ اَمہٕ
داستانک آگُر اوس مذہبی کتابہٕ تہٕ بائبل۔ باقے کتھو علاوٕ ہاو ملٹنن شیطان تہٕ تمۍ سُند لشکر
پننہٕ شکستک تہٕ ہارنُک انتظام ہینہٕ باپتھ خُدائی لشکرِ خلاف صفہٕ بندی کران تہٕ جنگ
کران۔ یتھ جنگی یم نظارٕ کرٕی تمۍ محض پننہٕ تخیلُکہ مدتہٕ ستۍ تخلیق۔ یتھ کانٛہہ یہ مذہبی داستان
بیان کران کران کوٚر ملٹنن پننہٕ تخیلُک بر پوٗر مظاہرٕ تہٕ یتھ پاٹھۍ لوٚگ تمۍ سِندِ ین تخلیقن
تہٕ رۄمانی رنگ۔ یتھ کانٛہہ ہندوستانُک ناٹک کار کالیداس چھُ تمۍ ساتہٕ رۄمانیتُک ناک
نقشہٕ وۄتلاوان یِیلہٕ سُہ خوٗبصوٗرت اندازس منٛز قُدرتی مناظرن تہٕ لُکن جذبَن میٹھِ اَیزٕ ستۍ
اَکِس خاص جذباتی اندازس منٛز پیش کران چھُ۔ شیکسپیئر سِندِ ین ناٹکن ہِندِ ین کیٚتین
ٹریجک کردارن چھِ محض یِمہٕ موجوٗب رۄمانی اَڈرن زٕ تِمن چھِ پننہٕ وقتہٕ سماجی سیاسی

تہٕ اخلاقی پرٛزٕ رنٛش اَنہٕ دلازی تہٕ دغل دوٗزی ہیٚتھ بوٚے یوان۔ اَتھ نام نِہاد پرٛزرس ستیٚ اَتھ واکھ کرُن تہٕ یا رانہٕ لاگُن یا داہ آنہٕ شسے آنہٕ کرُن چھُ تِم بیٚینہٕ ضمیرُک موت مانان۔ یوتے یوت تہٕ بلکہ چھُ یمن ہیٚنٛز پہ مثالا شمیر اَتھ مُروجہ پرٛزرس خلاف جِہاد کرنہٕ باپتھ تہٕ رضامند کران۔ یِیلہ ہیملیٹ پیٚنہٕ وقتکہِ پرٛزرُک شاہد کران چھُ تس چھُ وارٛاگ وۄتھان۔ سُہ چھُ وولان تہٕ مَتان۔ اُمہِ لڑٲیہِ منٛز چھُ تس پنُن ٹوٹھ جان تہٕ ختم سپدان۔ ٹمپیسٹُک ہیرو پراسپرو چھُ سیٚٹھاہ رنجیدہ تہٕ سنجیدہ بکیاز تس بُچھنہٕ سہ مُقامی اِنسان کُنہٕ تہٕ سمکھان یا نظر گژھان، یُس وُچھتھ تس جِگر شہلیے۔ یُس پرٛتھ لحاظٕ مکمل آسیے مُہذب آسیے تہٕ پزی پاکھٕ تمہٕ نیٚ قدرن ہُند پاسبان آسیے، یمہٕ سیٚٹھاہ تھزٕ چھیے تہٕ اِنسانس ستیٚ لاگنہٕ آمژٕ چھیے۔ تمہٕ سُند آخری لفظ چھُ یی آسان زِ بیٚنس پانس کرِ اصلاح تہٕ چھکہِ چھوکھ۔ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹس تہٕ چھُ رُومانی طبیعتُک مالک۔ تس چھُ کُل کائنات سر کرنُک شوق۔ اَتھ ستیٚ ستیٚ چھُ تس یمہٕ پرٛزرُک تہٕ شدید احساس زوق چھُ ژلان۔ بیٚینہٕ زمانُک مُروجہ پرٛزٕ رمانہٕ نس چھیٚنہٕ تس کانہہ برٲبری یوان۔ بیٚیٹھ چھُ سُہ اِنتہائی لذت پسند تہٕ۔ سُہ چھُ مثالی حُسن تہٕ ژھانڈان۔ اَتھ سلسلس منٛز چھیٚ تس قدیم یونانی ہیلن تہٕ یاد پیوان۔ سُہ چھُ قاتِلن بیٚے رحمَن، سنگ دِل جابر حُکمرانن انتقام ہیوان پرٛتھ ہان۔ ظاہر داری تہٕ اَیژاو یا وچھیٚنہٕ تس پسند۔ سپینسر سُندِ تخلیق پرٛتھ چھیٚ سارنٕس منٛنس اکہٕ قسمُک شہلتھ پیوان۔ سون تخیُل تہٕ چھُ حرکتس منٛز یوان تہٕ تمہٕ وِے گژھ ٹھیو منٛز پکان یمن نہٕ ہُند ذِکر شاعر بارنہٕ کران چھُ۔ یِم ساری تہٕ یتھی ہی وارِیاہ خصوصیات چھِہ تِم یموٚ تہٕ فن تہٕ اَدب رُومانی کِردارکہٕ بان گژھ تہٕ رومانیت تھٲونہٕ پیوان چھیٚ۔

شلر، وارڈز ورتھ، کولرج، سکاٹ، بائرن، شیلی تہٕ کیٹس سُنٛد تذکرٕ کورنہٕ میٚے وُنیکٕ تام پتھ زانتھ ماتھ۔ یِم ساری شاعر تہٕ یمن ستیٚ یِلہٕ تھٕد بایہِ نثر نگار یمن اندر چارلس لیمب تہٕ ہیزلیٹ تہٕ شامل چھِ آسے منٛز۔ وارِیاہ کال گژھتھ۔ یہُند زمانہٕ

چھُ کُنُوہِمہِ صدی ہُند ابتدأیی حِصہٕ۔ یِم ساری اُدیب تہٕ فنکار چھِ صِرف رُومأنی ادیب مانٕنہٕ
یوان یِموٚ سارِوے اُدیبوٚ دیُت پننیو تخلیقی کارنامو سیٖتؠ رومأنیتس اکھ خاص اِظہار تہٕ وأتنأوِکھ
یہٕ عظیم ادبی تحریک اُکِس تھدِس مقامس۔ کُنُوہِمہِ صدی ہنٛدِس ابتداہس منٛز یُس ادبی انقلاب
یِموٚ شاعرو تہٕ ادیبو اوٚن تتھ چھُ ووہ نی تواریخس منٛز رومأنی انقلابُک ناو دِنہٕ آمُت۔ یِمے چھِ
تِم اُدیب یِموٚ رومأنیتس اکھ ٹھوس کِردار دیُت۔ یِہنٛدِس کلامس تہٕ تحریرس منٛز چھِ قریب
قریب تِم ساری عناصر یِمن ہٕنٛز ترجمأنی رومأنیٹک لفظ کران چھُ۔ ینیٚس فنس تہٕ ادبس منٛز
ییٚتھ رومأنیتس یِموٚ زنم دیُت تتھ منٛز چھِ منٛزی وَتھ نظم وضبط، غار جانبدأری رِوایت
تہٕ مروجہ ادبی ہیٖیت ہِنٛزن کلاسیکل اصولن پیٚٹھ ڈٲپ زِ تہٕ پیٚٹھ کڈنہٕ آمٕژ۔ اَتہٕ چھُ ادیب
پسندی تخیلن، جانب دأری، جذبات تہٕ احساس لذت حواس، اِنفرادیت تہٕ شاعر سٕنٛز شخصیژ
پٕژ تھ چیزس پیٚٹھ غلبہٕ حأصِل کوٚرمُت، یِموٚ منٛز چھینہٕ کاںہہ تہٕ فن کار تہٕ ادیب کُنہٕ رِوأیژ
یا قاعدس برٛونٛہہ کُنہٕ پٲنٛژ آزادی راوٕنٛس پیٚٹھ تیار۔ رومأنی ادیبہ سٕنٛد خیالو تہٕ تجربو سیٖتؠ
تاکھ دِتھ ذہن ییٚتھ موضوعس تہٕ ہیٚتس قبوٗل کرِسے چھُ تس نش حُسن افروز۔ فنکی تہٕ ادبکی
ساری پرٲنی تہٕ نوی اصوٗل ہیٚکن تہٕ رومأنی فنکارٕ سٕنٛز وَتہٕ منٛز رُکاوٹھ بنتھ۔ یِم اصوٗل چھِمُس نش
زیاد کھوتہٕ زیادٕ اُکِس رٕہبر سٕنٛز حیثیت تھوان۔ یتہٕ چھُ اکھ وجہ زِ رومأنیتُن موٗن نہٕ زاںہہ تہٕ
تِمہٕ وَتہٕ ہیٚکن، یوسہٕ رِوأیتی اظہار و اَنداز چ وَتھ چھِنے مگر یِموٚ کتھو سیٖتؠ گژھنہٕ یہٕ غلط معنہٕ کڈنہٕ
یُن زِ رومأنی اُدیبوٚ کٔر مکمل طور ہیٖیت نظر انداز۔ یِتر چھُ یہٕ زِ یِموٚ اُدیبو کٔر پننہٕ ضروٗرژ حسابہٕ
رِوایتی اَدبی اصوٗلن ژھٹھ کیٛٹ تہٕ تہٕ تُرژر تہٕ تہٕ بلٕچنے کرِکھ یِم اصوٗل نظر انداز تہٕ شاید
اوٚ موجوٗب تہٕ زِ یِم اصوٗل آسی یِہنٛزن تخلیقی وَتن منٛز سِتھ یوان۔

رومأنیتس زنم دِنہٕ والیو یِموٚ کُنُوہِمہِ صدی ہنٛد لو اکثر ادیبو تہٕ فنکارو کوٚر نہٕ شہرن
ہُنٛد حُریٖ گژش تہٕ شور وشر پسند۔ گامچہِ خاموشی ژھو پہٕ تہٕ سکوٗنس منٛز لوٚب یِموٚ بے انتہا قرار۔

انگریزی زبٲنۍ ہُند اَکھ مشہوٗر شاعِر تہٕ روٗمانی تحریکُک وَرتہٕ ہاوُکھ واڈزورتھ لوٗگ یتہٕ وَنہٕ زِ شہر
باشِن مُقابلہٕ چھہٕ دیہہ باشی زیادٕ جان۔ تمہٕ بناوی یِمے دیہہ باش تہٕ پٔہلی بنتھن اہم نظمن ہِندی
مرکزی کِردار۔ سُہ وَس وَنان زِ دیہہ باشِن ہِندی جذبہٕ چھہٕ شہر باشِن ہِندِس جذبَس مُقابلہٕ
شوٗد تہٕ بوٗدٕ تہٕ نسانی ضمیرس تہٕ یزرس سیٹھاہ نزدیک۔ یمِن روٗمانی شاعرن ہِنز شاعری منز
چھےٚ مناظرِ قُدرتچ عکاسی تہٕ وَرتھ واتنجہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ یمہٕ تہٕ یِرتھ ہشہٕ کتھ وُنتھ چھہٕ دراصل روٗمانی
اَدیب تمہٕ نفسیاتی دُبرایہٕ تہٕ بیقراری ہُندِ بے پناہ دِوان یوسہٕ مشینی دورچہ سماجی ثقافتی تہٕ اخلاقی بے پناہ
تلکھ پیٹھن تمِن منز پاداہ گٔژھمژ آس۔ یِم آسی دراصل نوٚی مسلہٕ یِم گوڈنچہِ پھِر انسانَس بروٚنٹھ کنہٕ تیزی سان وجوٗد
لبان آسی۔ یِم مسلہٕ آسی حل کرٕنی۔ یمِن پیٹھ اوس گاڑہٕ چارٕ سان سوٗچُن۔ یمِن بتہِ آس یہ دُپنہٕ زِ تہٕ چھیٚزِ ہنٕنی۔ دانشور
تہٕ سیاست دانو چھہٕ ہمیشہِ تی کوٚرمُت مگر روٗمانی اَدیبو تہٕ دانشورو کٔر بدل وَتھ اختیار۔ یہے فرارچ ہِش وَتھ۔ تِمو
دِژ کرِتھ زِ ژٕلی وو۔ چنانچہِ حقیقی دُنیاتِش کوٚر تِمو سارِوے گُریز۔ تِم بنتے یہ باطِن بین۔
اگر وارڈزورتھن قُدرتی نظارَو تِش زندگی ہُند پوٚشیدہ رازٕ لَبُن ہیوٚت تہٕ کولرجن دوٚپ
زیادٕ جان گوٚو باالافطرتَس منز اَژِتھ سکوٗن تہٕ قرار حاصِل کرُن۔ یتھے پأٹھی اگر اکھ
لوٗگ پتھ کالہٕ چیٚد داستانن منز حُسن تلاش کرنہٕ تہٕ بیاکھ لوٗگ بروہہ کالس منز۔ ڈوکھ
ژھانڈِتھ تہٕ نِنہٕ روزنہٕ۔ کینژھ چھِنے یہ زانز کالکی میچھرن تہٕ نوٚہی پزٕ بناوی تِمے موٚلول
ہی۔ چنانچہِ تنقید نگارو دیُت تِمن موٚلول دانشورن آوارٕ وطن مغموم مُفکرن ہُند ناو تہٕ
مارکسی دانشورو منز۔ ووٚن کینژو یتہٕ زِ یم روٗمانی اَدیب آسی نہٕ جِنھ پسند انقلابی، انقلابی
اَو موجوٗب تِمو کوٚر دلاورن ہندی پأٹھی کشتی دورچن وارہن بتے انصافین خلاف
یتہٕ نفرتُک اظہار۔ رجعت پسند اَو موجوٗب زِ نفرتُک یہ اظہار اوس فرارکہ ذریعہ سیدان
یمو روٗمانی اَدیبو یُس ادب تخلیق کوٚر تہٕ سگتو سُہ اوس ہٹھوس کتھو مقابلہٕ مثالی بیکنار
پُراسرار خیالی شبیہن تہٕ خابن منز ژوٚر روزنہٕ بأپتھ آمادٕ کران تہٕ تِتھی دیہاتی ماحولس کُن

نوان یمہ منز صنعتی انقلاب تتھ کڈان اوس۔ تم اُسی ترٔتھن ووہ مینزن پیٹھ زندٕ تھاوان
یا تھاوُن یژھان یمہ بنیادٕ رُوس آسہ۔ یوٚہے چھُ رومانٹک لوٚڈ حُسن تہٕ تہٕ قبوٗہ تہٕ۔
طنز۔ وِمزاحن چھےٚ ہمیشہ اوٚموجوب تہٕ تخریب کاری کرمژ یتھ توٚ سٕہر صحت مند
تعمیر تہٕ ممکن سپدِ۔ اَمہ کِس اُنس منز چھُ اُدیبو ہمیشہ سٕہراکِس پرِیتھ کانسہ منز یتھ ہووُمت
تہٕ لیتھ پاٹھی اصلاح کرنچ کوٚشش کرٕمژ۔ گاہے چھُ تموٚ اکہ سماجک یتھ ہاوتھ اَسہ ترٲس کھنک
تہٕ منز یمہ وَتہ پکنک سبق دیُت مُت۔ زندگی منز رنگارنگ ذمہ واری پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ تہٕ چھ اُسی
اَمی وَتہ تیار کرنہٕ آمتی۔ رومانیتس چھنہٕ اصلاح پسندی منز یہ وَتھ زانہہ تہٕ ٹارہ کھژمژ۔ اَتھ چھےٚ
ہمیشہ بغاوتچ تہٕ فرارچ نہج پسند آمٕژ۔ تموٚ چھنہٕ انسان زانہہ تہٕ سماجک اکھ سُہ فرد تسلیم
کوٚرمُت یُس سماجس منز روزتھ مرووجہ سماجی ذمہ داری پوٗرٕ کرِ۔ تم چھنہٕ اکِس انسانس سماجی،
سیاسی یا بیہ کانہہ اجتماعی ذمہ داری پوٗرٕ کرنس پیٹھ باز خاص کران۔ تہند ترجیحات چھ بدل تمن چھ برونٹھ
کنہٕ انسان تہٕ کاینات۔ تم چھ کُلہم انسانس تہٕ فردس کاینانس مقابلہٕ وُچھان تہٕ وُچھن یژھان۔ اَمہ قسمک
مزاژہ ہیٚکہ ہے طنز۔ لیکھتی نہٕ مزاح۔ چناچہ رومانی اُدیبو کوٚر نہٕ اتھ ماداتس منز کانہہ خاص کمال۔
باٹرن چھُ یژ پاٹھی طنز۔ لیکھان تہٕ طنز کران مگر تمہ طنزک مزاژہ چھُ رومانی۔ یتہ چھُ اکھ ناکارٕ
پرزرزتس اوس اَردا ہمہ صدی ہندین کاسکی ادیبن ستی تہٕ کُنہٕ حدس تام جذباتی رشتہٕ ہیوٚ۔
اَمیک اظہار چھُ تمی ستہ طرزِ بیانس تہٕ سپدان میون وَنن چھُ یہ زِ اَتھ ماداتس منز کوٚر نہٕ
رومانی اُدیبو کانہہ بوٚڈ کمال۔ اکثر رومانی اُدیب روٗدی دیومالاہ اساطیرن ہندین پُر بہار
زوٗبن تہٕ جنہ رٕہنے منز۔

اَسہ پرٕ یہ کتھ کنیسے منز۔ تھاوِنہٕ رومان مزاژ اُدیب اُسی کُلہم پُرخلوص مُبلغ۔ یمن
مُبلغانہٕ کردار کوٚر تموٚ اکہ نتہ بیہ طریقہ یمنین تخلیقن منز ظاہر۔ یتنہٕ زندگی منز ژھونڈکھ
سُہ حُسن تہٕ مٲری منٛدیُت، یتھ تموٚ حقک ناو تہٕ دیُت۔ نیک وبد، یزدان وشیطان،

ہوِن مُسلمَن ستۍ رُوزنہٕ ٲن تیٚز دلچسپی یُوتاہ انسانَس تہٕ تَمہِ سندِس رٔتُرس ستۍ تمَن قریبی تعلق روٗد۔ چنانچہِ یہِ مقصدہ حٲصل کرنہٕ باپتھ کوٚر تَمہٕ روایتی مذہبی تہٕ فلسفی پیٚرس مقابلہٕ انفرادی سوچنَس تہٕ تجربَس ہمیشہ زِٹھ وٲتجہِ استقبال۔ تہندٕ یہِ سوچُن ترٲوِ پتہٕ ژھیٚڑ اَدبَن منٛز کُنہٕ وزِ شٲہین ہندِ مدتہٕ ستۍ نموٗدار سپدان تہٕ کُنہٕ وزِ علامژن ہنٛز شکل یختیار کران۔ یتھہٕ پاٹھۍ تہٕ چھُ تخلیقی منٛز نورس ستۍ ستۍ خیالی غُبار ہیٚوُ پٲدٕ سپدان۔ اَمہِ خصوٗصیژ ستۍ پتہٕ ژھیٚنہٕ حسنس پیٹھ روٗمانی زِہاے ہش ہیوان یہِ روٗمانی زِہاے قطر کڈُنۍ ژھیٚنہِ سانہٕ باپتھ تَمہِ ساعتہٕ آسان سپدان ییلہِ اتھ منٛز اَکھ خاص طبیعت ہیُو نظر گژھان چھُ۔

اَزکالہِ نش بیزآری، پتھ کال پسندی، بروٗنہہ کال پسندی، انسان دوستی، روایتہٕ نسنہٕ بغاوتھ، جذباتن ہنٛز شدّت۔ دِل ملوٗل گاٹہٕ چار موت تہٕ ظُلمس ستۍ نفرت، آزادی ہنٛز کل۔ تورٕ تہٕ جانب داری ستۍ ستۍ چھُ روٗمانی اُدبن محبوبس متعلق تہِ یِمَن اَکھ الگ تصور۔ پرتھ کانٛہہ روٗمانی ادیب سُند یہِ تصور چھُنہٕ کُنہٕ۔ مگر یَس یُس تصور چھُ تہٕ سہ، یِمَن ہند قبیلہٕ چھُ یُوس ہے۔ اَکے ہیٚوُ یِمَن چھے عام طور تَس حُسن بند زِندٕ یا موردٕ تورٕ شکن محبوبہ ہنٛز تلاش یَس منٛز۔ ورِ علاوٕ دنٛیہ تہٕ مسرت دِنٕچ صلاحیت آسہِ تہٕ یَس منٛز لیوہے بنگہ ہند ہیٚوُ نشہٕ آسہِ۔ اُمیند جسنکہٕ وُشنیر ستۍ گژھن یم لکھ تِتھے پاٹھۍ گلِنہٕ یتھہٕ پاٹھۍ نتہٕ تابہٕ شیشہٕ تھوٗسی آب سپدان چھُ۔ یِمَن چھِنہٕ یِتھٕنہِ تھِین محبوبن ہنٛزٕ ن کمہٕ وٚرِین پیٹھ تہٕ نظر تہٕ اَمہِ ہُنٛز ستۍ چھِہ یم گاہے تی کران تہٕ تاوِ منٛز گرٕدُن کرِ مگر یُوسے ہُز لساہ تہٕ یم جُملہٕ صفت یِمن منٛز چھُ۔ یِمَن بیشن نظر چھِہ یم یہندی پرستار ضرور بنان۔ یم چھِ باطنے یِمہٕ یَن تہِ ہرل محبوٗبن ہندس لوٗلس منٛز پانہٕ تہٕ برباد سپدان تہٕ یہندی محبوب تہٕ۔ بقولِ بائرن،

میون نالہٕ موتٕ اوس تباہ کُن
مےٚ یوٗرٕ تَس لول تباہ سپدنہٕ باپتھ

یوٚدوَے وارڈز وٕرتھ ہندِس نوٗنٕس منٛز جنسی بوچھہٕ ہُند پہلوٗ ٹاکارٕ چھُنہٕ تاہم چھُ تِمی سُند
تصوُرِ حُسن تہٕ پزٕتھ لحاظٕ مٲری موٚنٛد تہٕ بےٚ سوکھ بنٲوِن وول۔ اگرچہ اَتھ تصورس منٛز بے راہ رُوی
چھُنہٕ تاہم ہیٚکہِ کانٛہہ تہٕ مٲری موٚنٛد تصوُرِ حُسن اِنسانہٕ ہندِس وجوٗدس منٛز نفسیاتی طور اَکھ ہیجان
پادٕ کٔرِتھ۔ امہٕ باوجوٗد چھےٚ یہِ کَتھ پزٕ زِ زنانہٕ حُسنُک یہِ مثالی تصور ہیٚکہِ جنسی بے راہ رُوی کُن
تہٕ نِتھ۔ چنانچہ یہِ چھُ سپدمُت تہٕ اُسی ہیٚکو اَتھ سِلسِلَس منٛز کم از کم شیٚلی تہٕ بایرن سُند
ناو صرفٕ پیش کٔرِتھ۔

دورِ جدیدکۍ کیٚنہہ رہبر دانشور تہٕ گاٹلۍ یمَن اندر ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ خاص طور ناوہٕ میٚنۍ
لایق چھُ چھِ ادبَس منٛز لاشخصی واقعیت پسندی' ہندۍ قٲیِل۔ یِہندۍ کِنۍ پزِ تہٕ اَدیب سنٛز شخصیژ
یا تِمی سٕنٛز ذاتی پسند تہٕ ناپسند کانٛہہ تجربہٕ پیش کران کران دخل دِین۔ تِہندۍ کِنۍ چھےٚ
تخلیق کٲری کرنہٕ وِزِ ادیبن یا فنکارس پنٛنۍ شخصیت نِکھ تھوٗنۍ آسان۔ تِم چھِ دپان زِ اَسہِ
چھُنہٕ اَدیب سنٛز شخصیژ سۭتۍ بلکہ تِمی سٕندِس تجربس سۭتۍ کام آسان۔ یوٗت یہِ تجربہٕ خالص تجربہٕ
آسہِ یا تھاونہٕ ییہِ تیوٗت چھُ یہِ فایدٕ مند تہٕ موٗل۔ مگر رومانی ادیبن ہند بابتھ اوس اَتھ
تجربَس پیٚٹھ بچُن ناممکن۔ تِمو کوٚر ہمیشہ پزٕتھ تجربہٕ پنٛنۍ شخصیت ہیٚتھ پیش۔ تِمو بناوۍ موضوعیت
تہٕ داخلیت دوہے پنٛنۍ بند باندو تہٕ پنٛنۍ ذاتھ تھوکھنہٕ زانہہ تجربہٕ نِش بدوٗن۔ چنانچہ تِہندۍ
تجربہٕ رُودۍ نہٕ شوٚدۍ تجربہٕ کیٚنہہ۔ اَتھی جایہِ تہٕ اَتھی کتھ پیٚٹھ رٕڈ یہِ رومانی ادیبن لاشخصی واقعیت
پسند تہٕ تِہندۍ اِمام ٹی۔ ایس۔ ایلیٹن کوٚر سارۍ سے وُمر رومانی اَدبَس تہٕ ادیبن خلاف برپور
جہاد۔ تِمۍ دِوٕن زور دار تہٕ ٹاکارٕ لفظن منٛز زِ شاعری چھُنہٕ جذباتھ یلہٕ تراوُنُک بلکہ جذباتو
نِش پان بچاوُنُک ناو۔ اَمہِ تنقیدِ سۭتۍ دوت کافی دٔدارٕ تہٕ نوقصان تِتھ پٔزِ تس تہٕ وقارس
لیُس اَتھ ادبس تہٕ فنَس حاصل سپدمُت اوس۔ یِتےٚ یوٗت سپدنہٕ کیٚنہہ بلکہ آسے
بٔنۍ یہِ تہٕ بالِغ ہینہٕ والۍ اَدیب رومانی طلسماتس منٛز پھسنہٕ نِش گاٹلۍ پاٹھۍ تہٕ تفصیلہٕ سان

بسر ناوان۔

خاطرِ یمہٕ گیہٕ ووٗنی اَزٕ چہٕ کیٛتھ۔ اَدبی توارِیخس منٛز یُس مقام رٕنٛمانی اَدبس حاصل سپُدمُت چھُ تتھ پٮ۪ٹھٕ چھِ بلاے خود بہتر اہمیتھ۔ اَمہِ اَدبن تہٕ فنَن یُس اثر اِنسانی ذہنَس پیٹھ تروو تمکِ اثرات روزان مختلف طریقو موجود۔ سٮ۪ٹھاہ وقتس منٛز یوسہٕ سوال ہاے اَمہِ اَدبہٕ سٟتؠ اِنسانی ذہنَس تہٕ دِلس منٛز پادٕ سپٕز تتھ نہٕ ہیٚکہِ کیٛتھ کالُک کانٛہہ تنقید نگار نظر انداز کٔرِتھ تہٕ نہٕ اَزیُک دانشور۔ یتھ روزَس وہ زبان یتھ منٛز یمو رنٛمانی اُدیبو پنٕنؠ تخلیقات پیش کٔرِ سہ روزِ ہمیشہ یمن ہنٛز احسان مَند تہٕ شُکر گزار۔ تکیازِ رنٛمانی اُدیب چھِ کٔرِتھ تہٕ لحاظٕ زبان سازی منٛز کانٛہہ یتھ۔

# رۆمانیت
# اَمِکۍ اصوٗل
# تہٕ کاشُر زبان

کاشُرِس اَدبس منز چلے یہٕ کانہہ نیٖم کلاسکی تحریک تہٕ نہٕ تمہٕ کِس ردس منز کانہہ رۆمانیتی تحریک۔ مگر امہٕ باوجود چھہٕ اَسہِ بِنِنس یِتھ دورس منز کینژن کاشرٚن شاعرن ہندِس کلامس منز کلاسکل تہٕ کینژن ہندِس ستہِ رۆمانیت اصطلاح ورتاوان۔ کلاسکل وُنِتھ چھہٕ اَسۍ کاشرِس منز یِہ وَنُن یژھان زِ فلانی کتاب تہٕ تمیُک تخلیقکار چھُ بھروسس تہٕ اعتبارس لایق۔ پرنس تہٕ پرناوس لایق۔ حوالہٕ دِنس لایق تہٕ بار بار وقتس ستہِ چھہٕ امیُک موٗل مرتبہٕ واریاہ تھود گومُت آسان۔ مثلن لل دید، شیخ العالم بےیتر۔ اَتھ مقابلہٕ چھہٕ اَسۍ رۆمان پسندی منز مجرانہٕ وان بیٚنہ لولہٕ شاعری خاصکر تمہٕ خاص وُشنیر کِنہ تہٕ یُس اَتھ امتیاز دِوان چھُ تہٕ یِتھ تخیُل تہٕ اَثرس منز روزان چھُ۔ مگر سون زیرِ بحث موضوٗع رۆمانیت تہٕ امِکۍ اصوٗل چھُ تقاضہٕ کران زِ اَسۍ کرو تمہٕ کتھہٕ پیٚش یِمہٕ خاصکر انگلینڈس منز تہٕ عام پاٹھۍ یوٗرپس منز اَتھ متعلق کرنہٕ آمژٕ تہٕ کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ میٚے وۄن انگلینڈ تہٕ یوٗرپ اَوموجوب زِ تتی چھُ رۆمانیت تحریکہٕ تہٕ نیم کلاسکی تحریکہٕ زٕنم تہٕ لوٚبمُت تہٕ عروٗج وزوالس ستہِ ملاقات تہٕ کوٚرمُت۔

یہِ زَن کتابَن منز۔ یِکِتھ چھُہ رۄمانیت اصطلاحن چھِہ اَز کل کِس معنے لبٕنۍ تام واتان واتان
کیٚتہِ زیٹھہِ منزِل طے کٔرۍ متۍ۔ یِمَن معنے گوڈٕ رُٔٹۍ متۍ تہٕ پَتہٕ تراوۍ متۍ۔ گوڈٕ گوڈٕ یِلہِ ادبکہِ حوالہ
یہِ اصطلاح کانہہ زیوٚٹھ اَنہٕ ہے تمۍ سُند مُراد اوس آسان زِ تتہٕ اکھ عجوبہ ہیٚو۔ اکھ تمۍتھ چیز
یُس نوٚوٚ آسِہے۔ اکھ قصہ اکھ ناول بیترِ۔ دَیان ۱۶۵۴ء منز آو اَتھ معنے دِنہٕ رۄمانچ یا کھٔٹ۔
نتہٕ رۄمانٹس ہیوٚ۔ تہِ زَن گیاو بے اصل خیالی بیتر۔ مگر یِمہ لہجہٕ تہٕ طریقہ یہِ زیوٚ تس ادا
سَپدان اوس تمہِ سٟتۍ اَسِ حقارتک عنصر پانے بردنھ ٹکن یِوان۔ یعنے شہ چیز یُس نہٕ اصل آسہِ۔
یُتھنہٕ پنُن وجوٗد آسہِ۔ مگر ارداہم صدی تام واتان واتان چھوٚل ورتاوَن اَتھ حقارتک
مل تہٕ اَتھۍ سٟتۍ پیٚیہ یِتھوِس تہٕ پزٕنیوس تقدیر تہِ۔ وونۍ آو یہِ اصطلاح ترٛتھن جاین سٟتۍ وابستہ
کرنہٕ تہٕ منسوٗب کرنہٕ یِمَن سٟتۍ باقے عنصر وعلاوٕ "وٕداسی" تہِ مراد آسان اوس۔ پَتہٕ آیہِ کیٚہنہ
کالا گژِتھ اَتھ منز۔ قدرتی نظارن ہندِ باپتھ تہِ جاے شیرنہٕ۔ تہٕ تھاونہٕ۔ جرمن زبانۍ
منز آو یہِ رۄمانی اصطلاح گوڈنچہِ لٹہِ کلاسیت تاریفاوان بطور تمیک ضِد استعمال کرنہٕ۔
تہنٛد مطلب اوس اَمہِ نِشہِ تہِ سوٗرُے یِنہٕ کلاسیتس منز یِیہ۔ وٕنہِ یہِ ہتس اَکس آدِ یہِ
بیٚتیہ مختلف معنے یَن منز ورتاونہٕ مگر سٟتۍ اَدبچَن مختلف ترائن سٟتۍ۔ ارداہمہِ صدی ہندِس
اَخرس تہٕ کنوہمہِ صدی ہندِس ابتداہس منز بنیوو یہِ اصطلاح ترجمان تتھ فنی تہٕ ادبی بغاوتُس
یمہ اکہِ تحریکہ ہنز شکل ٹیہ۔ بڈٕ بڈٕ شاعر تہٕ نقاد تہٕ نثر نگار پیاد کرِتھ خاص کرِتھ انگلستانس
منز۔ تحریک یِمہ ادبکیس رائج تیم کلاسیتی تصورس خلاف بغاوتک اعلان کوٚر۔ رۄمانی
نفس مضموٗن چھ پانس منز تصور بناوان غار کلاسکی زمینکہِ منز کالکی، قومی پَتھ کالکی بیتیہ تمہ سارِکے
یہِ عجیب باسہ یا پَتھ مقامی رنگ آسہِ۔ پَتھ منز چیزک زاتی مُشاہد آسہِ۔ پَتھ مذہب
بالا فطری، بالا تجربی، راتھ، موت، کھنڈرات، قبرستان، ہابتناکی، شیطان پسندی
تہٕ ڈُہلی خاب وُچھتنس سٟتۍ لوے خوے آسہِ۔ اَتھ سٟتۍ سٟتۍ چھُہ رۄمانی مزاژک بوڈ ہیوٚ صفت

اَمیُک اِنفرادی پسند آسُن ۔ نیتون کانہہ رۄمانی ہیرو یا آسہِ سُہ خود بین تہٕ خود راہ ، سُہ
یُس بوٚرِتین تہٕ وِدایس تَل اوٚنمُت آسہِ ۔ تُہٕ آسہِ تیُٚتھ آتش مزاج باغی یُس موجوٗد سماج بدلاوُن
یِژھان آسہِ ۔ دوشوٚنی صوٗرتن منٛز چھُ یہِ عام طور اکھ پُراسرار شخص بنان ۔ اَمہِ کماژ ہُند ترجمان
شاعر گوو گاٹُل تہٕ گاشدار ۔ نتیجہٕ چھُ یی نیران زِ جذبات چھ بیہ شوٚنکی پانٔٹھی عقلہِ تَل رٹان تہٕ
پانٔس تابع بناوان ۔ مثالی چھُ یُس پانٔے موجوٗد اصلی یَس پیٛٹھ تھزر لبان ۔ حقیقتس تہٕ ضرورتس
سٟتۍ مفاہمت کرنہٕ بجاے پَچھنّے صرف امارِچ مرضی تسلیم کرنہٕ یوان تہٕ کرنی یوان ۔ نتیجہٕ ؟
ودائی ، برہم پھُٹنُک افسوٗس ۔ وَنہٕ تس لایق بیا کھ اہم کتھ چھنہ یہِ زِ یِلہِ اکھ رۄمانی ادیب
اظہارس پیٹھ یوان چھُ سُہ چھُ یَنٛہ پان عام ادبی لوازماتو قاعدو تہٕ قوتو نوٚ نِش بالا تر
زانان ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ سُہ زور دِوان داخلیتس پیٹھ آمدس تہٕ وُزنہٕ پیٹھ ، تغزلس
تہٕ غنائیتس پیٹھ ۔ حقیقتہٕ نِش وَرِ اُچھ تہٕ بیہہ دوہہِ خاب رَچھنہٕ تہٕ وُچھنہٕ ۔ اَمہِ سٟتۍ
میلیس وقتی طور سہارہٕ ۔ مگر سُہ یُس کانہہ سوچھ کرِیس نہٕ ۔

اَسہِ تھوٚو لگ بگ تم ساری چیز پانٔس بروٚنٛہہ کَنہِ یم رۄمانیتکی کُل بنان چھ ۔
دوٚنی اگر اُسی یم ساری چیز یعنے جُز کَہ وُٹ بناوِتھ رۄمانیتی شاعر تہٕ ادیب اَتھ پیٹھ پرکھاوکھ
عجیب نتیجہٕ سیدَن ظاہر ۔ یا سہٕ رنگ گرتھہٕ کُنہِ جایہِ نظر ۔ مثالہٕ چھنّے واریاہ مگر یہِ کرِ صرف
اکھ زِ پیش یُتھ کتھن پوٚرِ پاٹھی واش نیر ۔ نیتون انگریزی رۄمانی شاعری ہُند بوٚڈ وَرتہٕ
ہاوُکھ تہٕ شاعر وارڈزورتھ ۔ یوسہٕ بغاوت تمی آرٹس منٛز مروجہ ہیتیس تہٕ ڈکشنس خلاف کرٕ
سوکرِ نہٕ تمی سندی قریبی دوس کولرجن پوٚرِ پاٹھی تسلیم کیہنہ ۔ مثلن تمی کرِ ارداہمہِ صدی ہندس
فنِ شاعری خلاف بغاوتھ ۔ باقے کتھو علاوہ ووٚتُن یتہٕ زِ غریب لوکھ ، عام لوکھ تہٕ دیہہ باش
چھ شاعری ہُند باپتھ موزوٗن تہٕ شوبہٕ دار مواد تکیا زِ یمن نِش چھ پَزی جذبات تہٕ احساسات
موٗثر سیدان ۔ لفظت تہٕ گوو سُہ ورتاوُن یتھ عام لوکھ دوہہِ رِش چہِ زندگی تہٕ دوہہِ رِس تکس

کاروبارس منز ورتاوان اٗسن ۔ مواد اٗسن سادٕے مگر تخیٖلٕک مدد ستۍ زٕنتھ واہ واہ دار بناونہٕ یِن ۔ سارٕے کوٚتہٕ بوٚڈ تہٕ تھوٚد رہبر چھُ انسانہٕ سند باپتھ وٕنی تہٕ جنگل ۔ یہٕ چھُ بے بدل وو ستاد ۔ یِنہٕ نہٕ ہیٚچھناوِس تہٕ ہیٚچھناوِیس یوٚہے جنگل تہٕ وَن ۔ یِس وٚون اُمہٕ ہیٔیت تہٕ موضوع یِن بنہٕ جایہ تھاوِتھ زِ ہیٔیت گژھِ موضوعس ماتحت روزٕنۍ تہٕ آخرس پیٹھ لوٚگ وَتنہٕ زٕ اَسہٕ پٔزٕ قدرتس سیٚٹھاہ نزدیک یُن ۔ اُمی وَتہٕ بروٚنہہ یِہن پکتھ بنیاد وسہٕ وجوٗدی تہٕ ۔

مگر اُمہٕ سُند یہ نظریہ کوٚر تہٕ اُمہٕ سند ہمکال شاعرن تہٕ نقاد کولرجن تسلیم ۔ مثلن وارڈز ورتھن ابابند شاعری ہیٚچھ ہیٚنز باوتھ کران دیُت تمۍ پابند شاعری ہندس حقس منز تہٕ پننٕ فاصلہ ۔ ثابت کوٚرن مثالہٕ دِتھ زِ اَتھ شاعری تہٕ چھےٚ پننۍ زبردس اہمیت تہٕ افادیتھ یُس روزِ سُہ اکِ طرفہٕ ورزنس تہٕ بییہ طرفہٕ بالا فطری ماحولس لفظو تہٕ اظہارو ستۍ فطری بناونک طرفدار ۔ سُہ تہٕ چھِ تصوٗرس بھرپوٗر رواش کڈان تہٕ پننہٕ طریقہٕ قدرت پسند تہٕ بنان ۔ البتہٕ باقی روٗمانیتی شاعرو مقابلہٕ چھُ سُہ خاب پسندی منز سارنٕے سرس تہٕ بروٚنہہ ۔ یمن دوشونی وارڈز ورتھ تہٕ کولرجس مقابلہٕ چھِ بائرن اوٚڈ اکلاسکی تہٕ اوٚڈ اروٗمانیتی شاعرن ستۍ رلان ۔ سُہ چھُ طنزی شاعری تہٕ کران یوسہٕ تمس نیم کلاسکی شاعرن نکھ انان چھےٚ ۔ اکِ طرفہٕ چھُ سُہ نیم کلاسکی پوپ تہٕ ڈرایڈن سُند مداح تہٕ بییہ طرفہٕ وارڈز ورتھ تہٕ کولرج تہٕ ، سوتھے وغارن ہندی عایب ژھارن وول تہٕ تہٕ اَتھی لَر لوٚر بییہ طرفہٕ انفرادی تہٕ اجتماعی آزادی ہند جذباتی علمبردار تہٕ جنس پرستی ہند شکار تہٕ ۔ سُہ چھُ پننس زمانس منز زندٕ روٗزِتھ تہٕ اردا ہمہ صدی ہندین شاعرن ستۍ اکھ ہشر ہیو یاد کران ۔ مگر یتھ کتھِ چھےٚنہٕ انکار ، کرنُک کانہہ گنجایش زِ فطرت پسندی تہٕ آزادی ہند جذبہٕ چھُ تس پرتھ ورِ ودہٕ ڈانان ۔ ۱ البتہٕ وارڈز ورتھ سندی پاٹھۍ ووٚن نہٕ تمۍ زٕ قدرت چھےٚ انسانہٕ سند کردار مٔنڈراں تہٕ شنکلاوان ۔ ہاں یہن ووٚنن ضروٗر زِ انسانن تش بخشن تہٕ قدرتس

نِش واتہٕ تَس منٛزٕ چھُ انسانس خاطرٕ۔ یوٚدوَے سُہ گوڈٕ گوڈٕ وارڈزورتھس نِش تہٕ متاثر روٗد
مگر یہِ اثر سپُد ستی ختم تہٕ۔ روٗد شیلے سُہ چھُ بیک وقت انقلابی، پگہہ پسند تہٕ قدرتک دلدار۔
تمہِ دوٚپ بناتھ ہے بیٚنہٕ تہٕ صرف آیندکا ہسے منز۔ بائرنس مقابلہٕ چھُ سُہ تسل آدمس پسند تہٕ کران۔
مناظر قدرتن منز چھُ تس لوسہ وُن افتابہ، شبنٛمی کرُون واو، اسمانکی نظار تیوٗتھ منز راوان
زِ تمُ ستہ سورُے وجوٗد چھُ نغمہٕ بنان۔ تمہِ سُند یقین چھُ زِ بربادی پتہٕ چھِ آبادی ہند بایتھ
وَتھ صاف کران۔ کیٹس کوٚر یمَن سارے مقابلہٕ پتھ کال پسند بنتھ قدیم یوٗنانین کُن
رجوٗع یِم کلاسیکس تعریفس منز یوان چھِ۔ تمہِ تہٕ دیُت یِمنٛس فنَس بر پوٗر جلال تہٕ جمال۔ وارڈز
ورتھس مقابلہٕ چھِنہٕ کیٹسَس نِش قدرتس کانہہ اخلاقی یا روٗمانٛتی اہمیتھ بلکہ چھُ تس نِش اَتھ اکھ
پَنُن حُسن یمہِ نِش انسان بے پناہ حظ تُلتھ ہیکہِ۔ سُہ تہٕ چھُ پتھ کال پسند مگر یِمنین ہمکال
شاعرن منز چھُ سُہ زبردس لفظ شناس تہٕ کاٹھ فنکار۔ تمس نِش چھِنہٕ شاعری فلسفہٕ بیان
کرنُک تہٕ مذہب، ہیچھناونُک ذریعہ تہٕ نہ چھےٚ یہِ سیاسی تہٕ سماجی مسلہٕ نظماونُک وسیلہ بلکہ حُسن
اُنزی منزی گرڈھنُک کارگر ہتھیار تہٕ۔ امہِ حسابہ چھِ امہِ دورکی نثر نگار تہٕ یلہٕ قبے دورن
ہندین نثر نگارن نِش مختلف۔ ڈکنز بس نِش چھُ ہارڈے بسندی یا گٹھی قدیم یوٗنانین ہٕ
شیکسپیرس مقابلہٕ ناولہٕ ہند ہیر واکھ عام یتیم یا اکھ عام دیہہ باش تہٕ بنتھ ہیکان۔

یِس چھِنہٕ یمو روٗمانیتی شاعرو منز کانہہ تہٕ یُس یمَن تمام اوصافن ہنز شاعری
منز جاے دِوان چھُ۔ یانہٕ وانی تہٕ چھِنہٕ یِم اکھ اَکس ہی۔ حالانکہ یِم ساری چھِ پننیو مخصوص
خصوٗصیتوکمنز رومانیتی تحریکس شکل دِتھ رنگ لبستہٕ کران تہٕ امہِ تحریکہٕ ہندس کُنہ نہ کنہ
جُزس پننہٕ شاعری منز نمایاں کران۔ دوہ نیُس اہم چیز یمَن منز مشترکہ چھُ سُہ چھُ خاصکر
اذات پسندی مقابلہٕ یمن ہنٛدے حد ذات پسند آسُن۔ اُتھی صفتس بیش نظر چھِ یِم فات
پسند شاعر تہٕ ادیب وجوٗدی بنتھ اتھ طرزِ فکرس لول بران تہٕ دُرس تصور کران۔

پریتھ اکھ ئن یتھ اَند نہٕ پَن اَتہٕ رَنگہٕ۔ وونی گوو کُنہٕ کُنہٕ جایہ چھُ ہشر ہیوٚ تہٕ نظر گژھان۔ مثلن وارڈز وٚرتھ چھُ یتھ نظریہٕ ہرکہٕ گرِس تہٕ دیہہ باش کورِ ہیروٚ بناوان یمِن ہُند انتخاب سٕہ عام زندگی تِش کران بُہ۔ یژھ ہش مثال چھےٚ اَسہِ چارلس لیمبس تِش تہٕ میلان رتیلہٕ سٕہ یتھن اپسے ئن منز۔ یمہٕ صاف کُرن والین تہٕ موضوع بناوان چھُ یا یلہٕ تھامس ہارڈےعام انسان ہیچارڈس تہٕ یتھ ناولہٕ ہند موضوع بناوان چھُ۔

مگر اَتھ ادیس چھےٚ یتھو کمز وریو باوجود زبردس عصری معقولیت تہٕ۔ اَسہِ پَرِ یہٕ سورُے زمانہٕ تہٕ اکیک سماجی تہٕ سیاسی نظام تہٕ اُچھن تل اَنُ۔ سیاستس منز یمہٕ جمہور پسندی تہٕ آزاد خیالی (LIBRALISM) لبرل ازم انگلستان تہٕ یوٚرپ زبردس متاثر کوٚر دیت تتھ اَمہٕ روٚمانیت پسندی ساتھ تہٕ تہٕ جواز تہٕ۔ انفرادی آزادی کنہٕ اگر اکھ نفر کٹر مذہب پسند بنیوو یا اکھ بنیوو دہری تہٕ تہٕ یا اکھ لامذہب تہٕ۔ اَتھ انفرادی پسندی ستہٕ روٚدی تہٕ یتھ سیاسی مُفکر تہٕ ادیبے یوت بلکہ زمانکی فلسفی تہٕ۔ روسو تہٕ گاڈون گےٚ اُسی تھے نیٹشے تہٕ برگسان تہٕ چھُ زندگی ہند حوالہ یتھن اپروچن منز۔ ہیارِ ہیارِ رومانی اظہارن تہٕ جاے شیران۔ تی چھےٚ کتابہٕ وٚنان تہٕ تی چھُ پرزرتہٕ۔

دِیان یہٕ اوس اُوہمہٕ صدی ہند لاسیری (LASSRRE) یمہ منطقس تہٕ دانشمندی کام ہیتھ پرزنہٕ پاٹھو روٚمانتس بیٹھ اکھ کامیاب حملہٕ کوٚر۔ تم ووٚن تہٕ جسن تہٕ تخیلن ہم روٚمانیکی روٚح چھُ چھُ گاٹجارس تہٕ عقلِ پیٹھ جارحانہ حملہٕ کوٚر مت۔ وَنہٕ آور عقل تہٕ ضبطِ نفس چھُ جذبس تہٕ تخیلس مقابلہٕ ستھے بڈی وصف ہاوان تہٕ یمے ہیکن انسانس مشکلو منز بٔیر گڈتھ۔ لہٰذا چھُ عقلِ ہُند تقاضہٕ یوٚسہے زجذبہ تہٕ تخیل ہیہ یمہٕ ہنے ماتحت تھاوہٕ۔ یمن اندر گرشہٕ ہواعتدال تہٕ توورن آسن تہٕ روزن تمی ستی ہیکہٕ انسانس تہٕ سماجس دوٚشونی رژر تہٕ سید تھہٕ تہٕ تی چھُ عقلہٕ وَیان۔

رۄمانیتی ہوا فوا چھ بظاہر پریتھ دورکس اَدبس منز۔ اوسمُت ۔ مگر اَمہِ نش ہیکَو وارہِ
حدس تام انگلینڈس منز سٲداہ تہٕ اَرداہ صدی مُچھ بتھاُوتھ۔ تِمَن دۄہَن یوسہٕ شاعری
تہٕ یُس ادب تِتہٕ تھَپنہٕ پیوو تَتھ منز چھِپنہٕ رۄمانیتی رَنگ نظر گژھان ۔ تِمَن دۄہَن آد
تہٕ وَنِہ تِہ قدیم کلاسیکلن ہنز پَیرَوی چھِنے لازم۔ حالانکہ فسانہٕ سازی منز چھ تِم تہٕ
تخیلس جان یا کھڑ کام ہیوان تہٕ یِتھی ہوی صفاتھ بیتَن منز یَد کَڈتھ تِمَن تعریف تہٕ کران۔
مثلن اَمی تحریکہِ ہِنْد اکھ موتبر امام پوپ یِیلہِ قدیم کالکس ہومرس پیٹھ بِنہٕ خیال پیش کران۔
چھُ سہٕ چھُنہٕ بقول ایٹکنز ( ATKINS ) اَدبی قواعد تہٕ ضابطہٕ داری قایم تھاوِنس
پیٹھ تَس عظیم شاعرس مرحبا کران بلکہ تِمو سِنْدِس شاعرانہٕ تخیلس تہٕ ہماتس داد دِوان ۔
اَمہِ دورکی کلاسکی چھ بیانہٕ تہٕ وقتس پیٹھ فسانہٕ سازی تہٕ تخیلس کام ہیوان ۔ یہِ چھِنے اکھ
سو حقیقت یوسہٕ نظر انداز کرنہٕ سِتہٕ فنکاری پیٹھ ولبہٕ تہٕ منفی اثر پیوان چھُ یا پینک
احتمال چھُ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھِ پوپ سُند ریپ آف دی لاک (RAPE OF
THE LOCK) تہٕ ڈرائیڈن سُند ابسلام تہِ اچی ٹوفل ناوہٕ ہینس لایق۔ حالانکہ یِم
دۄشوَے چھِ یِم کاسکی دورکی شہکار تہٕ تسلیم کرنہٕ یِوان۔ اَکھ بِرز رالیس ماہنس کاہنہ
تہٕ چارِ روزان چھُنہٕ۔

کاشر شاعری منز۔ تہٕ چھُ ہُپارِ یُپارِ یہِ تخیلی طاقت یِنَن وجود محسوس کرتاوان۔
اُسی ہیکوا اَمہِ لحاظہٕ پِنہٕ رۄمانی، عشقی، رزمی تہٕ بزمی شاعری تہِ بھیُر دِتھ تہٕ نعتی شاعری تہٕ۔
مگر یتہٕ چھُ اکھ ناکارِ بِرز دُنیہکس یَتھ خطس منز آے نہٕ سماجس منز۔ بِرِ شوم حلہ دار
تبدیلی یمہٕ اَسہٕ معربس منز نظر گژھان چھِنے۔ کاشرِ سماجن چھاو زبہِن صدیَن
منز مکمل یک رنگی تہٕ کاشر زبان کمہٕ طاقتہٕ ہاوِہ یم انقلاب ییلہٕ تہٕ تتھ صدیَن،
دوَرن ہنز چھِنہٕ کھتے، بِنہٕ تہٕ بروتھ کُن آے۔

دراصل آیہِ تِمہِ طرزُک ریناساں یُتھ ساری ہے نیم براِنظمس منز ازتاں تہٕ زٕہنہٕ یمہِ ساری ہے پُوپِن ترٕ ن ژوٕن صُدیَن منز - ذہنی طور بدلاو اوٚن - بدلاوُک اکھ اہم پہلوٗ اوس یہ زِ بالافطری طاقتن مقابلہٕ گرٕ شُو اِنسان فِماوہٕ یُن - اِنسان یُس بقولِ شیکسپیئر -

" کیا مخلوٗق چھُ یہ اِنسان
گاٹجارس منز شریف
صلاحیتن ہندِ لحاظ لامحدوٗد
صوٗرژ تہٕ حرکژ کیٚنہٕ تعریفن لایق
عمل کرنس منز زَنتہٕ اکھ فرشتہٕ
فہم و فراستس منز زَنتہٕ اکھ دِوتا
یمہِ دُنیہک حُسن
تمام حیوانَن ہُند تاج"

ہیملٹ، ایکٹ ۲، سین ۲

یوٗرپس منز وُچھ ناولہٕ گوڈے بیٚ پناہ رنگارنگی تہٕ تمہِ پتہٕ بیہِ وتِہ افسانہٕ تھِہٕ - مگر کاشرس منز سپُد اَتھ ادلہٕ بدل - اَتہٕ آو گوڈٕ افسانے لیکھنہٕ تہٕ پتہٕ آو ناولہٕ وَس تُکنہٕ - زندگی ہندِ حوالہٕ یُس یادٕو، کاشری افسانن یُتھ ساتس زمانس منز - وُہروو کاشر ناولہٕ چھیٚ نہٕ سو کُشادگی تہٕ رنگارنگی وُنہِ نصیب سپدان - موٗن زِ کیہتہٕ بجہِ ناولہٕ تہٕ آیہٕ کاشرس منز پھرتہٕ یمَن اندر حاا صکر ٹالسٹائی ہنز مشہوٗر ناول " جنگ تہٕ امن" شامِل چھِنے - مگر سوچھ اَخر وو یہ زتہٕ بدل حالاتَن ہُند پادٕ وار - یوٚدوَے اَتھ تہٕ پننہٕ اہمیت چھِنے - کاشر سماج چھُ پننہٕ ساری رنگ ہیتھ وُنہِ تہٕ کاشر ناولہٕ منز وا تنے یوٚدوے ابتدائی

کوشش آیہِ کرنہٕ تہٕ۔ یمن ناولن منز چھےٚ تخلیس کام ہینہٕ آمژ تہٕ جذباتیت تہٕ کھلہٕ چھٹی دِنہٕ آمژ۔ خصوصیات یم اتھ رومانیتس نکھ واتناوان چھ۔

کیا کاشر زبانی منز چھا رومانتی ادبک حوالہٕ کینہہ ابتدائی کام کرنہٕ آمژ۔ اتھ سوالس جواب دِوان چھُ ونُن زِ اسہٕ نش چھ کم قلیل کوشنیر دار ادب موجود یُس فطرتن رومانی جیساگہی سوہترس بیٹھ انان چھُ۔ اتھ کِنی ستی چھُ سہٕ مثنوی ادب تہٕ یُس ژکہٕ رومانی شاعری سِتی تھاونہٕ یِیہِ تہٕ ییتھ ہیکہٕ۔ مہجورنہٕ تہٕ آزادنہٕ شاعری ہند غالب موڈ تہٕ چھُ رومانی رنگے پیش کران۔ ییٹھ چھےٚ کتن اہم رومانی شاعرن ہندی کینہہ رومانی نمایند نظمہٕ تہٕ کاشرس منز پھرنہٕ آمژ یمن نظمن ہندی اصل لیکھن والی چھ وارڈز ورتھ، بائرن، شیلے، کیٹس ٹینیسن تہٕ کینژھا ارنالڈ تہٕ۔ یمن ستی ستی چھُ ماربو تہٕ تہٕ تمی سُند ڈاکٹر فاسٹس ٹُک ہنا موختصر کرنہٕ آمُت کاشر ترجمہٕ تہٕ۔ تھےٚ پاٹھی چھ تنقیدی تحریرس منز اکس اہم رومانی شاعر کولرج سندی تم خیالات تہٕ اکس مضمونٕکِس صورتس منز پیش کرنہٕ آمتی یم تمو تہٕ ادبی اصطلاح تخلیل تہٕ وینار FANCY AND IMAGINATION فرقاوان پیش کری متی چھِ۔ بنیہٕ تہٕ چھُ اکھ تنقیدی مضمون کلاسیت تہٕ رومانیت لیکھنہٕ آمُت یُس چھاپ تہٕ سپُدمُت چھُ۔

جدید کاشر شاعری چھےٚ خاصکر رلہٕ ملہٕ شاعری۔ اتھ بیتہٕ کینہٕ رودہٕ زِ ہنہ تمہٕ قسمک لبرل ازم یا انفرادی آزاد خیالی یمہٕ یورپہٕ رومانی شاعری ہند باپتھ وتھ ہموار کر۔ ییتہٕ رود اتھ ستی ستی کینژس وقتس ادس منز تمہٕ ترقی پسندی ہُند تہٕ اشتراکی فلسفک چلن یُس یور تیز ییٹھ اننہٕ آمُت اوس تہٕ یُس کمے کال گژھتھ اصلی آگرُ ہیوکنہٕ کنہٕ پلنے بنیہٕ تہٕ ہوکھنہٕ لوگ۔ یمو حالاتو یورپی ملکن منز تہٕ بنین جائن اتھ فلسفس زنم دیت تمن حالاتن آدکمے کال گژھتھ کشیر منز زبردس دُلیتہٕ۔ ییتہٕ آے وقتس ییٹھ سماجی

تہٕ اقتصادی لحاظٕ نظامہٕ بدلٲوِنۍ انقلابی نوعیتکۍ اصلاحات کٔرۍ تہٕ لوٗکھ آیہ تعمیری تہٕ
ترقی ہنٛزِ وَتہٕ کُن لاگنہٕ۔ یہ کینژھاہ اِشترٲکی وٲہن تہٕ کوٚرِ غار اِشترٲکی ترقی پسند سرکارن اوٚرے۔
یِمن سیٚدہ پہنٛدِ بِن نعرن پیٹھ پانٛژھی عوامی تایید حاصل۔ یہ چھِنہٕ اَز بروٚنٛہہ کنہِ تہِ ژھٕ زِ صوٗرتحال۔ اَمہِ پتہٕ روٗد
دُنیاہکِس اکھ بدقسمت حصس منٛز تہٕ سرد جنگ لاگتھ بیٹھ پتے۔ یہ چھُ اکھ دلچسپ مگر
طویل داستان یُس سانہِ موضوعہٕ نیبر چھُ تہٕ یوٚرکن مِتہٕ ہنا تفصیلہٕ سان اِشارہٕ چھُ کوٚرمت
یِتھٕ اکِس کتابہِ "کاشُر وَرِن ۔ ابتدا تہٕ ارتقا" منٛز ہاں اتھ دوران سیٚدی عالمی سوٚتھرس
پیٹھ زندگی ہندِ بِن مختلف شعبن منٛز تمہِ قسمکۍ حاران کرٕ ونۍ ایجاد تہٕ انکشاف تہٕ یِمو
سائنسِ اکھ کشاد دُنیاہس اکہِ لوکٕٹہِ ملکچ ہِش حیثیت دِژ۔ اتھ عظیم دُنیاہس آو گلوبل گام تہٕ وَنہٕ۔
بیٚنہِ طرفہٕ سیٚد یوٚہے 'گلوبل گام' دوٚن نظریاتی بلاکن منٛز تقسیم۔ اکھ بلاک لاگم رٕوٚز سوویٹ
روٗسس تہٕ دوٚیمِ امریکہس اتھن منٛز۔ یِمن ینٛزٕہن وری ین اندر آیہ اتھ جنگس منٛز پرتھ
طرفہٕ تہٕ پرتھ سوٚتھرس پیٹھ بے پناہ شدت پاداہ کرنہٕ۔ کُشیر کتھ پانٛژھی روزٕہے امہِ نِشہِ دامن
بچاوِتھ، مگر تہٕ الگ۔ یِتنہِ حسابہٕ گٔژھ یتہٕ دِنہٕ۔ یتنہِ جغرافیائی اہمیژ کوٚز زیادے ییہن۔
تیتھ کتھ کُن تہٕ چھُ توجہ دیُن ضروری زِ اشتراکیو یم تہٕ اصوٗل ادبکہِ حوالہٕ تیار کٔری مِتہٕ آسی تِمن
تہٕ اوسنہٕ پانٔس اندر نٕسہ دَم خَم یُس لوٚز تہٕ منطقی آسنہٕ کنہِ کنہِ اصوٗلس تہٕ سٹینڈرس دِ ریزٕ تہٕ پابندی
بخشان چھُ۔ اَتہٕ اوسن ادیبس بقولِ لینن سیاست دانن ہنٛز۔ دانشوری تہٕ تِمی سند کار شادات
ادبس منٛز پیش کرِتھ منٛز دار بناونہٕ بابتھ یٹھ زور خرچ کرٕنی۔ اتھ سارِ سے آو باکھ ووٚتہٕ
یہ زیادہ داری رشتن ہنٛز۔ نوعیت بدلے یہ تہٕ ستی ہیوٚتن توٚمس سوٚنچس تہٕ چلس پھیرُن۔
نتیجہ دراو یہ زِ اشتراکیتک مرکز سوویٹ روٗسہے سیٚد یتہِ نظامہٕ تبدیلی ہندِ حوالہٕ
پلٹنۍ تیار۔ اکھ بے فنظیر تہٕ توٚ ووٚسہٕ درس آیہ وُژھنس منٛز۔ اکھ سُہ نظام حیات
یتھ قایم کرنس تہٕ ژاچھ۔ راوُتھ ہندِ حوالہٕ بے شمار انسان جھیٚپہ لگمتۍ آسی تہٕ یتھ ستی موٚزورس

تہٕ محنت کٔشِس پٮ۪کھ خوش حالی تہٕ نظرِ گژھان اَمِس گو وُچھان وُچھان اَمہٕ سان تہٕ اکھ
خوٚنہٕ قطرٕ وُسی ییہٕ وُرأے ختم۔ یِم کیٚہنہ مُلک بڈِین دوٚن ہندِ مُژ کری کٔنہ یٚنی حمام تاوان
اَسی تِم تہٕ گٔے پریشان۔ پریشاں ییتہٕ رِنارس پیٚیکھ خُرِ دِینہٕ۔ اَمہٕ وُرأے اوٚسکھ نہٕ کانٛہہ
چارے۔ تِمَن بٮ۪نیو سُے داد لٔس نہٕ کانٛہہ تہٕ اکھ پیٹھ ڈٔری کرِنٛس تیار آسہٕ۔
پٔس پیٚتہٕ اَمہٕ تبدیلی کٔنہٕ قومن ہٕنز سیاسی وفاداری تہٕ تِمَن ہندی رُوی یِہ پردٕس
مُتاثر۔ یِہ وَنُن باسہٕ شاید اَڈِین عجیب مگر یِہ چھُ اکھ ناکار یِنز رِ کشیر اندر زِ یِہ
تبدیلی خاصکر فٔن تہٕ ادبکہ حوالہٕ کینژھ اُدیبو واریاہ بروٚنٹھ ییلہٕ تِمو یِنُن یانٛ انقلابی
حقیقت پسندی نٔژ موکلوو۔ کانٛسہٕ دِژ فنس منز ییٚنس ذاتی تجربس بالا دستی تہٕ تھٕر
اَنوٲری تہٕ کانٛسہٕ کھوٚت زندگی ہٕندِ سے رُوی یِہ پسند یِتھ دوٚیمین لفظن منز۔ جدیدیت
تہٕ ناو دِنہٕ آمُت چھُ تہٕ یِمیک اصلی گر بٮ۪نیہٕ سُے یورپ تہٕ امریکہ چھُ۔ کانٛسہٕ لوٚب
سکوٗن عقیدت بیأنی منز تہٕ کانٛہہ رُودِ یِمو عظیم تہٕ سبق آموز تبدیلیو باوجود ترقی پسندی ہندِس
دَلدَلس منزے پھٔسِتھ۔ اَتھ مختلف انتخابس چھُ دراصل یِمَن ہٕنز جِھساگہی تہٕ یِہُند شعوٗر
دوشوے رہبرانہٕ رول ادا کران۔ مگر رِوایت شکن جدیدیتس یِم تہٕ لوٚکھ لول بُران چھِ
تِم تہٕ چھِ یاتے اَکِس نوِس رِوایتس کُن دِوان۔ روٗز روٗمانیت سوٚ یہٕ چھنہٕ پریتھ اَکِس
سایکہٕ یا کھٕ یانٛس ستہٕ ستہٕ دِکان۔ اَدٕ یاسہٕ عقیدت یاہٕ یِنہٕ کُنہٕ وُنان آسہٕ۔
یِمہٕ سوالہٕ کِس جوابس منز زِ کیا یِتھین موضوعن چھا کاشرس منز وُسعت دِنکی امکان
وَنہٕ یہٕ یِہ کُنہٕ زور دِتھ زِ اگر کاشرِ زبأنی اَہم علمی تہٕ ادبی زبان بنُن چھُ آسہٕ یہٕ اَکِس
منصوبہٕ بند طریقس پیٹھ عالمگ سوٗرے گاٹُجار علم تہٕ فلسفہ اَتھ زبأنی منز پھیرنٕچ برپوٗر
کوٚشش کرٕنی۔ یِہ کینژھا سائنس اُزی کِس موضوعس متعلق خاصکر اَنگریزی زبأنی منز
وَننہٕ آمُت چھُ تَتھ کُن وُچھتھ چھُنہٕ کاشرس منز وُنہٕ دُسلابہٕ تہٕ نِسدمُت۔ یِم لوٚکھ

اُسہِ کاشُر پرَناوِنی پرَنان چھِکھ تِمَن گرٕنتھ اَمہِ زبانی ہِندِ ذریعہٕ عالمی علمس، گاٹجارس
فلسفس اَدبس تہٕ باقے علومن تام رسائی حاصِل سپدنی۔ اگر نہٕ یہِ اہم مقصد کاشُر
پرٕنتھ حاصِل سپد تیلہِ یارِ پرن لُکھ یہِ کاشُر زبان خاص کرِتھ یونیورسٹی ہندِس سطحس
پیٹھ۔ یہِ عظیم مقصد بڑٕ دشوار کام بال اَتھ باپتھ پزِ اقتدار والین اَمہِ کُس حصولس
پیٹھ فوری طور پور توجہ کرٕنۍ۔ اکھ اہم وَتھ چھےٚ ییتہٕ زٕ ترجمہ کرنُک اکھ عالیشان
ادارٕ ییہِ قایم کرنہٕ ییتھ یونیورسٹی منٛز تُس کاشرِ پرن والین تہٕ سورُے موہیا تھاوِیتھ
اِنسان صَدیو پیٹھ تارِق تہٕ خوٗن گنے کرِتھ حاصل کران آمُت چھُ۔ سانی یہِ اَدبی
کام تہٕ بَنہٕ تمی بجہِ کامہِ ہُند اکھ اہم حصہٕ۔ گُیتھ ہیوٗ اَدبی توارِیخ بنیہ انسانس دِژِس
وَرِ کُن۔ شہٕ گرٕنتھ واقف اِنسان ہندِ ذہنی ارتقٕک حالَن پرٕان پرٕان بے شمار
مسلن تہٕ سرن یِم تِنہٕ تَس تِش پوٗشید تہٕ روٗزِتھ ہیکن۔ اَدبی دُنیہس منٛز چھُ اَسہِ
یہِ علم پورٕ پاٹھی فہماوُن زِ انسانہٕ کُٹند ژھانڈ وپسند ذہن کمو گردابو منٛز چھُ سفر کران
کران توٗتھ ووتمُت یتھ اَسہِ اَز یہِ وُچھان چھِنہٕ۔ بادشاہن تہٕ حکمرانن ہُند
توارِیخ پرٕان ماہیکو اَسہِ تِمَن اُوچھ سہلاین ہُند حال معلوٗم کرِتھ تِمَن انانن حسن
تہٕ پزر ژھاران ییہنہٕ دیُت مُت چھُ۔ اِنسانی ذہنچ تہٕ تہذیبچ یہِ آگہی ہیکہِ
اَسہِ صرف یہے اکھ وَتھ حاصل کرناوِتھ۔ اگر انسان اَوّل دوہہ پیٹھ اَزتام بیٚنہ
جیساگہی تہٕ عقلہٕ سِتۍ بیہ گنڈ جلیتھ قوِبوٗ کرٕنس منٛز اَزتہین جنگ کران آمُت چھُ
اُسی کیازِ روزو پرٕزھہ ہش بے مثال تہٕ سبق آموز بادشاہ کتھ لیوٗزِ نش محروم۔ باقی
کتھو علاوہ ہیکہِ یہِ اہم زان اَسہِ نش تنگ دلی، تعصب، نسلی امتیاز، ذات پات
تہٕ فرقہ دارانہ کدوٗرت دوٗر کرنس منٛز تہٕ اکھ روٗٹ کرِتھ تہٕ حسن بدِ کڈنس منٛز تہٕ
یہ دِیہِ اَسہِ پتُن کوتاہیٚن پیٹھ اِستادٕ روزنُک تہٕ حوصلہ۔

بیا اکھ اہم سوال چھُ اصطلاح سازی تہٕ الفاظ ترٲشنی ہُند۔ تکیازِ علمچ تہٕ خاصکر
جدید علم کۍن شٲخن منٛز پھران یِمہٕ اَسہِ جایہ جایہ یِمَن ہنٛز ضرورت۔ اَمی مقصدٕ کریا و
شاید از برونہہ پنداہ ؤری یونیورسٹی ہنٛدی کٲشری ڈیپارٹمنٹن اکھ منصوبہ تیار۔
ادب زراعت تہٕ کارکسین ہنٛدِ حوالہٕ آیاے شاید داہ ساس پیٚٹھی الفاظ تہٕ اصطلاح
تیار کرنہٕ۔ یِمَن منٛز ادبکہٕ حوالہٕ میٚنہٕ ترٕے ساس پیٚٹھی الفاظ تہٕ اصطلاح تیار کرِتھ
اَسہِ چھیٚنہٕ وونی خبر زِ تِمَن اصطلاحن تہٕ لفظن کیا سپُد۔ تکیازِ تم آے نہٕ ازتان چھاپنے۔
یوٗدوے تِموٗ پرنٹ تہٕ بازرٕ وٕچھمُت آسہاہ تِمو منٛز۔ آسہَن سانٛسہِ یوٗل چاس منٛز جٕر
کانٛہہ ازتان وٲتی مُت۔ خار مسلہٕ چھیٚنہٕ یِہے اَتی روزان تہٕ اندوا تان۔ بلکہ شروع
سپدان تہٕ اَسہِ سوچنس پیٚٹھ مجبور کران۔ یِمَن حاکمن یہ کام کرنچ ذمہٕ داری چھیٚ تِمَن
پَزِ لفظ شناسن، زبان دانن، ادیبن تہٕ عالمن ہُند اکھ بورڈ تشکیل دِین۔ سُے
بورڈ ہیکہِ سانہٕ اَتھ مشکل کامہِ دَس تُلتھ تہٕ برونٛہہ پکنٲوِتھ۔

آخرس پیٚٹھ چھُس بہٕ یِہے وَنُن یژھان زِ سیمنارن منٛز مقالہٕ پرِنی تہٕ چھُ
ٹھیک مگر تِتھ کامہِ کُن تہٕ گوڈٕ نٛژھ فوری توجہ دِنہٕ یُن یِتھ نشاندہی یِمَن منٛز کرنہٕ یِوان
آسہِ۔ نتہٕ چھُ یہ سوٗرُے کیتھہ کرِنجلہٕ بوٗنی سارِنس برابر بنان۔ یہ چھُنا اکھ ناقابلِ تردید
پزر زِ یونیورسٹی ہندس یَتھ کٲشرس ڈیپارٹمنٹس ؤریس اندر اکھ جدید کڈٹنگ
استعداد آسہِ تہٕ سُہ کیتھہٕ پاٹھی ہیکہِ یتھس طرحدار منصوبس عملی شکل دِتھ۔ ؤریس
اندر اکِس دوہن دوہَن ہُند یہ شور چھُ میٚ پتٕنے اکھ شار یاد پاوان تہٕ اَتھی پیٚٹھ چھُس
بہٕ یِمَن پہٕ مقالہٕ اندر تہٕ واتناوان۔

رُژھ کھٕنجہِ ہنٛگامہ وُزنوٗ وُکھ
پتہٕ گئے ساری پانس پانس

# کولرِج تہٕ تخیُل

فلسفہٕ موٚت، منطق نواز، خاب پسند، تاب شکن، لفظ شناس، نفسیات بوٚچھ نظر باز تہٕ تر دماغ کولرج (۱۷۷۲ء - ۱۸۳۴ء) چھُ انگریزی ادبس منز رومانیتی دورُک اکھ بڈ شاعر تہٕ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ نقاد۔ تیوٚت بوٚڈ زِ یێلہٕ تہٕ عالمی معیارکین عظیم نقادن ہنز کتھ چھےٚ اَسِہ چھُ کولرج سۭتۍ ناوٕ کنی گژھان۔ اکھ قداور انگریزی نقاد سینٹسبری چھُ اکس عظمتہٕ کین داوادارن ہند داد خارج کرِتھ وَنان: پس چھِ یم ترےٚ روزان۔ ارسطو، لانجلینس تہٕ کولرج بحیثیتہٕ شاعر یم شار اُمی خاب پسندن تخلیق کرۍ تِم چھِ پرتھ لحاظ بڈل۔ بحیثیتہٕ نقاد یہ کینژھاہ اُمی نفسیاتہٕ بوٚچھ تہٕ منطق نوازن لفظن حوالہٕ کوٚر تِتہٕ چھُ موٚلُل، ماری موٚند تہٕ قُدرتش دِنہٕ وول بڈنہٕ وقتُک مُلکی تہٕ غار ملکی فلسفہٕ پرنہٕ پتہٕ یہ کینژھاہ اُمی تنقیدکس مادانس منز سر انجام دیُت سہ چھُ نہ صرف دلچسپ بلکہ خیالن، سوچن تہٕ تجربن وہ کھُل کرِتھ نار مِیٹھ بناون وول۔ یم مسلہٕ اُمی وڈھناوۍ تمن مسلن تہٕ ستھ وڈھہِ۔ یێلہٕ چھُ از تام واریاہ کینہہ وَننہٕ آمُت۔ مثلن وَنہٕ: چھُ آمُت زِ خیالہٕ ہانکلہٕ (ASSOCIAPTION OF IDEAS) متعلق یہ کینژھاہ کولرجن ووٚن تتھ پیٹھ چھُ فلسفی ہارٹلے سُند اثر۔ تمۍ پوٚر جرمنی فلسفہٕ تہٕ تمۍ سُنز شخصیتس اکھ خاص چھال ڈال دِژ۔ دپان چھِ زِ ینس تنقیدس منز ورتو تمۍ یہ فلسفہٕ پوٚرہ پوٚرہ اندازہٕ۔ ستی چھُ یتہٕ وَننہٕ یوان زِ اتھ ورتناوس دیُت تمۍ خوبصورت

اسلوب تہٕ ییتھ پاٹھی بنیاو یہِ انگریزی تنقیدُک تہٕ نثرُک اکھ شاندار حصہٕ۔ اَسہٕ چھِنہٕ وُنی کینہہ تمن کتھن
ٹھانٛڈ تلن یمہٕ تمیٚ ہنزِ شاعری سٟتۍ تعلق تھاوان چھےٚ۔ نہ چھُ وُنہِ اَسہِ تَتھ سٟتۍ کانٛہہ بوزُن شوژُن یُس تمی
شاعری ہنٛدِس بحرس تہٕ وزنس پیٹھ لیوٚکھ۔ تمیٚ ہنزِ شاعری ہنٛد اہم پاس کم چھِ یا تم کم عناصر چھِ یم
تمیٚ سندِس رومانیتس شکلاوان چھِ تم چھِ وُنی کینہہ ساننہِ موضوعہٕ بلکل نیبر۔ اَسہِ چھُ وُنی کینہہ یتھ حقیقتہٕ
قدمینٛ تہٕ حد سارُن زِ تخیلس تہٕ وٚہرس (IMAGINATION AND FANCY) متعلق کیاہ چھُ اُمی بیان
کوٚرمُت تہٕ اَمیک اہمیتھ کیاہ چھےٚ۔ یتھ مختصر مقالس منز دِمَو اَسی اَتھ نوکتس، دٕل تہٕ کولرج سندِس
اَتھ اہم خیالس اَنزٕ نٚتریٚ گرٛھنٛخ کرَو کوٚشش۔ IMAGINATION لفظُک ترجمہٕ مانون اَسی
تخیل تہٕ FANCY لفظ باپتھ چھُس یہ "وٚہر" لفظ پیش کران۔ وٚہر بدل تھاوہن بہٕ "وٚوَن" مگر
سُہ چھِمنہٕ تیوٚت موزوٗن باسان زِ وٚنہ ریچ جاے دِمَس۔ کولرج چھُ اَتھ موضوعس متعلق پننٛ خاص تصور
سوٚتھرِس پیٹھ اَنان اَمان یمن دۄشونی لفظن یمن انگریزی زبانی منز ییٚنٛ اکھ طویل تواریخ چھُ لازم
ملزوم بناوِتھ استعمال کران۔ اَرداہمہِ صدی منز اٲسۍ یم دۄشوَے لفظ قریب قریب اکی سے
معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔ یموٚنتہٕ اوس مراد یوان تہٕ پادشاہ کتھ، پٔری ہٕنز کتھ، یا افسانہٕ سازی
مگر اَمہِ یا وجود اوس تخیل لفظ وٚہرنتہٕ پاتس بدوٗن کدٕنچہِ تیارِ منز مصروف باسان۔ اَمہِ تہٕ اوس
مطلب یوان نہٕ جمن ہُند تاثر تہٕ یمن ہُند یاداشتس منز موجود روزُن۔ اَرداہمہِ صدی منز
ییٚلہٕ تہٕ ادیب تہٕ نقاد تخیل تہٕ وٚہر ورتاوس منز اَنی تخیل لفظس اکھ زیادٕ عزتھ تہٕ احترام کرن۔
تِمن احساسن ہُند اکھ سٕون وُچھُن نرم تہٕ جان احساس گوو اَتھ تخیل لفظس سٟتۍ اَندی ہکھ جما، رٕد
وٚہر اَتھ سٟتۍ آے تھی کرنہٕ شٹھنیا۔ بییہِ طرح آری تہٕ خیالہٕ ہانکلہٕ ہنٛدی کٕری یم الگ الگ آسن۔ یمن یہ
کٕری وٚنہٕ۔ ہانکل وتوکھ تہٕ اَدِ کنہِ نہ یم چھِنہٕ ہانکل تنھ ہیکی ہتی۔ مگر اَرداہمہِ صدی منز آو منز کر
ٹٔنزی یمن دۄن لفظن ہُند سُہ معنہ اَدلہٕ بدلاوٕ نٕیس یمن اَمہ برونہہ وار وار دِنہٕ آمت اوس۔
وٚہرس آو دِلُک تخلیقی طاقت پُیترا دینہٕ تہٕ تخیل نشہِ آو یہِ تخلیقی طاقت جُدا کرنہٕ۔ مگر معنہٕ بدلی

ہنزٕ یہ کوشش رؤز کامیاب۔ یہ معنہٕ ہیوٚکہٕ عام سپد تھ۔ یژٕ رچھیٚی زٕمین دوٚن لفظن یُس اضٲفی معنہٕ دِنہٕ آمُت تہٕ مرتبہٕ حٲصل سُپدمُت اوس سُہ اوس اَرٕ زاہمہٕ صدی یہٕ ہندِس آخرس تام وَرتاوٕ کرِنہٕ یِوان۔ عام سُپدمُت زٕمین ہند معنہٕ تبدیلی ہنداوسہٕ سوالے پأدٕ سپدان۔ تخیل اوس دوٚتی پرٕتھ اَکِس تِہنٛدِ شانٕک تہٕ، وُنہِ پٕتھ شانکُ لفظ مانہٕ یِوان۔ چنانچہ ییٚلہٕ ولیم ٹیلر ۱۸۱۳ عیسوی یس منز وَرٕنس تخیلک تہٕ تخیلس وَنرُک معنے دِوٚن چھُ وآرڈز وُرتھ چھُ اَتھ ادلابدلی پیٹھٕ ۱۸۱۵ عیسوی ہنزِ نظمن ہندِس پیش لفظس منز تنقید کران وَنان زٕ وَنرِس مقابلہٕ گرٕتھ تخلیقی یا شاعرانہٕ اصولہٕ بأپتھ تخیل لفظا استعمال سپدُن۔ وآرڈس وُرتھ چھُ دپان زٕمین منز چھنٕہ یہ فرق زاکھ چھُ خوشوُن تہٕ ڈیٚی بایُک تہٕ بیاکھ پوٚرٕ پوٚرٕ سنجیدٕ تہٕ تھدٕ بایُک یوسہٕ رِعایت وآرڈس وُرتھ اَتھ وَنرِس دِوان چھُ (حالانکہ اَمہٕ مقابلُک مقصد اوس تخیلس وَنرِس پیٹھ تھزٕر دیُن) تمہٕ دیُت کولرجس تسکأیتھ کرنُک موقعہ۔ "بیوگرافیا" کِس تیٚہرِمس بأبس منز چھُ سُہ وآرڈس وُرتھس یتھ پأٹھی تنقید کران:۔

"اگر تھوٚد دٕنہٕ تہٕ یکجا کرنکہٕ طاقتہٕ نش چھُ مسٹر وآرڈس وُرتھ صرف تی مطلب نِوان یُس یہٕ اجتماعی تہٕ مربوطی تکہٕ نِوان چھُس۔ یہ کرٕنہٕ تیلہٕ یتھ کتھہِ انکار زِ اَتھ چھُ تخیلس ستی کانہٕ واٹھ۔ یہ سپدِ یہ وننس پیٹھ تیار زٕ تمی چھنے تخیلس ستی وَنرِچ موجودگی بدکہٕ تس منز غلطی کرمٕژ۔"

حالانکہ کولرج چھُ "بیوگرافیا" کِس ژوٗرِمس بأبس منز وآرڈس وُرتھس یتھ کتھہِ پیٹھ عظیم تحسین پیش کران زِ تمی وُزنوو کولرج سُند حِس یُس تمی ستہٕ تخیلُک نظریُک وَجہ بنیاد۔ وآرڈس وُرتھ چھُ وَنرِس تہٕ تخیلس متعلق سُہ اثر تہٕ نتیجہ زیرِ غور انان یم کنی یم دوشوَے شاعر یہٕ منز نموٗدار سپدان چھ۔ گویا سُہ اوس موجوٗد شاعر یہٕ ہندِس دُیتھس منز اَتھ اثرس تہٕ نتیجس تھزٕر بِرمینان۔ مگر کولرج چھُ اَتھ برعکس شاعری یتھ کُن تراوِتھ تخیلی تخلیقچہِ عملہٕ ہنزِ کتھ کران۔ یوٚدوَے تخیلس متعلق کولرج تہٕ وآرڈس وُرتھ بُنیادی طور مختلف چھنہٕ تاہم چھنے یہ کتھ دُرس زِ کولرج چھُ

پننِن دوستن مقابلہٕ زیادٕ منطقی، زیادٕ صاف زیادٕ علمی، زیادٕ نظریاتی تہٕ زیادٕ سوٚن نظر گرٕھان۔ بیٚیہ چھُ تس سٕہ کاٹھارِس نظریاتن ٹھوس شکل تہٕ ترتیب دِنس منز اہم کام انجام دِوان چھُ۔

کولرجن یوٚسہٕ وٕرتھ ٚنفے تہٕ تشریح تخیل لفظس کرٕتھ اندٕ اندٕ سمیٖیہ تم ساری بیٚیر یِم اَتھ زبردس اہمیتھ دِنہٕ باپتھ ضروٗری آسان تہٕ بنان چھِ۔ تَس پتہٕ یِنہٕ والیو کیٚنٛہو اَدیبو شاعرو نقادو تہٕ ادبی تواریخ لیکھن والیو کرٕ اَتھ پیٹھ پننہٕ خیال پیش۔ حق چھُ یہِ زِ تنقیدی دُنیہس منز چھ یوہے تمِ سُند بوٚڑ دیُت۔ اَتھی چھے تمِ سُندِس تنقیدس منز مرکزی حیثیت حاصل۔ اَگَر بُڈس بیدار مغز انگریزی نقاد ڈیوکاس سُند وَنُن چھُ زِ انگلستانس منز چھُ کولرج کم از کم روٗمانٹِک بوٚڑ نقاد۔ تہٕ تخیُل چھُ روٗمانٹِک زِندٕ روٗح۔ سُہ چھُ مزید وَنان "یمو وَنو کولرجن تخیل تہٕ وَہمَس فرقو وہتہٕ یمہٕ طریقہٕ تمِ اَتھ کام ہیٚترٕ تم چھِ وَنہِ سانہِ دانشوری ہنٛز رٕلہٕ اَیٚتر ہندی جِسٛز نبٕتھ ہیٚکی دِتی۔ ہاں یَیلہٕ تہٕ سَید سانین عالمن ہند نظام ہاوِ تبدیلی"۔ یہِ چھُ پزی یا کھوٗٹہ نہٕ رَد سَیدن دوٚل پَرٕ رِزِ کولرج سُندِس تخیلس متعلق نظریہ چھُ اہم تہٕ مشہور سوٚنچو منز۔ اَکھ سوٚنچ روزان۔ سوٚنچ یُس کولرج سنٛز شخصیژ ہندی مختلف تہٕ رنگا رنگ گوشہٕ اَسہٕ بَر دستھ کُن اَنان چھُ۔ سوٚنچ یُس کاٗفی بختاوار چھُ، یتھ منز یِنہٕ وول فرائڈ پوٚشید چھُ تہٕ یُس وجودیتس کُن تہِ اشارٕ کران چھُ۔ انسانی مسلہٕ کِس روٗحانی مستقبلس منز یوٚسہٕ زبردس اہمیتھ تہٕ عظمتھ اَتھ تخیلس چھے تتھ متعلق چھُ اَکھ بوٚڑ جدید انگریز نقاد آئی اے رِچاڑس "COLERIDGE ON IMAGINATION" ناوی کتابہٕ منز وَنان زِ یہِ اوس تمی انہارک اَکھ قدم یُس گلیلیوون جدید دُنیہس منز ترٕ وو۔

کولرِجس آس پرن بو چھِ۔ خاص کرٕتھ اَس تَس نفسیاتس تہٕ فلسفس سٟتؠ زیادے دلچسپی۔ سُہ اوس شاید گوڈنیُک شاعر تہٕ نقاد یمہٕ جرمن فلسفہٕ انگریزی ادبی تنقیدس منز شامل کوٚر۔ واریاہ ملکی تہٕ غارملکی فلسفہٕ پَرِنہٕ پتہٕ تہٕ یانہٕ پننہٕ فکرِ پیٹھ کوٚنہٕ درٕسہٕ دِنہٕ تہٕ واش کڈنہٕ

پَتہٕ چھُ کولرج تخیلس تہٕ وٕزرا متعلق یِتھ پاٹھؠ پننِن خیالن ترتیب دِوان۔
پتہٕ چھُس بہٕ تخیلاہ بُنیادی تہٕ ثانوی (PRIMARY OR SECONDARY)
تصوٗر کران۔ بُنیادی تخیل چھُہ بہٕ اکھ زِندٕ طاقتھ تہٕ اہم کارِندہ مانان تمام انسانی ادراکک۔ یمیہٕ
چھُس بہٕ یہِ محدوٗد ذِہنس منٛز تخلیق کاری یہٕ ہِندِ ابدی عملٕچ نقل مانان یوسہٕ ہیٚہ اند تہٕ
لامحدوٗدس منٛز آسان چھےٚ۔ ثانوی تخیل چھُس بہٕ گوڈنِکیُک پوٚت آو یا گٔنزِرٕ مانان یُس شعوٗری
ارادس سٟتؠ موجوٗد روزان چھُہ۔ مگر تمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ یہٕ پنٕنہِ اجنبی ہِندس قسمس منٛز بُنیادی تخیل
سےٚ ہیوٗ آسان۔ یہِ چھُ صرف درجس تہٕ کامہِ ہِندس طریٚس منٛز مختلف سپدان۔ یہِ چھُ چھوٚن
دِوان، چھکراوان، پھیرٕ دوان تہٕ وِگلاوان نوِ سرٕ تخلیق کرنکہِ غرضہٕ۔ ووٚنی یٚتھ جایہِ یہِ عمل
ناممکن بنان چھےٚ تتیتھ تہِ چھُ یہِ پرٚتھ چیزس پیٹھ بالادستی تصوراونہٕ، یکجا کرنہٕ تہٕ متحد
کرنہٕ باپتھ جد و جہد کران۔ یہِ چھُ بُنیادی لحاظٕ حیات پسند یِتھ پاٹھؠ تمام چیز (بحیثیت چیز)
بُنیادی طور ژٕھٹھمتؠ تہٕ بےٚ زوٗ باسان چھِہ۔
" وٕزرس چھُنہٕ اتھ برعکس بجز تنٛتٕھنیار تہٕ یِتھ ٹھوٗس آسنچ خصوصیتھ آسان چھےٚ کانٛہہ
تہٕ پٟتھ چیزاہ یِتھ سٟتؠ یہٕ پان آدراوِ ہےٚ تہٕ گِنٛدٕ ناہ کرِ ہےٚ۔ وٕزر چھُنہٕ بےٚ شک کہِنس سِوائے
یادداشتُک (MEMORY) اکھ اندازٕ تہٕ طرزٕ یُس آزاد چھُ کرنہٕ آمُت آسان وقتہٕ تہٕ جایہِ
ہنز پابندی یہِ نِشہٕ۔ یہِ چھُ مِلاونہٕ تہٕ شیرنہٕ یوان ارادکہٕ تمہٕ تجربی انہار سٟتؠ یمیُک اظہار
اَسہِ انتخاب لفظ زٕیوٕ پیٹھہٕ اٚنتھ کران چھِہ۔ مگر معموٗلی یادداشتکی پاٹھؠ گژھہِ وٕزر خیالہٕ ہانکلہِ
ہِندِ دستوٗر موجوٗب سوروٗرے مواد تیار، بتیار حاصل کرُن۔"
بُنیادی تخیلس تھٕر یِتھ وُچھان وُچھان چھِہ اَسہِ یِتھ نتیجس واتان زِ یہِ چھےٚ خودشعوٗرِچ
سوٚ عمل یوسہٕ تمام علمچ تہٕ ادراکچ بُنیاد بنان چھےٚ۔ یہِ مانی توٚن محض سوٚہ عمل یا حرکتھ یمہٕ کہ
برکتہٕ پرٚتھ کانٛہہ منٛز دُنیاہ تخلیق کران چھُہ۔ یہِ چھُ تمی عملٕچ ہِندِ انسانی نقل یمہٕ سٟتؠ خدائن یہِ

دُنیا تخلیق کوٚر۔ رۄد ثانوی تخیٖل یہ چھُ بُنیادی تخیلہٕ نِشہِ مختلف۔ یہِ چھُ شاعرانہٕ تخیٖل۔ یتھ پانٛژھی بُنیادی تخیٖل اُکی سےٚ عملہٕ منٛز ظاہر زانَن واکھ یکجا کران چھُ۔ تتھے پانٛژھی چھُ ثانوی تخیٖل یا شاعرانہٕ تخیٖل۔ شاعر سُند دل تِمن چیٖزن سٟتۍ یِمن سٟتۍ اُمی سُند سوٗچ تہٕ اُمی سٕنز فکر آوٕری آسان چھِ یکجا کران۔ یہِ چھُ سےٚ یُس نظم چھُ بناوان یعنی نظم یتھ منٛز۔ شاعر سُند تخیٖل کانٛہہ تہِ محسوس کوٚرمُت تٕہٕنٛد بێنہِ زمانہٕ مکانہٕ نِشہِ آزاد کرٕتھ بیاکھ دُنیا بناوہِ یا پتھ اُکس بدل زمانس تہٕ مکانس منٛز تتھ پانٛژھی سجاوان چھُ زِ یہِ چھُ تمیُک اکھ حصہٕ تہٕ خصوصیتھ بَنان۔ تتھی منٛز شریان، تتھ اظہار دِوان تہٕ تمیُک اظہار بنان تہٕ سے بَنان۔ یہِ چھُنہٕ مادی دُنیاہس منٛز موجود چیٖزن صرف نۆو ہیٚر پیش کران بلکہ چھُ یہِ اکھ نۆو وحدتھ بَنان یتھ پننُ الگ وجوٗد آسان چھُ۔ بقولِ کولرج چھُ یہِ مثل کران سٟتِن احساسَن سٟتِن خیالَن سٟتۍ۔ مُشاہدِ کرنَس منٛز تخیلی عناصرن سٟتۍ، یِمن ہنٛز ترمیم کاری یہِ منٛز پزُرک عالیشان تووزُن آسان چھُ۔ یوہے چھُ دراصل سُہ طاقتھ یُس دِرکہِ سوٚبزراوان والی سٕنز شخصیتھ اُکس معمولی بُڈس مقابلہٕ واڈس وٚرتھس نِش سٹھاہ زیادہ بنان پھٕنے تہٕ یُس بیاکھ نظم "ٹنٹرن" ابےٚ یکہٕ وُچھہٕ مَتہٕ نظارہٕ مقابلہٕ بێیہ تہٕ کیاہ نتہٕ آسان چھُ۔ واڈس وٕرتھ سٕنز اَتھ نظمہٕ منٛز چھُ نظارہٕ تہِ موجوٗد، مگر اَمیُک رۄح چھُ یمو نظارو کھوتہٕ سٹھاہ کُشادٕ۔ یم چھِ اَمہِ کہِ رۄحُک اکھ حصہٕ۔

رۄد وَنہر یہِ چھُ تخیلس مقابلہٕ سوٚتبران تہٕ تتھ نۆو ہیٚر ترتیب دِوان مگر یِمن ہُند وجوٗد چھُ تویتہِ الگ الگ موجود روزان۔ یم ہیکن بێیہ بیوٗن بیوٗن کرنہٕ یتھ۔ یِمن چھُنہٕ یکجا کرنہٕ وِزِ کانٛہہ تہِ نۆو چیٖز بناوہ نہٕ آمُت آسان۔ چیٖز یُس سوٚبزراوی متبوجز۔ وَونِشہِ مختلف آسہا۔ وَنہر چھُ معنے یہِ چہِ مختلف اکائیہ یمہٕ تخیلن گوڈے ترتیب دِتھ زہٕ آسان پھٕنے۔ تخیلس منٛز چھُ دِل وُسعتھ بَنان مگر وِرِس منٛز چھُ یہِ تِمن تخلیقن سٟتۍ ہشر بنان یمہٕ یتھ کالہٕ پاَدٕ گامِتہٕ آسان پھٕنے۔ یمن ہنٛز صورتھ چھِنہٕ تبدیل گژھان۔ اَتھ بیانس پھٕنے بارسلے ہنٛدِس

خیالہٕ ہانکل اصولَس ستۍ دانہٕ ۔ یٔمِس اَکِس اہم نقادلیوکاَس سُند وَنُن چھُ زِ وَنہٕ چھُ پننہٕ مُرتہٕ جمع کران تِس جانا وارہٕ ستہ دِ نۆٹِس لبنہٕ یِتھ ہیتھ آسان چھُ ۔ جان تہٕ اَجن ساَری چیز سۆبزان تہٕ یِیہٕ تِمن تِمی شیٚہٕ یِمہٕ شکلہٕ تِم آسان چھِ تِمِس دَرواز تلٕ ترتیب دِوان ہاں اَگہٕ سہٕ تصویر تبدیل تہٕ کرِ تھِتہٕ چھُنہٕ کانہہ نوٚو تہٕ بدل تصویر شکلان ۔ تَتھ چھُنہٕ کانہہ پھَل نیران۔ یہٕ تبدیلی چھےٚ خیالن مُنٛد ہانٛٹھ کھاند راسان یُس کانہہ تہٕ نوٚو تخلیق پیش کرٛان یا کرِتھ ہیکان چھُنہٕ ۔ اَتھ مقابلہٕ یِمن تخیل بنٕن اَتھ ڈالان چھُ تِم چھِ تخلیق پسند آسان۔ وَنہٕ چھُ دوٚن ژھوٚس چیزن رَل کران ماَنٛی توٚنٛدُکھ تہٕ شیشہ تر چھُ رلاوہٕ نہٕ یوان ۔ مگر یِم دوٚشوے چھِنہٕ اَکھاَکِس منز تحلیل سپدان تہٕ نہٕ بان ۔ یِم چھِ تی روزان یہٕ آسان چھِ ۔ یعنے گنٛدُکھ تہٕ شیشہ تر۔ اَتھ برعکس چھُ تخیلُک جوش اَکھ نوٚو مرکب تیار کران ۔ مثلن آیرن سلفایڈ ۔ دوٚن وکھ ماَدی چیزن ہُند ترییم مرکب یُس کُنہٕ تہٕ مِسکنہٕ ستۍ وکھراوُن ناممکن چھُ"۔

کولرج چھُ وَنہٕ س متعلق مزید گفتگو یِتھ پاٹھۍ کران :۔

" اگر کنہٕ چیزس کُنہٕ پھیر وَراَے فطرتَس ستۍ ہشر آسہٕ ناحصل آسہٕ بدہ دل کرُون ۔ یوت قریب زیادٕ مکمل آسہٕ تیوٚت آسہٕ نتیجہٕ بدصورتھ ۔ کانٛسہٕ مردہٕ سُند یا زنانہٕ ہُند ہو بہو نقل کیازِ چھُ کھرُون باسان اَمیُک وجہ چھُ یہٕ زِ یَیلہٕ اَسہٕ یِمن منز حرکتھ تہٕ زندگی ، یِمن ہُند اَسۍ توقع کران چھِ لتہٕ گرتھان چھِنہٕ اَسۍ چھِ صدمہٕ محسوس کران یِتھ پاٹھۍ اَسۍ اَیزٕ بوٚزِتھ کران چھِ ۔ تفصیلُک یہٕ یِتھ واقعہ یِیٚمہٕ اَسۍ یَدنتھ اَتھ یِتھ تیار کرٛی زِ یہٕ آسہٕ دلچسپ تہٕ یَزِ س مقابلہٕ آسہٕ اَتھ سوٚنٛتھ فرق یوٚہ سہٕ محسوس کروٚ"۔

یہٕ سورُے دَلہٕ پیش نظر تھاَوِتھ چھِ اَسۍ یِتھ یَزِ س یِتھ واتان زِ تخیُل چھُ وَنہٕ س مقابلہٕ یِتھاہ تھوٚد تہٕ زِنتدگی پسند ۔ اَتھ منز چھُ تخلیق کاَری ہُند طاقتھ یُس زندگی ہُند بقاہُک ضامن بنان چھُ ۔ یوٚہے چھُ فنُک تہٕ ادبُک رۄح تہٕ یوٚہے چھُ بجرچہٕ دَتہٕ ہُند

پاسبان ہتہٕ راچھدر بنان۔ تخیل چھُ سُہ جانا وارِیَس نہٕ صرف وُچھن حِس چھُ بلکہ یُس وُچھتہٕ بایُتھ
پکھِتہٕ پھِتہٕ چھنے۔ رُوٗد وَنہٕ سُہ چھُ نہٕ صرف اَمہٕ حِسہٕ نِشہٕ محرُوم بلکہ چھُ پھور رُوٗس تہٕ۔

کولرج چھُ تخیلس ESEMPLASTIC POWER یعنے مختلف چیزن یکجا رٹنک
طاقتھ مانان۔ طاقتھ یُس وکھرٕ وکھرٕ چیزن ہِحاظ کرِتھ اُکس وَحدتس منز اَنان چھُ تہٕ شکلاوان
چھُ۔ یہ چھُ اکھ سُہ لفظ یُمہٕ کولرج وارہِس حدس تام کتھہِ تموا اعتراضو نِشہٕ بچوویم نقادو اَکھ
نظریس خلاف تُلی بایہٕ وُنہٕتھ پیش کرِتھ کولرجن چھینہٕ بنیٖ کانہہ کتھ وُنی منز بلکہ چھُ تمی جرمنی
فلسفہٕ پیش کوٚرمُت۔ یہ اہم اصطلاح پھِتہٕ چھنے تس پتہٕ۔ نہٕ اوس یہ اَمہٕ برونہہ استعمال کرنہٕ
آمُت تہٕ نہٕ اوس اَتھ معنےیَس منز اَمیک استعمال تس روٚس بیٚیہ کانسہٕ کوٚرمُت۔ اَمہٕ
لفظکہِ استعمالہٕ ستۍ یُس خاص موڑ کولرجن تَتھ فلسفس دیُت یمیک سُہ بانی کار اوسنہٕ
سُے چھُ تس باقین نِشہٕ ممتاز کران تہٕ کولرج سُند بناوان۔ اُکس جدید نقاد گراہم سُند
وَنُن چھُ زِ کولرج ہندِس اَتھ نظریس منز چھِ اُمی شاعرس تہٕ اَمہٕ وقتکس تس عام آورِس انٛلس
یَس ستۍ اَرداہمہٕ صدی یہِ کانہہ تہٕ زان اَسنہٕ اکھ شگاف تہٕ ژھین ڈیشان یتھ منز دار
وار زیاد سند تھا آمژ چھنے۔ شاعر چھُ رہبر سُند رول پانہٕ ناوان تہٕ مغرُور تہٕ وَتہٕ ڈوٚلمُت
نسل چھُ اُمس متعلق پنُن رَدِ عمل یہ وُنہٕتھ ظاہر کران زِ یہ چھُ سماجس منز ناگہار۔ کُنٛوہمہِ
صدی یہ ہندِس آخرس پیٹھ چھُ شاعر سارِے دُنہِس پیٹھ یتھ پاٹھۍ زبردس جوابی حملہٕ
کران زِ سُہ چھُ مکمل پاٹھۍ ادب تہٕ فن سماجی رشتو نِشہٕ ژٕنان۔

کولرج ہندِس تخیلکس تصورس چھِ وارِیاہ پاس تہٕ روٗخ۔ اَتھ منز پھِتہٕ چھنے تمن اہم کتھن
تہٕ رازن ہنز نشاندہی موجود یمن ہُند آسُن تھدِس اَدبس تھوٚد بناوان چھُ۔ جدید شاعرس
چھِ اَتھ منز تم چیز درینٛٹھۍ یوان یمن ستۍ تس سیٹھاہ دلچسپی چھنے۔ شاید اَو کِنہٕ زِ یم چھِ اَز تہٕ جدید تنقیدی
منز پھِتہٕ چھنے یمن اَز تہٕ زبردس اہمیتھ حاصل۔

# جان کیٹس

جان کیٹس چھُ ۳۔ اکتوبر ۱۷۹۵ء منز لندنہ اَکس غریب گھرس منز زامُت۔ مأجس اوسُس تھامس ناو، تس آسی کُل پانژھ شُری تہ کیٹس اوسُس یونگ۔ یتھے یہ ہنا بوڈ گود یہ آدرین فیلڈ سکولس منز درج کرنہ۔ یتہ آمی کم زیاد لاطینی ہیوچھ۔ لاطینی ہیچھان ہیچھان گیہ اَمس یونانی تہ لاطینی دیومالایہ منز زبردس دلچسپی پادٕ۔ چنانچہ اَمیک اثر رُود اَمی سند شاعری پیٹھ ہمیشہ قایم۔ ۱۸۰۴ عیسوی مود اَمس مول تہ تسند یہ مألی یتیم۔ اَمہ ساعتہ اوس کیٹس صرف نوو ؤہر۔ اَمیک نتیجہ دراو یہ زِ اَمی سنز ماجہ تہ باقی شُرین ہیوٚ معمولی آمدنی پیٹھ اَتہ کَنہ کرُن۔ یَمہ ساعتہ کیٹس موج موٚیہ سُہ اوس تمہ وِزِ پنداہ ؤہر ۱۸۱۱ عیسوی منز آو کیٹس ایڈمنٹونہ اَکس سرجنس نیشہ بطور شاگرد سوزنہ۔ اَتھ سکولس منز رُود کیٹس ڈاکٹری مقابلہ شعر وشاعری ستی سیٹھاہ جذباتی لگاو۔ چنانچہ ۱۸۱۵ عیسوی پیٹھ ۱۸۱۷ عیسوی تام تھوو اَمی پنن شوغل لندن ہسپتالس منز تہ جاری۔ اکھ دوہا آو تہ کیٹس ہیوٚ پننس مستقبلس پیٹھ آخری فاصلہ کرُن۔ چنانچہ شاعری ستی جذباتی لگاو آسنہ کِنہ تراو تمی ڈاکٹری اَڈوتی تہ روٹن مستقل طور شاعری ہُند۔ داماَنہ۔ اگر اَمی سندس مأژس کُن ڈِچھو اَمی سُند یہ فاصلہ اوس نہ حاران کرُون کیہنہ تہ۔۔ اَمس اوس واریاہ کالہ پیٹھ شاعری ستی زبردس لگاو پادٕ گومُت تہ اَمہ یژھرک اظہار اوس تمی پننین تراٹہ باچن نش تہ کوٚرمُت۔ شاعری ہندِس اَکھ

دُنیہس منز اوسنہٕ اُمس پَننہِ کنہٕ تہٕ شوق وراۓ کانہہ بیہر یا وَتہٕ ہاوُک۔ البتہٕ لی ہنٹ، ہیزلِٹ ہیڈن، شیلے، گوڈوِن تہٕ چارلس، کوڈن کلرک بیترِ آسۍ اَمی سٕندۍ رفیق تہٕ دوس بناوی متۍ۔ یِم ساری آسۍ پانہٕ تہٕ اُدیب فلسفی تہٕ اہم قلم کار۔

کیٹس رُود کمہِ ہے کالَس زندٕ۔ اَمی سُنز زندگی ہنٛد ساری دوہ آسۍ پُرسوز، خاندان اوسُس دلہٕ بیمارِ ہنٛد شکار سپدمُت تہٕ کیٹسس تہٕ تورٛاَمہِ بیمارِ منز پنُن حصہٕ۔ یوٚکٹس چھے یہِ بیمٲری زیادٕ اثر کران تہٕ کیٹسہٕ سُند سورُے لوکچار ژوپ تہٕ کھیو اَمی خطرناک بیمارِ۔ پنُن بوے یِس ستہِ تِس میوٹھ بکے تون اوس سُہ تہٕ موٗدلو کٕٹ۔ اَمی سٕندی مرنٕ پتہٕ گوو کیٹس یوٚہے پرژھیوٚن ہیو۔ کیٹس کرے یہٕ اُمس بایس وَرٕتھ وانجہٕ تہٕ سو دلہٕ خدمت مگر سُہ جانہٕ مرگ بچوس نہٕ کینہہ

کیٹس اوس اکِس شوخ تہٕ نخرٕل کورِ پتہٕ ہورمُت۔ یِس فینی براوُن ناوا اوس۔ یہِ اوس ۱۸۱۸ عیسوی ہنٛد زمانہٕ۔ اُمس کورِ کُن وُچھتھ اوس کیٹسس زندگی پیٹھ اعتبار ہیوٚ پوان تہٕ پنُن دود واریاہ مشان۔ مگر اَمی سُند یہِ معشوق اوس عجیبے انسان۔ کیٹس اوس سنجیدٕ دل وٕ دماغُک مالک مگر فینی براوُن اَس شوخ نخرٕل تہٕ یاو۔ اُمس چھے کیٹسن واریاہ نامہٕ تہٕ چِھٹھ لیچھمٕتۍ۔ یِمہٕ چھے سیٹھاہ حسین تہٕ دلچسپ۔ کیٹسن یِم تہٕ باقے خط چھِ تم چھِ اَمی سٕنز زندگی ہٕنٛدۍ رنگ برنگی گوشہٕ اَسہِ برونٛہہ کُن انان۔ اکثر خط چھِ اَمی سٕنز بٔژٕ فنکٲری پیٹھ موہر ترٛاوان تہٕ اَمی سٕنٛدۍ پوختہٕ دل وٕ دماغُک پَے دِوان۔ اُمس اوس فینی براونہٕ ستہِ زندگی گزارنُک سیٹھاہ شوق تہٕ مگر یہِ شوق آو نہٕ تِس بامل۔ یوٗتہِ کتھ سپٕز ناکام تہٕ اَمی ناکٲمی ہٕنٛد خراب تہٕ برٕ اثر پیوس تمہِ ستہِ ژیمٕ سُند خراب صحت سپُد وارِے خراب۔

کیٹس گوو ۱۸۲۰ عیسوی منز۔ لندنہٕ پیٹھ اٹلی رواٗنہٕ۔ ژوٗ اوسُس ناٹھیک تہٕ ووٚمید اَسس صحت یاب سپدنٕچ۔ اَتھ سفرس منز اوسُس پنُن اکھ جانی دوس سیوٗزن تہٕ ستہِ۔ ساری سے سفرس منز کٔرٕ تِس اَمی دوستن وَرٕتھ وانجہٕ خدمت، برابر ۲۳، فروری ۱۸۲۱ تام۔

سُہ دوہ ییلہِ کیٹس یمہِ دُنیاہ منٛز ہمیشہٕ باپتھ رخصت سپد ۔ چنانچہ دُنہک یہ وَڈ جانہٕ مرگ شاعر سپد اٹلی اندر یہ دفن ته۔

کیٹسہ سنٛز شاعری ہنز تیمبر چھپے تمہ ساتہ دُنی ہوان ییلہِ تمہ اکس مشہور انگریز شاعر سیمن سَرِ ستہ "فیری کوین" پَر ۔ امی ستہ ن نظمن ہُند اکُم جلد سپد ۱۸۱۷ عیسوی ہس منٛز چھاپ اَتھ پیٹھ چھ کلہٕ ارداہ یمہِ صدی ہند جذباتی رنگک گوٛن سایہ ۔ امہِ علاوٕ چھپے اتھ منٛز لی ہنٹن اثر تہ صاف وزنہ لوان ۔ مگر امہِ باوجود چھ اَتھ منٛز جان تہ رِتی تخلیق تہ ۔

امی دورک چھُ سُہ ساہنٹ تہ یمُک عنوان چھُ "چیپ مین سُند ہوم پھران پھران"

ی ہنٹنس اَثرس تہ کلرک ہندِس جانی دوستانُس تل پتھ کوٛر کیٹسن بحیثیت ادیب زندہ روزنک فاصلہ ۔ چنانچہِ ۱۸۱۸ منٛز چھوپ تمہ "اندٕمیان" دوستن منٛز سپدِس تہتھ سیٹھاہ تعریف ۔ مگر ادبن ہنز بیاکھ جماعتا پسیر ۔ اَمِس اَتھ پیٹھ سخ مخالف ۔ تموکری کیٹسس پیٹھ شدید حملہ ۔ چنانچہ ییلہِ کیہنہ وری پتہ کیٹس موٛد تمہ ہندِین اَڈِین دوستن سپد گمان زِ کیٹس موٛر امی ناسہ تراُس تہ بے رحم تنقیدن ۔ امہِ قسمک یقین کرن والین منٛز اوس تمہ سُند ہم زمانہ تہ انگریزی زبانی ہُند بوڈ بار شاعر شیلے تہ ۔ چنانچہ تمُس مرتی "اے ڈونس" عنوانس تحت کیٹس پیٹھ تخلیق کوٛر تتھ منٛز چھپے تمہ یمن ظالم تنقید نگارن برخلاف تمہِن لفظن منٛز پننہ نفرتک اظہار کوٛر مُت ۔

مگر اَتھ منٛز چھُنہ پزر زِ کیٹس کیاہ موٛر تنقید نگار و تکیارہ سُہ اوس پانہٕ اکھ بیدار مغز تہ پوختہ کار شاعر تہ فنکار ۔ تَس اَس فنَس پیٹھ سیٹھاہ تیز نظر تہ بیہ اُسس سلیقہ وار تنقیدی مزاج ۔ تمہ چھُ یمن تنقید نگارن ہنز شرکہ پیٹھ پننین خطن منٛز ذکر کوٛرمُت ۔ وارِیاہن شاعرن تہ ادیبن برعکس اوس سُہ مصلحت پسندی خلاف یُسہ اوس تی کران یہ یمنہ ہے ۔ تی وَنان یتھ پیٹھ دِل گواہی دی ہَس ۔ سے لفظ استعمال کران یُس موزون بآ

ہَس ۔سو کیفیت لفظن ہنٛد ذریعہ بێین تام مُنتقل کران یوٗسہٕ تس بێیَن تام واتناوِنۍ آسہِ ہے۔ چنانچہ پێنس اکس خطس منٛز چھُس سُہ لیکھان ۔

"موجوٗد ژٕہ ورأے چھُنہٕ ہے کانٛہہ چیز تہٕ
دوٛہو کڈ ناوان، یوسہٕ وُنِ افسانہٕ روٗزِ
ہے ہمیشہِ سترس پێٹھ تھاوان۔ یا اگر
کانٛہہ ژٕر میانہ دارِ نِش یِیہِ، بہٕ چھُسُس امہِ
سندِس وجوٗدس منٛز حصہِ ہیوان تہٕ اندی
ٹیکھو دانہٕ تلان۔"

کیٹس سندی یِم خیال مدِنظر تھاوِتھ چھُ یہِ وَنُن سیٹھاہ ویوٚتھ باسان ز سُہ مورتِمو ناسہٕ تژاسہ تنقیدن یُس تمِس پێٹھ کرنہٕ آو۔ پزر چھُ یِ زِ سُہ مورٕ تمو پرخلاف تنقیدن یُس تمِس پێٹھ کرنہٕ آو حق چھُ یِ زِ کیٹس سپد تہٕ تمہٕ تنقیدہِ سِتۍ کانٛہہ اثر یُس تمہٕ سندین کارنامن پێٹھ کرنہٕ آو۔

کیٹس سنٛز مشہوٗر زیٹھ نظم "اینڈمیان"، اُس لہجہِ کِنۍ ایلزبتھے تہٕ رومانوی۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھِ جس بیدار کرن وٲلۍ تصویر تہٕ امیج۔ اَمہِ لفظ زاَر چھِ خیال ٹوٗنی۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ اَتھ نظمہِ منٛز چھِ واریاہ غار ضروٗری تفصیل۔ مگر یِلہِ اَسۍ اَتھ نظمہِ پێٹھ کُلہم نظر ترٛاوان چھِ، اَسہِ چھِ اَتھ منٛز سو سرتاز شاعری بوزنہٕ یِوان یوٗسہٕ سوٗر سوٗر کروِنۍ تہٕ جاندار چھے۔ اَمہِ سندِن نظمن ہنٛد آخری جلد درٛاو ۱۸۲۰ عیسوی منٛز۔ بازرس اَتھ منٛز چھِ اَمہِ سندی بہلہِ پایکۍ تخلیق یِمن منٛز۔ باقی وار یہوٚ نظمو علاوہ 'لیمیا'، 'ازابلا'، 'دی ایواف سینٹ اگینز'، 'ہائی پیرین' چھِ تعریفوٗنِش بے نیاز۔ دی ایواف سینٹ اگینز تہٕ ہائی پیرین چھِ عظیم نظم تہٕ تمہٕ سند بیانیہ اَدبکۍ بڑی بار شہکار۔ مگر ہائی پیرین نظمہِ چھُنہٕ سُہ واٹھ تہٕ

گنڈیُس اَتھ آسُن زٕتھ۔ یِتھ رٕودی اوٗدٲتمِن ہنٛز شان، نوزکی تہٕ ہم آہنگی چھِ تہنٛدِ لازوال آہنگکی ضامِن۔

کیٹس چھُ بحیثیت شاعر تہٕ ادیب یوٗت تہٕ تھوٚد مگر اَمی ہنٛز صلاحیت فہم ادراک تہٕ ذہنیت چھےٚ بٔڈاہ بٔڈ تہٕ تھٔز۔ اَمی یہِ کیتہٕ ہاہ پانہٕ تخلیق کوٗرمُت چھُ تہٕ یِہ اَمِس پیٹھ تہٕ اَمی ہٕناریِن تخلیقاتن پیٹھ تنقید کرنہٕ آمُت چھُ تتھ کُن وُچھتھ چھُ یہِ وَنُن پوٚز زِ ہرگاہ یہِ ادیب بٔنِتھ کیہتہٕ کالاہ زِندٕ روزِہے یہِ کَرِہے سٮ۪ٹھاہ کمال۔ دُنیہس منٛز چھِ وارِیاہ ادیب تہٕ شاعر تِم تہٕ یِمو زندگی ہندِس معموٗلی حصس منٛز پنٕنی مارٕ مٔندی تخلیقات پیش کٔرِ تہٕ پتہٕ زٕھوکِ یِمن اَرن تہٕ آبشارن ہندی پاٹھی یِمَن آگرٕ کِ واتھ زٕھناں چھُ۔ وارِیاہ ادیب چھِ تِم تہٕ یِمو گوڈٕ گوڈٕ موٗلُل ادب پادٕ کوٗر تہٕ پتہٕ رٕودی یاتہٕ اَتھی للہٕ کھوٚل کران تہٕ نتہٕ توٚگکھ نہٕ یتھ ہیٚو یا اَمہِ کھوتہٕ جان ادب باقی تمام وُمرِ پادٕ کٔرِن۔ مگر کیٹس چھُ تِمو نش یِوَن تہٕ جُدا یہِ رٕود لگ بھگ پیتژہن ؤری ین زِندٕ تہٕ اَتھ موختصر دورس اندریُس ادب اَمی پادٕ کوٗر تتھ روٗزِ تہٕ ہہ ہران تہٕ مستی بَرٕتان۔ کیٹس چھُ گوڈٕ پیٹھے پنٕنِس ادبس عارضٕ وٗری تہٕ ہُریمانہٕ عنصرو نش بچاونچ کامیاب کوٚشش کران۔ اَتھ چھُ سُہ عظیم شاعرن ستی رَلان۔ اَمی سُند ذہن اوس روشن۔ یِہ اوس پنٕنِس ضمیرس ہروٗز دٔلس رٹان تہٕ سام ہیوان یِمو صفتو موجب اَمی سُند فن تہٕ سُہ پنٕنیو پرٕزلوٗن تہٕ مایہ دار۔ اَمی سُندِ یہِ کمال وُچھتھ چھُ اَسہِ داد دِین ہیوان اَمی سُندِ یِس تتھ فاصلس یُس اَمی لوکچارس منٛز ڈاکٹری ترٛاونس منٛز تہٕ شاعری کرنس متعلق کوٚرمُت اوس۔ یہِ کَتھ تہٕ چھےٚ مانٛنٕ ہیوان زِ کیٹس اوس نہٕ سُہ جذباتی شرٕ یِس ہم زمانن ہند مخالف تنقید برکوٕ ہے۔ تِمی سُند گف چھُ:

"یِہ زانکھ عام لُکھ ہمیشہٕ پنٕنی احسان مند پنٕنیو شعرو

کِنہٕ بہ ہیکہٕ نہٕ پنُن پان تہنٛد احسان مند تصور

کرِتھ تہند پوتعریفو موکھن۔ یہ ہیکہ تموٚ ورائے تہ بۄکھتھ۔"

کیٹس سُند مزاز تہ طبیعت اوس تموٚ خصوصیژ وِستی مالامال یم اَکس اہم فنکارس آسنہٕ گژھن۔ انسانہٕ سنز اخلاقی زندگی منز یم سنّ تہ گٔنی پرژ آسان چھ، تِمن سُہ وِتھی پۄتھی یا گوٚ فلسفہ ناو تھوان چھُ۔ تموٚ بنتہِ تہ رۄد پتہ سُہ زنہہ بے پرواہ۔ یہ چھُ پوز زِ یمیا نظمن منز ییلہ تَس دِل ٹھاں تہ سَرداں چھُ سُہ چھُ اَمس پامہ پتہ ژُری کہ دِوان مگر باتے پر پتھ جایہ ییمہ باوجود زِ تَس اوس حسی دُنیا زیاد ٹوٹھ۔ چھُ تمی سُند فن فلسفیانہ۔ اَتھ کُنہِ پیو دہِ ہنا واش کڈنی تہ کیاز اَمی سنز شاعری چھ کیہتہ پہ ذہنہ اَڈی اَڈی کڈان زِ یہ چھے پدمر۔ تہ بصورتِ میٹھیوارنالڈنی یہ کُنتھ پرژ اسہ تہ مانژ تہ پانژاوِنی۔" حُسن ژھانڈنس منز آسی تہ کیٹس سندی بے انتہا شوق تہ خاہش صرف حسی" بلکہ اوس یہ ذہنی تہ روحانی شوق تہ خاہش۔

یہ نیچرل شاعری منز چھ اَمس اکہ طرفہٕ یونانی داستانہ اُکساوان تہ بییہ طرفہٕ انگلستانکہ گام۔ یہ شاعری چھے اظہار قدرتکین نظارن ہند ساد، شریف تہ بار بار دُچھمہٕ تہ حسنکی۔ اَتھ شاعری منز چھُ شاعر سُند تخیل بانبر ورائے اکہ نظارہ پیٹھ بییس نظارس، اکہ جیرِ پیٹھ بییس جیرِ تام شوقہٕ سان خوش قدمی کران۔ تصویرچہ پرتھ کُنہ لنجہ وار پاٹھی سام ہیوان تہ حسن تہ خوشی نوش کران۔ سُہ حسن تہ خوشی یتھ منز اَمیک غم تہ درد شامل چھُ۔ اَتھ شاعری چھُ حسین تہ یوہے باسہ وُن لذت ہیو۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ کھُر کانہہ تضاد تہ کانہہ طوفان ینن تمام ہم زمانہ شاعرن منز چھُ کیٹس اکھ واحد شاعر یُس قدرتس خاموش تہ پُرامن مزاز منز پسند کران چھُ۔ اَمی سُند بیان چھُ اَتھ نرم، شریف تہ خاموش بناوان۔ یہ چھُ بوزُن بوزُن نغموٚ ستی فصیح باسان۔ یوہے وجہ چھُ زِ اَمی سندی حُسن قدرتس متعلق بیانہٕ چھِ نرم نوزک تہ پُرسوز۔

کیٹس سِند درجہ بدرجہ ترقی ستی چھُ اَمی سندس سٹائلس تہ اندازس

تہٕ پوچھرٕ تہٕ حُسن ان ۔ الز بھی تہٕ جیکوین شاعرَن ہندِس اَثرس تَل چھُ یہِ ہندِس شاعرانہٕ ڈکشنس پھیرُ دِوان تہٕ جبرٕ وتہٕ سان نۆوٕ لفظ بناوان ۔ مگر اَتھ چھُ کیٹس جبرٕ وتہٕ سان کَرِنہٕ کرٕ ی کرٕ ی خالص پنُن بناوان تہٕ غارموزوٗن عنصر ونش آزاد کران ۔ باشعور فنکار آسنہٕ کِنۍ چھُ یہِ نٕنِس کلامَس سوشیر تزار کران یوسہٕ حارَان کَرَدٕنی چھہٕ ۔ اَمہِ سندِ فنۍ خوشبوے مشکہٕ ناوتھ چھُ ارنال ڈونال زٕ اَمہِ سند تخلیقات چھہِ شیکسپیئرٕ نہٕ گاچہٕ ۔ ڈِلٹن ہری چھُ قریب قریب یہِ خیال پیش کران زِ اگر سُہ زیادٕ کالس زندٕ روزِہے سُہ بنہِ ہے بیاکھ شیکسپیئر۔

ترجمن ہندِس یتھ لوکٹس مجموعس منز چھہِ کیٹس سنز نظمہٕ ۔ اکھ چھُ "بلبلس کُن" تہٕ بیاکھ ہردس کُن[1] ۔ یِم دۆشوے چھہِ کیٹس سندۍ اوڈٕ حقیقت پیچھے یہِ زِ کیٹس سندۍ ساری اوڈٕ چھہِ اَمہِ سند عظیم فنکار آسنکۍ ٹھوس تہٕ ٹھوکہٕ ثبوت پیش کران اوبرایٹن چھُ وَنان :۔

یِمن اوڈن ہنز پرِتھ لاَن چھےٚ اکہٕ تمہٕ نِنجہٕ ہندۍ پاٹھۍ یوسہٕ

میوکہ بارہٕ ستۍ گوبتھ تۆتھ بون چھےٚ دٕرِتھ منز آسان زِ اَمہٕ کہٕ

پھٹنک اندیشہٕ چھُ پاد سَپدان"۔

"ہردس کُن" چھُ کیٹس سند آخری اوڈ تہٕ یہِ چھُ ۱۸۲۰ عیسوی منز چھاپ سپدمُت۔ تنقید نگارن ہندی کِنۍ چھُ یہِ اَمہِ سند یوساری سے اوڈو منز مکمل ۔ شاید چھُ یہِ اَمہِ سند یوساری سے نظمو منز ہٕرَن داَرِس زیادٕ مطمین کرٕ ونی ۔ ساری سے اوڈس منز چھُ اکھ مکمل ربط تہٕ واٹھ ۔ اگرچہ ظاہری طور چھُ یہِ اوڈ ترن حصن منز باگراونہٕ آمُت ۔ بیمہٕ نظمکی بند چھہِ باقی نظمن ہند یو بند ونش ہنا مختلف ۔ یکیاز یِمن بندن منز چھہِ کہو بجاے دہ لاَنہٕ تہٕ یوتۍ نہٕ لاَنہٕ غزلکہٕ شاہرکی پاٹھۍ ۔ اکیم مصرعہ چھُ کُلہم یتھ کِتھہٕ پیٹھ ختم سپدان زِ ہرُد چھُ رتہٕ کالہک اکھ زیچھر تہٕ سلسلہٕ ۔ ماچھ تمرن چھُ کم از کم یی باسان یکیاز تمہٕ چھےٚ اَتھ موسمس منز پوشن ہند دیدار کران ۔ ساری سے بندس منز چھُ قریب قریب یوہے خیال پوشید ۔

[1] اَمہِ باپتھ وُچھو رنگ نظران ہندی" ۔ (فراق)

ہرُدہٕ تہٕ افتابہٕ چھُ جانٛی تہٕ اَژھن یار تہٕ یہند اَمہٕ زندٕ یارانکی تہٕ شرکتکی پاداوار چھِ مٔز دار پوٗرٕ میو۔ پوٛختگی تہٕ تازگی پیٹھ یُس زور دِنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ اہم تِتھےٚ پاٹھۍ یِتھ پاٹھۍ متحرک فعلن ہُند چھُ۔ اَمہٕ سٟتۍ چھُ تمام بندس حرکژ منٛز روانی تہٕ طاقت یوان۔ دوٚیمس بندس منٛز چھُ مزاژ تبدیل سپدان کالی تہٕ تھکنس کُن جمودس کُن۔ ہرُدیُس گوڈنکس بندس منٛز بحیثیت مرد شخصاوہٕ یوان چھُ، چھُ وٕنی زناہٕ تصوٗر کرنہٕ یوان تہٕ فصل لوٚکہٕ کین ژوٗن مختلف نظارن منٛز سمکھان۔ گوڈنکس سٟنِس منٛز چھُ ہرُد زناہٕ ہِنٛدٕ داں کُچھ نِش بظاہر نوسیتھ تھکتھ بِنہٕ اُندٕ اکھ پٔتِس نِش بے نیاز ہیتھ۔ تمُ سُندِس چھُ تھوٗدتھوٗد وٕتھان تمہٕ یِچھ واوہٕ سٟتۍ یِنہٕ گریسہٕ فصل ژھٹان ژھٹان پادٕ کران چھُ۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ یہٕ فصل آنگنس سیٛہ منٛز سِ تُسوٗنگتھ آسان۔ آخری دوٚن سٟنن منٛز چھُ سوکلس پیٹھ فصلک گوٚب بوٚر ہیتھ یِہ دارآرس سیٹھاہ احتیاط سان تران۔ پتہٕ چھُس صبر سان وُچھان نظارٕ تہٕ تماشہٕ تنٛتِھ یِتھ زوٗنٹن مشینہٕ سٟتۍ رس کڈان چھُ۔

آخری بندس منٛز چھُ نوٚوسان وزان۔ احساس چھُ بیدار گژھان تہٕ یِتھ کِتھ پیٹھ واتان زِ یہٕ چھُ سالانہٕ پادٕ اُیشہٕ ہُند خاتمہٕ تہٕ اند۔ یہٕ چھُنہٕ کُمیک ابتدا۔ یہٕ چھُنہٕ وری یک سُہ نوبہار یُلہٕ زندگی پریتھ طرفہٕ مَس باگران چھےٚ بلکہ چھُ یہٕ اُمیک اَند تہٕ خاتمہٕ۔ اگرچہ یہٕ خیال چھُنہٕ یِتھی طریقس پیٹھ بیان کرنہٕ آمُت مگر سہ

تم سوخن منٛزاد ترادُکھ تم غزل

تہٕ باقےٚ شعرن ہندین لفظن تہٕ مزاژس اندر چھُ یوہےٚ جذبہٕ کارفرما۔ کیٹس چھُ مانان زِ ہرِدس چھُ پنُن مزٕ تہٕ مس چھو رموسیقی۔ مگر یہٕ مزٕ تہٕ مَس چھو رموسیقی چھےٚ بہارس کُن وُچھتھ کم مایہٕ۔ بے شمار جانادارن ہنزٕ ولولو بدلہٕ۔ یِمہٕ بہارس شوٗب تہٕ زندگی سرمستی تہٕ تازگی ہرُدس دِوان چھِ۔ چھِ اَسہٕ دٕچھ پوٚنیرن، کرٕ بِجن ویر پوشہٕ توٗلن تہٕ کُتہٕ جن

ہنز بولہِ بوزان۔ کٔتہ چھِے بولان مگر ستی چھِے سمان یکجا گرشھان تہٕ ژٕلان بیٚیِن گرم علاقن تہٕ ملکن۔ امہِ ستی چھِ ذہنُک تصور یوان یتھ منز کٔتجہٕ تہٕ ژٕلان چھِے۔ "ہر دس کُن" نظم چھِے اَتھی پرٕ سوزناکوس منز دواتان۔ یتھ منز چھِنہٕ کانہہ شک زِ ہر دُک حسن چھُ تمام حسین ہیوٗ سان فنکارانہ حسابہٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ مگر امہِ باوجود چھُ نظم پران پران یہ احساس تہٕ وقتلان زِ اتھ پتہ چھُ فان سپدُن۔ یہ جذبہ تہٕ احساس چھُنہٕ نظمہِ اندر بیان کرنہٕ آمُت۔ مگر یہ کیٹس تھاوِ نظمہِ منز بیان کرنہٕ آمُت چھُ، سُہ اگرچہ مختلف چھُ امہِ نسِ مگر سُے چھُ پرن والس منز یہ جذبہ تہٕ حس پاداہ کران، مثلن ؎

یِنہٕ گرشھن پھوٚلی پھوٚلی ژٕ رستھ اَدہ یِیِتہ پوٚت کوش پوش

ماچھ تُلرِن ہے چھُ حاجت واریاہ

رِتمہٕ گرشھن سوٚنچنہٕ گرم دوہ پھلِیہ پوشن ہندِ یوق چھِنہٕ سورُن

تال دِتھ تھوٚو منز چھِ رِتہٕ کالن ہِہندِ ریم ماچھ گن

اَز کتیو چھی نو بہارکی نغمہ؟ ہو یاروکوٚتو گامتی چھ تم؟

کٔتجہِ فضہِ ہس کُن ژٕلان لاران تُلان اکھ جُری گشاہ

ستمبر ۲۱، ۱۸۱۹ عیسوی منز چھُ کیٹس ونچسٹرہ پیٹھہ پننس اکس دوستس جان ہملٹن رینالڈس لیکھان۔ دوہ نی کوتاہ حسین موسم چھُ۔ ہوا کوتاہ خوشگوار چھُ..... اتھ ستی چھِے خوشگوار شدت۔ پزی کنی تہٕ ٹھیٹھ ورٲے چھُ بہ لاگ موسم تہٕ میوٹھ ٹب۔ مے چھِنہٕ زانہہ تہٕ تم کھیہ تہٕ ڈل یمن فصل زوٚ ٹمٹ آسہ تہٕ گاہ سکو دَن اُنھی آسن موجود یِیِتہ سَنہ وِنی تہٕ شوب دار بوزنہٕ آمتی ییِتہ اَز یوان چھم۔ ریم چھیچھ بہتر بہار کہ زنہ وُنہ سبزار کھوتہٕ۔ موخصر بوزِ ریم کھیہ تہٕ ڈل چھ ہناوشی

باسان تِھَے پأٹھی یِتھ پأٹھی کینہہ تصویر باسان چھِہ، یِمہِ موسمن کوٚرمیے آتھوارِ دوہ خوش قدمی کران کران تیوٚتھ اثر زِ میے پیو واتھ یٚیٹھ قلم تُلن۔ کیٹسن کیاہ کوٚر تخلیق ؟ سُہ کتھ یٚیٹھ گوو قلم تُلنس یٚیٹھ مجبوٗر ؟ سوال اَسہِ یہاے ہرِ دِس کُن "نظم کیٹس سنز یہ چھِ چھِپے یمہ کتھِ ہند ثبوت زِ یہ نظم تخلیق کرنک نزدیک سبب اوس سُہ سروٗریس فن کارن ہرِ د کالس منز اتہِ حاصل کوٚرمُت اوس۔ امہِ نظمہ ہند حاصل چھُ نظارو تہٕ آوازو سیتِ ہرِ دُک آلوٗیس اَسہِ منز یوٚرِ ہرِ دُک تصوٗر یادِ کران چھُ۔ اَتھ کُن وُچھتھ پَزِ نہٕ اَسہِ ہرِ دِچ اَخری موٗلوٗسی مُبالغہ آمیز بناونی۔ نظم پَرِتھ یہ کینژھاہ سانین مزازن ہندِس ژٕکس تَل بہان چھُ سُہ چھُنہٕ موٗلوٗس تہٕ سَرِ دکرُون غم بلکہ اکھ لوٚتھ ندامت مگر غم آلایش چھِپے بہر صوٗرت یمن دوشونی موٗڈن منز۔ اَتھ کُن وُچھتھ ہیکوٚ نہٕ اَسی یمن ادبن تہٕ تنقید نگارن ہندی پأٹھی یہ وُنتھ زِ اَتھ نظمہِ منز چھُ کیٹس سُند موٗڈ پُرامن تہٕ نظم چھِپے مسرتُک پُرامن اظہار تہٕ کیٹس سندِ پوختگی ہند ثبوت۔ نظمہِ منز چھِپے فنیح پوختگی ضروٗر۔ اَتھ منز چھُ ہرِ دُک پُرمسرت بیان تہٕ مگر کیٹس سندین باقی اوڈن ہندی پأٹھی چھُ یتھ منز تہٕ وقتکہ ژلنُک تہٕ حُسنکِ ختم سپدنُک خیال پرتھ شعرس منز موجوٗد۔ اُتھ پَزِ رس ہیکِہ نہٕ کانہہ تہٕ اِنکار کرِتھ۔

بُلبُلس کُن چھُ جان کیٹس سُند بیاکھ اوڈ۔ یہ اوڈ چھُ تمہِ ہیمپسٹیڈس منز یتہِ سُہ پننس دوست براونس نِش بطور مہمان رُوزِتھ اوس ۱۸۱۹ عیسوی ہندِس بہارس منز تخلیق کوٚرمُت۔ اپریل اوس تہٕ اکُ بُلبُلن بنوو باغس منز اول۔ بروٚنہہ سُند وَنُن چھُ۔

کیٹس باسیہ اکھ خاموش تہٕ مُسلسل مسرت امہِ سندین نغمن منز صُبحکہ ناشتہٕ پیٹھ نی امہِ اکہِ دوہن کرسی اکس سبز درمہٕ پلاٹس نش تہٕ روٗدِ اکس۔ دچھِ کُلس تَل دوہن یارن گرن۔ یتہِ پیلہِ سُہ مکانس منز تراوِمیے وُچھُس کینہہ کاغذ ریلہ اَتھس کیتھ۔ یمہِ ٹکرِ تھوٚی

اُمی پوٗر پاٹھۍ بَند کٔرِتھ کتابَن پٮ۪ٹھ کُن اطمینانہٕ سان یِژٕ زِ ہوٚ غار کٔرِتھ زِ مے فکرِ زیٖم رلہٕ ژٕوٕر پانژھ اَکی۔ بٔرِتھ یِمَن شاعرانہٕ احساساتو سٟتۍ یِمَن تٔس منٛز بُلبُل ہٕندی نغمہٕ یوٚزِتھ وُزِنۍ ہٕنٛز۔ اُس نظمہٕ ہٕندِ بندَن اَکھ ترتیب دِنۍ مُشکل تکیازِ یہِ اُس ژُون پانژَن کاغذ رلن پٮ۪ٹھ تہٕ یٮ۪نیہ اوٚسُس تہٕ دستخط صاف کیہہ۔ تمۍ ہٕنٛد مدد سٟتۍ گوس یہ کامیاب تہٕ وُچھِم بُلبُلس کُن نظم۔ نظمہٕ ہٕنٛد خُلاصہ چھُ یہِ زِ بُلبُل ہٕندی نغمہٕ چھہٕ شاعر ہٕندِس دِلس منٛز عجیب دود ہیوٗ پاد کران۔ تہٕ اُمی ہٕندِ حد کھوٗتہٕ زیاد خوش آسنہٕ کِنۍ اُمی ہٕندین حسن میٹھیہ عنوٗدگی تہٕ بے ہوشی ہُند اثر ترٛاوان۔ سہٕ چھُ بٔرِتھان تمہٕ شراب پیالہٕ کہ مدد سٟتۍ یُس گرم جنوبی علاقن منٛز بنان چھُ، تہٕ شاعر ہٕندی کِنۍ تٔس منٛز شاعری ہٕنٛزہٕ تمبر وُزناوِ اَکِس تھَکہٕ ہٕنٛزِ دُنیہس منٛز۔ واتُن یٮ۪تہٕ بُلبُل روزان چھُ۔ اَتھ دُنیہس منٛز مشترادِہے شاعر یمہٕ دُنی ہیٚک یہ پٔزٕر۔

دوٗرِ دوٗرا سوٗدرٕ وَستے دٕہ تھکُن لوٗسُن ژٕھٮ۪تُن
اَکھ کران وُہی واے، بیاکھ ہاہے کٔرۍ کٔرۍ تھوٗد دو تھان
وقت یٮ۪سری منٛز چھے کینژَن بے بسی آو دِوان
نوجوانی نا چھُ روزان نوجوانی ہُند جمال
دُہی تجربا تان گرتھان لاغر مران۔
کیاہ وَتے اُسی کتھ جہانَس منٛز۔ چھہٕ روزان بُلبُلا
یُتھ جہانَس منٛز بنن سوچُن غمَن آوکَڈُن
سوٗر مہٕ یہ حشمَن ہٕنٛز کُشش خُشنَس تہٕ نہٕ بار روزِ دِنی
یُتھ جہانَس منٛز چھے لوٗپے زندگی ناپایدار

شراب مُتہٕ نٛزِتھ چھُ شاعر پننہٕ شاعرانہٕ تخیُلکہٕ مدد سٟتۍ بُلبُل ہٕندین مدماتی آلوٗن نزدیک

واتان۔ اَتھ جایہ چھِ مکمل اَنہٕ گَژھ آسان۔ زوٗنہٕ گاشہٕ تٕہ تام چھِ نیلی بوزنہٕ یِوان تہٕ گاشس پرٛزلاوان ییلہٕ خوش ہوا یِنہٕ ہندِ سرسبز پیٚنہٕ پرٛگن ہنا حرکت دِوان چھُ۔ اَتھ کلی گنٛرس تہٕ اَنہٕ رٕنٛگس منز چھُ نہٕ شاعر ہیکان تمہٕ اَنٛگلو سُک نظارٕ کٔرِتھ لُس خوش بوٕ یہ مختلف پوشن تہٕ کلین پیٹھ ترٛومت آسان چھُ۔ بُلبُل سند نغمہٕ چھ شاعرس منز۔ سہ سرور پادٕ کران زِ سہ چھُ ونان بُلبُل سند مست نغمہٕ بوزان بوزان یمی وقتہٕ مرنُک آخری شہہٕ کھاری کھاری زوٗ دیٚن چھُ ڈیکہٕ بٔرِ بُلبُل چھُ لاقانی۔ اَمی کری محفوظ پادشاہ تہٕ موٗرٕ یکسان طورا زلہٕ پیٹھ ازتام۔ اَمی سند نغمہٕ اوس زوٗ بتھ ہند غمہٕ موت دِل دِلاسہ دی دی روٗ چھمُت تہٕ تہنا قدری تہٕ زٕھینہٕ گامتین تہنٛزا دل تسلی دِتی متی۔ لفظ تہنا یُرٕ زٕتھ چھُ شاعرس احساس پادٕ گرٛتھان تہٕ بیداری ہش یِوان۔ اَمہٕ ستہٕ چھُ سُہ واپس ہنٛزِ دُنہس کُن یِوان۔ اَتھی ستہٕ چھُ بُلبُل سند نغمہٕ خاموشی منز شرٛپان۔ شاعرس چھُ شک گرٛتھان زِ سہ اوسا پرٛزی کنہٕ۔ بُلبُل سند نغمہٕ بوزان یا پانے اکھ خاب وُچھان:

کیا یہ ما الہام اوس، خاب بیداری اَندر

"ہردس کُن"، نظمہٕ ہندی پاٹھی چھُ یمہٕ نظمہٕ ہندس "ڈرٕکس تَل" تہٕ سُے مزاز تہٕ سوے بیقراری یتھ زوٗ راوان چھُ یہ خیال زِوق چھُ زٕلہٕ وُن تہٕ حسن چھُ ڈلہٕ وُن سے

یتھ جہانس منز بٔنِن سوچُن غمن آلو گڈُن

تہٕ چھے اَمی منز ازچ پھلے۔ "بُلبُلس کُن" چھے اکھ عظیم مثال رومانوی شاعری ہندِ لطیف تہٕ امیر پنٛج اَتھ منز چھُ مختلف پن تہٕ تارن حسین پیمانس پیٹھ میل آمُت کرنہٕ۔ زیادٕ ین تہٕ تار چھے ذاتی موڈس شکل دِوان۔ یہ خصوصیت چھے سارنے رومانیتی شاعرن اکھ خصوصیت دِوان تہٕ رومانوی شاعرن ہند بوڈ ہیوٗ عنصر چھُ یہ ہے تصویر کشی کران مناظر قدرتُک تتھ پاٹھی زِ سانین باطنی اَچھن منز چھُ یمن ہند وجود ووتلان۔ فنکار چھُ یتھ نظمہٕ منز تہٕ سُے دِل ہیتھ یِوان یتھ دِلس، سوٗدِ روٗستے دور دوراہ، تھکُن لوٗسُن بیتر بدل کُنہٕ پایدار چیز مچ لُس مضبوط تہٕ

پوشہ وُن آسہِ تلاش چھُ۔ یپہر یُس نہ مرنہٕ باپتھ پادٕ گومُت آسہِ۔ سہٕ امن یتھ نہ خلل واتہِ۔ یتھ دُنیا چھُ تس بُلبُل ہنز۔ تتھی جاینٕ بوزنہٕ یوان ییتتھ گُلہٕ گرِزن پوشہ وَن تہٕ تر تازٕ سبزار چھُ۔ اَمی سٕند دل چھُ بُلبُل ہند پوشوخ نغمٕہٕ ستی تمہٕ آزارہٕ تہٕ ذہنس آزاد ہیوٚ سپدان یُس اَمی ہنز۔ رگہٕ رگہٕ منز موجوٗد آسان چھُ۔ یتھ نظمہٕ اندر تہٕ چھُ سہٕ دِل آزاد حقیقی زندگی ہنٛز لیتھہٕ فنہٕ کرِتھ تہٕ دل پسند دُنیہس منز۔ اُڑن یِژھان۔

کیٹس یم تصویرٕ تخلیق کران چھُ تمن منز چھُ نہٕ تمی کانہہ احساس یوٚرمُت آسان بلکہ چھُ تم پرن والین منز جذبہٕ وُزنا وان۔ سہٕ چھُ احساس تہٕ جذبہٕ ووتلاونک ساماتہٕ برونٛہہ کُن تراوان۔ سہٕ چھُنہٕ بذاتِ خود احساس تہٕ جذبہٕ دِوان۔ سہٕ چھُنہٕ تبصرٕ کران۔ نہٕ چھُ سہٕ فلسفہٕ وَنان۔ سہٕ چھُنہٕ نظارٕ برائے نظارٕ پیش کران نہٕ چھُ سہٕ کانہہ تمثیل گَران۔ بلکہ چھُ سہٕ فطرتس ہنٛز تمام اثاثہٕ ہیتھ اَنان تہٕ پرن والین برونٛہہ کنہٕ تھوان۔

کیٹس ہنٛز مشہوٗر Ode to a Nightingale نظمٕہ ہند خیال چھُ مے یتھ کاشُر نظمہٕ منز پیش کرنٕچ کوشش کرٕمٕژ۔ "کاشُر نظمہٕ" منز لفظ کرٕ مے زانتھ ماننتھ استعمال تکیازِ مے چھُنہٕ باسان زِ استعارٕ وٕ تشبیہو تہٕ موسیقی ستی ہیتھ کانہہ کامیاب نظم گیاہ ہیکہٕ تمی حُسنہٕ سان ترجمہ سپدِتھ۔ یمہٕ خصوٗصیژ حاصل کرنہٕ باپتھ چھے ترجمہ کارس تہٕ یمنہٕ زبانی منز ترجمہ کران کران تخلیقی صلاحیژن کام ہینٛز ضروٗری تان اَتھ عملہٕ منز چھُنہٕ پیتہٕ، خاص کر نظمہٕ ہندہ۔ ترجمہٕ تی کران یہ اصل کرانہ چھُ۔ مگر ترجمہٕ تہٕ گرٕژھہٕ ضروٗر تاثُر یادٕ کرُن۔

(ترجمہٕ چھُ "رنگ نظرن" ہتہند کتابہ منز چھاپ سپدٕ مُت۔)

# مغربی ادب تہٕ جدید فکرِ ہُند سفر

یوٗرپس منز چھِ پیٚتھ کُن تہٕ ادبکہِ حوالہٕ بجہٕ بجہٕ تحریکہٕ شکلہِ ہٕژ یمو یہِ ادب اکہِ دُنیاہ منز کَڈتھ بیٚیس دُنیہس منز واتنووُمت چھُ۔ میٚ چھُ پیٚتنین کینژن مضموٗنن منز اَمیک موختصر ذِکر کوٗرمُت۔ نیٚتون رینا سانی دور۔ اَتھ دورس منز اوٚن انسانی سوچن تتھ ادبی رٕوحانس زبردس دُلتہٕ یمِ انسان منز کانسہٕ منز تہٕ بیٚنس شِکنجس منز اوٚنمُت اوس تہٕ یُس اَمی انسانن زیادٕ تر انسانس تہٕ بالا فطری طاقتس منز۔ قایِم کوٚرمُت اوس۔ اَتھ منز اوس انسانن یہِ ذِیٚ زِ تہٕ انسان مُشراوِتھ انسان بیاکھِ حقیقت زانہٕ بایِتھ کامہِ لوگمُت۔ حقیقتھاہ یوسہٕ انسان سازی تہٕ انسان شناسی نِش دوٗر اَس مگر اَمس انسانس قرار سان بیٚہنہٕ دِوان آسہٕ۔ اَتھ دُنیہس سیٚتِ رٕوِد یہِ انسان ہیٚتہٕ واد وٕری یَن پنُن سوچ تہٕ ذہن کامہِ لاگِتھ پنٕنہٕ اطمینانُک سامانہٕ کران۔ یہِ کران کران تُلنہٕ تکلیف تہٕ تہٕ اَتھ منز سپُد کامیاب تہٕ سیٚتی سپُد اَتھ دَدِ دورِ منز۔ انسان بیٚیہٕ دردی سال لَگہٕ مونجہٕ تہٕ۔ واریاہ انسانی خوٗن سپُد تلف۔ ییٚلہِ رینا سانی دور آو اَتھ رٕوحانس تہٕ رٕوی یَس پھُٹ زور۔ تکیازِ انسانی فکر دیت نوٚو لرِ پھیر، نتیجہ دراو یہِ زِ تقاضہٕ بدلے۔ تقاضن ہٕنز ترجیح بدلیہٕ۔ ووٚنی ہیوٚتھ انسان بیٚیہِ اکہِ پھِرِ پنٕنہٕ عقلِ نوٚ اندازٕ کام ہیٚنہٕ تہٕ باقی کتھو علاوٕ زیادٕ تر بیٚنس پانس تہٕ سَنہٕ سنہٕ۔ خاص زور آو ژھانڈ و پسندی پیٚٹھ دِنہٕ۔ اَمہِ کِس نتیجس منز تہٕ آو انسان

دۄستی ہندِس جذبَس اَردس پوچھر دِنہٕ۔ یتھ پاٹھی لوٚب تہٕ روٚٹ اِنسانَن سٕہ مزاز یتھ اُسی منطقی
تہٕ سائنسی مزاز وَنُن بادِ پَسند کرو، تہٕ کرٕنی گژھو۔ زوردار طریقس پیٹھ آدونہٕ زاسہٕ پرٕ
پَتہٕ مطالک مرکز بالا فطرٕس مقابلہٕ انسان بناوُن۔ اِنسانَس کُن سِٹھاہ کم توجہ دِنہٕ آمُت چھُ۔
اِنسان یُس قُدرتُک بےنظیر توحفہٕ چھُ۔ یُس تم گون چھ یم نہٕ باقی زُو زاژن منز چھِی۔ اَمیک
بوڈ ثبوت چھُ تمُی سُند بےبدل گاٹِجار، سوٚچن حِس تہٕ عقل۔ تمی ہنز فکرِ مند وُچھ وار چھُ لامحدود۔
صِفت یِموکِنہٕ باقی مخلوقن تہٕ زٕو زاژن چھُ یہٕ اِنسان پانَس ماتحت اَنِتھ ہیکان تہٕ انان۔

یہٕ اِنسان پسند اِپروچ اوس ریناسانکہ اہم اعلانٕک اکھ حِصہ تہٕ اَمی کوٚر وُچھان وُچھان
کینژس وقتس منز سورُے یوٗرپ خاصکر ذہنی طوراکہ اَندہ پیٹھ بنیس اَندس تام زَبردس مُتاثر۔
آدم سوٚچنس سُند زَنہٕ ژٕکی پھیر۔ یہٕ یتھ چیزس آیہ حجت منگنہٕ تہٕ پرٕ یتھ دعواہس دلیل۔ یمن نہٕ یہٕ
اِپروچ تہٕ منطق وڈے تموٗتی الہ گڈی تہٕ ملہ گڈی۔ یمہ کِس نتیجس منز عبرت ناک قتل وغارت تہٕ
سپُد۔ یوٚدوے کیتہ بڈی گاٹلی تہٕ سوٚچن وٲلی اَتھ نوٚس گاٹجارس چھینپہٕ لگی مگر روایتی پرٕتھ ستی مفاہمت
کرٕنی سپُد تہٕ ہند بایتھ ناممکن۔ تکیازِ تتھ روایتی پرٕتھ اُسہٕ نہٕ کانہہ ٹھوس حجت یا دلیل پانس
نِش۔ ماننہٕ وَے تَیتہٕ چھُ اِنسان اُمی وَتہٕ یرہ نہہ یرہ نہہ یکان مختلف طریقو تہٕ اسلوبو۔ مگر بُنیاد
بنےیَس سُے تجربہ تہٕ اپروچ یُس ریناسانی دورس منز عام سپُد۔

زمانہٕ چھُبنہٕ اَکی ڈنجہ روزان۔ یہ چھُ وِہ بدلاوان تہٕ بدلاوٕ پسند کران۔ اَدٕ یہ بدلاو
یاداواری رشتوکِنہٕ وجودٕنک یا انسانی سوٚچ تہٕ گاٹہٕ جارکِنہٕ یا دوشوٕے طریقو۔ اَتھ ریناسانی
دورس تہٕ یمہ کیہتنہ کمی تہٕ کوتاہی نہٕ دراہ۔ تمہ دُور کرنس کُن سپہٕ خاص کراد بکہ حوالہٕ زبردس
کوشش۔ مثلن، اوتام اوس انسانہٕ سُند ذہن اکہ دُنیا منز گنڈتھ بنیس دُنہس منز واتناوُنہٕ
آمُت حالانکہ موضوع اوس یوہے انسان۔ مگر ووٚنی ذہن تخیُلس تہٕ جذباتن ستی ہتی

گاٹجارس تہٕ سماج سازی ہٕتہٕ انسان سازی گوڈٕ نوارٕ۔ انسان ہٕتہٕ انسٲنی سماج، تہذیب تہٕ اخلاق تہٕ ذوقِ سلیم ہوٕ چیز بنے مرکز۔ حالانکہ بالا فطرتس مقابلہٕ چھُہ یمَن تہٕ انسان سیٚتہٕ واٹھ تہٕ یِتھ پاٹھۍ رُود بیٚیہ کیٚتھ ہُند مرکز انسانے۔ مگر ووٚنی ہیٚرتن ییٚنۍ بیان یاتھ انسانن سیٚتۍ رِشتہ میلِتھ بیٚنہٕ اجتماعی زندگی ہٕنز شیر پارکرنس منز دلچسپی ہاوٕنی۔ اَتھ سوچن نَہج آدیم کلاسیتی یا نوٚو کلاسیتی دور دیٚتہٕ۔ ڈوڈس مِتس ڈرٲیس پیٹھ وحاط کرن وول یہ دور رُود کُلہم پاٹھۍ انسان سازی ہُندے دور۔ گاٹجارچ کوٗشش رُوز انسٲنی جبلتھ تو یو کرِتھ کم۔ ورنہ بنٲوِنہٕ بایتھ سنجید دوو دور۔ پَس آیہ اَتھ جبلتس پیٹھ گاٹجارچہ بریڈ ترٲوتہٕ۔ مگر جبلتھ چھیے زِ انسان چھُہ منز بیٚ منز یمَن ہُند ہانکلِ چھوٚنی یوزنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔ انسٲنی سماج یمہٕ چیز سیٚتۍ بہتر بنتھ ہیکہ تھَہ کُن آد برپوٗر توجہ دِتہٕ۔ بیٚیتھ سنجید کیتھ ہٕنز ضروٗرت بیٚیس آیہ تمکنتھ ورتاو سوٗے تہٕ یِتھ جایہ طنز و مزاح موزوٗن تہٕ کارگر باسو دیٚتہٕ یِنہٕ لوگ ادیبو کامہٕ۔ طنز و مزاح انسٲنی زُہرس خلاف، غروٗرس تہٕ گمنڈس خلاف چاپلوسی تہٕ کاکی گی خلاف، بیٚیہ ڈھنگ لیاسَس تہٕ تہٕ ناسہٕ تراس سوچیس خلاف، سماجی اسرافس تہٕ انسان سوز وطیرن خلاف۔ ییٚلہِ اُسہ اَمہٕ زاوِیہ کنۍ وُچھان چھِہ یہ کیٚتھ چھیے صاف سپدان زِ ادَبس آیہ سماج سازی ہٕنز کام ہیٚتہٕ۔ یوسہٕ انسان بہتر بناونہٕ بایتھ۔ اکِہ طرفہٕ آو ذوقِ سلیم اخلٲقی صِفتو سیٚتۍ پارٲوتہٕ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ آو اخلاقس تھوٚد معیار دِتہٕ۔ کوٗشش آیہ کرنہٕ تیٚتھ انسٲنی سماج تعمیر کرنٕچ یُس مثالی تہٕ تہٕ مثالی ہیٚو آسہے۔ اَمہِ دورَن کوٚر سماج سُدھاری منز بیٚٹھاہ مثبت تہٕ صحت مند رول ادا۔ اَمہِ کِس نتیجس منز آیہ بے شمار رسوم بد تہٕ برٲئی سماجہِ منز خارج کرنہٕ۔

اَمہِ تحریکہِ دیُت انسانس سماج سدھاری ہُند جوس۔ مگر مزید نوٚو پوٚ مسلو کوٚڈ کلہٕ نوٚن۔ اَتھ نوِ کلاسکی تحریکہِ ہٕنز دانشوری خلاف تہٕ بیٚپر۔ کُنوٗہمہِ صدی ہندِس ابتداہس منز انگلستانس منز لگاوتھ۔ یہ سپے دُنی ووٚن اَمہِ تحریکہِ تہٕ اُس دراصل بیٚنۍ سو کام پوٗرٕ کرمٕژ یمہٕ اَتھ زوٚدتھ

بوٗل بریاو۔ ووٗنی اوس سانہِ سُند مزاز تہٕ تمۍ سُند گاٹجار بدل رنگ ژھاران۔ تَس اوس تلاش نوِ حُسنٕکۍ پُٹھ معاصر وقتس پرِتھان اوس تہٕ یتھ نظریاز تہٕ زمانہٕ شناس ٹھیکہٕ پاٹھۍ وُچھتھ ہیکان آسی۔ اٹھارٕمِس صدی آد رومانیتی تحریکُک ناو دِنہٕ۔ ادبکہِ حوالہٕ کئیٛ اَمہِ رومانیتی تحریکہِ تہٕ بڑۍ بڑۍ شاعر، ادیب، نثرنگار تہٕ نقاد پاد۔ اگرچہ کلاسکل دورس منز گاٹجرس تہٕ عقلس آو تخیُلس پیٹھ تھزر دِنہٕ رومانی دورس منز۔ سیٛدِ یہِ زِ الہامس تہٕ تخیُلس آو بوٚڈ کھارنہٕ۔ الہام تہٕ تخیل آے وَنہٕ ہاوُک مانِنہٕ تہٕ گاٹجار آو تمن ماتحت تھاونہٕ۔ امیُک زِدر روٗداکہِ تہٕ یِنیہ طریقہ براہِ وکٹوریہ ملکانہِ ہندِس وفات سپدنَس تام وار وار ژھوکان۔ سُہ دورِ حکومت یتھ منز انگلستانس دُنیہکہِ حوالہٕ زندگی ہندِس پرتھ مادانس منز امتیازُک شان نصیب سپد۔ سُہ کاروبار اوس یا سیاست، جنگی طاقت اوس یا علم وادب سُہ سائنس اوس یا اقتصادیات۔ انگلستان اوس یہِ باس دِوان زِ سُہ چھُ پرتھ مادانس منز سرس۔ پیٹھ یوسہ ترقی سائنسن خاصکر انگلستانس منز حاصل کرٕ تمۍ برزرن تہٕ دیُت انگلستانکین لوٗکن برتری ہندِ حِد یگ احساس۔ دانشوری ہنز تہٕ گاٹجارچہِ ہمہِ کنہِ ہموکر تمن باسیوٗ زِ تمن مِنیاد بناوِتھ ہیکہِ زندگی ہند پرتھ مسلہٕ مُستقل طور حل سپدِتھ یا حل کرِتھ۔ اَمہِ وکٹوریہ عہدُک شاہی تہٕ درباری شاعر اوس ٹینیسن۔ تمۍ تہٕ ووٚن اَکِس موختصر نظمہِ منز:-

"خُدائے چھُ اسمانس پیٹھ
تہٕ انسان زمینہٕ پیٹھ
اطمینانچ زندگی بسر کران"

ٹینیسن کہِ یوٚر یہِ زَن یمِ مصرِ تہٕ باوان چھِ تمہِ سیاسی، سماجی تہٕ فوجی خوشحالی مختلف طریقو حاوان۔ اگرچہ سُہ اَتھ حارانی منز پوٚرہ پاٹھۍ غرق گوونہٕ تاہم کوٚر اَمکی جادی زِ ھلن وارہیں حَدس تام پانس منز بند۔ یتہِ چھُ اکھ وجہ زِ سُہ بنیو نہِ زمانکہِ غالبی مزاز تہٕ موڑچ اکھ معتبر

آواز۔ مگر تمہ باوجود تہ اوسُس پنُن الہام تہ تیز شعور ترٛتھ دونوٚ باوتھ تہٕ کرناوان یوسہٕ
اُمہِ غالب عصری مزاجہ نبرٛ آس تہ یوسہ تمی ہندس اندرِمس الہامس کُن توٚن اشارٕ کران آس۔
(تمی ہندٕ وَنُن زِ دیانتدار   شک چھُ روایتی پرٛتھ مقابلہ زیادٕ توجہک حقدار تکیازِ اَتھ منز چھے
زیادٕ پرٛتھ آسان)۔ کلہم پاٹھی بینو ٹینسن اوس منز۔ کینتوٚ طریقوٚ زندگی ہندِ حوالہ تمہ مشہور مفاہمتُک
نمائندٕ یتھ عام پاٹھی ادبس منز وکٹورین مفاہمت وَنان چھ۔ مفاہمت زندگی ہندس پرٛتھ شعبس
منز، پرٛتھ ماداتس منز، مذہبس ستی سیاستس ستی، سماجی زندگی ستی۔ تہ یتھ پاٹھی پرٛتھ تھس جیرس
ستی یتھ زندگی ستی اکہ نتہ بیٚیہ طریقہ واٹھ آسہا۔ تمہ وقتہ کین لکن آس یتھ کتھ پیٹھ ذرٕ پرٛتھ
زِ تہند دسی قایم کرنہ آمتی گنُو سمہ صدی ہندی ادارٕ چھ پایدار۔ دوشھے دُنیاوی تہ تہ
دینوی تہ۔ تمن اوس یتھ کتھ پیٹھ تہ دوٚر یقین زِ تم اَسی تھس مکانس منز۔ روزان یِس مضبوط
بُنی یاد زن پیٹھ کھارنہ آمت اوس۔ تہ روزن واجنہ پایداری پیٹھ قایم کرنہ آمت اوس۔ اَمہ
لحاظ اوس تمن زبردس احساسِ برتری۔ تم یہ کینژھاہ کران آسی زن اَسی خُدائی تائیدس تَل
کران۔ گرٕ، آیین، مملکت تہ عیسائے مذہب یمو منز۔ اوس یوٚہے پرٛتھ اکھ خُدایہ سُند آخری الہام
ہیو زانتھ تسلیم کرنہ یوان۔ زندگی ہندِ حوالہ یتھ ہیو رُوی یہ کیا ہنگہ ہے بدلاونہ یتھ اوس
محال یاسان۔ یتھ ہیو اشارہ تہ اوس ناقابلِ برداشت زِ معمول کس گردشس منز۔ اگر کاہنہ
تبدیلی یمو منز کُنہ تہ اُکس یاسارنے بیہ یم ین بدلاونہ یایمن بیہ ترمیم یا تبدیلی کرنہ یتھی ہی
نوی ادارٕ قایم کرتھ۔ اَمہ حقیقتہ ہندِ حوالہ اُک معاصر باغی وکٹورین تہ زیادٕ شیٹھ وکٹورین بنان
تمن مقابلہ یم وکٹورین آسان اَسی۔ مگر ٹینسن اوس اَتھ زالس منز بند آستھ تہ شاعر۔ اَمہ
شدید مفاہمتہ باوجود روٚد سُہ باضے تھی اظہار پیش کران یمن منز سُہ عقلہ مقابلہ الہامس
تہ کام ہیوان چھُ۔ چنانچہ اَتھ سلسلس منز چھے تمی ستر۔ اکھ طویل نظم ’اِن میموریم‘ حوالہ دِنس لایق۔
اَتھ نظمہ منز چھ کیتہ تھی شارٕ یم اُمی سُند اندازٕ تہ الہام سطحس پیٹھ انان چھ تہ ترٛتھ جایہ وچھ تلاش

یمہ زندگی ہنز ستم ظریفی عیان ازان چھہ۔ مگر تمہ پتہ تہ چھنہ اتھ منز سو شدت یوہ برد نہہ
پکتھ آسی بئین شاعرن نش محسوس کران چھہ تہ وچھان چھہ۔ امی سند ہمکال براوننگ (۱۸۸۹۔
۱۸۱۲) کرنو وپینبو عجیب وغریب حالاتو وو میدلپندی پیٹھ زبردس پرٹھ۔ امیک اکھ اہم وجہ
چھُ شاید یتہ زِ تس یم تہ حالات بتھ آے تم آسی ہمیشہ موجود تہ بیٹھی۔ یدی ہندو یم ناک
حالاتو چھنہ تس بتھے ہووُمت۔ دپان اگر سُہ زنہہ کالی بئین ہند ذریعہ یدی ہندی تذکرہ بوزان
اوس تہ تس اوس یم بوزان ازان لُطف ہیوٗ یوان۔ زِ نتہ اوس کانہہ افسانوی کتھ بوزان۔
اگر تمی زندگی پتہ پرتھ پاس ہما گہمی منز وچھمتہ آسہا یدی متعلق آسہا تس کتہ کورزیادہ بہتر
تجربہ حاصل سپد مُت۔

یہ کتھ چھے اسہ ہیر کنہ گوڈے وُنی منز زِ اگر کُنہ چیزس دوام تہ درپہ حاصل چھ سُہ
چھُ صرف اکس تبدیلی۔ یہ چھ سُہ پرزریتھ وکٹورین کہے پہن سنیاے۔ شاید چھُ اتھ تہند زمانہ
تہ زمہ دارِیس خوشحالی منز ترپان اوس۔ شاید آوہ تمن رشتن ہندی آگر بدکڈنگ موقعے یمو
کنہ یہ خوشحالی وجودس منز آمژ آس۔ یہ اوس امی تبدیلی ہند نتیجہ زِ گنو ہمہ صدی ہندین آخری
دہلین منز یوسہ تہ انگریزی شاعری تخلیق سپز تتھ منز چھنہ سو اطمنان پیٹھ تسلی افروز آواز کنن
گرٹھان یوسہ متالے وکٹورین وقتچہ شاعری منز نظر گرٹھان چھے۔ امہ شاعری ہند موڈ تہ مزاز
چھُ بدل۔ مثلن نی تون میتھو ارنالڈ (۱۸۸۸ - ۱۸۲۲) سُہ چھُ مزا زکہ حوالہ انگریزی شاعری
منز ترٹھ کتھ وُنان یمہ پوٗرتھ وکٹورین قاری درہ کھارمن تہ ناراض گرٹھہ ہن۔ تمہ ورزاسنہ
ترٹھ شاعری مُمکنے میتھو ارنالڈن یس مالی مشکلات پرتھ ورتہنتر کھاران آسی لیچھ کیہنتہ ترٹھ نظمہ
یمن منز وکٹورین مزاجچ دیوے تہ نظر گرٹھان چھہ۔ مثلن تمی ہنز اکھ نمایندہ نظم ڈاور بیچ۔
ڈاور بوٹھ۔ چھے پانس منز تمہ پرٹھ ہند براونگ دودللہ وان یوسہ قدیم کالہ کس النانس
اکھ امتیاز تہ شان دِوان آس۔ تمی سنز کلہم شاعری ہنز آواز چھے وا ریاہ جدید۔ یہ چھے

مختلف تمہِ شاعری نِش وارِہیو رنگو یوسہٕ وِکٹورین دورس منز تھٲنہٕ بیٚیہِ۔ یہِ شاعری چھیے ہادان ترِ پرتھ چھ تٔہ ڈٔرزامُت زنہٕ کینٛسہِ ٹلی آب۔ ڈاڈر تیجٹس پیٹھ نظم چھیے موثر طریقس پیٹھ قدرن ہنز خستہٕ حالی ہندِ تہٕ شدید احساس دِوان۔ اگر ٹینیسن، براوننگ تہٕ ارنالڈ بنہٕ زمانچ کتھ اکہٕ تہٕ بیٚیہِ طریقہٕ اظہاران گٔے روزٹی (۱۸۲۶ – ۸۲) کرِ تم موٗلے رد۔ اُمی شاعرن یہِ کینٛہ ہاہ لیوکھ تمہِ منز کرِن خارج سارِے اخلاقی ہیاسی تہٕ مذہبی دلچسپی حالانکہ وِکٹورین ادبس رٔد یمن ستہِ زبردس لین دِین تہٕ یہ زن اَسہِ بیان کوٗر تمو دِزاتھ نوحرارتھ تہٕ۔ روزٹی ستہٕ وٗنٛ اوس زِ زندگی چھیے اَوے موجود تکیا زاتھ آسی آرٹ تہٕ فنہٕ لحاظ بہم تھاوِنی شبیہہ۔ مزاز کنہٕ اوس شاعرس مقابلہٕ زیادٕ قلم کار ہے۔ اتھی دورس منز آو سُون بڑن تہٕ تہٕ ولیم مورس تہٕ۔ یم دوشوے آسی نہٕ وِکٹورین دایرس منز روزٕن پسند کران بلکہ آسی تمہِ منز نیران تہٕ۔ بیٚیہِ تہٕ آے کیہنہ شاعر مگر اتھ زمانس منز یُس اہم تہٕ پرزلی شعوٗر پربھیو تمیک اِظہار کوٗر شاعری مقابلہٕ ناولی زیادٕ بہتر طریقہٕ پیش۔ اَمہِ دورکی زہ اہم ناول نگار چھ جارج میریڈتھ تہٕ تھامس ہارڈے۔ میریڈتھن ہو وٕ نٛینس زمانس منز تہٕ زمین چھنہٕ انسانس تیتھ کانہہ چیز دِنس پیٹھ تیار یمہِ ستہِ تس زندگی ہنز حیوانی فطرت قولہٕ کرنس منز اتھ روٗٹ سپدِ ہے۔ نارمل زندگی گزارنس منز چھیے اِنسانس جبلت، حیوانیت تہٕ جذباتیت زبردس بُتھی ستہٕ انان۔ تھامس ہارڈے لیس تہِ چھ بیٚن تجربہٕ سیٚتھ کتھہِ پیٹھ واتناوان زِ زندگی چھیے ظالم۔ انسانن ہندِس دردس وٕ بگلنس منز چھنہٕ اُمس کانہہ ہمدردی یا دلچسپی۔ اَسہِ چھُنہٕ اَتھ زندگی منز توٚے سُہ گولابی رنگ نظر گژھان یمیک تذکرٕ وِکٹورین دانشور کران آے۔ تمی یہِ کینٛہ شعاہ نظمن یا نثرس منز لیوکھ یوہے شعوٗر چھ تتھ یتہٕ کنہٕ ژھایہ گژھ کران۔ کیٚژن لوکچن نظمن منز چھیے تمی اَمی انداز حالاتن ہنز ستم ظریفی نُنہٕ کڈمژ۔ ستم ظریفی یوسہٕ یمن ہندِکھو تہٕ زیادٕ طاقتور چھیے تہٕ یمن ستزادِ نس منز پت روزان چھنہٕ۔ سزا ییتھ پیٹھ نہٕ یمن اختیارے روزان چھ یا آسان چھ۔ سیٚتھہٕ اکثر تتھ غلطی پیٹھ تہٕ اختیار آسان چھ یوسہٕ اِنسانس نِش سرزد سپدان چھیے اَمہٕ نظرِچ تشہیر چھیے اَمی بدفنکاری،

سان تہٕ طاقتور زنٛی منٛز۔ پننین ناولن منٛز۔ کرٕمتہٕ۔ یمن ناولن ہنٛدیٚ کردار چھہٕ زندگی ہندیو اتھو
رٕتہٕ داوی گرٕتھان۔ امہِ ہنٛدی ٹیس تہٕ ہنچارڈ چھہٕ مشکلن اَپرِ رٕتہٕ مثال پیش کران۔ ادیب تہٕ شاعر
چھہِ تیتھ پاٹھۍ تموٚخٕ محلومنٛز۔ لوٚکن کڈان تہٕ حقیقت چھہِ تہٕ تاپہ سٕڑکہِ پیٹھ واتناوان۔ کتھا یوسہٕ
معاصر وقتس ترا پتہٕ نظر بازوٚ بدکٕڈ۔

زندگی ہندِ حوالہٕ یوسہٕ تبدیلی انسانی نظریَس منٛز ووزِ وزِ آیہٕ سو اُس دراصل نتیجہ تمہٕ پیٚہ سوکھ
تہٕ بیہٕ قرار خواہشہٕ ہنٛز۔ یمیک اصل مدعا تحقیق کرُن تہٕ اعتراض کرُن اوس۔ اَسہٕ پوٚر امیک
حال واحوال کم کیٚرتھاہ مگر یتھہ بنیادی تبدیلی ہنٛد دسُتیُن وول دانشور بنیوو جارج برنارڈ شا
(۱۸۵۶ء – ۱۹۵۰ء) امہِ کوٚر مثالے مذہب کہ حوالہٕ روایتی توہم پرستی تہٕ سائنس کہ حوالہٕ ادہام
پرستی زبردس حملہٕ۔ تمۍ کوٚر نہٕ یہ اَدکنہِ زٕ سہ کیاہ اوس یمود ووُمنٛز۔ کُنہ تہٕ اکیک یاد وشونی ہُند
مخالف بلکہ اَدکنہِ زٕ تمۍ ہنٛدی کنہٕ اوس بربتھ عقیدا کھ وَہم یوٚ تام زٕ انسان اَتھ پانہٕ ذاتی طور پرٕکھاوِہ
تہٕ شعوری طورا تھ انسانی وطیر تسلیم کرِہا۔ تمۍ ہنٛز بنیادی کتھ یوسہٕ سہٕ زور دِتھ وَنان اوس اُس
یہیے زٕ سوال کرِ دٕ اعتراض کرِو، پرکھاوِو تہٕ وآیو تہٕ اَد کرِو کانہہ فیصلہٕ۔ امہِ سے جارج برنارڈ شا
ہنٛدِس میجر باربرا ڈرامہس منٛز چھہٕ اکھ کردار وَنان۔

"وُنی کین کہ دِنیچ بڈ خرابی چھےٚ یہیے زِ یہ چھہٕ متر دک تہٕ
پرانی گامتی سٹیم انجن تہٕ ڈِنمو بیتر ردی زٕ انتھ پانس نِش
دوٗر تھاوان مگر یہ چھےٚ نہٕ پننۍ پرانی تعصب پرانی
اخلاق، پرانہٕ ریتہٕ تہٕ روایتہٕ تہٕ پرانی سیاسی آیٔن
پانس نِش دوٗر تھاوِنہٕ باپتھ تیار۔"

اَسہٕ زٕ پرٕ یتہٕ ماننٕ زٕ اُسی ہیکوٚ تہٕ کُنہِ دورکِس پرتھ ادیبن اکوے نسخہ تجویز کرِتھ۔ دُہمہ
صدی ہنٛدِس گوڈ دورکِس ادبس چھہٕ پرتھ گار ہنٛد دور وَنان مگر تمیک مطلب چھُنہٕ یہ زِ یہ عنوان

چھُہ پریتھ ادبس یا کانسہِ ادیب سنٛز پریتھ کتابہِ پیٹھ لاگو سپدتھ ہیکان۔ مگر یہِ دور چھُ بلا شک
کُلہم پاٹھۍ تِتھ ہوا نو حس پیٹھ کران یُس تمہِ وزِ وجوٗد بیان یا موجوٗد اوس۔ حارٲن کرن والین خیالَن
تہٕ تجربن ہُند دور۔ اَتھ ہوا نو حس دیت گوڈنکہِ جنگِ عظیمن تہٕ سگ تہٕ تمہِ عالم گیر اقتصادی بدحالی
تہٕ یوسہٕ ۱۹۳۹ء منز رونما سپز۔ برنارڈ شا تہٕ تس ستۍ بییہ تہٕ اکِس دون ادیبن تہٕ آدیبہٕ والین ہنز
زبانی بزدل تہٕ بے جوٗرتھ وننہٕ تہٕ تہندین خیالَن تہٕ تہنز پژھ بے رونق تہٕ بے رنگ۔ دُہمہِ
صدی منز یم نوۍ تہٕ سونچ دُبھلاوَن وٲلۍ خیالات برونہہ کُن آے تِموٗ ژھون سارے بے وِکٹورین
فلسفس آب۔ اَتھ ژھوٹو وارِیاہ قدَ تہٕ اَمہِ کسِ گا ٹجارس رژو وِلقار۔ عٲلم تہٕ آگہی سپدی عام۔
سائینس کرۍ حارتس منز تراون وٲلۍ ایجاد پیش تہٕ اَتھ ستۍ گوڈ نفسیاتکۍ علمَن تہٕ حارٲن
کرٕوَن کاڈ تہٕ نوۍ اقتصادی پزرن تہٕ اوّن سونچس منز بدلاو۔ کیا اوس دُنیاہس وُچھان دِچھان
کیا سپد۔ یہِ عظیم تبدیلی ژینج لوکو مگر سیٹھاہ کم لوکو۔ تِمن منز آسۍ وقتکۍ ادیب تہٕ دانشور پیٹھ کنہٕ۔
اَمہِ کتھ ہُند ثبوت چھےٚ سونو باوتھ یوسہٕ شاعرو تہٕ ادیبو اَتھ تبدیلی دِژ تہٕ ستۍ اَمہِ برکتہٕ باقی لوکھ
تہٕ ژینہٕ ناد دی۔ ۱۸۶۳ء منز اوس اکھ دانشور ساموٗن بٹلرُس ینس زمانس منز پانسہِ اہمیژ
نِش سیٹھاہ واقف سپدمُت اوس تہٕ معاصر لوکن سیٹھاہ برونٹھ درامُت اوس۔ تمۍ اوس یہِ
اہم ترین پزر شکلہِ منز اوٚنمُت زِ پانسہ گوو اینٹینا تہٕ اَمہِ روس چھُ انسانی کیوٗم پننہِ ماحولہ
نِش واتھ نہٕ لگاو راوران۔ یَس اَکِس علم تہٕ خوجگی حاصل کرٕنی آسن سُہ گژھِ گوڈ پانسہ وول
بننہٕ چ کوشش کرٕنۍ۔ وغارِ وغارِ۔ یہِ زمانہ اوس تقریبَن پریتھ اَکس پریتھ دوہن یمہِ پرزرک
تجربہٕ کرناوان زِ انسانس چھُ روٗحانی وجوٗدِ علاوٕ سماجی وجوٗد تہِ۔ یوٚہے چھُ سُہ زمانہ تہِ یتھ منز
اہم پیچیدار صنعتی مسلہِ تہِ یوٗریک تہٕ عالمگُ امن خراب کرنہٕ باپتھ کم کسان آسی۔ بییہ تہٕ
آسی کتِہ ژلتھ میلتھ عناصر یمو بظاہر سماجکس پرسکوٗن آبس تھار ژانٛنۍ شروع کرٕمژ آسس۔
مثلن بیلہِ خوجگی ہندس روایتی تصورس آب ژاوتمۍ کُر گھریلو زندگی تہِ زبردس متاثر۔ نوِ

پاداواری رِشتو کرٕ ژٕی مسلہ پاد ہمیوٚ ستین روایتی اخلاقی قدرن تہٕ متاثر سپدٕ۔ تہٕ سپدن اوس لازمی
تکیا زِ سماجس اوس بوٚ نہٕ یکُن۔ اکھ نتیجہ اوس یہ تہٕ زِ جوان لڑکہ تہٕ کور تہٕ ہٕرن خوجگی ہند دٲیرٕ منز
نیر تھ پانس ٹوٗنک زنہٕ چھ وَتہٕ کُن زیادٕ شوقہٕ تہٕ سنجیدگی سان قدم تُلنہٕ۔ اَمیک بیا کھ نتیجہ دٕرا و
یہ تہٕ زِ اَمی چیزٕرن بنیوٗ دنساٗنی نول روٗمانی کم تہٕ تجربٲتی زیادٕ۔ ژھوٚرے ردمان بنیو واحمقازی ہند
نِشانہٕ تہٕ علامت۔ ییتھ پاٹھی پھچہ پرانہٕ قدرن تہٕ پرٲمن تصورن نیٖج اُتھر۔ ہر گہہ کانہہ جذبٲتی کتھ
کرٕہا، پانس پیچ تذلیل کرٕہا پاک یا ہوائی یولچہ کتھ وَنہٕ ہا۔ قدرتی حُسنیچ داستان گرٕہا۔ گرٕیک آرام تہٕ
نول وَنہٕ ہا، کلاسکل علم وادزیج زان وَنہٕ ہا لکھ اَسی تس نینس مُشاہدس پیش نظر اَپزٕ پورٕ مکار، دین دلاز
ناواقف تہٕ فریبی مانان۔ دراصل اوس فردن متعلق ییتھ ہیوٗ تنقید اکہٕ نوٚمزاجُک نشاندہی کران
ییتھ وقتکی نباض تہٕ دانشور پرٕ زناوان اُسی۔ مگر گیہنہٕ اَسی تم تہٕ یم اُتھ نوٚس مزاجس تشویش چھ نظرو
تہٕ وُچھان اَسی۔ نظراَسکھ نہٕ زاتھ کڈ مٕن بدٕ، خبراَسکھ نہٕ زِ ونن والین ستیٖ رلاوٕمن پنٕنی آواز۔ نتیجہٕ
دٕراو یی زِ بدل وٕمن حالاتن آیہ نہٕ یمین منز کانہہ تہٕ کتھ بکار یوٚسہ یمین مزید رنگ بستہٕ کرٕہے۔
ہاں اکھ اہم چیز سپُد یہ زِ یمہ کتھ یموٚ وَنہٕ تمن منز منطق اَس تیژ منتضاد ہیموٚ تہٕ دٕیت جدید ترکھن
یمہ معاصر وقتس بکھنہٕ بیمرٕ آسہ ورگہ پاٹھی برو نہہ پکنس منز مدد۔

یہ آس اکہٕ قسمچ زبردس یُت تشکی تہٕ اَتھ یتہٕ کنہٕ اَس سائنسی فکرٕ تہٕ مُنٕ اہم رول ادا
کران۔ فکریتھ زمانہٕ تہٕ انسانی ذہن ریناسانی دور بیٹھے مختلف طریقو پلالہ کران اوس تہٕ ییتھ نوٚن
حالاتن منز موافق ماحول نرٕ آلوان اوس۔ نوٚس زمانس اوس یوہے توٚم مزاج پراہ یوان تکیا زِ یہ
اوس معاصر پزٕ ردن نش ینٕ اَتُن حاصل کران۔ قُدرتس بیتہٕ یتہٕ ترکیٖج وَتھ اَس دوٚ نی یہے نہٕ زنیم
کلاسکن ہُند سماجیح سدھار تہٕ روٗمان پسندن ہُند ذہنی سکوٗن تہٕ رومانی شاعرن ہُند جذبات تہٕ
بوٚرُت الہام تہٕ تخیل۔ یم ساری مزاز اَسی دوٚ نی پت کانکہ حصہٕ بنے متی۔ تواریخکی ورقن منز
انسانی اَتھوٚ شکل دِ دِزمزٕ اَس۔ یہ مزاز تھاوٕن وٲرس نوٚس انسانن دوستس اوس زیادٕ تر فقط

پیٚتھٕ الہامس پیٹھ بھروسہ کرُن اطمینان دِوان۔ حالات تہٕ آسۍ عجیب و غریب طریقس پیٹھ پنٕنۍ روٗخ بدلاوان۔ اکِہ طرفہٕ اوس ووٚنۍ سائنٕس انسانس فسانہٕ وی پرکتر آوِتھ اُکِس حیوانس منٛز تبدیل کران تہٕ بٔنیہ طرفہٕ اوس تیٚوتھ طاقت دِوان زِ سُہ ہیٚکہ ہا پانس تمہٕ عالمہٕ کھوتہٕ زیادٕ پیوٚڈ تصوٗر کرِتھ یمہٕ منٛز سُہ پانہٕ درامُت اوس۔ اکہِ طرفہٕ آسۍ اُمی سے اِنسانہٕ پنٕدِس دلکش عاداتن سائنٕسی تہٕ مشینی آلات پنٕنۍ اسلوٗب آپراوان، بٔنیہ طرفہٕ تمن تم چیز تہٕ پانس کُن وُچھناوان یم اُمس کُنہِ تہٕ زِنگہِ اَتھ روٚٹ کرِ مَن نہٕ یا کرِتھ ہیکہ ہا ہَن نہٕ۔ اَمہِ کشمکشُک تہٕ کتھ ہُند احساس سَیدٕ اَسہِ اگر اُسہِ کہنہ دوہ اٚچھ بند کرِتھ مغز بچہِ پنٕدٕ اَمہِ یا شُر آمہٕ صدی منٛز گزراونہٕ گژھو۔ اَمہِ سٮ۪تۍ تہٕ یہِ اَسہِ یہِ پزر ٹھوس شکلہِ منٛز بروٚنہہ کُن زِ اَسہِ کوتاہ چھِ بٔنیہ زمانکۍ رنگ پانس پیٹھ قبوٗل کوٚرمُت۔ رنگ یمکۍ اجزا سائنٕس تہٕ سائنٕسی مزاز موہیا کران چھِ۔ بس، جہاز، گرٚ، ٹیلیفون، اخبار کتابہٕ، چھاپ خانہٕ، گیس، بینک، بجلی، کمپیوٹر، ٹیلی وِژن، ریڈیو، راکیٹ، وغارٕ وغارٕ چھِ تم چیز یم اکہِ حسابہٕ اَسہِ پیٹھ سانہٕ مرضی ہُند پرواکرِنے سوار ہۍ پیدی ہتی چھِ۔ یم چھِ یہِ کتھ پوٗرٕ پاٹھۍ نمایان کران زِ یمو چھِ اَسہِ آزادی تہٕ دِژمِژ تہٕ سہولت تہٕ، طاقت تہٕ مگر رتی غلامی تہٕ تہٕ پریشانی تہٕ۔ پریشانی منٛز یہِ ہُروِنۍ آبادی تہٕ پتہٕ تم موہلکھ ہتھیار تہٕ یم یتھ انسانی تہذیبس نابوٗد کرنٕک طاقت تہٕ تھاوان چھِ۔ اوسود ذہنی منٛز ین تم جدید سائنٕسی اِنکشافات تہٕ تجربہٕ تہٕ یم نوٚین وومیزن ہندی درواز وُتھی تراوان چھِ۔ اَتھ منٛز گرِتھ سُہ علم تہٕ شامل ماننہٕ ین یُس نفسیاتکس مادانس منٛز مزید نوٚین انکشافن ہندی درواز یلہٕ کران چھُ۔

سون اُزیُک شاعر ہیٚکہِ نہٕ گژھتہٕ اَتھ فضہس نظرانداز کرُن۔ تہٕ کرُن گوڈٕ قوٗن وُسطہٕ ہَس منٛز روزنُس برابر۔ تس پزِ یوہے فضایِنۍ تجربہٕ پیش کران کران نظرَن تَل تھاوُن۔ یہِ سورُے چھُس نوٚو تہٕ اَتھ چھُس قاری ین ہُندا کھ اہم طبقہٕ جان تہٕ رتی پاٹھۍ اُتری منٛز گوٚمُت۔ یم نہٕ گامتی چھِ تم چھِس اَتھ دُنیہَس واقف کرَنی۔ یہِ سورُے چھُس نوٚو توٚے پزِ تس پنٕنۍ اظہار

استعارٕ، تشبیہہ تہٕ علامت تمی طریقہٕ تخلیق کرٕنۍ یِمہِ طریقہٕ اَمہِ کوندٕ منٛز۔ زرامژ باشعور آگہی زٕھانٛڈ۔ یِم ہیٚکَن مُشکلات پاداہ کٔرِتھ مگر یِم مشکلات محسوس کرٕن وِز یِز اَمہِ دِلس منٛز یہِ کتھ تھاوٕنۍ زِ شاعری ہُند مقصد یا اَرِج اَہم زانہٕ تہٕ رٕٹ کاہے چھے تہٕ کیا؟ دَپان یہِ چھے دانشوری تہٕ جذباتن ہُند حوالہٕ انسانس ہوٚ تٔر دِوان تِموٚ تجربو ستۍ یِم انسانس اندرونس منٛز شکلان چھہِ یُودوے یِم خارجی ماحولہٕ منٛزے درامٕتۍ آسان چھہِ تہٕ تِمی ستۍ واپس کھلہِ ڈٕلہٕ پاٹھۍ زان تہٕ کرناوان چھہِ۔ یِمی چھہِ اَکِس تخیلی اُدمیس یہِ زانُن ضروری زِ کِتھ پاٹھۍ چھہِ سوچان تہٕ زندگی گُزاران۔ تہذیبی عادات کیا چھہِ تہٕ احساس کمہِ نمکی چھہِ۔ اَمہِ دٕنہِگ شاعر چھُ اوکِنۍ اہم زٕ نہ چھُ اَمی دُنیہِچ موسیقی تہٕ پادشاہ کتھ یعنے محسوس کرٕتھ تِمن کینژن لفظن ہُند زریعہ اَمہِ نِش واتناوان تِتھ اظہارس منٛز یُس پٔزی پاٹھۍ نیرل تہٕ خوبصورت آسان چھہِ۔ یہِ چھُنا نوٚو تہٕ آسان۔

اَتھی پرٕ رس ہیٚش نظر چھہِ اَتھ کارخانس منٛز سارِوے کھوتہٕ اہم شاعرے بنان تہٕ پوٚز تہٕ چھہِ یِ زِ کُنہِ شاعری چھُ دراصل اہم شاعرے اَم بناوان موضوعہٕ علاوٕ پننہِ الگ اظہارٕ ستۍ۔ امیک وجہ چھُ یہِ زِ شاعر چھُ تہٕ گژھہِ تہٕ آسُن پننیو معاصرو نِش زیادٕ ہیٚن حساس۔ سُہ چھُ زِ نہٕ اَکھ زِندہٕ تہٕ حرکتہٕ ل نوکتہٕ آسان پننہِ وقتچ دورٕ ہُند۔ بقولِ اکھ مشہور انگریزی نقاد آئی اے رچارڈس چھہِ یہِ سُہ نوکتہٕ یتہِ پیٹھہٕ دِلچ بلوغت پننہِ آسُن ہاوان چھے۔ یہِ چھے انتہائی اہم کتھ۔ دِلچ بلوغتی چھے اکھ سُہ اہم نوکتہٕ یُس اَکِس انسانس بَبیس انسانس نِش فرقاوان چھُ۔ یتہٕ چھُ اکھ تون پزرزٕ۔ یہِ بلوغت چھنہٕ پرتھ کانسہِ نصیب سپدان۔ کُنہِ تہِ زمانس منٛز چھُ انسانی تجربن ہُند زُو تہٕ زندہٕ اکہِ معمولی اقلیتہٕ بدس اَنیٚنچ کوشش کرٕمژ۔ کانہہ اہم شاعر چھُ توٚے اہم آسان زِ سُہ چھُ اَمہِ معمولی مگر اہم اقلیتہٕ ہُند اہم فرد آسان۔ اقلیت یُس پنٕ پننہِ حسابہٕ اَمہِ بلوغتکۍ آثار ریاتس منٛز موجود آسان چھہِ۔ واتناورک بے پناہ طاقت پانس نِش آسہٕ نہٕ کہِ وجہ تہٕ چھُ سُہ باقی اقلیتہٕ سرس تہٕ روزان تہٕ بالادس تہٕ بنان۔ واتناورک طاقت

تہٕ تجربہٕ کرنُک نٔزِل سلیقہٕ چھِہ تمہِ پٔز ریم نہٕ اکھ اُکِس نِش الگ سَپدِتھ ہیکن یا فرقاو تہٕ ین۔ اُسہِ چھِنہٕ یہِ اَدٕ موجوٗب وَنان زِ اُسہِ ہیکوٗ نہٕ اَکِ مہِ روٗس دوٗیمیک تصوٗر کٔرِتھ بلکہ یمہِ موجوٗب زِ سُہ یُس بیانہٕ کرنُک طاقت الفاظن دِوان چھُ سُہ ہیکہِ نہٕ فرقاوتہٕ یتھ تمیٚ سٕتہِ۔ تمہِ بلوغتہٕ بیدار مغزی نِش یوٗسہٕ تَس زانی راوان چھِے زِ سُہ کیا چھُ محسوٗس کران۔ بلکہ چھُ اَسہِ یتھ کٔتھ بیٹھ زِ تمیٚ سٕتہِ لفظ بناونُک طاقت چھُ اظہار کران زِ یہِ کینژھا ہ سُہ محسوٗس کران چھُ تہٕ ہیکوٗ نہٕ تمیٚ سٕتہِ تمہِ حِساگہی ہٕند محسوٗس کرنہٕ نِش فرقاوِتھ یہِ سُہ محسوٗس کران چھُ۔ یہِ زَن وَنہٕ آو سُہ چھُ غار عام پاٹھۍ حساس۔ غار عام پاٹھۍ بیدار، زیادٕ باخلوٗص تہٕ ستی زیادٕ زاتھ پَسند۔ تَس مقابلہٕ ہِیٚن عام اِنسان وَنان چھِہ۔ تَس چھِے خبر زِ سُہ کیا چھُ پانہٕ محسوٗس کران۔ یہِ بیٹھ چھُ یتہٕ زانان زِ تَس کٔتھ چیز س منز چھِے دلچسپی آسان۔ سُہ چھُ شایر تکیازِ تمیٚس یوٗسہٕ دلچسپی بیٚنن تجربن سٕتہِ آسان چھِے سو چھِنہٕ جُدا تمہِ دلچسپی نِش یوٗسہٕ تَس لفظن سٕتہِ چھِے تکیازِ سُہ چھُ اَتھ تجربَس تانی اَخرس اَمی لفظہٕ سٕتہِ واتان۔ یم تجربہٕ چھِہ آسان تَس بیٚنہٕ وقتکی یمن سُہ سارِوے برونٹھ بدکڈِتھ ہیکان چھُ۔ بدکڈنچ یہِ عمل چھِے انتہاہی گاٹجار تہٕ تھٕز تنقیدی نظر منگان۔ یہِندی غار حسبِ معموٗل ورتاوے چھِہ بیٚنہٕ آگہی تہٕ خبرداری تیز بناوان بیٚنہٕ احساسچہِ وَتہِ منز۔ یتھے پاٹھۍ چھُ سُہ یمن تجربن زبانی ہِندِ برکتہٕ واتنارس لایق بناوان۔ شاعری ہیکہِ واتناوِتھ دِتھ تجربہٕ چھِہ اصلی شکلِ اختصارِ تہٕ زاوِ جارسان باقی تمام فنوٗنو مقابلہٕ ——— وونی چھُ یہِ اہم ترین سوال پاد سَپدان زِ اگر شاعری تہٕ زمانہٕ کِس وودھ روٗنی گاٹجارس پانہٕ وانی زاه ورسم تہٕ زدیکی رشتہٕ تہٕ ذٕر دوٗستی رودٕ تہٕ شاعری رادِ تیٚلی بیٚنہٕ اہمیت۔ تکیازِ زمانُک وودھ دُن گاٹجار چھُنہٕ شاعری ماتحت۔ سُہ چھُ خود مختار طریقس بیٹھ شاعری ہٕنز منت ہیٚنہٕ ورای زِ نمہِ نیتھ برونٹھ پکان۔ مگر اَتھ کُس کرِ نشاندہی۔ یتھ کُن چھُ یہِ فرض شاعری انجام دِیت مُت۔ سُہ اَس اَکھ لفظو سٕتہِ بدکڈان تہٕ شکل دِوان۔ یہِ چھُ شاعری ہُند سُہ اہم رول تہٕ لگہِ ہاریہِ یمہِ کِنہِ تتھ پتھ کُن ہمیشہ امتیاز روٗدمُت چھُ۔ اگر ازا اَمہِ

رولہٕ نِش شاعرٕ ہُرومٕ کرنہٕ یِیہِ تکیازِ گوٚ تمام تھے پیٚیس نہٕ ، اگاٹھ تہٕ باشعوٗر شاعر پیٚیس تہٕ تیلہٕ کرٕ
زمانہٕ تہٕ اکھ ژٕہرٕ محسوٗس نوٗ نوٗزک۔ اہم تہٕ تھٕدِ پایہٕ چہٕ آگہی نِش تہٕ آگہی ہُند۔ آگہی یوٚسہٕ اُکھتی
زمانس تھٕنہٕ پیٚم آسِہا۔ تہٕ توٚے فایدٕ مند آسِہا۔ یہٕ پیشن گوٗئی کُس مطلب۔ چھُ تھوٗان انسانن
ہٕندِ باپتھ اُہٕ نوٗزک کتھ ہیکہٕ نہٕ سُہ غارزان اُتھ منز گرٕ تھٕتھ لیٚسہٕ شاعری ہٕنز
اہمیژ ہُند اندازٕ آسہِ تہٕ پانس شعوٗرچ بلوغت آسہِ۔ توٚے چھُ یہٕ کربوٗٹھ وَنُن افسوٗسس
لایقِ زِ نوٗکن ہِنا اُکس معاشرس منز زبردس اہمیت آسان چھےٚ، چھےٚ اُزی چہِ شاعری
نِش دلچسپی رَاوٕژٕ تکیازِ تِمن چھُنہٕ یِنہٕ باپتھ اَتھ شاعری منز کہیں تہٕ یہِ اہم چھُ نظرِ گژھان۔
یہٕ موجوٗد چھُ تہٕ الگھ نہٕ کُنہِ تہٕ یہِ نہٕ موجوٗد چھُ تہٕ یہِ تِمن گوٚژھ تہٕ میٚلِکھ نہٕ کُنہِ۔ وونی اگر
کُنہِ جایہِ وُچھن تہٕ سُہ آسہِ سیٚٹھاہ کم۔ یہِ چھُ سُہ مسلہٕ یتھ پیٹھ خاص کر شاعرس سوچُن چھُ تہٕ
سنجیدگی سان سوچُن چھُ۔ اگر سُہ تِتھس پیچیدار تہٕ عجیب و غریب مشکلس گنڈ مٕژ راوِتھ ہیکہٕ
تَس پیٚیہِ یتھ بیاکھ مشکل۔ سُہ دوٗرٕ تِمن لکن نِش یِم اُمہٕ مروجہ جسا گہی نِش دوٗر تہٕ بے زان آسن۔
(زٕژھ کھٕنجی تہٕ سہی یہِ سوٗنچ کرٕناوِس غور تہٕ واریاہ غور تکیازِ اَتھ ستی چھُ آسان شاعری علاوٕ
بیٚیہِ تہٕ کیٛہتہٕ لوٚکٕ بٔڈۍ مسلہٕ وابستہٕ یِم فاتی نوعیتکی تہٕ آسان چھِ تہٕ یِمن سماجس ستی تہٕ تعلق
آسان چھُ۔ سماج یتھ منز شاعرس تہٕ تِمن ٹیٚنسن آسان چھُ) یہِ صوٗرتحال چھُ اَسہِ منز موجوٗد یوٚسہٕ
شاعر ہٕندِ باپتھ قٲری سٕند مسلہٕ پادٕ کران چھےٚ۔ تہٕ زَن گوٚ دٕ شاعر کیا کرِ یِمن دوٚن درِین
منز۔ تَس چھُ نہٕ نہٕ جسا گہی ہُند تہٕ خیال تھاوُن۔ تَس پزِ کم از کم اُکھتی برٕ دہٕ نِمس ڈرِس
ستی پان وابستہٕ کرُن۔ پننی جسا گہی تہٕ ہاوِس اَوری کُن اشارہٕ۔ نتہٕ ہیکہٕ سُہ تِمن تہٕ برٕ دہٕ نہٕ
نیرِتھ یتھ تم یِتہٕ اُمی ستی جسا گہی ہٕندِ گاشہٕ پننہٕ وَتھ روشن کرِتھ ہیکن۔ اگر ممکن سپدِس۔
تہٕ کمتھ چھےٚ سیٚٹھاہ توٗژک تہٕ تہٕ مشکل تہٕ ـــــ تیٚتھ اظہار شکلاوِ زباقی تہٕ سپدن اَمہٕ
نِش متاثر۔ یہِ چھُ پننہٕ حسابہٕ۔

یموٚ کھوتہٕ چھُ پوٚر پاٹھۍ صاف سپدان زِ پوٚرِس منٛز روزَن وول شاعر تہٕ ادیب روٗد اکثر پننِس وقتس اَندر زِندہٕ تہٕ آینٛدہٕ کالُک تاک نقشہٕ تہٕ روٗد بدِ کڑنہٕ خاطرٕ پننٛ توارِیخی ذہن تہٕ کامہِ منٛز اَنان۔ تِس روٗد پنٛزِ زانہہ تہٕ پتھ کالُک نگار خانے یوت نظرٕ آدران۔ یمہِ دورٕ معاصر پرٛزرٛیدِ کڈنس تہٕ گوڈٕ اُلواری۔ معاصر حقیقژ یمہ تمہِ پننِس اصلی روٗپس منٛز پرزناونٕچ کوٗشش کرٕ۔ اَتھ کامہِ منٛز ہیوٚتُ تمہِ پننٛ تجربہٕ — باقی کتھو علاوٕ۔ پننٛ وَتہٕ ہا دُکھ۔ یتہِ چھُ اکھ بوٚڈ وَجہ زِ تہنٛد ادب تہٕ شاعری دوشوے روٗد موضوٗع تہٕ ہیٚرٕ پیش نظر نۆوٕ رنٛگ رٹان۔ یہِ سِلسلہٕ چھُ اَز تہٕ جاری تہٕ اَمیُک تفصیلی ذِکر سپدِ برونٛہہ پیٚٹھ۔

ازواتہٕ وۆن یہِ کتھ یِتھۍ جایہِ اَند تہٕ برونٛہہ کُن کرٕو کینٛژن اہم ادبی مسلن پیٚٹھ کتھ باتھ یمَن اندر۔

اَدبکہِ حوالہٕ انقلابی حقیقت پسنٛدی ہُند عروج، رِوایتی اِنسان دوستی ہُند زوال، نۆو انسان دوستی، انقلابی حقیقت پسنٛدی ہندِ زوالکۍ وجوٗہات، جدیدیت تہٕ تمہِ پتُک اَدبی منظر نامہٕ ادبس منٛز تجربٕچ اہمیت، جدید دُنِیہس منٛز ادبکۍ تقاضنہٕ شامِل آسَن۔

۱۹۸۲ء

# جدید تہٕ معاصر ادب :

خاص جدید ہنٛس پیٹھ واتنہٕ کہٕ غرضہٕ کرٕ بہٕ اکھ تفصیلی تبصرٕ ییٚنس ییٚتھ بسیار ژُھنہٕ
تھاوان وانٛس زمانس پیٹھ یُس خاصکر دوٚیمہ عظیم جنگس ستی تیزی سان بنیٛو بسیار یاسل شکل
رٹان رُود۔ یہ زمانہٕ سپُد اکس عظیم دیوسٕندی یا کھٹ انسانس بروٚنھ کنہٕ اِستادٕ۔ سائینسی نفسیاتی
تہٕ ٹیکنکی علومن تہٕ تحقیقن یوسہٕ حاران کرن وٲنی ترقی کٔر تمہٕ ستی سپُد انسان بے حد پریشان تہٕ۔
اوٚ موجب تہٕ زٲمہ ستی سپزٕ فردستہٕ انفرادیت نہ صرف متأثر بلکہ قریب قریب ختم تہٕ افسوسناک
چھُنے یہ کتھ زِ انسانن ہنٛز انسانس ردو روایتی باہمی تعلق تہٕ۔ اکہٕ طرفہٕ سپُد مادی وسیلن ہُند
بے اندازٕ استحصال تہٕ بییہ طرفہٕ ہُرے یہ یٚر ہو کٔری کٔری آبادی۔ اکہ طرفہٕ سپُد عالم گیر پیمانس
پیٹھ تعلیمہ ہُند پھہلاو تہٕ بییہ طرفہ ہُرے یہ پریتہٕ لکن ہنز مولوس کرٕ دُنس حدس تام بیٛہ روزگاری
دوٚیم عالم گیر جنگ ایٹمی طاقتگ انسانن پیٹھ ظالمانہٕ استعمال علاقایی تہٕ ملکی جنگہٕ یمن منز
انسانی درندگی حیوانی نن ہنٛدی ساری سرحد پار کٔری، بیٚیٹھ بڈین طاقتن ہنٛز بے شرم بالادستی
جانبدارہ تہٕ ٹاسرٕ دین دہ لاتی، نسلی امتیاز تہٕ بیہ شرم طرفداری، اقتصادی، لوٹ، مذہبی

تعصب، افراطِ زر، عجیب و غریب جنسی بوچھ، قومی تہٕ بین الاقوامی ژدٕ یہٕ، خوٗن دتھ حاصل کرنہٕ آمژن قدرن ہُند عبرتناک انجام۔ زندگی ہُند لول، موتٕچ نفرت، زمان و مکانٕک تصوٗر راوُن۔ جغرافیایی دوٚہ سن ہُند ڈُمبیوٗن دغا ہِ چھِ تِم اہم چیز یِمو ادبکہ حوالہٕ جدید س وَتھ ہموار کرٕ۔ یِمَن بے مثال عالم آشوب حالاتن منز ہیکہٕ نہٕ انسان سوٗنچھ زمٕنے کیا یُرٕ کرُن بلکہ چھُ سُہ وجوٗد کِس انجام کار رازن پیٹھ تنہائی منز سوٗنچان تہٕ پرتھ چیزس پیٹھ سوٗنچان۔ خُدا، زندگی، مذہب، سماج، اَیرٕ پوٚرٕ، انسان، حیوان، جبلتھ، عقل، رشتہٕ روایت، رسوم سارِنے پیٹھ پتہٕ آیہٕ سوٗنچ کران تہٕ فکر دوروان تہٕ ستی چھِس پنٕنین کمزورین پیٹھ تہٕ نظر۔ تمہِ ستہِ فکر ہُند نشتر چھُ سیٹھاہ تیز۔

یِتھ کالہٕ تہٕ سوٗنچ یِمن مسلن پیٹھ گاٹہو۔ تِمو کیا کوٚر تہٕ کم نتیجہٕ کڈ کھ حاصل تہٕ سوٗرے چھُ توارِخک اَتھہِ مَن حصہٕ بنیومُت۔ مگر اَزیک اُدیب تہٕ شاعر تہٕ تِمہٕ سُند اَزیک عالم چھُ پُرٕ ہمونش وارِیاہ بدٕلن۔ سُہ چھُنہٕ تَتھ خلاف واوَیلا کران یُس ذاتی طور لپٹہٕ چھُ بلکہ چھُ سُہ سارٕے سے نظامس خلاف۔ یُتھ چھُ تَس یُہنس مُستنَد آسنس پیٹھ ٹھوس ثبوت۔ ژھو یہٕ کرٕ یہٕ اَدٕ موجوٗب زِ سُہ چھُنہٕ مصلحت پسند۔ لڑٕ آیہٕ کرنہٕ اَدٕ موجُب زِ سُہ چھُ طاقتور مشینی دورس مقابلہٕ کمزور تہٕ ناتوان۔ چھیکرس چھُ سُہ احتجاج کران۔ یتہٕ مَعنے کرکھادِ وان، نوح کران، لُٹنہٕ ژٹان تَتھ سارٕے سے یہٕ بیہٕ معنے سپُدمُت چھُ۔ اَمہِ ستی چھُ تَس اَندریُم ہیجان کم سپدان۔ سُہ لیکھ ہے ٹریجڈی مگر تِمہٕ کِس حلیفس چھُ قدرن ہُند احترام آسان۔ اکھ نصب العین آسان، اکھ منزل آسان، وودٕ نیکِ سارِنے قدرن ژمہٕ تہٕ چاکھ پنہٕ ژٕ آسَن، ٹریجڈی کیاہ ری لبہٕ وجوٗد۔ یوہے حال چھُ کامڈی ہُند تہٕ، کُس لاگہٕ کُس، کُس ہیڈِ کُس، کُمہٕ باپتھ؟ مثالی نشانہ چھا کانہہ۔ تَس رِتہٕ چھِ یَزٕ لفظن ہُند اَندریُم معنے تام چھیٚنیومُت۔ یِمَن اندر منطق تہٕ رشتہٕ ژھانڈنٕچ کوشش چھنے بیہٕ معنہٕ۔

یُس شعوٗر یتھِس ہِس منز پرتھاں چھُ تہٕ بڈان چھُ تمہٕ چہٕ دگہٕ ہنز سنتی چھِنے جدید ادبس رنگارنگ طریقوٗ تشاواں تمن ادیبن ہند ذسی یم جینہٕ ونِ اُدیب چھِ تہٕ یمن ہنز نظمہٕ اُتھ سارِ ہِے وحاطہٕ چھے کران۔ جدیدیت پسند شاعر چھُ یا ادیب یا افسانہٕ نگار سُہ چھُ اَمی دُنیہک بسکینہٕ دِرِ سُہ کیا وٕنہٕ تہٕ مُنہٕ تمہٕ سماج چِن کتھن یتھ منز زمانہٕ ہند وارِ ووِن ستہِ وارِ نہٕ آسنٕس پیٹھ تُم پھیرِ ترٛاوِنی تہٕ ووہ کھراوِنی منزل آسہٕ۔ تیتہٕ اخلاقی ادب تیار کرنُک تلقین آسِہ۔ تمی سٕنٛدِ مسلہٕ چھِ بدل۔ تس چھُ یہٕ سوٗرُے اَتھ شکلِ منز فضول باسان۔ قدرِ دِنہٕ وٕل تہٕ یہٕ زندگی تہٕ تہٕ یُتھ زند روزُن ترٛ۔ تس چھِنے پرٛتھ ساوُن لول روومُت، انسان روومُت، سُہ چھُ یِہ وُنتھ تہٕ یِہ اندیشہٕ چہٕ تُھو یہ منز ییٚنہٕ تُھوٗر وجوٗدکِہ ذاتی ہند تترٛ تہٕ کھُپن ژالان۔ یلہٕ نہٕ کُنہٕ چیزس ہنٛز ہیئت برقرار روزِ سُہ کیا زمانہٕ رِوایتی تنا پہٕ ذاژن ہند ورتاو یتین تجربن ہند حالہٕ۔ تم لگن نہٕ تس تمی شکلِ کیازِ تجربہٕ چھِ نوٚو، ہنرل تہٕ نادر۔ لِہٰذا چھُ سُہ ہیئت شکن تہٕ بنان تہٕ نثری نظم تہٕ لیکھان یہٕ ہیئت چھس موزوٗن باسان۔ اَمِچ وُسعت چھِنے تمی سٕنٛدِس نوٚوِس تیُس جاے دِتھ ہکان سُہ چھُ نظمہٕ منز تہٕ تشریح خوبصورتی بران۔ تس چھُ سائنس دانہٕ سٕنٛدی پاٹھی قومی سرحدن ہنز پابندی بلکل ناپسند۔ سُہ چھُ اسلوٗبن ہندی تمام نقشہٕ بروٚنٛہہ کُنہٕ تھاوِتھ یمن اکھ اَکِس ستہِ رلاوِتھ نوٚو نقشہٕ تہٕ گران۔ تس چھُ پنٛن شعوٗر دلے دلے وَنان زِ سیاسی سماجی تہٕ اقتصادی نہج چھِنے، انسانی شخصیژ ہنز قدرِ بربادکرنس پیٹھ تیار۔ یِتہٕ چھُ اکھ وجہ زِ جدید نظمن تہٕ ادب پارن منز چھِ دگ، تنہائی، زُہر یرٛ دم" محرومی، بےبسی وغارہ جاے لبان۔ اتھ ستہِ زِ ستہِ چھِ جدید شاعر ازل تہٕ ابد کین رازن وُڈٛن تلتھ مشاہدکرن یرٛ ژھان۔ یوٚہے مشاہد چھُ تمی سٕنٛدِ باپتھ بت شکن بنان۔ جدید پاٹھر کار چھُ کُنہٕ موقعس پیٹھ محسوٗس کران زِ لفظو چھُ واتناوِرک طاقت خرچ وومُت۔ لفظس تہٕ معنےیس یُس

ژھین چھُ لوگمُت سُہ وُچھتھ چھ تتھ کارگر متباول تیار کرُن۔ یِس چھنے جدید پاُٹھرِس منز خاص کر شورس تہٕ آوازن کام ہیتھ یوان۔ کر بکہ تہٕ جسمانی حرکژ داوس لاگنہٕ یوان۔ اَزیُک تھیٹر چھُ امہِ حوالہٕ ادب مارتھرڈ بنیومُت۔ یتمیُک بیہٕ تاج بادشاہ مرزی گرہ ٹوسکی چھُ یُس عالمی شوہرتھ برادن والہٕ پاُلش لیبارٹری تھیٹرک خاُلق چھُ۔ بیاکھ بروہٕہ دری تھیٹرُک عالم چھ یَمیہ ہَن مختلف۔ "حیوانیتک تھیٹر" چھُ عالمی تہٕ بے نجات انسانی زلالتُک تصویر پیش کران۔ اَتھ منز چھُ مظلوم تہٕ تتھے مکروہ یُتھ ظالم چھُ۔ پرتھ چیز چھُنہٕ رکھس۔ جدیدیت پسند تھیٹر کارٕ سُند موضوع چھُ پرتھ سُہ تجربہ یتھ اَزیُچ زندگی سٕتی تعلق چھُ ——— تم چھنہٕ کتھن تہٕ واقہٕن دِچہٕ ولنس بیٹھ تیار گژھان۔ تہٕندُ مقصد چھُ یہِ ہاوُن زِ انسانہٕ سنز حالتھ چھے افسوسناک سپدان۔ بقول مشہور جدید امریکی پاُٹھر کار، شاعر تہٕ افسانہ نگار راوسکر مانڈیل "یِم نوکھرچھِ یُزی پاُٹھی تھَدِ پایکی اخلاق پسند تہٕ بہ چھُس تہٕندی دستخط پرتھ انسان پسند تہٕ انسان سوز احتجاجس پیٹھ پانہٕ وُچھان۔ تم چھِ انسان دوس جلوسن منز مارچ کران، تم چھِ شورش کران، تم چھِ پانہٕ تہٕ انصافہٕ بابتھ محسوس کران، تم چھِ یتہِ وجودچہِ اَکس اَکس رگہِ سٕتی محبت تہٕ پیار کران"

مگر اتھ وقتس اندر آو تیتھ ادب تہٕ تخلیق کرنہٕ یُس نہٕ جدید جیساگھی مُنہ تیجہِ اوس مگر یُس نوتہٕ ادب اوس۔ یِس آے اَسہٕ بروہٕہ کُن بیک وقت زِ ادب تہٕ یِم اَکھ اَکس نش فرقاونہٕ بابتھ کرٕ واُسی معاصر تہٕ جدید اصطلاح استعمال۔ معاصر ادب وُنو تتھ اَدبس یتھ واسطہٕ آسہِ بنیس زمانس سٕتی۔ زمانہ یتھ منز یہِ لیکھنہٕ آمُت آسہِ۔ زمانہ یُس رَوان دوان آسہِ۔ اَتھ طویل دورس اَندر آدکوتہ ادب لیکھنہٕ یتھ اُسی امہٕ چُھ خصوصیتھ پیش نظر معاصر ادب وَنو۔ اَمیُک موضوع یہِ آسہِ تہٕ تمہٕ سٕتی ہیکہِ بہٕ یہِ غار معاصر ادب

بنیتھ۔ اَتھ عصری شٲعری منز ویٚنہٕ پرٛیتھ روایتی موضوع جزوی طور تہٕ کلیم پاٹھی تہٕ۔ معاصر تہٕ روایتی مٕنز تہٕ ہیکن اَتھ منز جاے رٹتھ۔ روایتی لول روایتی انداز پیش کرنہٕ آمتی موضوع تہٕ عیندتی شٲعری تہٕ۔ زبانی ہند لحاظ آسہٕ یہ شٲعری ینہٕ و قیح زبان ہیتھ۔ یتھ شٲعری یا ادبس متعلق ہاوِکن ہند اکھ جان تعداد منٛز مثبت رٕویہٕ تکیاز باقے کتھو علاوٕ پرٛزناوان تم اَتھ وُچھتھے کنہٕ مشکلہٕ درآیی۔ تمن تش چھنے دِلس منز منز وراکہٕ یا یتھ گوڈے اکھ خاص ہمدردی آسان یوسہٕ کیتو جزوٕ نش شکل لبان چھنے۔

اَتھ مقابلہٕ پٮ۪ٹھ اَسی یدید ادبک ذکر کرو یا جدیدیتی ادبک ذکر کرو مراد آسہٕ سہٕ ادب یُس معاصر ادبس مقابلہٕ جدید حیثیتک ادب آسہٕ تہٕ یتھ معاصر ادبس مقابلہٕ اسلوبہٕ نوٚو تہٕ آسہٕ۔ جدید حیثیت گیہٕ سو حیثیت یوسہٕ تمو تبدیلیو نش باخبر آسہٕ یمن ہند ذکر ابتداہس منز ہنا تفصیلہٕ سان کرنہٕ آو تہٕ تمی فکرِ زندگی ہند جایزٕ نوان آسہٕ۔ جدیدیتی ادیب چھ تم مضمون پننہٕ تجربکی حصہٕ بناوان یم عام لُکن پریشان چھ کران تہٕ تہندی ٹاکھٕ جذبات یمن ہند دٕ مول روایتس سٟتی تہٕ پیوست آسان چھ دِلس راوان تہٕ چھوبان چھ۔ جدید ادیب چھ ہٕنزٕ منز زٕٹ کیتھ کرتھ، تیشر پار کرتھ، نوی تجربہ کرتھ روایتی ادبس یوہے جڑاوان ہیوٚ تہٕ سناوان ہیوٚ۔ سہٕ چھ روایت پسند نقادس نالگہ ہار تہٕ نمار صحت مند تصور کران اکھ جدید انگریزی نقاد ارونگ ہاو چھ جدیدیچ تعریف یتھ پاٹھی کران۔

" یہ یینہٕ یہ چھ۔ بغاوت مروجہ تہٕ روایتی اسلوبچ، اُکس تتھس آرڈرس خلاف اَندرنہٕ واتن وول غوصہٕ یتھ منصب میوولمت آسہٕ تہٕ یُس تسلیم کرنہٕ آمت آسہٕ۔"

اما پوٚز یو تانام اسلوبک تعلق چھ پانہٕ چھنہٕ یہ کاہنہٕ تہٕ اسلوب، یتھ اَسی اُمی سند وزنہٕ ہو قایم کران لُس یکہٕ وٕدون آسہا۔ یہ چھ یمہٕ پرٛزنتہٕ باخبر زٕ تہٕ کرنہٕ سٟتی بنہٕ یتہٕ روایتی تہٕ پلنے

کھسہِ نوٗٹھ جدید آہنگ دعوٰی داری نش۔ جدیدیتس متعلق چھُ وَنُن یوان ز اتھ پٮ۪ٹھ ہمیشہ جد و جہد کرٕنی مگر کامیاب پٮ۪ٹھ ییس نہٕ ژہنہ تہٕ سپدُن۔ اَمس پٮ۪ٹھ نہٕ کامیابی پراونک تہٕ دعوٰی کرُن یا طمع کرُن۔ اَمس پٮ۪ٹھ وقتس وقتس پٮ۪ٹھ برونٹھ کُن پٕن مگر سیتی پٮ۪ٹھ بس پانہٕ سے کوشش کرٕنی پٮ۪ھنہٕ شوکھٹ کامیاب سپدِ۔ وَنہٕ چھُ یوان تہٕ تی چھُ پٮ۪ٹھ رنہٕ ز جدیدیت واتہٕ نہٕ ژانہہ تہٕ اَند، تمہ نہٕ چھنے تہٕ تہٕ روزِ کانہہ ضرور تھ۔ یُس ہٮ۪کہِ تہٕ کانہہ وُنھ ز اَمیک عاقبت کیا آسہِ۔ اَند وُچھا تہٕ ژانہہ۔ یہ ہُن چھنے زندگی ہند حوالہٕ وَنُن بالکل ناممکن۔ ہاں یہ ہٮ۪کہِ تھکھ دِتھ، پراَرتھ۔ وقتا پٮ۪ھ دوران یہ غور کرِ، سونچہِ تہٕ جایزٕ ہٮ۪یہِ۔ یتھ پٮ۪ٹھنو ایجاد کارِ ہِیو مستی پٮ۪یہِ اکہِ پھر مولیوس تہٕ پریشان روایتی اسلوٗبس حسیتس ستاو تمتھ پٮ۪تہٕ تازگی ہند باس دِیہِ۔

جدیدیتی ادبُک بیاکھ پٮ۪ٹھ رناون نشانہٕ چھُ دا آخلیت پسندی۔ بقولِ جرمن شاعر گاٹ فرایڈبن، خارجی حقیقت چھنہٕ کیہہن، اگرچہ کانہہ پٮ۪ٹھ رُسہ چھُ انسانی شعورُس تھکہ ورأے تعمیر کران تہٕ بہتر بناوان چھُ پٮ۪تہٕ تخلیقی تہٕ ایجادی طاقتہِ سیتی نوٚو دُنیاہ۔ بیاکھ جرمن ادیب یُس ناول نگار چھُ تہٕ یُس ہرمن حس ناو چھُ، چھُ وَنان ز "معاصر وقتکی ساری لوکھ چھِ دون زمانن منز ہیتہٕ آمتی، زندگی گُذارنکین دون اسلوٗبن منز ہینہٕ سیٹھ بند گامتی۔ نتیجہ چھُ صاف ز یہ چھُ ہمنی پہچان کرنکی ساری طاقت تہٕ وسیلہٕ راوران۔ یُس چھُنہٕ اَتھ کانہہ معیار، کانہہ بچاو تہٕ کانسہِ ہنز کانہہ سیوٚد ساد منظوٗری تہٕ رضامندی۔ جس ہندِس اَتھ اظہارس منز چھا کانہہ پٮ۪ٹھ رکنہٕ نہٕ سو پٮ۪ھنے وِکھ کتھ۔ اہم کتھ چھنے یہ ز جدیدیتی ادیب تہٕ شاعر مثلن جیمز جائسس، کافکا، پکاسو، شونبرگ چھ ساری ژھویہ دَم کرِتھ اَتھ پٮ۪ٹھ رس پیٹھ عمل کرِتھ باوتے باوان ز یہ چھُ پٮ۪ٹھ رُ۔"

اَمہِ ژہنکی مالک چھِ محسوٗس کران ز انسان چھ اکِس دَل دَلس منز پھیسومُت۔

بے شمار مخلوقاتن ہند دہلہ پیپ، مشینہٕ، شہر پرٛتھ راونکس۔ وگاس منز تمہٕ زندگی ہند حوالہٕ
یُتھ بُنیادی تہٕ تبدیلی مسلسل آورتھاوان چھ۔ یُتھے ہیوٚ دلیل اوس ورجینیا وُلف پانس
محسوس سپدان ییلہٕ تمہٕ ووٚن زِ روایت پسند یتھ کالس تہٕ آدیسمتس ازکالس منز چھ تسلسلک
پریشان کروٚن زٕہین درینٛٹھ یوان۔ تواریخہٕ پیٚٹھ نور چھ ڈوکھ زامت شاید چھ اتھ کراپ
تہٕ گومت۔ جدیدادب چھ یہ مفروضہٕ پیش کران زِ انسانی فطرت چھےٚ تبدیل سپزمژ۔ نزدیک
پتہٕ کالہٕ پیٹھ بقول مشہور نقاد تہٕ ادیب سٹیفن سپنڈرمین حالاتن منز ائمی زندگی گذار
فطرتن چھےٚ نن تیزرٛتھ بنیادی تبدیلی اٚنی مژ زِ لکھ چھ محسوس کران زِ انسانی فطرت چھےٚ
تبدیل سپزمژ تہٕ تم تہٕ چھ پتہٕ تتھۍ وطیرس آبیاری کران یُس ہاوان چھ زِ زنتہٕ چھےٚ یژی
انسانی فطرت تبدیل سپزمژ۔ اتھ دٔلیس پیٹھ یتھٕ ردِ عمل ہاوان چھ سپینڈر اکھ فرق
محسوس کران والیٹر سنہدس "بہ"، ہٕس تہٕ جدید ادبین ہندس "یہ" ہٕس۔ گوڈنیک
چھ فاعل بنتھ حالاتن پیٹھ پانہٕ بہ ہوش وحواس کام کران۔ مثلن جارج برناڈ شا یا اپچ
جی ویلز۔ مگر اتھ مقابلہٕ چھ جدیدن ہند "بہ" فاعل حالاتن ہند مفعول بنان۔ سُہ چھ حالاتن
ہندین اکھن منز۔ مثلن جیمز جائس، ٹی ایس ایلیٹ وغارٕ۔ والیٹر سنہدس "بہ" ہٕس
چھےٚ پرٛتھ ازسہ دی ماحولہٕ کِس طاقتس ہدایت یدی نِش دامن بچاونس تہٕ برٛزرس نِش
نزدیک رونزنس تہٕ بہترس کُن پکنس یوٚسہ وجوٗد چھےٚ لبان تخلیقی فکرِ نِش یعنے مادی
ادیب۔ اُرزی کہ جدید فکرٕ ہند ادیب چھ وَنان زِ ییلہٕ سانہٕ جسا گہی پیٹھ جدید تجربہ فاعل
بنتھ کام کرِ دنوِ فنکُ تہٕ ادبُک نوٚو لفظُت تہٕ نوٗ ہیت لبہٕ شکل۔

دیوجنی زامٹن چھ وُہمہٕ صدی ہند رٗوسی ناول نگار۔ تم چھےٚ کینژن جملن منز
اُدبی منز۔ جدیدیتس پیٹھ کتھ کران اکھ اہم کتھ وٕنی مژ۔

" ▪ انقلاب چھ پرٛتھ طرفہٕ تہٕ پرٛتھ چیزس منز۔ یہ چھ لامحدود۔ آخری انقلاب یا

تغیر چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ۔ سلسلہ وارٕی منز چھُنہٕ کانٛہہ اند۔ سماجی انقلاب چھُ صرف اکھ انقلاب تہٕ تغیرِ انقلابن تہٕ تغیرن ہندِس بیٚہ اندازس سلسلس منز۔ تغیرُ یا انقلابُک قونوٗن چھُنہٕ صرف سماجی تغیرُ یا قونوٗن۔ یہِ چھُ سیٹھاہ تہٕ لامحدوٗد حسابہٕ بوٚڈ تہٕ عظیم۔ یہِ چھُ کاسمِک تہٕ کایناتی قونوٗن۔"

اردنگ ہاوسُندوٗنُن چھُ زِ یمو غار معموٗلی ذہنو کتو ہمہِ صدی منز اَتھ جدیدیتکس تصورس آبیاری کٔر تمن منز چھِ فریزر، کارل مارکس، فرائڈ، ٹیٹشے اہم بُنیادی کام کرِتھ گامتہٕ۔ تموٚ دِژ تمن زاُدِ جن کتھن ٹھوس شکل یموٚ پتہٕ یِنہٕ والین ہندِ باپتھ کام آسان بناو۔

کاشُر زبانی ماوُ چھِ یم سوتھ تہٕ سہلاب، ہرُدتہٕ وَنُد۔ یمن تحریکن یا خیالن ہُندیٚ پتہٕ چھُنہٕ کاشرِ زبانی منز دوٗر دوٗرتان کُنہِ نظر گژھان۔ البتہ کُنہِ جایہِ کانٛسہِ صوٗفی شاعرس نِش تہٕ کُنہِ جایہِ پتہٕ عبدالاحد آزادس نِش اَکس لاگِتھ بیٚیس لاگِتھ یم بِکھر روایتی سوٗنچس دِنہٕ آے تِم چھِ قدر کرنس لایق۔ عبدالاحد آزادس پتہٕ یوٚسہ ہیتی تبدیلی ۱۹۴۷ء پتہٕ کاشرِ شاعری منز شکل رٹان روٗز سوٚ تہٕ چھےٚ جدیدیتی اَدبس کُن اکھ اہم قدم ماننہٕ ضروری خاصکر تمن ہیتی تبدیلین پیش نظر یموکِنہِ قدامت پسند ذہن بانبرِ لوٚ تہٕ دودلیو۔ مثلن فری ورس، بینک ورس، نثری نظم، باضابطہ نظمن ہنز ہیرِ دستی تخلیقی شاعرن ہنز شفیقانہٕ دخل اندازی چھِ جدیدیت پسندی پسند۔ موضوٗع لحاظ تہٕ یم کینہہ جرأت مندانہ اظہار پیش سپدی تمن تہٕ چھےٚ پننی زبردس اہمیت۔ اَمہِ چہِ اہمیژ ہُند بوٚڈ ثبوت چھُ اکھ اَمیُک پانہٕ اَکُس بیٚیِس دِژہ تہٕ ژکھ یوٚسہ فکری طور قدامت پسندو تہٕ تموٚ یمن تہٕ جدید زندگی ہُند ہوالو گمُت چھُ گرا اَندری اَندری تہٕ گہےٚ بڑبڑِ تہٕ پیش کٔر۔ روٗدسوٚن دورِ حاضر، معاصر تہٕ جدیدیتی اَدب اَتھ متعلق کرِ یہِ شعر پیش تہٕ تھٔ سِتی واتناووٗن فی الحال یہِ مضموٗن اَند۔

یَتھ دورِ جدیدس اندر بے وایہِ قلم ژھتی
کم اوس سیٹھاہ کم منیٚ یمی دوٚن بہٕ چھُس جدید

(۱۹۸۲ء)

# مُصنّف سٕنز مزید تصنیفات یِمہٕ چھاپ سپز مژ چھے

آشری ادبی اِصطلاح

کَتھ اِنسانہٕ ہٕنز

وُکٲشِر شعرٕ سوٚمبرن

یِم سٲنۍ آنو (اپاج وُڈھ)

صدا تہٕ سمندر

رنگ نظران ہندی

وُڈَو فِکرِ ہُند

پَرنیہِ پتہٕ (زیرِ طبع)

# VUDAV FIKRI HUND

(A collection of Literary Critical Essays in Kashmiri)



Prof. Ghulam Nabi Firaq,
Naushahar, Srinagar-190011

## OTHER PUBLICATION OF THE AUTHOR

- YIM Sen Aalav (Poetry)........................................................................ in collaboration.
- Kashmir Adbi Istallah..............................................(A collection of Kashmir literary terms).
- Kath Insan Sinz (Translation).......................Published by J&K State Board of School Education.
- Nav Shar Sambran (Poetry)...... compiled by the Author and Published by University of Kashmir.
- Sada-Te-Samandar (Poetry)............................................... Sahitya Academy Award Winner.
- Rang Nazran Hind (Poetry)............................................ Published by University of Kashmir.
- Parnaye Pateh.......................................... (A Collection of critical Literary Essays) under Print.
- Laivun Nar....................................................(A Collection of Poems and Ghazals) under Print.

Cover Design by G.R.Hasrat Gadda
Printed at Jk Offset Printers, Delhi-6
Phines: 23241368, 23279852